# غزل

بحکمِ خبر[۱] چھُے شرابس منع — بجُز یادِ حق لہو لعبس منع
دمِ صبح پرٛ توبہ چھُے مستجاب[۲] — دران وقت آرام و خابس منع
اگر کأنسہِ دِکھ قرض تِ ہیٚتھ نیٚون — بہ اسلام سوٗدس تہ لابس[۳] منع
بغیر از خدا سجدہٕ دینُ ناروا — نمن زوٗنہٕ تہٕ آفتابس منع
دِوان یتھ بُتس سجدہٕ چھی بُت پرس — سُہ بُت پانہٕ کرُی تن ذُبابس[۴] منع
غنی مومنس فرض حج و زکات — یہوٗدس[۵] مدینس تہٕ کعبس منع
نہٕ آبادٕ[۶] تاہس یوان باج و ساو — چھُہ ہیٚون باج ملک خرابس منع
چھُہ در تندرُستی ہِیے سرد و گرم — بیمارس سیٚنُ سرد آبس منع
نبیٚ چون بہٕ فرمود "لا اُمتی"[۷] — کذابس کری کُس عذابس منع

ازیں شعر در کار چھُم کینہٕ حاب
وہابس کری کُس حابس منع

---

۱ حدیث   ۲ قبول سپدن وول   ۳ شاید ہندی "لابھ" قرضہٕ کِس فأیدس   ۴ عربی۔ مٔچھ
۵ مشرکس چھُہ کعبُک منع نہٕ زِ یہوٗدس۔   ۶ آباد زمینس
۷ اَلْکَذَّابُ لَا اُمَّتِیْ (حدیث) اَییِٚر یوٗہ چھُنہٕ میوٗن اُمتی۔

# توقّع

بینہٕ نِھاوکھ نہٕ مال و زر توقّع[1] ‏— نہٕ اولاد و زن و دختر توقّع
زن و اولاد چھی تانتہٕ درستی — نہٕ رہٕ لنشہٕ[2] مھاوتب تے زر توقّع
کرکھ یُدٕ خادٕ کاسنے خاگہ رواتی — شریہ ہن شترہ نتّاگہ از شر توقّع
بجُز حق کانشہٕ منزٕ و امید مھاوکھ — گرٕ ھک رسواٹہ لس لنش درہ توقّع
اگر از بہرِ روزی چُھکھ پریشان — لدٕی[3] رزّاق پانے کر توقّع[4]
لسندی مخلوق اُسی شاہ وگراچھی — غریبس بلٕی چھُ از افسر توقّع
ہزمیت تے فتح در دستِ تقدیر — بہ ظاہر سعی از لشکر توقّع
یمیس ہُیچھ مرتبہ از حق عطا گو — نمِس سرمایہ از رہبر توقّع

بہ خوشنودی وہابِ از رہبرِ خود
نہ گرد لعل آن جودر[5] توقّع

---

[1] توقّع چھُ کاشرِ پاٹھی توقّع ورتاونہٕ یوان

[2] رشنہٕ داری لنشہٕ [3] سوزی [4] توکّل

[5] حضرت شیخ حمزہ مخدوم ہُندس گرس اوس "جودر" ناو - وہاب چھُ ونان نہٕ اُمی سے گرِ دُسندِ لعلس یعنی زنگس اندری انٕدرہ وُزمُتھ چھُس توقّع نہٕ سُہ ہیکہٕ پننِس رہبرِنٕ وحبت یہ خوشنودی محسوس کرِتھ -

# تنازع

بہ آدم رؤد شیطانس تنازع — بہ سینہ کینہ لُس پانس تنازع
رُہ مرۂ دِ ازل اوسے بہ لقد[1] — تحقیق لس از لبشر جانس[2] تنازع
امی کینہ سہ گندم دانہ کھیوون — بنیو لس آدمس خانس[3] تنازع
زِ جنت صرف تے شیطان تے موہ — کُڈِ کھ یتلہِ رؤد انسانس تنازع
ہمین تہ پن کینہ از آدم بہ سینہ — تو ے چھکھ دین وایمانس تنازع
چھُ دیونس بابہِ آدم عداوتھ — یہ از لے لس تہ انسانس تنازع
زیادہ کینہ لس دِ بنداہ سے سیتھ — چھُ لس تے اہلِ ایمانس تنازع

زِ بے ایمان کیا سہ رنبہ شیطان
چھُ پانس سیتی شیطانس تنازع

---

۱ ہٹہ مٹہ — ۲ زُوس
۳ گھر فساد — ۴ شیطانس
۵ گو زِ "ایمانن" آسُن۔ مگر یتھ کِنہ پھٹہ ہے وزن۔ لہٰذا چھ مطلب "اہلِ ایمان"
واحد استعمال کران نہ زِ جمع۔

# کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به لهو و لعب کۄر میٚہ ؤمر ضایع
به خورد و خواب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به خورد و نوش رۄؤم روز تے شب
به آب و نان کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به دار و گیر نقد و جنس سۄمبرم
به زیب و اداب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به مال و ملک جاہ و باغ تہٕ آمیر
پٔتے اسباب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به خان و مان قوم و خاندانے
سِر القاب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به حکم و کار و بارِ دورِ دنیا
درین گرداب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

به کوہ و دشت جنگل ہا و صحرا
پٔتے تالاب[1] کۄر میٚہ ؤمر ضایع

کرٕ کیاہ ؤ وونی میٚہ وونم به سرِ کوہ
به دوہ آفتاب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

درین حسرتھ پریشان حال خستہ
بہٕ چھُس بے تاب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

دماہ بو نیکیی[2] ہرگنہ کوٚرُتھ نہ
وُنے دُسلاب کۄر میٚہ ؤمر ضایع

---

۱؎ ۆلرس آسی دہا بنہ وقتہٕ "تالاب" نہٕ وَنان۔ اَتھ اوس وہاب دَریٚہ واون ٹھیکہٕ داری کران۔

۲؎ نیکیا (اصل)

# مناجات

الٰہی بختاور تم از غم مہ فارغ
ز آفات زمان ہردم مہ فارغ

مہ ہا دم یا الٰہی اصلی وتہ
کرم از فکر زیاد[۱] و کم مہ فارغ

تلم از فیض رحمت غفلتیج کھے
کرہم سے فاصنہ کے شبنم مہ فارغ

اگے قطرہ دیم سیبنس صفائی
کرم ولی فضلہ کے مرہم مہ فارغ

یو زھن یس بی نہ تس تی عاقبت چھے
وچھم از ایں وآں آدم مہ فارغ

بنی آدم چھ از غم آفرید[۲]ہ
وچھم نہ کا نہ بنی آدم مہ فارغ

وہالس از ہمہ آفتاب دنیا
کرم وونی خالق عالم مہ فارغ

---

۱ اندیشۂ سود و زیان (اقبال)

۲ وو پدیورت

۳ غم و تہ فکر ونشہ

# نعتِ شریف

چانہِ شوقہٕ لالہٕ سے در سینہ داغ — چانہِ ذوقہٕ نرگس اندر کنج باغ[1]

از کرم برحال مسکینان نظر — کر تہٕ للہ اے شہِ عالی دماغ

چانہِ دادے در جہان بادِ صبا — در بدر گومُت بدشت وکوہ وراغ[2]

چانہِ عشقہٕ روز[3] اندر دردو سوز — چانہِ مشکہ شب برنگ پرہِ زاغ[4]

آفتاب از روِی[5] پاکت منزہِ جہان — زُونہ لوگمُت از سیاہی چھِ نہ داغ

اوس آدم تیلہِ اندر آب و گل
تیلہِ آسیو توہی بنخوبی[6] در بلاغ

---

۱ زنتہ مانم ہیٚچھ — ۲ بالہٕ دامنہٕ سبزہ زار

۳ دوہک گاش — ۴ کاشری پاٹھی چھِ سیاہی ہندہ خاطرہ "کاوہ پکھ" تشبیہہ عام

۵ تہندہ رویہ پاکہ نشہ

۶ یوہ کماس وُاتھ۔ یہ چھِ تتھ حدیثس کُن تلمیح یتہٕ ونہ چھُ آمُت زِ "بہ اوسُس (علم الٰہیس منز) ییٚلہ حضرت آدم وُنہٕ آبس تہٕ رَبہِ منزی اوس"

# منقبت چار یار باصفاؓ

خاطرم آشفتہ[۱] از بوئے ہوائے چار باغ
جانِ من خستہ شود[۲] بہ از دوائے چار باغ

جھُس پریشان حال گوہت جھُمۂ کیئہ دادِس دوا
ژلہِ نہ ہر گز میہ سیش غم سوائے چار باغ

جھُم تمنّا مے دِلس کرڈ بیشہ آں دیوار بو
بوزہِ ہا از عندلیبان[۳] بو نوائے چار باغ

بے عمل مفلس پریشان جھُس نہ بے برگ و نوا
یوشِش پردہ بنیم نہ نما جہ نوائے چار باغ

اے وہاب از جرمِ عصیانُ بدترِیہ جھُپے عفوک مُدا
سہ مُدا حاصل بنی نہ زاہنہ سوائے چار باغ

---

۱ پراگندہ دل   ۲ خستہ جان من بہ شود ۔   ۳ بلبل

# منقبتِ حضرت سلطانؒ

چھُم مێیہ ازٕ دربارِ سلطانٕ فی دماغ[1] — درٕ فلک ہاز ژٕ چھم طمطراغ[2]
چھم لیوان ازکو یہ سلطان بو یہٕ خوش — بہتر و خوش ترٕ زٕ گلشن ہاو باغ
ازٕ نظر کاژن تتھے یاٹھن مێیہٕ کھے — ییتھٕ تارٕیکی کنٹھِس کاسان چراغ
بُدٕ مُدٕ انمٕ منگ یتہٕ نوٕرٕک چھُے دِلس — ادٕ گژھہ برٕ کوہِ ماران چھُے سُراغ
ہیرِ ہیرہٕ یدٕ کھسکھ ازٕ چشم وٕ سر — اَدٕ ازٕ سلطان بنہٕ حاصل فراغ[3]
فاضِ سلطان وُچھ ژٕ دربٕ روپے زمین — کاژٕہن جاین کنین اندرٕ چھہٕ ناغ[5]
منکرن درٕ سینہٕ خنجر کینہ کُے — برٕ جبین ظاہر تمن چھُی نوٗن نہٕ داغ

اے وہاب ازٕ رنج وٕ غم دل ڈنجہٕ تھاو
روزٕ بر دربارِ سلطان بادہ ماغ

---

۱۔ فخر  ۲۔ طمطراق  ۳۔ شان و شوکت
۴۔ آزادی از غم  ۵۔ ناگ

# رُباعی

از فراقِ ییر چھُم برسینہ داغ
از نظرِ گژھِ ہے حاصل فراغ
ژلہ ہیم غم تہ ہم[۱] از یک نگاہ
بلہ ہیم دِل فولہ ہیم گل باغ باغ

---

۱ نقلِ منتز "ہم" ہم بمعنی پریشانی

# غزل

کیاہ غورۆری چھم منیہ خالی درد سماغ
کم خیالِ خام عالی درد سماغ

چھُس زمرگِ خوف رۆزِتھ بے خبر
در نظر آسِتھ زوالی[۱] درد سماغ

ہۆری گاٹیاہ اُچھن تل یار بای
منیہ نہ کینہ عبرتھ بہ خالی درد سماغ

دُچھ منیہ دنیادار گاٹیاہ از خراب
خارِ تے خستہ دلوالی درد سماغ

چھُے وہلو در نظر رنج سفر
چھُکھ ژہ مفلس دست خالی درد سماغ

---

۱ زوالس کُن پکن وول انسان ۔

# غزل

ہمو کینہہ رۆ ٹھ جز اللہ تمے از غم سپنہ فارغ
فقط مسکین ننہ اہل اللہ دریں عالم سپنہ فارغ

صفا دِل صاحب ہمتھ تمو دِ زینتھ جہانس لتھ
بہ بازر تم چھ در خلوت زنیش و کم سپنہ فارغ

خرابانس اندر رندان وچھیم باکود کان گنداں
سر بازار در زندان بہ دم از دم سپنہ فارغ

چھ حاکس بڈ شرفناگی کرن منظور تمی خاگی[3]
بخدمت رۆدی افلاکی بنی آدم سپنہ فارغ

سگِ اصحاب[4] کہفن پور سپن از دادِ حق منظور
ز رحمت از خودی گود ورزدن بلعم سپنہ فارغ

بہ حارتھ چھس بہ حاراتی لتندی اسرِ گُن زانی
زبان بستہ بہ نادانی[5] توے محرم سپنہ فارغ

گل و گلزار کوہ و سنگ ہزاراں رنگ رنگارنگ
سپنہ ظاہر یک رنگ زہفتہ کم سپنہ فارغ

وہا بو وچھتہ کیاہ ہمت چھ نبیس ہزاریں امت
ہمہ بدکار از رحمت بہ یکیا شبنم[6] سپنہ فارغ

ـــ۱ یمین یہ د نیا بنیو و ـــ۲ بہو د نبا ر تو ٹے یہ

ـــ۳ انسان ـــ۴ اشارہ تہ آیہ کرمیس کُن بیھ اندر اشارہ نہ خدا ین کوّر یہ سورشے کائینات شین دوہین اندر یادہ -

ـــ۵ اصحاب کہف آسو د قیانوسی عہدس منتر تم موحّد عیسائی یمین ہنتر عیسائی مذہبس منتر "تثلیث" عقیدہ ژ انیہ آو - یہند ہوُن سپد یہندہ صوّحبتہ سیتی منظوُرہ - اَمس ہوُنس مقابلہ اوس بلعم باعورہ یینہ وقتک تھوّد بنی اسرائیلی عالم - یُس ینہ نیو کرتو تو سیتی مردوُد ۞ ابنیو و -

ـــ۵ آں را کہ خبر شد خبرش باز نیامد -

ـــ۶ قطرہ رحمت -

# غزل

فوجہ فوجے گام یاران اے دریغ
گے روانہ نیک کاران اے دریغ

گل ہر بۃ ووٗنی روزہ خالی کنڈی ہرے
از گل و سبزہ بہاران اے دریغ

کینہہ پۃ جیپہہ نے ہیہہ پۃ دِکھ گے خوش نصیب
اکھ اکس تم چھی پۃ پڑاران اے دریغ

صاحب انصاف عدل و جود گے
روٗدی پتہ کن زشت کاران اے دریغ

روٗد نہ اندر جہان مہر و وفا
بوٗے بائیس خوٗن ہاران اے دریغ

بے حیا بے شرم شرٗی تخم حرام
بے گوناہ مائس چھہ ماران اے دریغ

موج کوٗرے کوٗر ماجے زن چھیہ سون
بینہ پیپھ از بینہ لاران اے دریغ

در تعجب حارتس اندر وہاب
پانی پانس نشہ تھاران اے دریغ

---

۱؎ افسوس ۲؎ رتی کار کرن وٲلی ۳؎ یچھ کار کرن وٲلی

# میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ

زٕ ہجرت زدٕ لیکھس نالہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
بٕ چھجس لاچارٕ آوارہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
گیوم لولہ رگن تارہ — ییہم نا بولہ دردٕ چھ راگ
زٕ دیدہ خونِ دِل ہارہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
بٕ گولیکھس شین زن ہارہ — چھوٚ کرتس سنگلن منز باگ
بنے یم جویہ تے آرہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
میٚہ گوٚ زخم غمہ کے بارہ — بٕ شراون یاونک زن ماگ
ژٕ نیٚہ چھیے نا رحم بے عارہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
طمع چھم ژھپھہ وارہ — دہا دارٕ و میٚہ زخمن لاگ
شمع رو لالہ رو خسارہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
ژٕ کر کینہٕ میوان یا چارہ — نتہ جلاد قاتل لاگ
بلہٕ بو ییمہ آزارہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
بٕ کوٚ تاہ کال روٚزی پارہ — دزان چھس ناہ سے منز باگ
گزان چھس جانہ ما یارہ — میٚہ ژھوٚو ژھہ یارٕ سینس داغ
میٚہ چھکھ شہرہ نتہ ژٕ نارہ — میٚہ ژھونڈ کھ دٕ دیرہ تے ویرناگ

مےٚ قسمتہ اوس ناکارٕ ٥ ۔ مےٚ ٹھوٗرتھ بارٕ سینس داغ

وہاب انز درد آوازٕ[٤] ٥ ۔ پریشان حال تٲرٲن گھاگ

ژٕ نے بِکھ پان وٚوٗنی مانہٕ

مےٚ ٹھوٗرتھ بارٕ سینس داغ

---

١ـ اصلس اندر چھُہ وہابن ردیفہٕ بابتھ یہ ہیٚتھ مصرٕس "گٔ ..." "غ" ٹھوٗرمُت۔ امایوٗ نہ ازی کس کاشرس اندر چھنہٕ یہ التزام مناسب۔ لہازا چھےٚ یمہٕ بارتکی کینٛہہ مصرہ یوٗزٕ آمہٕ پھیکھنہ آمتی۔

٢ـ کٔرس کٔب ۔

٣ـ پٔرانہٕ وقتہٕ اوس یہ اکھ خاص رواج۔ یُس چھوٗکھ اوس فورا بُلہ رٲوان۔ انز چھہ کنہ دوہ ہس نہٕ ونان ۔

٤ـ ہباہری ۔

# شُیہ دہ سالہ بہ نابالغ

| | |
|---|---|
| میہ چوٗمُت غفلتُک پیالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| لوٗکُس بوٗنہ مہ ہندہ زالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| ہیوٗتم جیل جنجالہ | نحق بڈدادہ رُوسنے دگ |
| لہٰس چھُم ہون دُنبالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ[1] |
| نیم دہ پوٗشہ لہی زھالہ | میہ اوسُم لوچُہ کڈگڈ گ |
| ڈہ کپوز میون زن دالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| گچھم رہوارہ نے چالہ | بہ تال[3] وسُم تہ دُم تے رگ |
| بہ فکہ باغ و بنگالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| ہہ چھم سیتارہ چھے تالہ | دُچھم کوتہ قمری تے سگ |
| وُچھم گُل سنبل و لالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| یوٗرُم یمہ دبینہ کے قالہ | پھرم لتس لشہ لغنن وگ |
| کوٗرُم لتس لشہ مے ٹالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| پھلی ہیتھ وارہ کم لالہ | سفید و سوٗرخ زرہ دوز گ[5] |
| بہ سر ما گو کھ موکالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |
| دما بوٗنہ او جنجالہ | بہ بیش یاد بلیہ فارغ |
| چھہ لبری بری ساقین پیالہ | شُیہ دہ سالہ بُہ نابالغ |

---

[1] یتھ بانس چھہ صرف مطلع نہ مقطع "غ" ہس دلیفس پیٹھہ۔ باقی سارِی ساری چھہ۔ وہ ہن "گ" ہس دلیفہ بدلہ مطلعس ماتحت "غ" ہس دلیفہ۔ [2] یہ نکھی متی۔ سہ وس چھیم دہ پتھ چھے ہم لم۔ [3] گری نال [4] سم گری بڈ بہ دم۔ گری دنبہ، مگ یہ گری سنزہ گردنہ ہندی ثال [5] سپہ نعل تہ زگ زنگہ۔ دلنلس سپتردی وعا طفہ ذری یہ بلیہ ناو نیہ آمُت۔

# دروغ

کاذِبس کرِ روسیاہی چھے دروغ[1]
بس نہ ایمان تس گواہی چھے دروغ
راستی کرِ راست[2] باز ان جنتی
دین و ایمانس تباہی چھے دروغ
دُچھ لفرقان واجتنِبُوا قول الزّوٗر[3]
ہینچھ ادب بڈ روسیاہی چھے دروغ
لفظ گردان زان بے ایمان چھُے
تس بہ دوزخ ستی خواہی[4] چھے دروغ
طوقِ لعنت[5] نالی گردنِ کاذِبس
لعنتس کرِ تس گواہی چھے دروغ
خانہ ہا از کذب و کاذب گے خراب
بر زوالِ بادشاہی چھے دروغ
توبہ پراز کذب و بہتان اے وہاب
روسیاہی تے تباہی چھے دروغ

---

[1] اپُز ۔ بوہتان [2] پُز زیادی ۔ [3] اپز چہ کتھ کشتہ دوزہ اکتھ کن
[4] صفوہ ذری [5] لعنتک ہار زرہ۔

# غزل

طمع یمی بھتو ونہ سے زود فارغ[1]
جمع یمی بھتو ونہ سے موز فارغ

چھیہ مسکینی بدنیا پادشاہی[2]
گدا دل باخدا خوشنود فارغ

چھہ خالی دست عالی جاہ بے غم
رہنتہ بہ دولت معبود فارغ

ہمو کینہ روٹنہ جز نام الٰہی
ہمو توب گنج تاگے زود فارغ[3]

بہ تقوا بیٹھی زاہد بہ توکل[4]
بہ گنج وعدہ معبود فارغ

چھہ مقبول ازل از خوش نصیبی
بہ فیض عاقبت محمود فارغ[5]

وہاب از مژدہ امید رحمت
ز فضل فیض لطف و جود فارغ

---

۱ فکر و رنشہ آزاد ۲ شہنامس منز درجہ واد شہنشاہن ہندی عبرت ناک انجام قلمبند کرتھ۔ اور وہاتس بہ عقیدہ رت لبنہ ۳ جل جل
۴ پرہیزگاری تہ خدا ترسی سینہ ۵ ئیلہ نمن بیتم آن یادہ یم دنیا رت نیرہ۔

# غزل

وا ے صد افسوس حسرت از جوانی چھم درلغ

ھا ے ہے کوٽ گوم طاقت نوتہِ[2] وانی چھم دریغ

گو قدِ الفس مُنہ خم از بارِ غم مانندِ دال

زان قد و قامت لبیبنہ ضرب خانی چھم دریغ

اُسی گل رُوح میانی سوز خاسوز رخ زن برگِ گولاب

گام سوسن سُست زنگ از غوانی چھم دریغ

قند زان مے زندگاسم ـ بند تا دان موختہ ھانہ

دانہ دانہ ڈدانہ از غنچہ دھانی چھم دریغ

زوس سنبلی دستہ سو رمہ زنگہ مے مو پیسیاہ

گوم کوٽ زنگ ترکمانی آلوانی[3] چھم دریغ

وُچھ ہیوجیشمو ستارہ دو ہلہِ وقتِ دُوپہر

از زمہر و ماہ تابانِ آسمانی چھم دریغ

جنگل و کوہ و بیابان پیادہ کوڙ رمبہ سال

از وہ ہتھن استادہ مشکل نوتہ وانی چھم دریغ

خادہ[5] از عمرِ گذشتہ گاٽھن چھُپے اے وہاب

بارکا نھہ ڈیو ٹھم نہ اندر دورِ فانی چھم دریغ

---

۱ پینہ بجرجہ ناتوانی، بیٺھ ۲ از غوانی رخسار ۳ ترک نساک رنگ چہرہ ـ الوان ہیو نہ زن پار نہ آلوان آلوان بیٺھ فارس جو ہین دون لفظن آہر پھیٹور ہیو مُٹت ـ تہ ٺقالیو پھینہ بیم ندہ حرف ہبر بٺھ ہکی ہتی ـ ۴ آسمانہ بیٺھی اکصا بہ تہ پر نہ لونہ زون دُھیش چھینہ بجرہ موجب طاقت

۵ خادہ خادہ

# رُوۓ

ژلہِ غم از دلِ آدَم — پھولہِ بادَم بارغ
بَلہِ وّونی از کُل عَالم — پھولہِ بادَم بارغ
شالہِ مّارانہ لالہِ برَدم — پوشہِ مالا لاگ
پیالہِ بُری بُری دااہ چیّم — پھولہِ بادم بارغ
خانؔ بانجی خائہش جَھم — وُچھتہ لوُرک ناگ
تنتہ نیران آب زمزم — پھولہِ بادم بارغ
لوُسہ مّاداہنہ دتینُم ژم[۲] — گوسہ کوثرہ ناگ[۳]
ردسی باشہِ گوّرنم زِم — پھولہِ بادم بارغ
سو کھہِ ناگہِ گوّرنم زِم — دہ کھہ لد درکھا گ[۱۴]
مو کھہ تُسندے مّبہ جُھمرہم — پھولہِ بادَم بارغ
بہ لسوادرے ژراہ آسم — تھُتی ہنّمہ سے زاگ
شیخ صاحب کاسِمّ غم — پھولہِ بادَم بارغ
ناوہ سائس وُرامتی کم — یاوہ ہا وس ناگ[۱۵]
واہ وُچھیتھے ہّانہ دلَم — پھولہِ بادَم بارغ
روزوایے زیر و بَم — بوزہ ہندی راگ
سوز گاسی سوُزے غم — پھولہِ بادَم بارغ

دۄلہٕ دۄہاوٕ بیرِس تَن     خیٖرٕ[5] موٗژ وٕز لاگ
چھیٖرٕ دِ دامانہِ زٕ ژھٕ مُکم
پھولہٕ بادم باغ

---

۱ گام اکھ     ۲ دھوکہ
۳ قبیحہ ناگ (اصل) بیاکھ تلفظ "کولنسر" یا "کولوسر"     ۴ ہوسناک ۴ بیرو پرگنس منز اکھ گام
۵ خوٗدسر

# دبت مبہ یارن ضربِ تیغ

وصلکی وادہ بہ یزارن — دبت مبہ یارن ضربِ تیغ

چھم مبہ سینہ خون ہارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

زولس امی لولہ نارن — لشہ اگ زرن بے درریغ

کشتہ نبرو مبے جھم مارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

بام گل پھولی نو بہارن — لالہ زارن ہیوم میغ

گل ہرنقہ کیاہ کرہ خارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

بازہی کئرنم لوکہ چارن — خام اوسس اے درریغ

آم چارن کوک تارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

پشت خم کورنم مبہ یارن — جھم گمز زرن چارہ منیع

تم دوان دم چھپس گذاران — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

بلی گناہ ملی ہنیج مبہ دیارن — بے درنگ وبے درریغ

از خدا اوسس نہ نھارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

عاقبت ناپائیدارن — کٹ ترنھہ در دست دریغ

تروولس کھبون کالہ مارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

شین زرن گالبہ بہ مارن — نیوس اندر سال میغ

لوگسن جوبن نہ آرن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

رہی لیکھم یہ وردِ گارن — نی مبہ ووتم بے درریغ

اے وہاب کنھہ چھکہ زہ یزارن — دبت مبہ یارن ضرب تیغ

---

۱ وعدہ (اصل) ۲ فارسی لفظ ۔ کرمن ابر ۳ خام پنہ چیز زیچھ یلیبہ لشیبہ برہ بلبہ وتود چھلہ کھیاہ کرھنس کن ۴ زو لوٹ نگر ۔ زدلیف بدلوومت ۔ شالس کھاک کھاکر ۵ تھس تھکھ دوان ۶ کوہہ کو تنبن ہندس ماداس اندر ۔

# به حسرتھ لالہ در باغ

به سینه داغ دل ہیتھ | به حسرتھ لالہ در باغ
دِوان بلبل گلن گتھ | به حسرتھ لالہ باغ
بہ آب[1] شور گریان | کنین چھاوان ہینن پان
بہر جوے خیابان | تلن[2] جنجالہ در باغ
گچھ ڈبہ چوبہ شولان | بکور کیاہ زُو بہ بولان
حبہ خوتون تولان | چھیہ موختہ مالہ در باغ
ونے کیاہ نار در نار | نے و سنطور تاسانہ
رہ نین ہند شرفِ نی تہ آواز | سر سہ تالہ[3] در باغ
وچھونا دیوہ باحال[4] | چھُہ از عیاشنے سال
موے و مطرب کلہ وال | صراحی پیالہ در باغ
سر سبزار گوشن | بہو نا یارہ توشن
بہ خلوتھ اچھ بوشن | کرے بو مالہ در باغ
قمری کستوری طوطہ | پریشان میأ نہ کھوتہ
مینہ موختلس گوم فوطہ | دِمے نا نالہ در باغ
حجازس[5] ناز گو تیز | عشیر آهن[6] سشکہ آمیز
دِہ موے بر یاد نیریز[7] | چھمو از پیالہ در باغ
پرے بو فارسی راست[8] | بهار[9] و بیدیہ دہناست[10]

صدا از پہلوی خاست[11] سرِ خلخال[12] در باغ
گلاب و ہی نہ سنبل رنگارنگ در چمن گل
وہاں بو لاگ بلبل
پہ دہ چمن ڈالہ در باغ

---

۱ نمکین آب - اوښک ۲ اکھ جانور ۳ موسیقی ہند اکھ مرود
۴ ہوشن منتر رہ وزہقہ ۵ اکھ ایرانی راگ
۶ ٹانگھو ساٹھی باجر ۷ موسیقی منتر اکہ نقاگمند ناد
۸-۹ راست نہ جہار چہ موسیقی ہندی زرہ مقام
۱۰ دہناسری اکھ ہندی راگ ۱۱ فارسی زبانی اندرہ
۱۲ رہ وہ بہ گوڈہ

# غزل

میہ بوزم وانہ امشب سوارہ یار در باغ
بہ مہر و ماہ و کوکب چو از دربار در باغ

وچھم بادِ جنوبی کران از خاکروبی
مزیّن گے بخوبی در و دیوار در باغ

گژن ہیوت کولہ آرو دِوان از دیدہ بارو
رجوع کور آبشارو سوّیے فموار در باغ

بہہتھ نَل آبہ چھولن صدا دیت پوشنولن
قمری گستوری بولن بہ یک منقار در باغ

صُراحی مطرب و موے سوّ زود و سازہ تائنے
یمس از تو تھ ووذ دے بنیس دیدار در باغ

ہوا از مژدۂ خنداں[1] دوابنہ دردمندن
چھ باہم جلسۂ رِندن بین اسرار در باغ

وہا بوسہ چھ قاضی زبہرِ چارہ سازی
بہ قسمت روز راضی چھ گُل تا خار در باغ

---

۱ خنداں ۔ اسان

# پھولہٕ ناوُن باغ

دود دِلہٕ کے بلہٕ ناوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
جودسلہٕ کے ژلہٕ ناوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
روبہٕ زیبا دولہٕ ہاوُن    ژلہٕ ملکس دژاگ[1]
روے گشتن گژھہِ ہاوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
مارمو ووٚنی بلہٕ ترٲوُن    مار[2] خورہ مو لاگ
مار در تا[3] تار تھاوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
زوٗن اوٚبرس تل مہ تھاوُن    خوٗنہٕ سیے موزاگ
روبہٕ زیباسہٕ ہاوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
لالہ رو خسار لوٚن ژہٕ تھاوُن    روٗد لالس داغ
آفتابہٕ مندہٕ چھاوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
گژھہِ کنیٚر ھاہ پلہٕ پاوُن    بازرس منز باگ
چندہٕ چھوٚن چھی مندہٕ چھاوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
سبنہٕ وارہٕ چھلہٕ ناوُن    اَدہٕ وُزِیِ ناگ
ناگہٕ آباہ ہیتہٕ چھاوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
گژھہِ رہبر کتھہ باوُن    سُہ چھُہ نوٗرک ترٲگ
گژھہِ ناتی مُشراوُن    پھوٚلہٕ ناوُن باغ
دہٕ بو ووٚنی سوٗرہ باوُن    ہیٚوکھہِ گو زلہٕ ناگ[4]

## دُ چھُہ ناو ییٚنہٕ منزٕ چھاوُن    پھولہٕ ناوُن باغ

---

۱ھ دٕہابن تہٕ چھ "گ" لیکھُمت تہ بیتہٕ کینہ "غ" رودیفس تل "گ" جہ فیٚضح آواز اُژِ مژٕ۔

۲ھ اکھ باغِس دٕرندٕ وٕیتھ سرف چھ کھیوان

۳ھ مراد "موسے" یانہٕ زلف تھاوک منٛتس اندر۔

۴ھ زٕلہٕ ناگ امرناتھ گژھان گژھان وٕنہٕ یوان بیتہٕ بیتی واہ بہاد یومالائی قصّہ رلاونہٕ آمتۍ چھ۔ مگر ییٚنتی چھ وہاب ییٚہیس زٕلہٕ ناگس کُن اشارٕہ کران۔ بیس ژرار گژھان ناگام کریوس نشہ یوان چھ۔ یہ ناگ گوٚ سنہ ۱۲۹۶ ہجری بیس منٛز ہنگہ منگہ ہوکھ۔ اَمہ وری یہ اوس وہاب ہجری حسابہٕ ژوٚہ ترٛہہ وُہر۔ مگر یہ بانتھ چھُن بجرس وٚاتتھ لیکھُمت

# غزل

گڙهڪه انه دام اين دنيا زِ ترڪِ ماسوا[1] فارغ
ٻڙهڪه ٻُڌه جنّت الماوا[2] سين اده ازِ ريا فارغ

سڀڻا ھيٺيمه زاله وَلنٽي آسي سڀڻاه ٻيڻه اُٿهڻا وان ڏڙا
فقط از دام دنياڏاني نبيؐ تا انبيآءِ فارغ

ڀيني تم لا طمع ازمال هيٺو تُکهنه ذِمه ڪانهه جنجال
زِ دنياهُ وڏي فارغبال زِ سيم وڪيميا فارغ

تِمو ڪوڙ تيره خاڪس زرڙهنن موهره ڪنبن جوهر
جهان انه آفت وهر شرگو از برگ وگيا[3] فارغ

تِمو ڪئي موهرده ڪاتباه جي به يڪدم ربع مسڪون لئي
مريضان سهاس تاليجه گئي به فضلِ ڪبريا فارغ[5]

زِ ملڪِ عالم افلاڪ زِ باد وآب وآتش پاڪ[6]
مُليته باخاڪ اندرخاڪ ٻهنهه از بوريا فارغ

خزانه عالمگُ دردستِ به ڪينزهاه دربلند وپست
زِغنا ودردست اليشان هِٿ ڇهتم چون ارميا[8] فارغ

ٻُه نادان ڪوتاه خام ٻُه طفلي ٻاده بِرم ايام
وٽم بو لبنه ڇهڪه دره دام گڙهڪه از اوليا[9] فارغ

---

[1] خدا ليس ورائي يم چيز ڇهه [2] جنت الماوىٰ (اصل) [3] يم پن ياگاسه ٻڌي هندس ڪُلس ڪهبه هن
[4] دنيهڪر نه ورآباد اند [5] صحته وارلي [6] بي نياز [7] تهندسي الهقس اندر
[8] ارميا حضرت خضرؑ [9] اولياءالله بن بنده وسالنه ليڪه نجات

# غزل

کیاہ کوٗرُم اَتھہ لوٚکہٕ چارس اے درِیغ
قدر زانُم نہ بہارس لے درِیغ

راوہٕ روُدُم سوٗنتھ درآرام و خواب
کرہٕ کیاہ وُٗنی ماہ ہارس[1] اے درِیغ

گوم فصلک وقت ازدست کیاہ کرہ
موت چھُمنہ بختیارس اے درِیغ

کُرٕ یمو محنت چھہٕ تم وۄمید وار
چھُنہٕ کینہہ نۆقصان کارس اے درِیغ

یِمہٕ نہٕ وۄوِلس کیاہ نِیٛ وُٗنی غارِ وقت
ساوِلس منز کاشکارس اے درِیغ

یُمہٕ نہٕ وۄونے سوٗنتہ ہردہ کیاہ لوٗنے
مند چھا تس نانگارس اے درِیغ

بے زراعت چھُکھ ژہٕ مفلِس اے وہاب[2]
کیاہ ژہٕ دِکھ وُٗنی نادہٕ تارس اے درِیغ

---

۱؎ بیلہ نہٕ وۄنک وقت آسہ

۲؎ یم حال حال تام زمینہٕ رہ ستی آسی رٕنہٕ ہردہٕ آسی مانگے سونبران زَ نتہٕ بۆچھان۔

# مناجات

کرتہ یارب فضل تے ایحسان[1] برحالِ ضعیف
چھکھ ژٕہ رازقِ چارہ سازِ آل[2] واطفالِ ضعیف

بیٚس نہٕ کانٛہہ لسن چھکھ ژٕہ خالِق کُس چھُ مالک ژٕے سوا
پہلوانس کوٚرتھ سینہ چاک از زالِ[3] ضعیف

اجلہ رس رٕٹی نفوو کھن ڈُنبال بہر انتقام
شیر شرزس شر بخاطر شرم از شالِ ضعیف

چھی ژٕ یہ روشن پیش ولیس پنہان و پوشیدہ ہمہ
مومبو مولوم[3] چھی ہر گونہ اعمالِ ضعیف

نو تہ وانن ہشد ژٕہ یاور پیمتین ہُند دستگیر
ژٕے محافظ چھکھ بہ حال و مالُ اعمالِ ضعیف

رحمت فضل وکرم کرتم عطا اے کردگار
مفلس و مسکین و ماب حاجنی زال[4] ضعیف

---

۱ احسان (اصل) ۲ زری مُری

۳ کأشری تہٕ عربی لفظ ملِتھ نأوِ تھ بیتھ ہوی اضافی مرکّب چھ دیوانس اندر قدمہ پتھ قدمہ۔ یہ اشارہ چھ ایرانی "زال" ناوی شاہنامہ کس اکس کردارس کُن۔ زال اوس رستم پہلوانہ سُند موول مگر کمزور

۳ (ق) معلوم (اصل) ۴ بُڈ ۂ

# نعتِ شریف

چھُس بہ درآرزوے روے شریف  یانبیؐ[۱] منتظر بہ کوے شریف
بہرِ للّٰہ مبہّ از کرِو مسرور  چھی مسکیٖن نواز خوے شریف
بگنا ہگار[۲] اُمّتِ تشنہ  کرِ تہ جاری ز فیضِ جوے شریف
بلہ ہن دوہ کھ تر دأدی زلہ ہن غمَ  ہأ دی تو عاصین سُہ روبے شریف
پابرہنہ بہ لارہ حضرت بَل  چھُم یِوان تنہِ جأنی بوے شریف
عأجزن رکتہ مدینہٕ ثأنی[۳]  چھُ تتہ خاص پاک موے شریف

اے وہاب رونہ ڈأڈ ہیتھ بردر
منتظر روز و شب بہ کوے شریف

---

۱ یتیتھ چھُ بحرِ پھُان ہیوّہ  ۲ گناہ کارن

۳ موے مقدس چھ جایہ موجوب زِ نتہ دوِیم مدینہ منوّرہ

# منقبت چار یارِ باصفا

چار یارِ نبی ﷺ بہ لطفِ لطیف — چار دیوار و رُکنِ دینِ حنیف [۱][۲][۳]
یارِ اوّل چھُ حضرت صدیقؓ [۴] — در قرآن نتش کران خدا تعریف
ثانیِ اثنینِ اِذ ھُما فی الغار [۵] — یہ چھُ در شانِ پاکِ او تصنیف
شاہِ عمرؓ [۶] خلیفۂ ثانی — ہیوٗ نتہ شہرن قصاص موٗرِ ضعیف [۷]
بہرِ مسکین سُہ جبلۂ [۸] الیم — از عدالت زوین سیٗن تخفیف [۹]
ابنِ عفان حضرت عثمانؓ — یمی جمع کور بہ جوٗد قرآن شریف [۱۰]
دُرِّ او یکتا بہ علم و حلم و حیا — در خلافت تمن سیٹھاہ تکلیف
شیرِ جبّار حیدرِ کرّار — مُشرکن وُنہ تمی سندُ وری تخویف [۱۱]
اہلِ بیتِ نبیؐ وصی تہٕ ولی — یادگارِ زِ خاندانِ شریف
اے وہاب وصفِ پاک شاہن ہُند — کیاہ کرہ کُھ چھُکھ خراب خاک کثیف

---

۱ احسان کرن والس خدایہ سندہ فضلہ سیتی ۲ تھم ۳ حضرت ابراہیمؑ سندہ وقتہ پیٹھہ چھُ دینِ اسلامک دوٚیم ناو "دینِ حنیف"، حنیف چھُ تس موحدس وَنان یُس سارِنی تراوِتھ صرف خدایس کُن لگہ۔ ۴ ثانی اثنین ۵ آیہ کریم ییتھ اندر تتھ وقتس کُن اشارہ کرنہٕ آمُت چھُ ییلہ ہجرت کرنہٕ وِزِ آنحضور صلعم ہن سیتی غارِ ثورس اندر حضرت صدیقؓ یارِ غار اوسی ۶ خلفاءِ راشدینن چھُ عام لقبہ وِزِ "شاہ" دِنہٕ یوان ورنہٕ "شاہ" تہٕ "خلیفہ" چھِ بلکل الگ الگ مفہوم تھاوان ۷ کمزورن پیٹھہ ظلم کرنہٕ وِزِ تہٕ ۸ غسّانی خاندانک نواب یُس گوڈہ مسلمان سپُد پتہٕ بنیوو بییہ کرستانی تہٕ کیازِ فاروقِ اعظمہ سندہ عدالتُک شنز آو سُہ تمام مدعی علیہ ماننہٕ۔ ۹ دینس اندر سپُد کم ۱۰ قرآن کریم چھُ دراصل حضرت صدیقؓ سندہ وقتہ جمع کرنہٕ آمُت حضرت عثمانؓ سندہ عہدہ آے اتھ نقل کرنہٕ ۱۱ خوف

# منقبت حضرت سلطان رح

از گوٗلاب عطر بوٗد وۍ زٕلوٗ کرِن صد بار صاف
بٮ۪یہ دٔر آب روان روزہٕ بہ مدّت نابناف[1]

گرٕ ہِنہٕ زٕلوٗ میانٕ لایق بہرِ وصفِ شیخ دین
لیکن تٕم از رحمت ہمیٖ تھاوِنم بیشک معاف

او سُمت وۍ عہدِ سلطان کاشرِ نا دیگ فساد
سُنّیَن پیوٗ مُت شیعین[2] سیتن بہ مذہب اختلاف

تٕم دٕپان ختم ولایت گوٗ بحضرتِ مرتضا
نمہٕ پتہٕ کٕن منکرن کرٕ فاض[3] رحمت در غلاف[4]

حضرتِ سلطان محقق اوس تٕمۍ تحقیق کوٗر
از خدا و ز نبی تٕمۍ کوٗس سوٗۍ اختلاف

بوٗڈ عنایت کوٗر خدا ین شیخ دین ہٕتھو ون سبب
آسہٕ ہے در خطّۂ کشمیر دینس سخت ضعاف[5]

خادمن تٕ مخلصن چھےٚ در اہم[6] تٕ گنڈہ[7] کوٗر
روز و شب لاگِہ کرِن در مسجدِ سلطان طواف

تٕم عبادت خانہٕ از سلطانِ دین کاہتی بنا
داربا کالس تٕموٗ ہتی جایہ کوٗڈ مُت اعتکاف

نہٕ گرِ دِ کوٗہ ماران خوٗن ہالان کرتہٕ گنھ
تِھتی جنابِ شیخ دین جُنّتس منز ڈراوڈاف

اے وہاب از روضۂ سلطان زہٕ کوتاہ دوٗر چھُس
سہ مریدن مخلصن ہمراہ اندر کوہِ قاف[8]

---

۱ ترنس نام ۲ شیعین (اصل) ۳ فیض رحمت (اصل)
۴ ہند ۵ ضعف (اصل) ۶ ۷ ہمہ زہ جایہ چھ کھوٗ یہامہ بیٚنہ حضرت شیخ رح چلس روٗدی مُتۍ چھ۔ ۸ کاکشیا ملکس اندر اکھ مشہور کوہ۔ لیکن فارسی ادبہ کہ اثرٕ کاشرس منز تہٕ ساروٗی کھونہٕ دور تہٕ کریوٗ ٹھ بال آد گمان کرنہٕ۔ حالانکہ امہٕ کھوٗ نہٕ تھدی بال چھ بیٚیتر مثلن ہرموکھ یا ننگا پربت۔

# رُباعی

چھُم تمنّا وُچھہ ہا بوہ پیرہ سُندرُوے شریف
ہر صبا بادِ جنوب[۱] بس چھُم یوان بوے شریف

وۆنی بہ دل وۆمید تھاوِتھ روزہ اندرانتظار
طالیبِ دیدارِ سُلطان وارہ درکوے شریف

---

[۱] حاجنہ جنوب طرفہ چھ شہر سرینگرہ بۆنتھ حضرت شیخ علیہ الرحمہ سُندآستان چھُ۔

# پنن بانہ ژہ کر صاف

اگر بکھ بہ موے خانہ — پنن بانہ ژہ کر صاف [1]
چھمہ موے بہ ہمیا نہ — پنن بانہ ژہ کر صاف
چھ بیھ لرہ سنتھ ایوانہ — ژہ تھاو تیلہ باتژن چھاپ [2]
دچھکھ ندونہ ہشد لورانہ — پنن بانہ ژہ کر صاف
ژہ وو مبژرہ اندر دانہ — چھ از ہول وولس واف [3]
کرکھ کیاہ ژہ زمتانہ — پنن بانہ ژہ کر صاف
وتن بیٹھ چھی درہ دانہ — تلگھ کیا ژہ ہیو ٹھے شاف
غنیمتھ بہ دم زانہ [4] — پنن بانہ ژہ کر صاف
ہیوکھ جنت پانہ — رتو وچھنہ شہل تہ تاف
ہمن از چھ بری بری خانہ — پنن بانہ ژہ کر صاف
ہیو داری بارس شانہ — رتو نافہ کوڈ از ناف
سپنی مالکن ہم شانہ — پنن بانہ ژہ کر صاف
دچھم رند چھ دیوانہ — بہ دکان ترادنہ ڈاف
سہ از جان خود بیگانہ [5] — پنن بانہ ژہ کر صاف
سہ رت عاقل فرزانہ — میہ کور پانہ سہ دری باف
چھ موت لاگی کفن سنانہ — پنن بانہ ژہ کر صاف
یمن زون تمی رت بانہ — رتن کنہ چھی پننہ پاف
وہاب ہیتو [6] طانہ — پنن پان ژہ کر صاف

۱ اصلس اندر صرف گوڈنگس نشارس اندر "پانہٕ" یہ چھ کُنی تام پوٚت واتنی "بانہٕ" بدلاوِتھ "پانہٕ" بنیومُت یُس اَتھی چھ نقاوٕ تھف کرِتھ۔ "پنن بانہٕ" گو پنُن باطنی وجوٗد۔

۲ اَچھِ زٕرٕ کَن زٕرٕ یُس آس

۳ اصل وقت ۴ زٕلان

۵ وُڈوِپرٕ ۵ دریاب (اصل) ۶ طعنہٕ (اصل)

# سُہ کُنُے در ہر طرف

نادنۍ وِتھ ہیُون ہیُونُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
بازرن اندر نوُنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف[2]
ڈلبنہ وُن بوزہ وُنُے چھُے — ہر ہمہ[1] بے گوش و کف[3]
سارِی سےٚ وانہ وُنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
آدمس چیرہ جاچھوُنُے چھُے — میثرہ دبت ذاتن شرف
ویثرہ سر میثرہ دل سوُنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
غافلن چشمن اوُنُے چھُے — قافلہ گو در ترف[4]
کالنہ نہ عِبرتھ ہیوُنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
عاقلن دیدن نوُنُے چھُے — تم چھِہ اندر تاب تف[5]
پیالہ موُنک ماچوُنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
زاہدن مرُن رِندن کُنُے چھُے — تم ژھیپھ ہیپھہ سر بکف[6]
مومنن کیاہ ماہِنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
سجدو پیس کُن ژربہ دِنُے چھُے — لس چھِنہ کُنہ جایہ تھف
دِل پینُہ کعبہ توُنُے چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف
کعبہ ابراہیمہ[4] نُے چھُے — تتھ تمی دیتمت شرف
ژور قبلہ ہیوُن ہیوُن چھُے — سُہ کُنُے در ہر طرف

---

۱ ہر ہمہ = ہر ہمیشہ ۲-۳ گن ہنز اتھ۔ گوڈہ مصرعِس سیتی چھُنہ لف و نشر غادہ مرتب

ماننھ تہ " اجتہر " لفظ سمان     نٹ۴ سُلِنس سمندرس اندر یا کھیہ منز مراد قبرستانس اندر

نٹ۵ بے قرارٛی     نٹ۶ اتھس کُنھ کلہٕ ہیٚنتھ ۔

نٹ۷ وہابیہ گزرٕ نہٕ پتہٕ تہٕ کینہہ وری اَسِ کعبہ شریفس اندر ژورن مذہب دارن (امام اعظم رضؓ
امام مالک رحؒ ۔ امام شافعیؒ ۔ امام احمد بن حنبلؓ ) ہندی ژور امام الگ الگ نماز جماتھ پرناوان
وۄنی چھہ مسجد حرامس اندر ساری مسلمان اکی سے امامس پتہٕ اقتدا کران ۔

# غزل

میہ دِلس پیٹھ نفس رٗود مَہ برخلاف ‏ لِچہ وَنم پیٹھ جایہ نفس اختلاف[1]
نفس ناٗ دِل روز و شب ہر صبح و شام ‏ اکھ اکِس سیتن مقابلہ در مصاف[2]
دوٗپ دِلن مے گاش کھول وو تھ پَرِ نماز ‏ دوٗپ میہ نفسن وُنہِ چھے شُل ترٲو ڈاف
دِل لوٗگم دُنیاہ پیٹھن ژریہ گو ‏ نفسنے دوٗ ہیم دما بیٹھہ نوٗن چھُہ تاف
دوٗپ دلن مے کرنہ کینژھا نیکیاہ ‏ لوٗگنم بیمار نفس سخت ضعاف[3]
برگناہ مے زانہہ دِلن کوٗر نہ وفا[4] ‏ دوٗپ میہ نفسن گژھہ از رحمتہ معاف
نفس سرکش[5] گوم دل کوٗرنم اسیر[6] ‏ غفلتس اندر بہ زیرِ کوہِ قاف
چھُس بجنگِ نفسِ ظالم مبتلا ‏ نفسیہ کین مالن کرٗن میے چھُم طواف
یاالٰہی از سر سودلے نفس ‏ از ریا و کینہ کرتم سینہ صاف

اے وہاب از نفسِ سرکش خوف تھاو
بر امیدِ نفسِ خود ہرگز مہ لاف[7]

---

[1] اختلاف (اصل) ‏ [2] میدان جنگ ‏ [3] ضعف (اصل) کمزوری
[4] طرف داری ‏ [5] بے قابو ‏ [6] قادر ‏ [7] مہ دِہ

# غزل

یمی نہ پٕزٕ زٕد عٲقِل وزیرس لٔس اُمیرس خاف حاف
آسہِ یُس بدخاہ امیرس لٔس وزیرس حاف حاف

ہیر مانندِ نبی عٲبتھ کرُنی لٔس بوڈ گناہ
یُس بہٕ حیلہ روزِہ ہیرس لٔس بے ہیرس حاف حاف

ہیون نہٕ دِیُن دٔر دستِ قدرت لٔیس دِتی لٔس سُے خدا
کرِہ یُس عانگرٕ امیرس لٔس فقیرس حاف حاف

اکتھ یمی از جانِ خودچھِلی لٔس چھُنہٕ بیم وحیا
بدٕ ورِہٕ خوفی اُسیرس لٔس مُشیرس حاف حاف

از اشارہ رکھٕ بشارکھ بر بشارکھ ڈاڈ کر!
یُس بشر بوزی بشیرس لٔس ضمیرس حاف حاف

فرق در ہر آدمی وچھ کُولنٕ تے زیٛچھ عام خاص
بُس ادب رچھہ نہ کبیرس لٔس صغیرس حاف حاف

سِر بِنُن مو بادکانٕ لیے سِر ر چھیُن گوشٕ ر ژ چھُن
یُس اکھاہ کرِہ فاش سِیرس لٔس شریرس حاف حاف

وہاب کر استقامت بر شکارِ نفسِ خود!
مارِہ نا اکھ بدٕ وطیرس لٔس چھُتیرس حاف حاف

---

۱ حیف (اصل) ۲ کھنہ کڈنس ہیٛچھ ۳ ہیاپے منگہ منگہ ۴ لٔس قادِس یمی خوان گورُمت آسہ
۵ یُس کانٛہہ سِنٛدِ ضمیر بشارت دِیہِ تہ یُس نبی اکرمس صرف بشر خیال کرِ تہٕ ضمیرس چھُ افسوس افسوس۔
۶ بڈس۔ زیٛٹھِس ۷ گانٛمس ۸ گلہ ۹ بدخہِس ۱۰ ہِنز نفسس شکار کرنس پیٹھ
کرِ ڈاڈ۔ دوٚمیس شادٕس اندر چھُ وہاب ہِنز پان شکار: تِمہ پیٹھ یُس نتہ کانٛسہ حاف حاف کران یُس نہ بدٕ وطیرٕ ہ
نفسس مارِ نتہ بکہ۔

# غزل

خالقن دِیتمُت زِ خلقت زیادہ انسانس شرف[1]
مٲلِکن ہُو وُن برحمت اہلِ ایمانس شرف

در ہمہ علمِ حدیث و علمِ تنجیم و سیر[2]
ہُو مُت پروردِگارن زیادہ قرآنس شرف

کِردگارن کوٚر بہ قدرت آفریدہ ہر چہ ہست[3]
زوٗن تارکھ آفتابہ دِیتنہٕ اسمانس شرف

برگزیدہٕ یم عبادتھ خانہٕ چھِی اندرٕ جہان
چھُ تِمن منٛز کعبہٕ افضل ژوٚر چھُ تتھ خانس شرف

سارِسے وٕرِہس اگر کانٛہہ روزِ روزہ سالِم روزہٕ دار
چھُ سہٕ تیتھ درجاتھ ییتھ[5] چھُ ماہِ رمضانس شرف

از ہمہ نذر و نیاز و ذبح گاو و گوسفند
افضل و اعلا نہٕ بہتر زان[6] قوربانس شرف

بُس نہٕ مردس آسہِ ہمت تس نشے بہتر چھُ لانژھ
لانژھ بد زیباز نانے ساز و سامانس شرف

بیتھ نہٕ بٲلِس نٕے محبت آسہِ کیاہ چھُکھ اعتبار
تس قربس خوہ نہٕ بہتر یار بیگانس شرف

اہلِ دُنیا چھی بد نیا لگاری مالِس اے وہاب
ییتھ زمانس از زہرو جاداد النالس شرف

---

۱ تحفر۔ بجہ تہٕ بزرگی　　　　۲ علم سیرت انبیا، و اولیاء

۳ یہ کینژ ماہ وجوٗدس منز آمُت چھُ　　　۵ "درجانہٕ" چھ عربی "درجات" یُس
اصطلاحی معنیس اندر "روحانی درجات کِس معنیس اندر استعمال چھُ سپدان

۶ یُس تجہ کِہن دوٚہن اندر کرنہٕ ییہِ۔ اتھ از رچھ ابراہیمی ایثار تہٕ ایمان تصورس اندر
زٹِھ قوٚربان کرنٕ واٗلس یہ عزم دُرراوٚن پیوان زِہ" اگر رضائے خدا یِتھ مبہٕ تہٕ پنُن
کنٕ نیچوُ ذبح کرُن پییہٕ بہٕ دالہِ تس ییتھ کُنہٕ شراکھ"۔ بیٚ وَنان گژھہِ شہٕ قوربان جانورس
پٹیٹھ "بسم اللہ اللہ اکبرٗ پرُن۔

۷ اعتبار (اصل)

# غزل

هيچو آئينه ز ڪينه بي ريا دل ٿئا و صاف
دو هيه اڳه[1] اندازه ڇپي ناگاه شهل نه گاه ڇهه تاف

خالقن ڊڙهڙ بہ نيا ٿالڪي ڇپي سالڪن
بر سر بازار ٿيي رندن به خلوت اعتڪاف

ڪعبه پينه ئي سينه زانءُ قبله ته ڪعبه ڇهه دل
روز و شب احرام بسته[2] ڪر ته اٿه ڪعبي طواف

زلوه ته دل ٿئاون ڪني بيقرار بالتصديق قلب[3]
زلوه نا بيته بيقرار ڪو رني دل مه ٿئاون تنهه خلاف

آدمي بي صبر هر رزق اندر تاب و تب
چون هلو عا[4] دل پراڪنده درون ڪوه قاف

بڌ تر به ڪا نڙهانيڪ بدلوپشيده ڪا ئشي هنده وڃي
بالمواجه[5] ڪر صحي شو ٿئا و فتنه ور غلاف[6]

عاب جو بي ڪاٿيه مو ڪر بنده ساري عاٻدار
بيش ڪوه بيقرار جرم درگذر ڪريش معاف

ئي و طالب سهو و خطا بڌ ڇهي ته هر بنده بشر
بنده هرگز آسه نه بي عاب انه پاڪي چه لاف[7]

---

[1] اڳه دو ٻڪ [2] احرام گنڊنو [3] الايمان اقرار باللسان و تصديق بالقلب
[4] ڪس تام ڪردار بس رزق ڙهانڊان ڙهانڊان ڪوه قاف ڪنڊ بدر ڇهه رود دست۔ عر نبايا ڪڙ ڇيه هو غ دنان شيخ بي صبر النانس۔ [5] بقبس ٻيٺهه۔ روبرو [6] اندري اندري۔
[7] پاڪي هندي لاني ڪيا دچه دز۔

# بے وقوف

مٲلۍ سُند جاہ و حکومت آسہٕ ہاوان بے وقوف
ماوِ پرانین ہُند بہٕ شُہمتھ مندہٕ چھاوان بے وقوف

بہٕ اتھس آسی نہٕ "دارم"[1] "داشتم"[2] چھِے نا بکار
اوتر ہ کھیومُت نہٕ انہ ڈاگر چھُہ تراوان بے وقوف

دوٗن چھُہ ہیوٗن دیُن تہٕ تر یُم زوٗن آویانے درمیان
یِم زہ وارہ کارہ باہم تہ بناوان بے وقوف[3]

سینہٕ پیٹھ نیکُ سروُن پینہٕ نین وٕ کھن جابہٕ چھُنا
بازرن پیٹھ گرہ پینہٕ نیکُ سیر پاوان بے وقوف

وصف واوصافِ زنِ خود ہمنشینن لِش بہتھ
بُش کری چھُہ شرم بینی ندہ چھاوان بیوقوف

پرانہٕ گراوہ لیُش کری تمیُ دُبارہ تُل فساد
در گذر گومُت گذشتہٕ[4] یاد پاوان بے وقوف

بہتھ زمانس عاقل و دانا چھِہ اکثر تنگ دست
کوٹ و بوٗٹ و لوٗٹ ہوٗل دستار تھاوان بیوقوف

پرٕ بہتھ کُنے فضلس گومُت وسم مقرراے وہاب
یتھ زمانس فضلِ کامل[5] چھِے فراوان بے وقوف

---

[1] دونکیس چھُم [2] بہتھ کالہٕ اوسُم [3] دخل در معقولات دِنہٕ وول تریم زوٗن
[4] پرانہٕ وقتہٕ [5] دٲنائی فضل۔

# غزل

کنھن ھنٛد مغز مانے زانہٕ عارف[1]
اکھن اندر جہانٕ[2] آنہٕ عارف

خداین کٔرہٕ خلقت آفریدہ[3]
تھوٚن افضل بہٕ خلقت شانٕ عارف

بدنیا پارسا پرہیزگاری
چھُ تقوا ساز[4] و ہم سامانٕ عارف

توکّل کردہ، خوش تن بہٕ رضا چھُے
فنا فی اللہ گومُت جانٕ عارف

زہستی ورٛاو فان ورنیستی گو
نشانٕ بانشان کا شانٕ[6] عارف

سپینہٕ ریم محرم اسرارِ وحدت
تمے پرٛہ معرفت شاہانٕ[7] عارف

چھُ نائب ازنبی مالک زِ خالق
بہٕ حکمتہٕ و ترحمُ در فرمانٕ[8] عارف

سر و جانم فدائے پائے[9] نیکان
دل و دیدہ کنم قربانٕ عارف

غرض یُد چھُے خلاصی لبہٕ اندٕ نارہ
وَنہٕ بوٚرٹھ ادہ دامانٕ عارف

---

۱ خدا پچھانن وول    ۲ کائنات    ۳ پیدٲ کٔرِ
۴ ساز و سامانِ عارف چھُ تقوی یعنے پرہیزگاری    ۵ کٔرِتھ
۶ عالمِ فنا    ۷ وحدتکۍ اسرار زانن وٲلۍ پادشاہ    ۸ حکمتس تل
۹ زتین ھنٛدِ پادن

# غزل

در جہان چھے روزگارس صاحب کارس شرف
بیہ آسان آیہ سپتن سونہ رنگ آرس شرف

قدر و عزت ہرہ نہ کیٹھہ آدمیس از لباس
از خدا عزت چھینہ زرکار[1] دستارس شرف

مشک وار اہ قسم تہ بیہ قیمس چھ قیمت مختلف
سارنے قیمن اندر زور مشک تاتارس شرف

نو بہار کی گل وچھتھ دل ہیچ بلبل تنبہ لان
گل تہ ہر نہ اتھ لالہ زارس رود کیاہ خارس شرف

خلفوی سپتن چھ آبادی تہ بہبود ی بملک
ہیون تہ دین سود و زیان[2] دار بازارس شرف

کتھ چھ ہر موقہ کرنی لازم سوالس دین جواب
چھنہ بے مانے کتھن کیٹھہ زیادہ گفتارس شرف

از نگاہ یار سپنی سینہ روشن اے وہاب
رحمت و فیض و عنایت پاک دیدارس شرف

---

ا۔ بیہ دستارس طلہ آسہ جبر نہ ۲۔ زیان دار یانے گاٹلس منز پیٹھہ و ل تہ لنع
زیٖن وول۔ یم دہ نہ وے چھ بازرچ رونق۔

# غزل

گوم از شمشیرِ ہجرت یارہٕ ہے سینس شگاف
ہیوم از زنگارِ شامت وارہٕ آئینس شگاف

سۄرہ چاۄنی غمن گوٚہم کمن مایل ژٕ چھکھ
کیاہ ژٕ بہ چھیہٕ ویۄدٕ غم کران کنھہ پاٹھی غمگینس شگاف

پادشاہ کیاہ زانہٕ مفلس تہ گداکینہٕ خستہٕ حال
خستہٕ دل از مسکنت لاچارہٕ مسکینس شگاف

کارِ دوستادان وچھیتھ ہے گوم از خامی خیال
بارِ گردن ہیوم جانس لار بۄزٕ یٕنس شگاف

کرِہ آہِ سینہٕ سوزان عالم و آدم خراب
آفتابس نارہٕ کن تہ ماہ و پرِوینس شگاف

در جہان ہرگز مہ سا بہ بین نہٕ خود بین سین
بار بد بینس بگردن کھارِ خود بینس شگاف

اے وہاب از آہِ مظلومان ژٕ کھوژ پرہیز کر
دادِ دِلہٕ سندی آہ بے وابہ کری پٹینس شگاف

---

۱ چھی (اصل) ۲ لارہٕ لار ۳ بیٚنزِس، واندرس ۴ لیٚترہٕ کھتس۔ یہ چھ تحفوٕ دلیلہٕ کُن تلمیح یتھ اندر ونہٕ چھہ امُت زِ وانِدرن یٕلہٕ آری کٹی کرِنہٕ ہیٚژ تمی کوٚرگیلہٕ اندرہٕ بیٚن یتہٕ یٚتی کٔنی گوس گیلہٕ ہنٛزس کھشمس اندر لۄٹ ہینہٕ۔ وہاب چھ پیٚنزِنس پانس یتھے ہیوٚہ ناکارٕ گر گمان کران۔
۵ وچھ دزہٕ ووٚنین ہند ووش ۶ کرِنہٕ ژٕ ۷ یکھو وچھن دول ۸ یس ہیٚنزٕ پان عاقل تہ بوٚڈ لبنہٕ ہیہ (نرگیست عرف ہنگ تنکار السان) ۹ اصلس اندر "خوار" ییتھ لۄٹ نام فرٲس "کھار"۔ یُہ شارک مانے چھنہٕ ییران "گردنہٕ کھار مار آسنی" یتھ محاورہ۔ یمیک مانے چھ عاقبتس اندر بٕڈ ذمہ واری نکھہ والنی۔

# غزل

کُرم ضائع جوانی پوٚکُس ہیٚتھ جام[1] در کف
اَنہِ یں دنیاے فانی مینٛہ حسرتھ آم در کف[2]

خیالی[3] کوٚر مینٛہ باغاہ تنھ اندر بوزِہ راگاہ
دِلس مینٛہ رُوٗد داغاہ خیالِ خام در کف

شوٚنگِتھ دَرِ کُنجِ خانہ وۄتھُس زَنٛ آسمانہ
وُچھم بالاے خانہ مینٛہ پینٛہ نٔے بام در کف

بہ حسرتھ چھُس پریشان اَچھو گَیاد چھُس بہٕ ڈلیشان
یہ دل ے اوس کرٛلیشان یہ کونہ آم در کف

مینٛہ چھُم دِل اکِہ تراپے تہ چھُس بیگانہ جاپے
نہ مطلب کینٛہہ نہ ماپے نہ چھُم ے دام در کف

دِرٛم نہ امرِ سے تن پوٚکس با فوجِ دشمن
مگر چھُم پوٚرِہ اکھ ظوٗن مینٛہ چونٛے نام در کف

دہا[4] بو چھُے یہ سامان تنیس رٕٹھ تٕرِہ داماں
عطالس لِش چھُ ایمان بہ خوٗبی ساٗم در کف

---

۱ دہاین چھُنہٕ دُمرہ منتز زانیہ شراب چُہ مُرت لہٰذا چھہ "جام در کف" استعارہ پاٹھ دٕرتاونہ آمُت یا بچھاتھ بچھان
۲ الکفس ۔ حاصل
۳ تصوراتی
۴ دٕھ الخمس منز

# کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف

کوٗوٕ نالہٕ ہیوٗمُت تاف — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
ووٗتھا اتھٕ کھوٗرٕ کرتو صاف — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
بٕہ چھُس ونکین لوٗرک دَم[1] — ووٗتھ کرٕ سر خم[2]
دِیوٕ بخشی صاحب یاف — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
وُچھتہٕ کھاسِن برٕ برٕ روٕ[3] — سیرٕ گاٗ تباہ گے
چھُنتہٕ موٗیہ کیا زٕہ نیوٗ ٹھٔے نٔاف — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
چھی برٕ برٕ ونکین وان — رحمتکی دوکان
مفت زٕ بیٖن قیمت ماف[4] — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
رادٕ رووٗتھ مولہٕ لُے مال — اتھٕ منزرے لال
کرٕ پالس ہیٚبھ الفاف — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
زانہٕ کولو گئی تاٗ شیر — وُچھنتہٕ از لقدیر
کاٗنی گرہٕ گے کُنزٕ تھ صاف[5] — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف
تولہٕ نکہٕ دوہہٕ گرٕ ھی نوٗن — تتہٕ ہُرتے چھوٗن
بَرٕ والو زٕن درٕ اعراف[6] — کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف

دِہا بوان سُے دَم یاد پیٚتہٕ آدم زاد
گمہٕ بوڑہٕ نے سرتا ناف کوٗوٕ ترٕ ووٗتھ ڈاف

---

۱ ساتھ ۲ سجدہ دِہ ۳ "چھُنتہٕ موے" (اصل) ۴ بجرس اندر

ﺳﮧ۴ معاف (اصل) ﺳﮧ۵ اصلس تہٕ نقلس اندر چھ اتھ لفظس فرق۔ اصلس اندر چھ حاشیس پیٹھ بہ شار بڈٕ ہ چارتھ تہٕ توٚے چھُ "کثرت" لفظ لیکھنہٕ آمُت۔ تہٕ نقلو چھ اتھ "کتر حصہ" بنووُمُت۔

ﺳﮧ۶ یہ چھُ سورہ اعرافچ ہِتھ آیس کُن اشارٕ وَالْوَزْنُ يَوْمَئِذٍ الْحَقُّ فَمَنْ ثَقُلَتْ مَوَازِينُهُ فَأُولَٰئِكَ هُمُ الْمُفْلِحُونَ وَمَنْ خَفَّتْ مَوَازِينُهُ فَأُولَٰئِكَ الَّذِينَ خَسِرُوا أَنفُسَهُم بِمَا كَانُوا بِآيَاتِنَا يَظْلِمُونَ ۔

# میٚہ چھُہ درٕدُک نف

یارہٕ اتھہٕ موٗ تراوُم نف — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
وارہٕ وٗوٕنے موٗلو بوزٕ گف — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
یارہٕ ینتہٕ چھےٚ میونے سال — وچھتہٕ میونے حال
ساز و سنطور واپے دف[1] — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
چھُس لاچار خالی دست — چانہٕ عشقہٕ مست
چھُم نہٕ اکھ ہارسے درٕ کف — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
رحبہ تیرو اوٗلنُس گیر — تیز کیاہ چھی تیر
تیرِ پیکان صف در صف — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
مارِ زُلفو وٗلہم نال — یہ چھُہ زٕ اُدیل زال
ترٕ اوٗم نارہٕ زلفن دف — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
چانی حسنن ہیوٗم دل — چھُم بیچُن مشکل
کرہٕ کیاہ چارہٕ سے آصف[2] — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
آفتابس نوٗر چ ہانٹھ[12] — زوٗنہٕ چونے کاٹھ
روےِ زیبا چھُے مصحف[3] — میٚہ چھُہ درٕدُک نف
وٗہبو تھاولس کُن بیان[4] — سینی دلوہٕ زان
سے عابن ترٕ یہ کری روف — میٚہ چھُہ درٕدُک نف

---

[1] "دف" چھُنہٕ بیتھ کانہہ مانے دِوان "دف" چھُنہٕ میٚہ بوزٕ منّتہٕ — [12] ہانٹھ (اصلی ...) یمہٕ کنی چھُ یہ مصرعہ اصلس اندر نہٕ نقلن اندر اوٗگرٕ تھوٗگرہ گومُت۔

[2] حضرت سلیمانہٕ سُند وزیرِ اعظم یُوزِ ناو وُسُس آصف بن برخیا۔ [3] قرآن کریم [4] خیال

# غزل

بہٕ چھُس دٕر وصفِ دِلبر بہٕ جانٕ مایِل بہٕ تارِیف
مگر چھُم خار دٕر سر زبانٕ قایِل بہٕ تارِیف

انُن دٕرِ وصفِ توٗ گُل گژھم مایوٗب بلبلُ
گلو ریحان و سنبل نہٕ بتہ گل بہٕ تارِیف

بہٕ روٗخ افتابس تے زوٗن کرن ہمتا بہٕ موزوٗن
گژھ ماگیہِ مضموٗن چھُنہٕ قایِل بہٕ تارِیف

بگیسوٗ مشکِ تاتار لیکھُن بدبتہ چھُنہٕ بار
وَنُن تِتھ دام یا مار سپُن مشکل بہٕ تارِیف

کمان ابرو مژہ تیر اُچھن از سحر تاثیر
بلا اندر بلا گیہ یہ سرز آیِل بہٕ تارِیف

مُچھم در سورہٕ صاد زیٖہ خوشخطِ استاد
مبارک خانہ آباد یہ گو قابل بہٕ تارِیف

دہان غنچہ شکرلب ہو سنجے مثرِ چاہِ غبغب
بہٕ یکبار روز با شب سپُن نتہٕ اٰیل بہٕ تارِیف

ہزاراں خستہ بیمار بلن بُد دِکھ تہٕ اِنار
چھُ اکھ کم تہٕ زہٕ بیمار دوشنے قابل بہٕ تارِیف

دہاب از شوقِ رویت نشستہ زیر کو ییت
بہٕ دل در آرزویت بجان سایِل بہٕ تارِیف

نٹ ۱ بتعریف (اٹھل) نٹ ۲ خارۂ خارۂ نٹ ۳ چالس صفتس اندر

نٹ ۴ معیوب نٹ ۵ شوبن ہٕ نٹ ۶ برابر

نٹ ۷ شارکس وزلس اندر راہنز نٹ ۸ تنگ

نٹ ۹ ہچون موکھ نٹ ۱۰ بہتھ

نٹ ۱۱ چالسں کوچس منٛز ۔

---

# غزل

کھوڑ از خستہ جگر بر خوف[1] از آہِ ضعیف
کہِ سنگن پارہ پارہ آہِ جاں کاو[2] ضعیف

شیر شرزہ تیوٹ زور آور جہانس آنہِ تنگ
انتقام او زِ دستِ خستہ روباہِ ضعیف

نو تہ وان خستہ جگر زانن زِ ستم زور وار
زان تا عرش برئیں آں دستِ کوتاہ[3] ضعیف

جھی گدائیں پادشاہی پادشاہ زانن گدا
ویہپہ نہ درروے عالم شوکتِ وجاہِ ضعیف

نو نہ وان افتادہِ ہوٗمت ہیقہِ کرمن پایمال[4]
با تامل کر کشادہِ وارہ آں راہِ ضعیف

تنگ دستس جز خدا کس نش بنے حاجت روا
نس سوا کس آسہ در ہر حال آگاہ[5] ضعیف

کاہہ نہ غار از حق تعالا یار چھے نہ لے وہاب
با امید نستعین بیہہ شاد گمراہ[6] ضعیف

---

[1] خوف بڑ چھ از نہ ورتاونہ یوان ۔ کھوڑ ۔ [2] کمزور زو نیرہ ونی شند ووش
[3] گنتی شند زھوٹ اتھ [4] لتہ موبجہ [5] باخبر [6] ایاک نستعین" آیس کن
اشارہ ییمیک مانے چھ زیِ نستہ چھ سی امداد منگان" [6] پانس چھ دہاب "گمراہ ضعیف" ناو تھاوتھ یہ
آسہ بیٹھ شاد زِ ہ اللہ تعالا ہس مدد منگنہ پتہ نہ روزہ سہ گمراہ نتہ نہ ضعیف ۔

# غزل

باسباہ دِل کرِ مہ صحبت زان دل صافس شرف
ژھایہ منزِ ے نیرُو چھ کیاہ جان چھُے تابس شرف

مانہ خورِ نہ روُس یکجا چھی کھوان گاسہ وَلس
مارِ خو ربہ زیب روُسس وچھِ نہ کیاہ ناقس شرف

کوہ گاتیاہ کُرِ خداین یاد دِ ردوِ بے زمین
دیتہ از کوہ و بیابان زیادہ تہ قافس[1] شرف

یُس لہو و لعب غافِل را وری آرام خواب
یُس خو تہ دل زندہ سندِ س شونگنس داف شرف

ہر دِ زانہ فصلِ خرِیفس وَ ولس موسم چھُنہ
زیچھِ نہ بہارِ چھُ فصلس تہ قتکس وافس شرف

از حریر و پارچہ کینخاب شاہن خوش پسند
از نگار و نقش زیبا ئی چھُ زر بافس شرف

در ہمہ کار و عمل چھی عاقبت[2] حاصِل نصیب
عنو بوڈ سرمایہ وہبو لطف و الطافس[3] شرف

---

[1] یہ کوہ چھ ایرانی دیومالائی اثرہ "باشرف" مانہ آمُت ورنہ چھنہ الفہ کانہہ خاص شرف۔ ایرانی اُسی گرِ ملک کا کتابہ کِس اُمہ ناوہ کِس کوہس آگر تچھنہ ہندگرہ تصوّر کران۔ تہ گرا اسی تم تتھ کوہس "قاف" ؤنان یُس سارِ سے عالمس تہندہ عقیدہ موجب "از افق تا افق" نال وَلتھ اوس۔

[2] انجام۔ دوِیم عالم [3] الطاف چھ لطفک جمع۔ مانے خدایہ سندی وارِ یاہ احسان۔

# غزل

چھ بے جا خرچ زور بے ہودہ اسراف[1]
بلاشک بد زکار از مودہ اسراف

میتے لازم تیتے کر خرچ لو نہ کھ
فضولی خرچ زان از فرمودہ[2] اسراف

لیکھان نس حق تعالا چھے مبذر[3]
کران اندر گناہ آلودہ اسراف

مبذر در قرآن شیطانہ شند بوے
چھ شیطانس بدل آلودہ[4] اسراف

قبول از حق چھنہ دعا یہے مبذر
چھ ذلتھ تودہ[5] آندر تودہ اسراف

مہ کر اسراف ہرگز اے برادر
کری فرتو[6] زنہ فرسودہ اسراف

براہِ حق اگر دِی کھ جملہ عالم
نہ چھے نہ از سر فرمودہ[7] اسراف

زحاجت زیادہ خرچن خرچ بے جا
سہ نیکی با گناہ اندودہ[8] اسراف

لباسس از شرع زیادہ درازی
چھ از حکمِ شرع بے ہودہ اسراف

دٔہ آبو کرٕتھٕ از اسراف پرہیز
کران چھکھ وُنہٕ جان فرسوٗدٕ اسراف

---

سہ ۱ حدٕ نیرن　　سہ ۲ فرمودٔہ رسول صلی اللہ علیہ وسلم

سہ ۳ یہ چھ قرآن کریمہٕ کس یتھ آیہ کریمس کُن اشارٕ اِنَّ الْمُبَذِّرِیْنَ کَانُوْٓا اِخْوَانَ الشَّیٰطِیْنِ وَاِنَّ الشَّیْطٰنَ لِرَبِّہٖ کَفُوْرًا ۔

سہ ۴ وُلِتھ　　سہ ۵ انبارٕ　　سہ ۶ دٔپواُلی زٕ

سہ ۷ حدیثہٕ مطابق　　سہ ۸ پلسترٕ کٔرِ پاٹھۍ زٔلِتھ

سہ ۹ جان پاٹھۍ

# غزل

بلہٕ ہیٚم نے خستہ سینہٕ از دواے سازٕ و دف
ژلہٕ ہیٚم نے رنج و کینہٕ از نوائے سازٕ و دف

دردمندن قوّتِ روح و بدن سازو سرود
چھُم توے مے زبادٕ درخاطر ہوائے سازٕ و دف

از طبیبانِ جہاں عاشق چھہِ آسان لا علاج
عاشقس نہ زندگانی چھے سوائے سازٕ و دف

مطرب و سیتارٕ نے سنطور چنگ و زیر و بم
ییم ہمہ اسباب زیباچھی براے سازٕ و دف

نازنین رقّاص چوں زہرہ[1] غزل خواں ہیش رو
ماہِ پروینِ[2] ثریا درسراے سازٕ و دف

در بغل ساقی صوٚراحی تے بکف پیمانہٕ ہیٚتھ
غارِ موے بیٚیہ کینہٕ چھُنہ حاجت رواے سازٕ و دف

کرغزل خائی[3] بہ بیشِ یار امشب اے وہاب
دیتہٕ یارس دردہٕ کے سوزٕ بہٕ واے سازٕ و دف

---

[1] سیارٕ - دیو مالائی تصورس منز حُسنچ دیوی

[2] یہ چھُ زٔوٚنہٕ ہندین اٹھو وُہو[28] فلکی مقامو اندرٕ اکھ مقام - بیٚیہ چھُ عربیٚ "ثریا" لفظک ترجمہ پروین - اصلس اندر چھُ ییم ترٚنوٚے لفظ بیٚتھے کنہٕ لیکھتھ - ماہ پروین ثریا لیکھنہٕ سیتی نیرِ یس بیاکھ مانے تہٕ

[3] غزل خوانی (اصل)

# نعتِ شریف

ماوتم سرداره واره از مبۂ آں روے شریف
تھاوتم در خدمتِ جاروبیے[1] کوبے شریف

آم از بادِ صبا خوش بوے ووزنی اندر دماغ
آسہ آں عطرِ معطر بوے گیسوے شریف

چھُم تمنّا واتہ نا اندر مدینہ ناگہان
وُچھہ ہا بازار مسجد منبرہ کوبے شریف

کرہ ہا از چشمہ سَر تہ روضۂ پاکس طواف
وۆنہ[2] ندہ چشمہ تہ تراوہ یلیہ پہلوبے شریف

چھُکھ تہ رحمت عاصین کرہ فیض[3] وبرکت عالمس
زیادہ تہ مسکینس تن تہند خوبے شریف

مذ بنی مسکین بے سامانہ بے چارہ و تاب
تراولس سایہ ہمایوں ما ولس روبے شریف

---

۱ خاک روبی ۲ دل ۳ یُیتہِ فارسی مرکب ورتاوِنہ چھہ آمت
تہ تمہِ چھہ اکثر سہ فارسی رسم الخط اندری آمُت تھاونہ۔ نہ تُوے چھِنہ یہ مرکب
"فاض دبرکتھ" بناونہ آمُت۔

# مناجات

از گناہاں چھُس گوٗمُت مجبور سر تا پایہ غرق
عفو کرِم عفو کرِم اَے خدایہ غربؔ و شرق
ژٲرِ کرِم دُنیا پرستی زانہہ کرِ ہنہ بندگی
بُت پرستن لُش مبہ کانژاہ درمیان وونی رَوِز فرق
گوس غافل از حکومت یوس ووٗنی از یاد سَر
بو پشیمان از گناہاں چھُس زِ سر تا پایہ غرق
بارِ چھُم گوٗب کارِ مشکل تار دِری یاوُس چھُ دوٗر
کرِ کیاہ چھُس یِیرِ ووٗنی افتادہ اندر بادٕ[1] و برق
چھُم نہ وَتھ ہیتھ بہ وَنہٕ[2] کیتھ کُن گژھہ چھُس نہ کانہہ تہ یارِ
در ندامت چھُس پشیمان گشتہ[3] در غمِ منت غرق[4]
عذر از ناواقفی موکُرسیو دِیہے چھُ راہِ راست
نیر سکھِ تھو واقفا ما ووی ژِ یہ پانے راہِ شرق[5]
اَے وہاب از کارِ تو شیطان در شرمندگی
ژِ یتہ از اطوارِ شیطانی کرِتھ نہ کیہنہ تہِ فرق[6]

---

[1] طوفانی واو [2] ترٕ ٹھ [3] گوٗمُت

[4] یہ چھِ نقلن اندر "غرق" لیکھنہٕ آمُت۔ وہابس چھُ ونُن زِ ہ غمس اندر ژ میوس بُ تتے یوت غرقہٕ نقشب چھُ وسان [5] آفتابہٕ کھسہٕ وٕنہٕ طرفہٕ۔ مراد رُوحانی تجلی لبنچ وَتہٕ۔

[6] فرق نہ کرُن گو امتیاز نہ تھاوُن۔

# نعت شریف

عالم و عالمین ثریہ کُن مشتاق — آسمان و زمین ثریہ کُن مشتاق
یا نبی[2] چھکھ ثرہ برگزیدہ[1] خاص — اوّلین[3] آخرین ثریہ کن مشتاق
انبیاء اولیاء ملک تہ فلک — بُلکہ رُوح[2] الامین ثریہ کُن مشتاق
مشرق و مغرب و جنوب و شمال — عرب و روم و چین ثریہ کُن مشتاق
چھُ یہ کنبتر هاہ بہ آسمان و زمین — ہر[4] ہمہ آن و این ثریہ کُن مشتاق
یہ چھُ در زیرِ آب زیر زمین — اَسفل[5] السافلین ثریہ کُن مشتاق
چھے[1] ہران مو خیتہ از لب پاکمت — شکر و انگبین[6] ثریہ کُن مشتاق
از سرِ تار خاصہ گیسو یت — عنبرِ مشک چین ثریہ کُن مشتاق
جن و انسان عالم و آدم — بُلکہ دنیا تہ دین ثریہ کُن مشتاق
وُ چھتہ از بندگی و حقدا[7] نی — اَرحمُ الراحمین ثریہ کُن مشتاق
زیر و[8] بالا و پیش و پس سوُرے — چھُ یسار و[8] یمین ثریہ کُن مشتاق
غارس[9] اندر ز عشق فرسودہ — مار اندر کمین[10] ثریہ کُن مشتاق
از گناہان و ماہتاب شرمندہ — بر شفاعت ہمین[11] ثریہ کُن مشتاق

---

۱ ثرا ریتھ   ۲ حضرت جبرئیل علیہ السلام   ۳ ہمیشہ - تا ابد

۴ سبہ خوتہ سون عالم - تلیا تال۔   ۵ دچھ   ۶ خدا ذانیہ سیتی

۷ ہیرہ لون پیٹھ بر دنیہ   ۸ ڈچھنی کھوورُ

۹ غارِ ثور س اندر دیان اکھ ہیچ یا سرف اوس یُس سپھاہ کالہ پیٹھ عشق اوس آزہ آنحضور[ن] ہند دیدار ہینمنا۔ یتھ شار س اندر چھُ اکھ قصّہ کُن اشارہ

۱۰ ثرھیتھ جاے   ۱۱ توے بنہ

# منقبتِ چار یارِ باصفا

نبیسؐ تِرو یارِ اَسی شفیق — دِرِ جہادو بہ غزوہ اَسی رفیق

اَسی تم ہمرکاب دِرِ ہر جنگ — عمرؓ، عثمانؓ، علیؓ ہم صدّیقؓ

جنگِ بدرس چھ اَسی مُتی ہر چار — حضرتس ہمرکاب سِتی رفیق

چُھ تہند شانِ تھوِ سِپھاہ از حق — حضرتؐ پانہ گوِ بیہند تصدیق

شیخِ شیخاں[1] خلیفۂ اوّل — شیخِ اسلام حضرتِ صدّیقؓ

یارِ ثانی شہ عمرِ فاروقؓ — قاتلِ کفر و شرک بالتحقیق[2]

شاہِ عثمانؓ خلیفۂ ثالث — لیو کھنہ فرقان بخطِ نستعلیق[3]

صاحبِ ذوالفقار[4] ہم دُل دُل[5] — جانِ دل با نبیؐ رفیق و شفیق

اے وہاب روز و شب خدائیس منگ — از دل و جاں بہ حُبّ شاں[6] توفیق[7]

---

ٹ۱ ساڑی بزرگن ہندی بزرگ   ٹ۲ پیری یا گھٹو   ٹ۳ وہالس چُھ تیمہ قافیہ سوٹ نمبرا و نہ موجب بلمپک گومُت۔ حضرت عثمان غنیؓ سندہ وقتہ اوس خط النستعلیق گُنہ موجود بُلی کہ چُھ تاریخی واقعہ یہ زِہ تِمو خلیفن کرۂ یاد کر قرآن کریمس تِہ نقل کوفی خطس منز یُس تمہ وقتہ عربس اندر مرّوج اوس۔ نتہ تیمہ اُے اندی پتہ ملکن اندر رواج نہ۔

ٹ۴ ذوالفقار اوس ابو جہلہ سندہ شمشیرہ ناو۔ ییلہ جنگ بدرس اندر ابو جہل ہلاک سپد تیمہ پتہ یہ شمشیر آیہ حضرت علی کرم اللہ وجہہ ہس عطا کرنہ تہ تمن آو "صاحب ذوالفقار" نتہ اکھ لقب دِنہ۔۔

ٹ۵ شاہ ولایت علیہ السلام سُند گاٹُر۔ آنحضور صلعم اسی فتح مکہ دوہ امہ پیٹھ دُلدُلس سوار

ٹ۶ تہندس لوس اندر   ٹ۷ خدائی امداد

# منقبت حضرتِ سلطانؒ

چھس پریشان حال گومُت خستہ از دردِ فراق[1]
از جنابِ شیخ حمزہؒ چھُم بہ سینہ اشتیاق

دیدہ گریاں سینہ بریاں گوم مدّتھ انتظار
زاہتہ بنیو نہ نے بچشم سر[2] برابر التفاق

وَنہ ہا چھس دورہ لیکن تم چھہ در ہر جا مکین
چین ترکستان حاضر ناظرِ شام و عراق

چھُنہ بیتھ روے زمینس بیٹھ مکمل میون پیر
آسمانن زوّر زِ فیض و نورِ سلطان طمطراق[3]

مخلصن تہ خادمن کِتہ سُہ چھُہ فیض نورِ حق
منکرن کِتہ سخت آفت بییہ قہرک[4] تہ شراق[5]

نوّر تہ رحمت مریدن مخلصن کِتہ از خدا
شیخ ختم الاولیاء عارف تہ کامِل دراو طاق

منکرن لانتھ[6] جہنّم چھُے یمن ورث پدر
دراے از جنّت آزن کرِتوّن یتہ کھیوّمُت طلاق

میہ چھُ بڈ وہ مید سلطان شیخ حمزہ رہنما
مخلصن یارن مریدن تھاوِ نہ اندر فراق

بے سر و سامان بر در آے وَنِیِ شاہا وہاب
چھُم نہ میہ کانہہ صاہ مِن اللہ من ولی بییہ نہ واف

دوٕبیتی

چھُم زِ سُلطان شیخ حمزہؒ مے دِلَس اندر فراق
ہَمہ روٗے نازنینگ چھُم مبّہ درسر اشتیاق
بوزتم سلطانہؒ عرضی روزتم امداد ہسے
ماوتم وتھ تھاوتم ہرگاہ لٗبہ سہلتن اتفّاق

---

ٹ۱ دوٗری ہنٛدہ داوہ ٹ۲ دیدار کرنس آیم نہٕ اچھن برابری۔ یہ چھُ دماہن سلطانی منز و ہنٛز ھنمٕت نزہ حضرت سلطانہٕ سہنٛدہ روحٲنی جلالہ موجب چھِنہٕ آستانس روبرو گژھان بلکہ چھُس دوٗرہ زیارت کٔرتھ واپس پھیران۔

ٹ۳ دھوم دھام ٹ۴ مکٕر ٹ۵ نزٲرک ٹ۶ لعنت (اصل)

ٹ۷ داف گوو بچاوٕن وول۔ یتھ چھُ تَتھ آیس کُن اشارہ یتھ منز یہ ارشاد آمُت چھُ زِ خدا چھس درٲے چھِنہٕ انسانس کانٛہہ یاور یا کانٛہہ بچاوٕن وول۔ اصلس اندر چھ "مِن دَلِی وّلا واق" یُس نہٕ شارس سیتی سمان چھُ۔

# یارٕ چھُم چُونۍ فراق

نارٕ دۆد مُت چھُم مٔنز سینہٕ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
مارٕ کۆرتھس عار چھُے نہٕ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
وُچھِہا دیدار چُونۍ — زانٕہہ بنیوو نہٕ اتفاق
واہ یہ بدقسمتھ چھُہ مێونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
دود چھُم مے للہٕ وُنۍ — جود مشکل گوم شاق[1]
صاحبن مے بانہٕ زونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
مار[2] وُے مے چارٕ ونۍ — کالہٕ مارن کرتہٕ ٹھاق[3] (ٹھاکھ)
یم چھہٕ زاپان سینہٕ مێونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
آفتابو بیترٕ سونۍ — زٕوُن چھُس دراشتیاق
ترٕلہٕ ہیٚم مے زونہٕ گرونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
آسرٕ مے اوس پٔرونۍ — نوٚوکۆرتھہٕ نہٕ زانٕہہ مذاق
از مێنہٕ پرانے راہ[4] چُونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
یہ مێنہٕ اوسُم ڈٔکہٕ لونۍ — یہٕ وُچھُم اندرٕ وٕثاق[5]
کرٕ ہێم کیاہ مالی گرونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق
وبن طومار[6] پرٕونۍ — تھوو مُت بالا یہٕ طاق
پٔرون موٚٹھ لوٚوٚ یاد اونۍ — یارٕ چھُم چُونۍ فراق

---

١ مشکل۔ کرٕ وٹھ ٢ زلفو ٣ "ٹھاکھ" چھہٕ قافیہ بابت "ٹھاق" بناونہٕ آمُت۔
٤ تکرار ورتاونہٕ آمُت ٥ ازلی معاہدہ ٦ کتاب۔ دفتر۔ کھاتہٕ

# غزل

ہاو تم کتھ جایہ در بازار چھُی دوکانِ عشق
چھُم میہ در سینہ زہجرِ نار از پیکانِ[1] عشق

عشقہ آزارس میہ کینہہ تخفیف[2] گو نہ از طبیب
نش طبیبس اُنتھ بنیم نہ آدِس دوا درمانِ عشق

خستہ جان ہیو سنہ[3] چھس با سوزِ دل در بارِ غم
روز[4] بہ آہستہ کرن بو جان و دل قربانِ عشق

چھُسنہ ڈلبنان در جہان کانہہ غارازر[چھیرِ] وِیے یار
چھُم نظر بستہ زخلق و ملک از یرقانِ[5] عشق

عاقلو وونہم طبیب نشی چھُنہ عشقس علاج
غار صبر و وصلِ دلبر کینہہ چھُنہ سامانِ عشق

بر سرِ بازار عاشق مست بر امیدِ وصل
بے غرض از جان بر مخمور آل مستانِ[6] عشق

عاشقن ہند کار چھُے بر عکس سع رُے اسے ومکے
شایرن بر عکس[7] کو شر شار لیکھ دیوانِ عشق

---

[1] تیر [2] تخفیف چھُم کانہہ مشر مذکر ونا دیوان۔ [3] گنڈتھ
[4] پتہ پتھ درونہہ [5] کانبے [6] اصلس اندر "مخموران مستان"
[7] الخ شارس چھ یہ سوزے دیوان گواہ

# غزل

چھُ خستہٕ یارٕ شٕنزِ رٕے تہٕ نجہ عاشق
لوٗلے زاہہ چھُنہٕ آسان ڈٕنجہ عاشق

پریشان حال وٕنی دِلوانہٕ بُلبُل
زٕ دٕوری وُچھِہ یہی کِتھ لٕنجہ عاشق

زِ سرا افتادٕ[1] اندر چاہِ عنبغب
مدٕورٕ[2] یارٕ شٕنزِ رٕے ہو نجہ عاشق

عُقابٕ[3] شوق چوٗل شیر گرسنہ[4]
رٕوٕنٕ بے وایہ اندر ہنجہ عاشق

زٕ بدنامی چھُنہٕ کینہہ عاشقس غاب
زٕ رُسوائی چھُنہٕ دِل رنجہ عاشق

مبہٕ از زٕنجیر عوٗلہِ[5] خستہٕ خاطر
نہٕ دِل خوش گژھہ موٗہرو[6] گنجہ عاشق

چھُ لبس لش، یارٕ، یارس پیٹھ سہ قربان
نثارِ یار موٗلہ مو نجہِ عاشق!

زٕ آہِ سینہٕ پُر سوز بے شک
کرِہی ییتھ آسمانس کھنجہ عاشق

وہاب عین، شین و قاف زانکھ
زٕ بیہ لش ترٕی حرف چھی شطرنجہ عاشق

---

ت ۱ گلہ کُنی پیٹھ    ت ۲ گول    ت ۳ پاز

ت ۴ بوچھہ ہٕتِس سہہ سندی پأٹھو    ت ۵ بدحواسی

ت ۶ موٗہرو بتہ خزانو ستی

# غزل

دُچشم مخمورٕ نازن یارٕ برٕ طاق
چو ماہِ چارٔدہ[1] الواٰہ[2] برٕ طاق

دویزان دستہٕ سنبل دٕ و گیسو
ڈیچھنی کھووٕری لمان شہمارٕ برٕ طاق

دوچشم یارٕ از عشوہ نوان دِل
پیٔے جادو زِ جادوٕ گارٕ برٕ طاق

بہ سجدہ سوئے آں محرابِ کعبہ
ہمیوہ سورٕ ے جہان یکبارٕ برٕ طاق

زِ نوکِ تیر مژگان سینہ شیران
گوٗرن صد پارہ دٕرکوہسارٕ برٕ طاق

بہٕ قتلِ عاشقان پُر کینہ روٗزِ تھ
کمان وٕ تیر با تلوارٕ بہٕ طاق

ہزاران خستہ دل مہجور بیمارٕ
چھِ پٔاران چھُکھ دوا انارٕ برٕ طاق

چھِ عاشق انتظارس بازرس منز
دِہ وصلُک وادہ[3] از بیقرارٕ[4] برٕ طاق

وہاب از شوقِ دل بردر غزل[5] خان
بہ عرضِ سائلاں کن دارٕ برٕ طاق

---

۱ ژوٗدٲہم زوٗن   ۲ واریاہ گاش ہیٚتھ - پھَل تٕرنٕدرٕ

۳ وعدہ (اصل)   ۴ اقرار (اصل)

۵ غزل خوان (اصل)

# یہ چھہ ازٕ وٕنی نو طریق

اوہ ڈُچھ لایان لوکٕس گُنٕہ — یہ چھہ ازٕ وٕنی نو طریق
ٹھٕٹھ بازی گانہٕ گی بٕنٕہ — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
چھُنٕہ نچوٕ مالِس مُدٕہی[1] — ژٕوٕ رٕنٕس کٕرنٕہ نو بُوٕتھ[2]
یہ مثالاہ میے منزٕ اُنی — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
بوے بالِس دشمن جان — مول گو برس کینہ خواہ
اشناو گے الوِتھ[3] گُنٕہ — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
بند باند و خویش و اقرب — الکھ اکِس بیٹھ حیلہ جو
بے لحاظہ دشمنی تیٕز — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
ماجہ کور سے سوہ نہ زلن — باہم کران جنگ و جدل
سیدٕ رو یہ چھینہ کنہ چھنی — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
پیرزادٕ بہ عدالت — لوٕ ختہٕ گے قونونٕ دان[4]
چھکھ مریدن گو ترٕھوہٕ ونی — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
مفلسو دِتی دیار ازٕ — غائبی خزانہ قرضِ عام
چھس براتھاہ سادٕ ماوٕنی — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
مُفلسی نالِش متِس — منظور ثنا وان اچھی وُٹھِ
یچھ گٕرٕھن تمی ڈگری انی — یہ چھیہ ازٕ وٕنی نو طریق
زٕوچہ وٕرلاگِتھ گواہس — سُے گواہ قونونٕ دان

مُتصفس ُمنٕی کاُفیتھ[5] ؤ نی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

مرد رٛتنس تٕراوتھ نس — حاٛصل زنلنے اختیار

لیٛس گرٕ ھیس خوش ُمنٕی سیٖنزٕ[6] ٔ نی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

از کنٹرِل وٕن اکھ زنانہ — ڈیٚھ مے کاشر سوار

گیہ در گلگت کُنی زٕ نی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

اکھ زٕ ھنٛن تراوتھ گرٕ لبیہ — دوان یٚتوتن نووٚ خرچ راہ

گگرٕ وٚ کیٚاہ کھیوکھ زٕ نٛنی ییٚنی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

رُود نہ شرم و حیا — مہر و محبت در جہان

وارٕ پاٹھین دلہٕ گی نٕنی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

ووٚنی انگریزی[6] تہٕ اردوٗ — بٕییہ مانٛن بند و بست[7]

فارسی کلہٕ آلہٕ وِتھ کُنی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

فارسی خوان در تاسف[8] — کیاہ رُہ راوٕ رلو کرٕ چارہ

اوٕ خنوٗ[9] آسہٕ سیٚتی بلی آنی — یہ چھیبہ از ووٚنی لۆ طریق

وٚھ ما بوا سہٕ گڈی ییٚنی دوہ — ہیٚتھ تیٚتھ اندر[10] میان

نٕھاو دل خوش تراو ورٕتھ[11] نی — یہ چھہ از ووٚنی لۆ طریق

---

۱ مدّعی (اصل)، ۲ ثبوت (اصل)، ۳ بلز ڈکدن وٕالی ۴ قانون دان (اصل) ییٚتھ باٛتس اندر چُھ وہاین بیٚنہٕ عہدک عدلیہٕ نظامُ شارس کھولمُت ۵ کیفیت (اصل)، ۶ یہ بابتھ چھ وہاین ۱۸۸۵ سنہ پیٹہٕ لیکھمت آمی وٕریہٕ آو اردو زبٲنی سرکٲری درجہ دِنہٕ ۷ مہنہ سون سنگھ مہتمم بند و بست الہ اصلی۔
۸ افسوس کھیوان ۹ اتھ وقتس تمام اٛسی گامن اندر اوخون صٲبی مکتب تیتھ آسان۔
۱۰ پتہٕ اٛسن تہٕ توٚس عہدس درمیان ۱۱ نوکر اطوار رٕٹھ۔

# غزل

بہ خاطر روزہ نادر کوئے[1] معشوق

وچھن شاید بہ گاہے روئے معشوق

چو سایہ بھیرہ گرد اگرد خانہ

ہمیشہ از روزن[2] در بوئے معشوق

گرہ چوں باد حاصل خاک بوسی

ز نار و خاک و آب و جوئے معشوق

پیری[3] وش بیرہ نازا بہ سیر باغش

بہ بلبل لاکہ با گل روئے معشوق

چو ریحان نزادہ سر در پائمالی

بہ دردِ چ بوئے گرھ ناسوئے معشوق

بہ روزش سرو زن استادہ بر در

ہیمنا مشک از گیسوئے معشوق

کرس نا سجدہ تعظیم وفی کہن

سوئے محراب آں ابروئے معشوق

بخاطر چھپے وہ ہابس ایں تمنا
کنو کر بوزہ گفتگوئے معشوق

---

[1] ہیٺھ غزلس اندر چھہ ساری یاء اضافی "۔ فارسی آئے تھاونہ آخر "ماشوق" بدلہ "معشوق" لکیو ہد آہنت

[2] دروازہ جو دار [3] پری وش [4] بہرہ

# فرق

چھی بنی آدم بہ یک صورت دلن اندر چھ فرق
مختلف سٲری بسیرت نیک و بد اکثر چھیہ فرق

سنگ خارہ آرہ پل سنگِ سیاہ و سور رخ و زرد
ییم تہ کنہٕ[1] لیک اندر قیمتس مر چھیہ فرق

اسپ[2] تازی بارگرٕ تے گونٹ[3] سان و مادیان
گرٕ چھہ سٲری ہیم مگر در قیمت استر[13] چھیہ فرق

وُستہ[4] خان سٲری مساوی دودوٕ دگ سارن ہیوی
سارنے تانن اندر لوزک توٗسے دردٕ سر چھیہ فرق

مشک خوشبو دار انہ ہر قسم زیبا دل پسند
لیک انہ ہر مشکس تہ خوشبو در عنبر چھیہ فرق

پرنیان[5] و پارچہ[6] کمخاب[7] سنجاب[8] و سمور[9]
قیمتی سٲری ولیکن در ہمہ[10] اکثر چھیہ فرق

فرق در ہر چیز کٔرمژ ذاتِ پاکن ایے وہاب
اکہٕ اکھ کے نشان آسان نیتھ نہ پایے[11] سر چھیہ فرق

---

[1] شعری ضرورتہ موجب "کنہٕ" مشدد۔ [2] عربی گُر [3] سوارہ نہ لگن دودہ راوہ خاطرہ رٹو چھن گُر
[12] کاجرو
[4] استخوان (اصل) [5] چینی ریشمی جامہ [6] پرہھ منول سوتی کپرہ [7] فارسی کیمخاب تہ کیمخاب
سہ پوپایا پارچہ یتھ اکی رنگہٕ طبعی کام آسہ۔ گو کیمخاب نہ ہیتھ وار بہاہ رنگہ طلیہ کام آسہ کٔرتھ نیتھ چھو وناں کیمخاب۔
[8] یہ پارچہ چھ زمینہ رنگہٕ وزٕھ گکرہ سندس والس لوان بناونہٕ۔ [9] سمور چھ اکہ قسمک لوٗل۔ اَمی سندس
والس تہ چھ فر کوٹ، بیٹرہ بناونہٕ یوان۔ [10] سارنی اندر الگ الگ [11] سر بایے بانے گنہٕ کپر نغانگ
بازار ہندگوڈہ اند تہ بیتھ اند۔

# رونق

چھُہ باغس ناگ تے بلبُلہ جوے رونق
دِہ باغس ہیتھ چھُے خوشبوے رونق

کبابس لذتِ شیرین نمک ووچھ!
ربابس تارِ اندر روے رونق

سُہ جنگل تُہس مادان مُہس تھاے
چھُہ ہوُلس جاے اندر کوے رونق

ٹہری رو نازنینن ماہ جبینن!
چھُہ حُسنس سینی موے وخوے رونق

چمن باغس تہ چمنس پھترہ زیبا
پھرے گُل تے گُلس خوشبوے رونق

سُہ شایستہ[۱] شوہر نقہ در شبستان
چھُہ از بانو یہ در مشکوے[۲] رونق

صفس سیٹھ صفہ تے صحنس صفائی
لباسس تہ رِشست[۳] وشوے رونق

بروےِ[۴] یار استادہ بخدمت
دہالس فخر اندر کوے رونق

---

۱ جایز (اصل) شہرت ۲ شہزادِ ہن ہندہ بہنک کمرہ "مشکو" اوس اکھ شاہی محل تہ یُس خسروِ پرویزن شیرینہ ہندہ پاپتھ بنووِمت اوس۔ ۳ چھلُن تہ صاف کرُن ۴ روبرے۔ برونہہ کنہ

# خوش خولق

دُرِندہ[1] وحشیان چھی رام[2] خوش[3] خولق
پرِندہ لبنہ اندر دام[4] خوش خو لق

بیمارس دردمندس لوُنہ[5] والنس
کھتھوسیتن انان آرام خوش خو لق

بہ[6] از تہذیبِ مردِ ترش روے
چھ شیرین تلخی دشنام خوش خو لق

زِ شیرین[7] شربتِ بد خوے بہتر
ذہر با حنظلہ[8] از جام خوش خو لق

ژلان چھی مسکس[9] نش جانور دوُر
ولان[10] تہ فوجہ وُے بر بام خوش خو لق

چھ خوش خولقس نش راضی کہ وُمہ[11]
ہیوان ہر کانہہ تہ نیکی نام خوش خو لق

سُہ خولقِ خوش چھُ ایمانک نشانہ
دزی نہ نارہ زانہہ اندام[12] خوش خو لق

وہا بو خوے کر خوش خولقنے سیتی
چھ در ہر حال رتی احکام خوش خولق

---

۱ زاپل  ۲ ماتحت  ۳ خوش خولق النّاس  ۴ زال

۵ نا توالنس (اصل)  ۶ بہتہ شارس اندر چھ صرف اکھ لفظ "چھ" گاشر۔ مانے چھُس ترش رو النّاسہ سنزہ مبارکبادی کلمہ تہ چھُ خوش خولق النّاسہ سنزہ لیکہ ہنز تلخی زیادہ جان۔

۷ پیہ نہ چھُ سراسرا فارسی شار۔ مانے چھُس بدخوے النّاسہ سنزہ میچہ شربژ کھوتہ چھُ خوش خولق النّاسہ سندہ پیالک زہر یا ہوُنی ہندہ وندز یادہ میوٹھ۔  ۸ ہوُنی ہندہ وندلیس بیٹھاہ تیٹھ چھُ پیہ اسان۔

۹ بجیل۔ الھ کوٹھ  ۱۰ وُڈان وُڈان جمع گژھان  ۱۱ لوکی ٹبڈی

۱۲ بدن۔ جسم

# کاؤس کے اندر فراق

در ہوا[1] بے ساز و نے کاؤس[2] کے اندر فراق[3]
از برا ہے جام مے کاؤس کے اندر فراق

وُ شہہ[4] خان بوسیدہ بکشادہ[5] وُچھان چیشم طمع
وار یاہ بوسیدہ گے کاؤس کے اندر فراق

کاٹھ گر ملک گیری در جہاں جنگ و فساد
ملک بیھتی ہم مبشرہ تل گے کاؤس کے اندر فراق

با گران ایران و توران زابل[6] و کوبل تہ چین
از برا ہے تیغ[7] و رشے[8] کاؤس کے اندر فراق

از زمین گمراہ سینمت[9] کھوت لسوے آسمان
منزلاہ ہمی گوڑ نہ طے کاؤس کے اندر فراق

آ ے کم کم بادشاہ اندر جہاں داوا[10] گوڑ کھ
رتم نہ دا وا سبر گے کاؤس کے اندر فراق

ٹیمی زمانن آسمانن تہ کاٹیاہ خبر گھ گیری
کاٹھن وُنہ آسہ سے کاؤس کے اندر فراق

اکھ بیتیس ڈلیشتھ نہ ہرگز اکھ خیالس کُن گرتھاں
ہر اکھاہ مخمور[11] موے کاؤس کے اندر فراق

۵۵۰

اے وہاب ازکردِہ شاہان[۱۲] ژٕنیہٕ چھُکھ خالی غوٗرٕ وٕ ر

ازٕ رفیقاں ہیٚتہٕ ییلہِ کاوٗس کے اندرٕ فراق

---

۱۔ آرزو - شوق

۲۔ "کاووس" چھِ ایرانہٕ کہٕ "کےٚ" خاندانک اکھ مشہوٗر شہنشاہ اوس مُت

۳۔ نالہِ دِوان - وُبدٕرٕ لگِنس چھِ کانٛسہِ یارٕ بٲژِ فراق لگِتھ وَنان۔

۴۔ موٗرٕ دہٕ سٕندی تانبِ خاص کرِتھ اچھی کھانکہٕ ۵۔ وُہرِتھ

۶۔ زابلستان - ایرانک اکھ صوبہ ۷۔ ۸ ایرانکی مشہوٗر زٕہ شہر

۹۔ اشارٕہ غروٗرس کُن ۱۰۔ دعویٰ (اصل)

۱۱۔ ژٕنیہٕ شراب چھیتھ بے حِس ۱۲۔ بادشاہن ہندِ لو کارنامن مقابلہٕ

# چھُ مالِک خالِق و رازِق

کُنے زانُن خدا بر حق ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
مہ مانُن کانْہہ بێنہٖ مُطلق[1] ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
یُمی کٔرۍ یاد دِہ ساری جان ۔۔ بہ کبنہِ ھاہ دٔرزہ بین آسمان
کہ اُنٕن چھوٚت سوہ رِخ تے ازرق[2] ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
نبی مُرسل کورن یَمی خاص ۔۔ سینہِ تم رحمتس غوّاص[3]
بنیبے رتم بندٕہ صادق ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
زِ شوقِ مصطفیؐ[4] بیکدم ۔۔ بنیومُت عالم و آدم
سیٚنُن شیطانسے لوٚدٕ دِق ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
چھُ دٔر ہر ذرہ واتِھ پوٚر ۔۔ چھِنہ تس رِش کینْہہ مستورا[4]
بحالِ آخر[5] و سابق[6] ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
یمِس ویوٚد سارِنے بند حال ۔۔ نہ تس پوشیدہ اکھ موے وال
چھِ تس وبدِۍ عاقل و احمق ۔۔ چھُ مالک خالق رازق
مگر اتھ رحمتس شاباش ۔۔ کوٚرن نہ کانْسہ زانْہہ سرِ فاش
بہ پردہ فاجر[7] و فاسق ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق
سہ زانی سارِنے ہندۍ دادِ ۔۔ تب و نزرجن تہ تجم[8] تے جادی
حکیماہ خاصہِ کیاہ حاذق ۔۔ چھُ مالک خالق و رازق

وہاؤ بو نیرانہ ہستی    لبکھ انہ نیستی مستی

چھُہ خود بین خارٕ[10] ماران جق[11]

چھُہ مالک خالق و رازق

---

ن۱ "مطلق" لفظس چھِہ زٕہ اہم مانے۔ کٲشری پاٹھۍ "ہرگزنہٕ" تہٕ عربی پاٹھۍ "لیسند وجوٗد" اضافی چھُہنہٕ۔ یِس ہستی کٲنٛسہٕ مخلوٗقس ہشر یِیہٕ نہٕ دِنہٕ

ن۲ زردٕ    ن۳ ژنگ دِنہٕ وٲلی    ن۴ ژھٕنیتھ

ن۵-۶ یتیم برو نہم حال    ن۷ بدکار    ن۸ اکھ بیماری

ن۹ متکبر    ن۱۰ خوار (اصل)    ن۱۱ کٲشری پاٹھۍ چھِہ لفظ "جکھ" قافیہ باپتھ چھ ییتھ کنٛز لیکھنہٕ آمُت۔ "جکھ ماران" چھ ییتھ بلہٕ زور لڑاوان۔

# غزل

فکرہ اندر ان حسابس غرب و شرق
وچھنہ زونا[1] آفتابس زرق[2] و برق

رنگہ رنگہ وچھنہ کانہ تیاہ رنگ چھس
رنگہ نی[3] رنگی ترٛہ رنگن کڈنہ فرق

واریاہ عاقل تہٕ دانا از حساب
گے بہ حسرتھ اندری اسرار[4] غرق

اَتھہ محیطس[5] وونت لوب[6] نہ کانٛسہ اکھ
سرحق دریتس مشکل باد[7] و برق[8]

بس بخاطر[9] گو خطر از سرکشی
گو بہ خاری[10] غرق اندر آب عرق[11]

گے دریتی اسرار دانا گنگ[12] و لال[13]
پھیور تو باصد ندامت باز یرق[14]

اے وہاب اتھہ منزلس واتن محال پکھ براہ راست رہبر سنز چھپیہ سرق[15]

---

[1] اصلس اندر "زون"۔ امہ سنز چھ شارہ ٹان [2] چمکان تہٕ زونان
[3] بہ رنگ۔ یتھ نہ کانہہ رنگی آسہ [4] یمن کانٛہ پتاہ تی تیرن اندر [5] افلاکی نظامس [6] واو
[7] وزہٕ مل [8] دلس [9] دلس خطرہ گژھن گو خارایس ہیتھ پتھہ داوُنہ
[10] خواری (اصل) [11] "غرق اندر آب عرق" چھ زیادہ شرمندہ گژھنس تہٕ وَنان۔
[12] کنٛگی [13] "لال" تہٕ چھ فارسی پاٹھی بیس ونان [14] "یرق" چھ ترکی زبانٛہ ہند لفظ
امیک مانے گناہ یا جرم۔ یتھہ کنٛی بنہ امہ شعرک مانے یہ زِ تم پھیر گئے بتہ جرموٗنہ سیٹھاہ پشیمان گژھتھ پتھہ
[15] سٹرک ۔ از تہٕ چھ کھوی پہ گئنس اندر شٹرکہ "سرک" ونان ۔ وہاب چھ ردیفہ مجبوری
موجب "ک" بدلاوتھ "ق" انان۔ ونن چھس زہ ییرہ سنٛزی دنتھ چھ سیز وتھ۔

# منافق

چھُ بے بُنیاد[1] ایمانِ منافق
جہنّم شاد بر جانِ[2] منافق

منافق رُوسیاہ دَرہردو عالم
بہ فرقانِ پی چھُ دَرشانِ منافق

ہمیشہ آسہ دَر نارِ جہنّم
موٗکرُتے رٔیم[3] خونِ نانِ منافق

دَرُونِ نارِ سوزان[4] کٔتھ دم[5] دمارہ
سراپا آسہ سامانِ منافق

زبان بیٚرہ پِس ہبرا آسس اوِیزان
کثیف[6] و گندہ دندانِ منافق

منافقتُک نتیجہ دَر شکنجہ
بہ عُقبا روسیاہ زانِ[7] منافق

چھُ تیرو تیغ قہر و زہر و خنجر
در شیخ[8] و دَرد دَرمانِ منافق

وَلو بو کٔر ژٔرہ بانفرِ تھ خنجا لبھ
بخانہ ماٲن[9] بر جانِ منافق

---

[1] بنیاد (اصل)   [2] منافقہ سٕندِس رُوحس پیٚٹھ

[3] زنگ پاکھ   [4] (ہمیشہ) دزٕ وُلنِس نارس اندر   [5] بچھن تہٕ سُرفن اندر

[6] کاشرس اندر چھِ "کثیف" لفظ "گندہ" مانیس منٛز ورتاونہٕ یوان ۔

[7] دوٗدُو دلالُک سُند "علم"   [8] افسوس تہٕ واویلا

[9] پش گرو ہیٚتھ   [10] دو دلالِ سندِس رُوحس

# تصدیق

نیک بدٕ طون چھُ بر عمل تصدیق　　آفرینش[1] چھُ بر حمل تصدیق

اہلِ تنجیم سعد[2] و نحس[3] وُچھان　　چھُ تمن پوختہ بر رُمل[4] تصدیق

دٕراوٕ ازٕ نے نبات[5] و قند و شکر　　انگبینس[6] چھاز نمل[7] تصدیق

شب[8] دٕز روٕ نرم پائے آہستہ　　رٕہزنی پیٹھہ بر جمل[9] تصدیق

تن برہنس بجا یہ پشمینہ　　بخوشی بہ سیاہ کمل تصدیق

دٕنہٕ خارا تھ مفت کس مایس　　لیٹھ[10] یا گیل[11] بر زُمل[12] تصدیق

---

[1] کائنہٕ ہندس زٕیمس　[2] رٕتھ ساتھ　[3] یچھ ساتھ

[4] علم رمل ۔ ایرانی لُکھ چھہ یہ عقیدہٕ زٕہ یہ علم چھہ حضرت دُانیال پیغمبرن جبرئیلن نشہٕ ہیچھومُت۔

[5] گنہٕ نانٕدہ نش ۔　[6] دٕچھہ ۔ شراب　[7] تم پھوکہ ڈوٗنی ہم دٕچھہ رٕس پاکھ دٕنہ وٕزہ کھسان چھہ ۔

[8] راتلہ بکن وول　[9] وُدٕ نیٖرٕ بکنہٕ سٕنی

[10] کعنہٕ لیٹھ　[11] کوٗٹ　[12] "بر زُمل" چھہ وٕہابس ہین فقرہ "زٕمن" تُو کسر گژھنی "بر زمل" ۔ یعنی گناہ زٕ مراد یہٕ خاطرٕ ۔ گویا یتھ کینہٕ چھک زٕ اتھ غلط خارانس پزٕ رگ رنگ دٕوان ۔

# فرق

زان دَرہر جان آسان چھِے زخاص و عام فرق
صورتن ساری چھِہ یکسان سیرتن کیاہ تام فرق

صورت و سیرت اگر سمتا و چھکھ کانہہ آدمی
لوتہ آسس کینہہ تفاوت نیز در اندام[1] فرق

جنس کُنہ وے آسہ از یک قسم بلکل ہُو بہو
کینہہ نہ کینہہ آسس قصوراہ لوتہ پوختہ خام[2] فرق

راتھ تے دوہ از پگاہ زانہہ آسہ نہ بہ یک نوا
راتھ بازہ یا پگاہ کینہہ آسہ در ایام فرق

لدنہ تامیران ژہ تامیرس مقابلہ روبرو
گژھِ تہ کینہہ از در دیوار سقف[3] وبام فرق

روزہ کانہہ با استقامت مستقل با یک مزاج
گژھ کینہہ در دل لو چھِے[4] تس بہ صبح و شام فرق

عالم و عاقل زہ حاکم شیرتے[5] آسن کُنی
لوتہ آسکھ تلخ با شیرین در احکام فرق

یُدز ژٕ زنہ آسن بہ یک نام و نشان یک جا لبان
آسہ کرام و نام ایا کانہہ پام تس کیاہ تام فرق

سُلہ سے اندر تفاوت خالقن کرا ے و ہاب
پانہ سے لسش مالکس چھُے نہ برنگ و نام فرق

---

[1] جسمس اندر [2] زیادہ پوختہ یا زیادہ خام آسنہ سیتی یوسہ فرق فضلس آسان چھِہ
[3] تلس [4] کنہ وجہس پیٹھ [5] سیر نہ کیز۔

# منافق

مہ گژھ رو بہ دروے منافق
مہ اژھ بے وا یہہ در کوے منافق

اگر سمکھی منافق بر سرِ راہ
مہ وُچھ اچھی بہٕو تلٕتھ سوے منافق

سُہ وُبشتھ پرِ سبحان[2] لاحول ولا
نشانِ دوزخی خوے منافق

مہ یکھہ زانتہ تھؤ وتے یدٕ چھی سہ نزدیکھ
رٕیہی ہیتھ وٕتہ بدبوے منافق

مہ کر زانہہ با منافق مہر والفت
مہ بیہہ ہرگز بہ پہلوے منافق

تمِس چھے داغ ازلانتھ جبینس[3]
زہ وارہ وُچھ بہ ابروے منافق

جہنّمس چھُ روزٕتھ انتظارس
بہ دوزخ جاے مشکوے[4] منافق

وہاب واتہ خدا ہر دم پناہ منگ
رٕ کار و بار و بد خوے منافق

---

۱ یتھ غزلس اندر چھ یتھ شارس یاے اضافی "بے" تھاونہ آمٕژ ۲ وار یہہ پھیرہ
۳ لعنت دٲصل ۴ پارتھ جاے۔ خاص کر شاہی محلاتن ہند محلہ خانہ

# فرق

تمیٖز انسانس تہٕ انسانس چھُہ فرق — پیٚمِس بیٚتہٕ ہُنٛز اَتھ اسمانس چھیٚیہٕ فرق
فرق دٕرہر چیٖز نٕھاوُن خالقن[1] — لوٚلنس بالس تہٕ ہیمالس چھیٚیہٕ فرق
رُوسی تہٕ زھاوُلی بہ یکجا گاسہ کھیٚوہ — زٕرہمین دٕون وچھِتہٕ کنتھ تالس چھیٚیہٕ فرق
زھاوُلِس بدبوے تہٕ رُوسس نافہٕ دٕراوہ — دادِ حق وچھُو کاتہٕ جیوانس چھیٚیہٕ فرق
ہٕزاکے اُکی سیے زمینس منٛز بلبنو — کَبیاہ نَرَس[2] تے اَتھ نیستانس چھیٚیہٕ فرق
اَتھ[3] شکرہ بیتہٕ[4] آب گندہ بے مزہ — وَ نٕتہٕ اَتھ میٚٹھرہ مادانس چھیٚیہٕ فرق
کارِ نجاری تگی تہٕ وانٛدرس — وُچھتہٕ کاتراہ واندرس چھانس چھیٚیہٕ فرق

بیس یہ تمیٖ ذُبیت لُتھ تہٕ زیبا اے وہاب
بس فقط تہٕ خاص[5] لتھ پالس چھیٚیہٕ فرق

---

۱ میٚبِنٛ بالس ۲ سُہ ژُور بیٚیتھ اندرہ گیٚنہ چھُہ آسان
۳ نیستانس ۴ نَرس ۵ گیٚنہ قسمہ

# روٗنق

وُچھم دہ دورِ دنیا کارٕ رونق
چھہ کارَس یٲی دردِل[1] یارٕ رونق

چھہ یارَن دربارٕ[2] زنجیرِ محبت
چھہ دیارن ہیٚوون تہٕ دیُن بایارٕ رونق

چھہ بایارس اندر راستی[3] شوب
چھُہ پوٚز تقریر دہ ہر کار رونق

مثالے تاوٕ زانٕہِ کارِ دنیا
چھُہ پوٚز زانتھ ناوہ زیباسار[4] رونق

چھُہ گنج وٕزال موختہٕ زندگانی
چھُہ تنھ گنجس پٕتہٕ یک شمار رونق

بہٕ بار بنع زندگی لیس روزہ آباد
کرُس اند راستی دیوار رونق

امُس مادان مہٕس آرام گُلی ژھایے
شہس کوہسارٕ جنگل جار[5] رونق

درختِ خشک بہتر موٗلہٕ پٕتہٕ اَتُن
چھُہ تنھ کتہٕ ادہ شعلہ نار رونق

دہالستن مدعا دردین و دنیا
فقط دیدار وصلِ یار رونق

---

۱ ہمدرد ۲ اصلس اندر "دار" ۳ پٔزرہ ستی
۴ ناوہ ہنز سار ۵ زرنڈ پٕتہٕ خود رد گنڈی بقرہ

# مناجات

چھکھ منزہ تہٕ مبرا ذاتِ پاک
عالم و آدم کورُتھ از مُشتِ خاک

ظاہر و باطن زٕ بیہ چھےٚ سورُے عیان
اول و آخر زٕ چھکھ بے ترس و باک[1]

لَمْ یَلِدْ یارب وَلَمْ یُولَدْ زٕ چھکھ
زائی نہٕ کانٛہہ ہانہٕ ہرگز کانْسہٕ زاکھ

نَے قدیمی آسُن چھےٚ ابتدا
نَے حساب انتہا کینْہہ کانْسہٕ آکھ

چھکھ وچھان سورُے بغیر از چشم و سر
از سمک[2] چھےٚ حال روشن تا سماک

چھِی محصّل زٕی ہمہ ما فی الصّدور[3]
دِلہٕ نیٚ ہند فعل و فتنہ نیک و پاک

بوزہ وُن چھکھ سارِنٕے ہند قیل و قال
از زمین و آسمان و زیرِ خاک

یا الٰہی بوز میون نےٚ التجاء
و نہٕ کس بوٚ بتہ کرہ با چھُنہٕ بیاکھ

کرتہٕ رحم و فضل بر حالِ وہاب
ییلہ تنہا آسہ بے کس زیرِ خاک

---

١ خوف

٢ "از سمک تا سماک" چھ فارسی زبانٕچ ہند فقرہ۔ یانے "گاڑٕ پیٹھٕ سماک تارکس تام"۔ سمک چھ سو گاڑ ییتھ متلق پرٲنی اسی قیاس کران زٕ ساٚنی زمین چھ امی سی پیٹھٕ دریتھ۔ سماک چھ دراصل سیٹھاہ دور زٕ تارکھ۔ کیٚنہ وقتہٕ چھ سماک "برجِ حوت" ناوی اکس برجس تہٕ وَنان۔ مطلب "سارِسی کائناتس پیٹھٕ چھ خدایس نظر"۔

٣ حاصل شدہ۔ نظرِ تل

٤ یہ کینْہہ دلن اندر چھُ

# نعتِ شریف

اے شہِ عربی سلامٌ علیک — شافعِ مذنبی[1] سلامٌ علیک
چھکھ ژہ سرتاجِ انبیا و رسلؑ — افسرِ ہر نبی سلامٌ علیک
مفخرِ ہاشمی[2] فخرِ قریش — سیدِ مطلبی[3] سلامٌ علیک
اے گلِ شاخِ باغِ اسماعیل[4] — حسبی نسبی سلامٌ علیک
اے تو مقصودِ جملہ پیدائش — مطلب مطلبی[5] سلامٌ علیک
آدم و عالم از تو زینت یافت[6] — مذہب و مذہبی سلامٌ علیک
یمی ژہ و چھناکھ تہ یمی خداۓ لوھٹ[7] — اے حبیبِ ربی سلامٌ علیک
از خدا چھیٔ شفاعتش دستگاہ — منزل و منصبی سلامٌ علیک
چھکھ ژہ خورشید ذرہ پاۓ غمبر — مرسلن مربی[8] سلامٌ علیک
دل شکستہ تہ آس از ہر کس — عاجز و مذنبی سلامٌ علیک
از گناہان خراب تہ رنجور — چھس نہایت غبی[9] سلامٌ علیک
چہ شود گر چہ اکھ نظر تہ آوو — بر چنین اجنبی سلامٌ علیک
پادشاہس صداگدا این ہُنشد — چھنہ ناخوش کبی[10] سلامٌ علیک
مبتہ عزیبس گوناہ تہ از رحمت — چھلنہ از با نبی سلامٌ علیک
کروہالس عطا ہیوا ایمان — پاس آلِ نبی سلامٌ علیک

---

[1] "مذنبین" لفظاک ژھوٹ ادا - گناہ گاران سفارش کرن والی۔ [2] ہاشمی خاندانک شہ فردیس پینچھ انتھ قبیلس فخر چھ۔ [3] عبدالمطلب سندہ خانوادک سردار۔ [4] حضرت اسماعیل علیہ السلام
[5] مبانہ ژھاندنک مطلب [6] لبن [7] اصلس اللہ رچھ یہ لفظ وار یہاہ گوٹ [8] مربی۔ تربیت دینہ وول۔ یہ مفرد چھ بچتان ہیو۔ [9] کند ذہن [10] اردو "کبھی"

# "منقبت چار یارِ باصفا"

چارِ خلفاءِ راشدین بے شک — در فضیلت فضول[1] از ہر یک
از خدایے کریم بر ہر چار — بادٕ رحمت[2] ہزارٕ لَکھ درٕ لَکھ
شاہِ لولاک رحمتکی نیا منبہٕ[3] — ژورِ خلفاے دین بمثلِ نمک
چھُ ابو بکر اصدق[4] امّت — رحمنکٕ شیشہ نورٕ کے عانک
وَ اَشدّھُم[5] عمر بدین اللہ — بینہٕ درٕ دلِ بہ ہیچ آنکھ شک
وَ اَصدقھم حیاءً[6] عثمان — در خبر[7] آو از نبی بے شک
وَ اقضاھُم[8] علی بقولِ نبی — فخر تمی سند چھُ در سماک[9] وسمک
یُمی یمن ژھون اندر تفاوت بوزٕ — در جہنم تس چھُ ہن ار چک[10]

اے وہاب کرٕ ژٕہ ہوش از لغزش[11]
تھاو در دل محبّت از ہر یک

---

[1] "فاضل" - از چھنہ یہ لفظ الف مانیس منز ورتاونہٕ یوان۔
[2] آرِن [3] لغت (اصل) [4] امتس اندر ساروی کھوتہٕ ییر زیور۔
[5] ساروی خوتہٕ طاقت ور [6] صحابن اندر زیادہ حیاد تھاون وٲلۍ
[7] حدیث شریف [8] ساروی صحابو منزٕ بہترین فیصلہ دنہٕ وٲلۍ
[9] سارے کُتاں تس [10] عذاب کرنک اکھ آلہ
[11] کھور ڈلنہٕ نِش۔ گونہہ نِش۔

# منقبت حضرت سلطان رح

ژٕہ سلطان شیخ حمزہ پادشاہ چھُکھ — بعالم گمرہن ہنٛد رہنما چھُکھ
وُلی تے غوث عارف چھی ژٕ بٕہ برزٕر — ژٕہ قطبن کاملن ہنٛد پیشوا چھُکھ
زٕ مشرق تا بہ مغرب ہیرٕ تے بۄن — فروزان[1] ہیوٚہ نور و الضحیٰ[2] چھُکھ
ژٕ بٕہ لٕس موحتاج ساری پادشاہ چھی — اسہِ موحتاجن حاجت روا چھُکھ
مریضن نوٚ تہٕ وانٛ درد مندن — روا مطلب بلیٚتھ ادین دوا چھُکھ
چھٕ بٕہ امنیٚج بارگاہ در کوہ ماران — ژٕہ رحمت بارگران شام صبا چھُکھ
غریبن عاجزن ہنٛد یار و یاوٕر — تہی دستن[3] ہمہ برگ[4] نوا چھُکھ
چھِ کاشرِ بے نوا بے چارہ مسکین — وُسیلہ کُس بدِ نیازی سوا چھُکھ
ژٕہ مشفق کاشرن ہنٛد سر پرستہ — مر بارن لٕس در ہر سیٚزرٕدٕ[5] چھُکھ
خدائن تاج سلطانی ژٕ بٕہ تھوٚنے — گدائن بانی ژٕہ بے نا خدا چھُکھ
چھُہ سلطانس صدا بے عاجزان خوش — بٕہ پھیس مسکین ژٕ عالی پادشاہ چھُکھ
رِ ہم خار[6] اتھ کنیزس شاہ راہِ للّٰہ — ژٕہ سلطان صاحب جود و سخا چھُکھ
وُہالس رہنمائی کرٕ بہ اسلام — ژٕہ حضرت شیخ حمزہ رہنما چھُکھ

---

[1] روشن۔ تابہ وُن [2] صبحک نور [3] خالی اتھہ لوکن [4] ہن۔ تہ میوہ
[5] تروُہس تارکھس پیٹھ چھ عقیدتمند حضرت مخدوم علیہ الرحمہ سند ختم پران تہ اتھ دوہس کن چھُ تہ ثارس اندر اشارہ
[6] قسم آنحضرت صلعم

# رُباعی

پادشاہا ہتھاوتم توفیق سویے کارِ نیک
ہاوتم وَتھ پانسے کُن باوتم اسرار نیک

دِم پناہ از یارِ بدتے وۆفی رچھُم از کارِ بد
بوزتم مے زارِ لِلّٰہ سوزتم مے یارِ نیک

# غزل

ژٕ کر آزار اندرٕ یُم نار زانکھ
ژٕ کیاہ ظلم وستم ہیم کار زانکھ

رحجہ تیرو مبہ کورٕہم پارٕ پارہ
ژٕ کرٕیم تیز نیزٕ وار[1] زانچھ

میہ چھیم وُستہار زلفو نال وَولمتٕ
ژٕ کیاہ یم ژاپہ وُنی ستہار زانچھ

دِوان چھُس نالہ بومانندِ بُلبُل
ژٕ کیاہ بلبل تہ گل یا خار زانچھ

زِ خنجرٕ مے جگر گومُت دُوپارٕ
ژٕ کیاہ تیرو تبر تلوار زانکھ

بہ چھُس رنجو زافتازٕ بہ لب[2] جان
ژٕ کیاہ بیمارٕ بے بیمار زانچھ

وہابو یارٕ اندرٕ نازٕ مغرور
ژٕ کیاہ این ناز نازِ یار زانچھ

---

۱ حملہ ۲ دُشمن پیٹھ نِو بہتھ

# غزل

ہتے لُتی وَنتہ تہنا کیّازہ دڑا ایکھ
ڑہ کونے ہستی ہنینغ کینہ دابہ دڑا ایکھ

گرنھک کوت لوٹ کو تاہ چھپے زبیہ تا جیل[1]
زخانہ کیّازہ ازبے وابہ دڑا ایکھ

کسندے شوقہ ازبے موقعہ وُنی کہین
دُبہرس گرم تا ئیچیہ کڑابہ دڑا ایکھ

پیکان چھبکہ آفتابکی یا بھٹی تا بالن
بہ پردہ کونہ خلقن ڑھابہ دڑا ایکھ

چو شاہِ جبین یا ماہِ دو ہفتہ
ڑو سادہ لوتہ ادنا پایہ[2] دڑا ایکھ

کمانے چو رُت چھپے نانہ کے گوان
دلوہ ملکس ڑہ قتلچہ یابہ دڑا ایکھ

ضحاکین[3] مار جوراہ ہینتہ سر دوش
عززبین مارہ نے کتہ جابہ دڑا ایکھ

دہالبس ہاوہ نے ریم نانہ نشابد کراں با نانہ آبہ تہ گڑابہ دڑا ایکھ

---

[1] تعجیل (اصل) جلدی [2] ادنی (اصل) دسخہ اندازہ

[3] ایرانگ اکھ دلوما لایتی شہنشاہ ئس دُھیٹی کھو وُری زہ شہمار شانن اُلاندی اسی -

# غزل

کنہہ خیالس پیٹھ ژِ یتھ مغرور چھکھ
وَنہ موتہ لنِٹہ کوتاہ دور چھکھ

تیز نارس کُن گراکھ ڈھاو دیان[1]
وۄنی دیکھہ اتھ تیز نارس سوٗر چھکھ

دوستن ہند حال وچھتھ چھُے نہ ہیٚن[2]
ماتمس اندر ژٕہ کتھہ مسروٗر چھکھ

دراے یر وۄتھہ بہ وۄتھہ خوٚلیتھ واقب یار بای
ژٕہ نہ موقس[3] پیٹھ لیٚس منظوٗر چھکھ

آسہ بے سرمایہ سیٚلتن چھکھ غنی
تتھ گٹہ اندر رادہ بانوٗر چھکھ

یس نہ سرمایہ یتھ حاصل سپُن
تس دپن منحوس مطلق ژوٗر چھکھ

چھُے غنیمتھ وقت موسم چھُے وۄنہ
مانچھ وندس گژھ سو نبر زنبوٗر[4] چھکھ

کھیکھ ادٕ افسوس حاصل کیاہ بنی
وۄنہ کرہ حیس نرہ زنگے پوٗر چھکھ

زادِ راہ کینژھا جمع کرلے وہاب
تتہ منز چھکھ ناوٕ کنی مشہوٗر چھکھ

---

۱ اردو "دھیان" - گل ۲ احساسِ درد ۳ موقعس (اصل) ۴ مانچھ تلر

# غزل

ھيو ڪر نام يارن لئه ڏاوکهه | دوهه اڪه درد مندن غم تره ياوکهه
ھينئي ٿري ٻاٽر ساڻهي اکهه ڙهه دووه ناد | نينئي ٻوڙ يهڙ يهه ڪنيرها بينهه ترهه ٿهاوکهه
اگر ڪا نيئي گرهي ڪيئنهه زياده يا ڪم | اني دوزخ ڙهني تهه منٿره ٿهوکهه ٿهوکهه
هيو کهيو تم دين قيمت بين اوس | يمو نه کهيومتن ڪياه منٿهي جهيکهه
دوهي دوهي ڙن نه آسکهه ياجهه ذلت | دئي ڪر چاينه ناده وشنڪه کهول اکهه
دين گوناوني اسه دست[1] بردار | ڙڙونه گهره تمي زاڻهه اسه پهلي ترکهه
ڪري نه جز خدا ڪا تڙهاهه ڙيه ياري | حسابس جهڪهه تن تهانيڪا بڪ
يه وووُمٽن جهڇي ته لونڪ يوخنه وزنه[2] | يه زينهه جهڇي ته سوزي يلهه ياوکهه

ومالو وونه حاصل زياده ڪم ڪر
ينه تنه ناوينهه ني منده جهاوکهه

---

[1] ڏونه تجن نااسه ٿهيهه

[2] قرآن ڪريم ڪس ٻهه آيه ڪريمس ڪون تلميح۔

فَمَنْ يَّعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ خَيْرًا يَّرَهٗ ۔ وَمَنْ يَّعْمَلْ مِثْقَالَ ذَرَّةٍ شَرًّا يَّرَهٗ (سورة الزلزال)

# غزل

لگارا وَنتہ کو تاہ خوٗن ہارکھ
وَتن پیٹھ بےگوناہ کاتیاہ ژۄ مارکھ

ستاۓدہ سا سہ بدی عاشق پریشان
بہ کوچہ اسی گنٛزران زُون تارکھ

ژیٚر چھُے ناذرۂ دٔر دل رحم انصاف
بگردن مٔے کسَ ہیم خوٗن کھارکھ

بَلہِ چھی ژٔ اۆدی مٔنی مارِ کرہ ندہ
ژۄ مارو سیتی کاتیاہ خلق مارکھ

جہانا چھُے بے خود دیوانہ کوٗرمُت
دلوہ سوٗرے جہاں یکجا وُجارکھ

رضا اسی برقضا تِ بارضا چھی
جدا سر کر خدایس نہ ژۄ نٔھارکھ

وہابس درد مندن سیتی لیکھ ناوٗ
مبارک صد مبارک صد مبارک

---

۱ ودنٛز ۲ تارکھ گنٛزرُن چھ ضرب المثل۔ یمہ اری پتہ اُری وقت راوُران۔
۳ بیاکھ "تلفظ" کھاکھ ۴ ژُ پھہ مینہ واٗل ۵ واٗرلن کرکھ
۶ کھوژکھ۔ اگر پتیٚمس "خدایس نُہ نٔھارکھ" امہ ہیے بےشمار بیہ ہیے زیادہ نچاندار۔

# یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ

اور مو گژھ کرِ ور چھے آ بہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
گور[1] دہ پادٕ[2] چھے ناو بہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
لشھِر چھاوان چھکھ ہیٚتھ ننہٕ　　گژھِہ خاکس خاک
او سے تی ہنہٕ تی بیٚتہٕ بنہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
راکھہ دوہ چھے پھونہ رنہٕ　　مانہٕ بنہٕ تے ہاکھ
چھکھ آمنت کھیٚنہٕ تے چھیٚنہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
وادہ ودِ دِتھ آکھ لس بروٚنٹھ کنہٕ　　سادہ کیٛتھ کنٛہ زاکھ
پیادہ[3] زن چھکھ سیراو کھیٚنہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
نار ہیوت مُرت چھے پیٚرہ بنہٕ　　کارِ تل[4] چھے شراکھ
مار تے رچ بنہٕ یو کھیٚنہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
بیٚتہٕ دوہ نیرہٕ زگہٕ تے پرٕ بہٕ　　تتہٕ خاکے خاک
چھیٚتہٕ[5] ستی بیٚتہٕ سورے بنہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
ننہٕ مندہ چھکھ ہا چندہ چھنہٕ　　ننہٕ کیاہ دِبہ بیاکھ
سارہٕ نی دود پینے ننہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ
دہ ہبو بیٚتہٕ ونہٕ کینہہ بنہٕ　　کنہٕ چھے لو ہٹاکھ
ژھانڈ شاید بہ عمل[6] آبہٕ　　یور کیاہ کیٛنہٕ آکھ

---

۱ اقبر　۲ ڈلے گر　۳ پرانہ وقتہٕ اسی سرکاری ڈاک سارن ڈالیس "پیادہ" وَنان۔ یہ ہیٚتھ جاپہٕ وانہٕ ستر لو دس لو کن لسہٕ نھیپہ بھارہ غذا لوان تہٕ کھیوان۔　۴ گردنہٕ لنس۔　۵ معمولی تدبیرہ رستی
۶ ال مچھ اکھ "بابل" تلفظ تہٕ کرنہٕ یوان۔

# وڈلہ ماوے سینگ چاکھ

کلہ کھوران تل تو تڑاوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
بنہ چانے سنتی بھڑاوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
رنگہ ناوے نہ بأراوے  ڈنگہ سائس گرتھوو پھاکھ[1]
سو بنہ لانکے ڈل[2] ووتھ تڑاوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
شالہ مارے لسناط ہاوے  بیالہ تبری مے چینہ کونہ آکھ
لالہ ہی نے گولاب چھاوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
رنگہ بنگلس نہ وتھراوے  مستراوے درشن طاکھ[3]
بونہ کرلو کپنہ ڑانہ گراوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
سپندہ آباہ تنتہ لوچھاوے  رندو[5] کرلو اتھہ کھور پاکھ
گندہ ہالے پتنگ[4] تڑاوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
پوشہ مالاکری کبری بھاوے  بنہ لو لالہ بہ دم ببا کھ
لاگتو نالی نہ کالی راوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ
وہبو چھکھ آدم ناوے  دبان کریورکیاہ کنہ سکھ
آدو کرتام ڑابکھ ماوے  وڈلہ ہاوے سینگ چاکھ

---

۱ ڈل سرک اکھ بوٹھ  ۲ اصلس تہ نقلس اندر مشکوک "وتھ" چھاکنہ "ووتھ"؟
۳ طاق  ۴ وادرہ زلیتھ  ۵ گانٹہ ڑاہ

# غزل

ٹھرے بیٹھ اوس زیبا گلُ — کرے کیاہ خار چھس نزدیک
عجب کیاہ دستہ سُنبل — گرس شہمار چھس نزدیک
بہ شکل خط محرابہ — دو ابروٗ عاشقن کعبہ
فروزان ڈیکہ آفتابہ — رٔوپکُ دیوار[1] چھس نزدیک
ووٗنہ زی چھس سعہ رخ گلزن رخ — کھسہ وونہ آفتابکُ موکھ
وُچھانی عاشقن پیو دوکھ — فراقکُ نار چھس نزدیک
بینبر زل چشمہ چھس پرمست — شرابکی پیالہ ہیتھ در دست
مگر مشکل بلائے[2] ہست — سہ جودوگار چھس نزدیک
شبس اندر شمع روشن — چھہ تابان موختہ دوان گوشن
ستہ ریشی گوشی توشن — شتہ تارتار چھس نزدیک
ہو نچے اندر و چھم غبغب — دہانس[3] میم شکر لب
ثریا[4] تابہ وٗنی کوکب — سہ موختہ ہار چھس نزدیک
وہالبس بائی دردہ دل یار — شرکھ کرناوہ گے یکبار
برابر وانہ دوونی انوار — یہ کاروبار چھس نزدیک

---

۱ غالبن تالہ ربہ کن اشارہ — ۲ فارسی تتمہ — ۳ لتسند آس
۴ کرِ یثہ کورہ تالکھ ہوی

# یہ چھبیہ خالی کر بکھ

ولہ ولہ گے بد تے نیک — یہ چھپیہ خالی کر بکھ[1]
روزہ نہ بیٹیہ اکھ یا بیکھ — یہ چھپیہ خالی کر بکھ
یور کائی تیاہ از تام آسے — میشرہ اندر ژ اے
وچھ نہ کیمبوئی کا تیاہ کھیکھ — یہ چھپیہ خالی کر بکھ
آسے تے دژاے لک دور[2] رلک — چھنہ گاہے ٹھک
اکھ دو وہ تے ہیوٹھے بیکھ — یہ چھپیہ خالی کر بکھ
بیھ والس کا تیاہ وانی — بیٹھو مٹی از تانی
موہل[3] دِ ٹھوٹھل نو لو کھیکھ — یہ چھپیہ خالی کر بکھ
ییمہ یارہ بلہ کا تیاہ نٹی — از تا مٹھ پھٹی
یارہ بلہ یپتی نٹی کیمی کھیکھ — یہ چھپیہ خالی کر بکھ
بیھ کدلس کا تیاہ نتری — وارہ اری تے دری
گھاٹ بیھی ٹھٹھو وسی وسی پیکھ — یہ چھپیہ خالی کر بکھ
وہلو دور بازی گار — بنڈہ[5] پور یک تار
امہ تارہ نتری بد تے نیک — یہ چھپیہ خالی کر بکھ

---

[1] ییمہ دنیہک کاروبار نہ شور و شر [2] لچھ وار [3] سرمایہ لاگتھ [4] یہ چھپ اکھ محاورہ مطلب چھس شوٹش تہ ہیوکھ پوشی [5] وولر سرس مشرقہ طرفہ چھ بنڈہ پور۔ سوپرہ یا حاجنہ پیٹھ وولرس منزہ نیرتھ بنڈہ پور گژھنس چھ از تہ "بنڈہ پور یک تار" ونان۔ مطلب عارضی سفر۔

# غزل

چھُ کارِ عشق عشقُک کار لوٗزُک [1]
چھُ نارِ عشق عشقُک نار لوٗزُک

بڈر یا پیرہ رُون عاشق پریشان
چھُ بارِ عشق عشقُک بار لوٗزُک

چھُ ژرایان عاشقس مارِ گزندہ
چھُ مارِ کالہ کالِہ مار لوٗزُک

گلوٗ کوٗر بُلبُل اندر باغ شیدا
چھُ خارو برگ برگِ خار لوٗزُک

چھُ موخِتہ دَندیا دُردانہ یا قند
چھُ زیبا موخِتہ موخِتہ مار لوٗزُک

دوای صد ہزاران خستہ [2] عاشق
دُو [3] تا انار دُو انار لوٗزُک

وہاب از دردِ ہجرت ہم کُشتہ
بہ نالہ زار نالِہ زار لوٗزُک

---

[1] نازک (اصل)   [2] بیٖتھ بیمٲرِن   [3] دوِیہ اندۍ

# غزل

ہیتے لتی وَنہِ کیاہ آہستہ دٔرا یکھ
کٔڈ کھنا بوزٕ شٔہلِس اکھ گرا نفکھ

بمہ تٕل تھوٗد گمہٕ شٔہلا و ساتھاہ
ژٕ سانے ناگہٕ آبِ کو ژرا چیکھ

ژ بنہ چھی ہرگا لشہ ہندی احوال[1] معلوم
جہاں[1] ازموٗدٕ نہٕ دٔ آنشورا چھیکھ

بہ رحم و لطف اندر مہربانی
سبھاہ فیّاض شاہن ماورا[2] چھیکھ

چھُ جامِ شیشہ[3] ہینتھ دٔر پیش حاضر
ژٕ میانے سالہٕ نیتھ پیالس سرا[4] ہیکھ

بہ خال و خط ژٕ ما چھیکھ جنتچ حور
بہشتی باغچی پوشے تھرا چھیکھ

وہاب ازٕ آرزو بت[5] جان بر لب
ژٕ کیاہ بے رحم نہ ذٕرا ورا چھیکھ

---

[1] یمی ماشوقن دنیا آزموٗدمٕت چھُ معلوم (اصل) [2] عربی "ماوریٰ" کھسِتھ۔ بالا
[3] وُنِ چھُس شیشنک جامِ شراب [4] سر ہیکن۔ دٔسلابہ کرن یا ابتدا کرن
[5] چانہٕ مانٕدٕ منتہٕ

# غزل

وٲژم خبر بہ ناگاہ از وانہٕ یارٕ بے شک
چھُس اتھ ییس بہ آگاہ[1] بہرِ شکار[2] بے شک

از تیغ و خنجر و تیر شیرن کرہ سہ نخچیر[3]
از قہرِ زہر تأثیر ظالم چھُ مار[4] بے شک

از تیر مالنسٕ ماران بے وایہ تیر باران
ہرُن چھُ خوٗن ہاران ہانگل ہشار بے شک

چارٕ چھُ کمانہ چھُس گوٗن رتھ میون شیرزن چیون
شیرن تلمنہ جگر کھیوٗن ظالم[5] نہٕ یارٕ بے شک

سینہٕ مبہ وارٕ وارٕ گورنم دوٗ پارٕ پارٕ
بلہٕ ہا اکی اشارٕ از دستِ یار بے شک

گُلقند سیب و شکر از ہر دوا چھُ بہتر
آبِ حیات اظہر[6] شیرین انار بے شک

مسکین و طالب بہ در یا وادٕہ[7] از وفا کر
ورنہ بہ ضربِ خنجر دُنکین مبہ مار بے شک

---

۱ زانہٕ وُلن — ۲ یارس چھ کوٹھ شکار کرنٕ خاطرٕ ژھُن — ۳ شکار
۴ زلفِ یار — ۵ ہرُن وُنان زِ تو تہٕ چھُہٕ میون معشوق ظالم
۶ نیٖرِ یا ٹھر — ۷ باوعدہ (اصل)

# ادِه لو ڀهير ٺه ڀکه

ڀيلهِ گڙهو يه دم ٻنير ٺو — ادَهِ لو ڀهير ٺه ڀکه
ٺاوهِ نے ميڙهِ انبراهِ شهير ٺه — ادِه لو ڀهير ٺه ڀکه
زال ٺهوُو ٺه پالس ٻير ٺه — ٺنهِ کس ڀنڀڙن دِکه
پابنه ٻيے رٺه کڈنے ڇير ٺه — ادَهِ لو ڀهير ٺه ڀکه
روز نامهِ ڇُهپے حاضر شير ٺه — ڄمعس[1] دم چاڙ رِکه[2]
ٺيل کڈنے اُڙي جن کارِ ٺه — ادِه لو ڀهير ٺه ڀکه
نيک وَ بد ڇهپي بارس جاڳر ٺو — ڀٻيهِ لو کيٺنهه ڀٽينه ڀکه
مهڙ ٻيني[3] ڇهپے ٺاد مڙ ياڳر ٺه — ادَهِ لو ڀهير ٺه ڀکه
ويهبو وني اوٺهکه گبير[4] ٺه — ڀڀهِ ڀهِ کاٺ تباه دِکه
لو کيه چارکي دوهه گے ٻنير ٺه — ادِه لو ڀهير ٺه ڀکه

---

١ عملن هندس مهڙانس ٢ رکراس کاتبين ملکو ٺهو عملن هند پوره حساب گنڈ ٺه ۔
٣ يه ڇهه اکه محاوره ٻميگ مانے ڇهڙه کوم ڇهپے اندس وانتا ويڙ آرڙ
٤ گبير کُرٺه ۔ ٺنگ "اُنهه" "اوٺهکه" فعلات ۔ فاعل ٻيکن ڈهنگي حادثات ٺه ٻنهه ٺه عاقبتکي آلو ٺه ۔

# احوال ہیٚنی کس ونکھ

نیتہ آسہ نہ کانٛہہ ہم نفس[1] — احوال ہیٚنی کس ونکھ
بیٚتہ آسہ نہ کانٛہہ پیش وپس[2] — احوال ہیٚنی کس ونکھ
ہیٚنہٕ نی عمل درکار چھی — ہیٚنیہ کانٛہہ نہٕ تتے یار چھی
درمسکنٕ[2] تاریک وتنگ — کرنے تہٕ بیٚہ لبنہٕ زیرِ سنگ[3]
ترٛاوان تہٕ بیٚہ نیٚبہٕ ٹاد خار وخس — احوال ہیٚنہٕ نی کس ونکھ
ترٛاوِتھ زِ بیٚہ گرٛھنے آشناو — ہھیرِتھ ہیچی کانٛہہ تہٕ ناو
ہم ژھانڈنے اسباب ژس[4] — احوال ہیٚنہٕ نی کس ونکھ
شرٛی بایہٕ ژھانڈان مال چھی — شیطان دِلس دُنیاہ چھی
موتک ملک[6] لاران زوس — احوال ہیٚنہٕ نی کس ونکھ
بس نام اللہ یار چھے — امداد در ہر کار چھے
بس چھم سُے داوار[7] بس — احوال ہیٚنہٕ نی کس ونکھ
وہما بہٕ چھے نا عاقبتھ[8] — فضلہ سوا ہی کانٛہہ تہٕ وتھ
غیر از خدا بیش وپس — احوال ہیٚنہٕ نی کس ونکھ

---

۱ پتھ بروٗنہہ ۔ ۲ لبن جاے ۔ قبر ۳ کنہِ تَل
۴ زنبورات تہٕ ہیٚیہ گرٛکی موٗلی چیز ۵ بیٚپے ۶ عزرائیل
۷ "داوَر" فارسی لفظک کاشر تلفظ ۔ مددگار ۸ آخرس پیٚٹھ ۔

# غزل

بدنیا آمدہ آدم مبارک
بچھولیس کم پوشں تے بادم مبارک
گگلے انہ باغ ابراہیم زیبا
زاسماعیل دریا[1] دم مبارک
بحمد اللہ لبـ[2]ـسِم دین اسلام
پدرسم جد اجدادم مبارک
متیہ ژورلازم ییژن حمد وثنا چھم

---

نوٹ :۔ یہ چھہ نہ اصل دیوانس اندر یتھپٔن درج ۔

۱ میالنس یادو نرس منز ۲ امن وامان ۳ یہ چھ سارسی دیوالس اندر اکوی شار ییک دویم مصرعہ نہ اصلس اندر لیکھنہ چھ تہ نہ نقلن اندر !

۵۸۱

# غزل

ہا پانہٕ کنھ ہیٚنہٕ چھےٚ غوٗر[1] وٗر ناداںہٕ ہا کیاہ چیز چھکھ
نا خبر[2] نالایق ضنوٗرٕ وٗر ناچیز چھکھ ناچیز چھکھ

لبوٗ کھٔنے ہیٚ تمی اندرٕ ازل ہرگز گژھی نہٕ تھٔو بدل
دربارگاہِ لم یزل موحتاج مسکین[3] نیز چھکھ

وُمراہ کٔر تھٕ[3] در لہو و لعب از غفلت[4] آرام و خواب
کر عذر وٗنی اندر جواب اَتھ کیاہ دپان تجویز چھکھ

چھکھ طالبِ کارِ جہان باقی طمع چھی درمیان
از عاقلِ کارِ[4] آگہان ژھانڈان وُنہٕ لغو پیٚز چھکھ

چھےٚ نامُرن وُنہٕ کینہہ نہٕ یاد برزندہ گی چھےٚ ایتماد[5]
در نارِ سوزان اوفتاد[6] چوں دانہٕ گشنیز[7] چھکھ

کینہہ تور کرِ ساماں کر تکلیف زندہ جانہٕ کر
سرمایہ کینژھاہ پانہٕ کر موختار در ہر چیز چھکھ

بے موقہ وٗنی سادس ژرہ بیکھ وچھادرہ کینہہ افسوس کھیکھ
ژپی اَتھ جِن مادان ژرہ بیکھ وُنی کیٚن ژرہ باہمیز[8] چھکھ

وماہ[9] کینژھا کرنہٕ شرم کوتاہ وُچھتھ از سرد و گرم
برامر[10] گردن تھاوزم وٗنی بر رہِ تجہیز[11] چھکھ

---

[1] اَنِس پنہٕ و وٗچھن لایق آسہٕ [2] اُمہٕ تقدیرہٕ علاوہ [3] از چھوٗ نان "وُمراکڈ تھ"
[4] کارزانن وٲلی خدایہٕ سندی رُتی [5] اعتماد (اصل) [6] ہیمت [7] دانہٕ ول [8] دھوم دھام
[9] امر خدا - امر بالمعروف نہی عن المنکر [10] رہِ تجہیز - تجہیز و تکفینہٕ چہ وتہٕ پیٚٹھ - مَرنس تیار
[1] عزور (اصل)

# غزل [۱]

ہاکمیو سنخرٕ ژٕ شیران جایہ چھکھ
بأگران میٖراث باہمسایہ چھکھ

نہ ژٕ آسکھ نہ یہ ہمسایہ نہ بیاکھ
سارٕ نے سربار اکی تٔرایہ چھکھ

کأتھن ہند حال از دیدٕ وچھتھ
کیاہ کران اوفات پننے ضایہ چھکھ

کأتھن ہند شورٕ و شر بوزتھ کنو
کتہٕ زورٕ و زرٕ ہیتہ ال سرمایہ چھکھ

از کتاب پاستان[۲] و داستان
واقفِ ہر شاہ و راجہ رایہ[۳] چھکھ

کتہٕ آیہ ال شاہان و سلطان نامور
کتہٕ آیہ ال سرمایہ نے پارایہ[۴] چھکھ

کر نظر بر حالِ یاران اے وہاب
دیدٕ ڈلیتھ کون بیتھ بےوأیہ[۵] چھکھ

---

۱ نوٹ: رحلش الندرچھ یہ غزل یہ ییتھم بیہ ترٕ یہ غزل گ" ردیفس تل سیمہ جایہ کاہ غزل لیکھنہ پتہٕ درج آمتۍ کرنہ ردیفی ترتیبہ موجب آو ییتین نتہ و نہ۔ ٭ ۳ "رائے" اوس حال حال نامت ہندی راجن تہ انگریزن ہندین وفادارن لقب یوان دنہٕ ۴ جاہ و حشم ۵ بے پرواہ

٭: پیرون تاریخ

# غزل

وَنے کیٚاہ کوٚت عشقہٕ بارٕ نوٗزک[1]
چھُ کارِ عشق عشقہٕ بارٕ لوٗزک

بہٕ وٕنہٕ ہا حالِ دل یارس مفصّل
کرٕ کیٚاہ چھم مزاج یار نوٗزک

ہزاران مار چھم لاران سیاہ مار
سیاہ شہمار کالہِ مار نوٗزک

کوٗرن مے سینہٕ از خنجر دوٗ پارٕ
بہٕ کینہٕ نارٕ چی ترٕوار[2] لوٗزک

گولاب از رنگ و بوٗ لیش[3] تنگ از[4] ننگ
زِ برگِ گُل چھُ گلرو خسار لوٗزک

دہان غنچہ شکر لب دند موٗ ختہ
دوایے دردِ دل انّار لوٗزک

وہاب از دردِ ہجرٔت[5] سینہٕ ختہ
پریشاں حال اوٗ بسیار لوٗزک

---

۱ نازک، (اہیل)، ۲ "تلوار" لفظک کاشر روپ ۳ تیٚنہٕ خوش بوٗیہٕ سینٛز
۴ وارِیاہ ننگ ۵ "دردِ ہجرت" چھ فارسی ترکیب اضافی۔ یِتھی ترکیبن چھنہٕ کاشر لفظ درج
کرنہٕ آمت توٗ ے چھنہٕ "ہجرت" ہجرٔ بناونہٕ آمت۔

# غزل

میٚہ چھُم وۄمید وانیٚم یارٕ بے شک　　بخلوت ازٕ بنیم دیدارٕ بے شک

خبر ہیٚتھ صُبحیے بادِ صبا آم　　ڈُولن نُمی کوچہ و بازار بے شک

مُصفّا کٔری چمن ما باغوانن　　چھُ جنّت زٔن گومُت گلزار بے شک

چھُہ کیٚاہ زیبا بہشتس ژورٕ جویہ　　تِنے فوار تے آبشار[1] بے شک

وُتھرِ مُت فرش راہن[2] مخملِ سبز　　زمخمل خوش نما سبزار بے شک

بہ گرِدِ لالہٕ وُچھ سُنبل تہٕ ریحان　　بہ کُنجِ حُسن چھی شہار بے شک

نتہٕ چیلنس ژ نیٚتھ اللہ ریمیان ننگ　　بہر سول شکہ تا تار بے شک

چھُ ساقی ہیٚتھ موے وشیشہ صراحی　　جلوس نشہٕ و خمّار بے شک

بہ گلشن ازٕ بنیے مستانہٕ در ہوش　　گژھن دیوانہٕ ووٚنی ہشیار بے شک

نے وسنطور ہیٚتھ دربازغ مُطرب　　چھُ ہشاران لوزہٕ دلبر تار بے شک

بہ سوز وسازٕ رندن قوّتِ[3] روُح　　بنیے تہٕ ازٕ لگہِ دربار بے شک

نصیبہ لبس یہ آسہٕ نس تہٕ از شاہ　　مقرّر گژھہِ کاروبار بے شک

وہالبس چھِے رضایے یار مطلب　　بنیس ازٕ یارٕ ہُنٛد دیدار بے شک

---

۱ "آبشار" بداے شعری ضرورتہٕ وجہہ "آبشار"　　۲ وتن　　۳ "قوت" (اصل) غذا
مگر یہ لفظ "قوت" بناونہٕ سپنی چھ شارسان　　۴ حاصل سپدہ۔ بہ چھ گوڈنکہ مصرعک "فعل"

# غزل

دوہس راتس پھٹان چھم زنگہ پکی پکی [1]
ژھینم بے ہودہ آبس دِیار چھکی چھکی

ہیہ برونہہ گو کاروانا باریتے بآی
بہ بازارِ فنا [2] رَوتہ دو آکی آکی

دریں سمسار چھے نہ کانہہ آرام
چھُنہ تھکھ وآلنس اندر گالنہ تھکی تھکی

دوہس راتس بہ محنت یاپہ بآزی
جکھان زبیان جکھہ ماران جکھی جکھی

ہنو نبران زُد نبا دست خالی
گرتھان ہر کانسہ خالی مغز پکی پکی [3]

وہابو چھُی طمع انسانس زال
چھو تھاوان آدمیس زنگہ ڈکی ڈکی [4]

---

[1] زندگی ہندس ژونتھمس وریس نام یہ کٔنز حاہ وہابن سورمُت اوس تمیُک خلاصہ چھُ یہ غزل
[2] یمہ ونی بہہ نشہ
[3] بکواس کٔرتھ کٔرتھ
[4] ڈھکرا دتھ۔ ناکارہ بنادتھ۔

# مُناجات

دِم خدایا فاحِشہ بینہ نے رُت مِیہ لوگ
روزِہ ہا یُتھ نیک کارن کُن یہ لوگ [١]

روزِ روشن یاگٹھ چھس لوَن بُت پرست
ٹُلی کہ ظاہر یا گٹھی چھمنہ ٹھوک تہ ژھوگ

بِھھی مِیہ کیٔرِ مِنۍ در جہان ناکارٕ کار
تِھتھی کری نہ زانہہ تہ بدراہ زورٕ دوگ [٢]

آے کا تباہ بیتھ جہانس نیک و بد
گے فنا اندر فنا ئسی کاتی یوگ [٣]

بیتھ ڈلس منز کا تہو کور ناوہ سال
ہیتھ کوہس کور کا تہو لکو یہ روگ [٤]

کا تہو کرِ مرلبیمس دورہ دور
کا تہو سو نہ لانکہ حلبہ جشنہ لوگ

روزِہ نہ کانہہ جز خدا بے لایزال
آسہ وقتاہ وایہ اسرافیل لوگ

آمد آمد بیوہ نہ شاید آسہ ما
آینہ منزہ برابر ئیز چھہ ہوگ [٥]

اے وہاب از دوستداران کر نہ یاد
دہ شہر اکے آسہ حاجنہ چون سوگ [٦]

---

١ مایل   ٢ دغل دوز ـ دھوکہ باز   ٣ زمانہ یا سنیاسو =

٤ لکو روگ ـ ہیلہ وار بہیا لکو یکہ وٹہ اپکان آسن ـ اُتھی جماتہ چھہ وَنان لکو روگ

٥ کربکہ ناد ـ یہ شارچھ اکھ محاورہ ییُس وُنہِ خالی چھ ورتاونہ یوان ـ

٦ ژبینس یاد   ٭ ماتم ییُس ٢٩ دسمبر ١٩١٤ء ہکہ دہ ہیرٕ پیٹھ یاگٹھ حاجنہ اوس ـ

# زٕہ رُباعہ

(۱)

میٚہ شاہا پانٕسے کُنا سَر بسَر لاگ
براہ خویش با علم و ہُنر لاگ
زٕہ چھُکھ سلطان بہٕ چھُس مسکین موٗحتاج
میٚہ مسکینس زٕہ مالک موٗ ختصر لاگ

(۲)

دِتھن لوٗشس بہٕ قوٗدرتھ بوے تہٕ رنگ
کوٗ دِتھ از فیض حکمت لال از سنگ
کوٗرتھ تٕرِی موٗختہٕ رٔودس تہٕ نرس قند
رلش دوٗد بچہ ٹھوٗلس تہٕ ہیچہٕ ٹنگ

---

نوٗٹ :- صرف ہیتھ ردیفس تل چھِہ وہابن نعت، منقبت چار یار، منقبت حضرتِ سلطانؒ لیکھی متۍ۔

# وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

چین و خطا[1] توران زنگ[2] — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ
ہندوس و ہندوستان و فرنگ[3] — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

شیراز[4] بلخ و روم رے — بلغار و بلدنتان و لے[5]
زابل تہ کابل غور[6] گنگ[7] — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

افریقہ تہ افرنج[8] و شام — جاپان جرمن شہر جام[9]
آسام شتک[10] ہنگ[11] چنگ[12] — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

آب و ہوا تہ خاک و نار — دشت و بیابان کوہسار
غار و غبار و خار و سنگ — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

بستان و باغ و بحر و بر — بڑن بید تد تنبل[13] تہ نر
تبری بار بادم بار تنگ[15] — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

ہمیر شو نہ خہ[14] انبر دان دچھ — کبتھہ جان میوہ کبتھہ چھو بچھو
انار تر بلہ ٹانجہ ٹنگ — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

ریحان سنبل تہ گولاب — ہیم گلی چھو کا تیاہ بے حساب
وری کیمی ہمیشہ زل یار لنگ — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

سارنگ ساز و چنگ و نے — سیتارہ تہ سنطور موے
سگریٹ لش افیون[16] و بنگ — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

تیر و کمان تیغ و تبر — بندوق گو زرہ گا و سر
خفتان[17] تے خود و خدنگ[18] — وچھ رنگہ رنگہ کائی رنگ

نادان دانا بیدی تہٕ ہلی — اُنی کاذ کنگہ زٕری تہٕ گلی [19]
کینہہ نیم موردہ کینہہ تیلنگ [20] — وچھ رنگہ رنگہ کاتی رنگ
شیخ و مشایخ منتقی — باضے نفقی [21] باغے شقی [22]
مجذوب مستانہ ملنگ — وچھ رنگہ رنگہ کاتی رنگ
گنہار تہٕ نبہ پنگہ شول — اجناس دانہ کینہ ہیول [23]
مُشک مُو سُر تہٕ منٛھ تہٕ مونگ — وچھ رنگہ رنگہ کاتی رنگ
فیروز سور رخ و لاجورد — سبز و سیاہ کوفور زرد
وہبو خدائس عقل منگ — وچھ رنگہ رنگہ کاتی رنگ

---

۱ شمالی چینک پٔرون ناو    ۲ ملک حبش    ۳ یورپ    ۴ بلغاریہ    ۵ غالبن شہر لبہ
۶ قندہار چ اندٕ ریکی علاقہ۔    ۷ دریاے گنگاہک علاقہ۔ یروشلم بیتر تہٕ    ۸ فرانسیسی تہٕ فرانس
ساری یورپی تہٕ    ۹ ایرانکس یزد ناوی صوبس اندر اکھ جاے۔    ۱۰ ننگھائی شہر
۱۱ ہانگ کانگ شہر    ۱۲ مشہور ایرانی مصوّر "مانی" سٕندہ وانگ ناو    ۱۳ تبدل
۱۴ پان    ۱۵ اکہ قسمٕچ ترکاری۔ گلہ    ۱۶ ناس۔ لنوار    ۱۷ نہٕ ششترو تُوپی لوہ سیہ
پٔرانہ عہدٕ سپاہ آسہ دٕوان یتھ زٕن دُشمنہ سٕند حملہ تمہ سٕندس کلس کارگر گژھہ ہے نہٕ۔ کُنہ وزہ
چھ انتھ تہٕ خفتان وَنان۔ حالانکہ خفتان چھ باقی جنگی سلحہ ہن تہٕ وَنان اُسی منز۔
۱۸ تہبر    ۱۹ کھانکھ    ۲۰ چالاک    ۲۱ پرہیزگار    ۲۲ بدبخت۔ بدکار
۲۳ کوئر چھ دانک اکھ خاص قسم۔ یمیک بنہٕ مشک دار تہٕ چھٹہ سفید چھ آسان۔

# غزل

ساز وسوز رمہٕ چاپہٕ راوٕے کٔرِی مبّہ سارِی زٕنگ
پکھہ ننہٕ وٕونی گاٗم ضاییہ دٔراکھ کیاہ دِل سنگ

ترٕوٕ وٕ ھس ہیگانہٕ جابیہ دانہٕ چھیہ نار نٕنگ
کرٕتہ کنیٛز ھاہ میون پاییہ سخت چھُس دِل تنگ[1]

دٕنگہ بنگلہ گاٗم ماییہ وَکتھ بھتہ چھی ہیٛرٕ نگ
چینگ ونٕے سِتارٕ وایہ سازٕ تے سار نگ

یادگیہٕ مو[2] نادٕ لاٗبہ کتہ پھُسبوٗ زٕنگ
رٕٹہٕ دامن بیہ وایہ ژٕٹہٕ ما فرٕ سنگ[3]

سوزٕ ماٗ بوژٕ وژٕ زٕ دلیہ یارٕ گٔرٕ ھم تنگ
چھُمنہٕ پاٗئ نام کُنہٕ جاییہ ہمہٕ ہے برٕ جنگ

سینہٕ لوٗ لمھم رٕتلہٕ کرٔایہ چھُنہٕ رحم وٕنگ
نیم کُشتہ چاپہٕ مایہ دِمہٕ زھرٕ ٹ تے ہیٛرٕ نگ

نیوٗ تھم دِل دورٕ گرٔایہ ہیوٗم جالس انگ[4]
جان ودِل نِنہٕ وٕونی کرٔایہ ہیٖہ کنیٛز ھا منگ

وٕماہ لوٗ وٕونی کرٕتہ سایہ برٕ تہ یارس وٕنگ
دیدٕ دِل سر شوبہ ترٔایہ بارٕ پارٕ سنگ[6]

---

۱ـ دٲرٕج چھم پھٹہٕ لس آمٕژ ۲ـ "یادگیہٕ مو" چھُنہ از روزمرہ کانہہ واقعہ حسرتہ سان زیٖتس ٹھینس پتھ اسی تن یہ جملہ رٕبوہ کدمان ۳ـ اکھ دٕر سنگ گو بادٕ ساس ( [illegible] ) ۴ـ جالس انگ ہین گو لفظی مانے روٗحہٕ کین پھیپھرن کٕرُون کھشن ۵ـ "دٔنگہ برن کُرنی" چھ اکھ عام جملہ ہمیک مانے چھُ اکھ اکِس ستی روزُن تہ لول بٲگرُن تہ پانہٕ وٲنی پوشُن۔ لہٰذا چھُ "برتہ یارس وٕنگ" جملک مانے زہ روز تہ یارس ستی ستی لول برال ۶ـ وزنس۔

# "گوم بَبرے رنگ"

بارہ آہمنہ زانہہ نہ خبرے — گوم بَبرے رنگ
لوبہ ہتھم مے لولہ تبرے — گوم بَبرے رنگ
متیون دستانہ[1] کوت ووہ برے[2] — یہ چھُ اُندری جنگ
اِژہ کُس اَنہ زندہ قبرے — گوم بَبرے رنگ
سَہو ہید گو زیر زبرے — اَدہ مُافی منگ
ژھائے ژلنہ[3] نیائے ووہ برے — گوم بَبرے رنگ
وتھ نہ سالس گژھ ہبرے[4] — سوتہ مارن دژ نگ
تُسہ مادان ونہ اوبرے[5] — گوم بَبرے رنگ
بیتہ ہر کاہنہ تھدیکان ڈبرے[6] — ہبیش روکر جنگ
روز سارہنی یانہ نیبرے[7] — گوم بَبرے رنگ
تنہ کیاہ اکھ ونتھ شبرے[8] — بینہ چھے نا ننگ
وہا لو دوہ سپھٹاہ وبرے[9] — گوم بَبرے رنگ

---

[1] داستانِ عشق [2] زنہ آبہ کھسہ [3] تنازہ گژھ زمینہ بزی بانے ختم [4] "ہبر" سوتہ مارن نہ دزنگ چھ وادی ہنزہ تربیہ یُر فضا جایہ [5] اوبُر چھ بڈ گام تحصیل اندر بیتھ بنیتھ توسہ مادان کُن اکھ وتھ چھ نیران [6] بلڈ ابرہ وایان تہ بھتہ نہ لگان۔ یہ مصرعہ چھ زیٹھان تہ [7] اصلس اندر چھ "روز سارنی نیبرے" درست کرنہ پتہ نہ چھُ یہ نشار لوُ گے گنڈ میتہ آونہ امیک کانہہ مانے اتھ۔ شاید چھ "بیبرہ ونُن" دنان " انجماس کُن نظر تھاوتھ بغار یقرار کرنس۔
[9] دژائی۔ بینہ بینہ موہ کلیائے۔

# دادی رنگا رنگ

| | |
|---|---|
| یارہ کُرہی تھم سحر کِہ جادی[1] | دادی رنگا رنگ |
| یارہ کورِ تھس چھی بیدادی[2] | دادی رنگا رنگ |
| ہیچھ نو ووک کیتھ وہ ستادی | بازی تے نیرنگ[3] |
| ریجہ تیرن کُرہی تھم لادی[4] | دادی رنگا رنگ |
| مارِ ظالم کیاہ چھی رادی[5] | مار ماران ڈونگ[6] |
| تارہ گنڈ زن کور ہم آدی | دادی رنگا رنگ |
| تیر مژگان چھی فولادی | چھیرہ، خارہ سنگ |
| نرہ شیرن گامتی لادی | دادی رنگا رنگ |
| مشک ختنس[6] گے آبادی | میول چینس رنگ |
| حبشی[7] چین گو فریادی | دادی رنگا زنگ |
| کرہ نازِ بلبل شادی | شالہ مارہ بیلی ٹنگ |
| خم کور وارہ سیود شمشادی | دادی رنگار نگ |
| وچھتہ وہیوا می فرہادی[8] | ژٹی خارہ سنگ |
| بچہ ناحقہ[9] نیہ یدِ یادی[10] | دادی رنگا رنگ |

۱ کور نم (اصل) ۲ فریاد ۳ سحر - رنگ بدلاوتھ پھساون ۴ ڈیر ۵ زیچھ - زلف دراز ۵ ٹوپھ ۶ پرانہ عہدہ ملک تاتارک دار الحکومت - اتھ اوسیہ "مشک" یو تری مشہور بلکہ اوس یہ اکہ زمانہ بودھ مذہبک گڈھ یتہ کاشرِ بودھ مبلغن ہند مرکز یتہ ۷ اتھ مصرعس ہیکہ کانہہ تہ مانے اَرسھ - نوبتہ روزِ ہ یہ اکھ پر ترہ ۸ شیرینہ ہندی عاشقن (۹) فرہاد بڈ یمہ فرہادس شیرینہ ہندہ مرنگ غلط اطلاع دیت بمہ سیتہ فرہادن پننہ نالہ لوڈنگ لوے ۱۰ زنکیا زہ ڈیلہ گرہن ہندہ بیانہ موجب لارے یُہ شیرین خسروس تہ کیتھہ بلکہ شیرین تمی قبرہ اندر بیتھ منز فرہاد ڈور یتہ آمت اوس - ۱۱ بڈ یادگار

# غزل

چھُ کوتاہ یار گومُت یوٗت دل سنگ
چھُ بےانصاف تہٕ بے عار دل سنگ

بہٕ ناز و حسن گومُت مست و مغرور
بشوخی شوخ زوٗرا وار دل سنگ

بہٕ خوٗنِ عاشقان تژاٗوِتھ او بزان
ہزاراں مار دوشہار دل سنگ

بقتلِ عام دامِ سحر سازی
سپُھٹھاہ خونخار[2] جودوگار[1] دل سنگ

کمان و تیر و ترکش ہتھ بنچیبیر[3]
سرآزار نیتھ تلوار دل سنگ

رٕوان بلبل چھُ در گلزار نالہ
چھُ دشمن درمیان پس خار دل سنگ

وہاب از منتٕ دنیا پرستی
چھُ مائل بر زر و دینار دل سنگ

---

۱ جودوگری بند زال ۲ خونخوار (اصل) ۳ ہم آلات جنگ وہاب شاہ ناس اندر رزمیہ شاعری ہندہ خاطرہ استعمال کرِ مُتہ چھ تہ چھ غزلن اندر مجازی شاعری اندر ورتاونہٕ آمُتہ۔

# میہ چھُ ازلہ بوگ

هنگہ منگہ یاری پووُم سوگ    میہ چھُ ازلہ بوگ [1]
رنیہ نم یاری ککو روگ    میہ چھُ ازلہ بوگ
ہی مالے زوٗل ناگی راے    ڈُنگہ بے پرواے
ھتھ لاین اتھہ آس زھوگ    میہ چھُ ازلہ بوگ
بجہ بڑلیٹواری گبام یار    ونہ چھا کینہ تڑار
وہ ہیجبیارہ بوزم ہوگ    میہ چھُ ازلہ بوگ
یارہ دادے گیم کل    آسہ ما اچھہ ول
کمہ تام سونہ زالس لوگ    میہ چھُ ازلہ بوگ
ننہ ما آسہ حضرتہ بل    ازچھُ لوگمت ڈل
جالسازما [12] کانہہ پوین کھوگ [2]    میہ چھُ ازلہ بوگ
شالہ مارما سالس [3] نبو کھ    ننہ شہری لوکھ
ڈل وآلس [4] سینی کلجوگ [5]    میہ چھُ ازلہ بوگ
سونہ لانکے وہو پڑار    دلوہ واتی یار
یوہ پنیہہ پھیری گاتیاہ لوگ [6]    میہ چھُ ازلہ بوگ

---

[12] جعلساز (اصل)

[1] نصیبہ۔ حصّہ ازلی   [2] ٹھگ   [3] اصلس اندر "سالک" نقلن اندر "سالس" نقلن ہندس چھُ شارس ستی سمان   [4] آبس   [5] کلجوگ۔ کُن چھُ ہندن ہندہ اترہ کاشرہ زبانہ منزہ ادباہ دکھتی واقعہ گندنہ یوان۔ یتھ چھُ مراد زہ ڈل آب چینہ ستی گوس بہ ماشوقس گکہ پیٹھے مُشتھ   [6] یُگ (سنسکرت) زمانک یانگ۔ دکاشر یوگ

# غزل

تِہنٛدِ چھُم نار اَدر سینہٕ بیٛتھ خوٗن آسہ اَندرٕ رَگ
مٮ۪ہ شُہلان نار کٕنہٕ چھُے تہٕ وۄسے چھُم نارٕ دزٕ ہٕنٛج دَگ

تہٕلان چھُم تبل زن پانس سیٛٹھاہ آزار چھُم جانس
بہ کوٗچہ روزٕہ جانانس بہ صبح و شام ہیٛچوٗن سگ[1]

بہٕ چھُس از دردِ دِل بیمار مٮ۪ہ ہیٛوٗمُت چھُم جگہٕ ہیس نار
مرہ بو اندریٚ آزار مٮ۪ہ گامُتٕ وأ سنٛجے چھُم گَگ

وچھِن یِدِ یار بُودیدہ ہیٛمس از وادہٕ سُنجیدہ
رلِتھ دامانہٕ ہیٛچیدہ بہٕ کرزانہٕ اتھہ تہٕ ادس وَگ

بہٕ چھُس مسکین نَے مو حتاج دِلس میأنس گوٗرتھ تاراج
مٮ۪ہ چھُم لوٗٹھ کران یخراج[2] دلاور زورٕمندِ ٹھگ

زِ عصیان ہیوٗم سیٛنس مَل گوٗلُم نہ زانہٕ یہ شیطان پھل[3]
ژہٕ وُلُم نہ وۄندٕہ[4] شُبہک شَل[5] چھیٛولُم نہ زانہٕ یہ زہرٕ بیوٗ اَگ

ہیٛمُت چھُس بیرٕہ در گرداب گوٗمُت چھُم سال سٕری پیٛٹھ آب
دِ مابو ژھانڈ کٕنہٕ اسباب ژہٕ وۄنہٕ کٕبن کُنہٕ گاکھس لگ

---

[1] عبدالاحد آزادس چھ دمانہٕ شأیری اندر یہِ تشبیہ سیٛٹھاہ ناپسند گامٕژ۔ حالانکہ فارسی شأیری اندر چھ یہ تشبیہ پُرٕنٛتھ کالٕنہٕ شأیرن وَرتاومٕژ۔ تہٕ دمالیس چھ تہند بے مطالعہٕ فاعن سارٕسی مجازی شأیری اندر پیٛٹھ ڈالان

[2] اخراج (اصل) [3] شیطان پھل چھ گامن اندر پٕرٕنٛتھ نَہتھ کِنٛہ زأنٛتٕہ ونان یِس لۄتہٕ لۄتہٕ بیٛیہ یوان چھ۔
[4] دلس بہ شاد تہٕ لیکھُت چھ "ابدالمثل" صنعتچ ژہ جان مثال۔ [5] سٕنٛگوٚک

[6] دِہُن [7] سُہلاب

# غزل

تۄر کرِتھ کینْہہ زادِ راہ کرتا مہیا سازٕ[1] و برگ
برخیالے خام خٲلی چھکھ ژرٕہ تاحقہ نِشادِ مرگ

ہوش کٔرِ کٔرِ ؤ نہٕ یکھٕ پٔر ژٕنہٕ کانہہ نہٕ پیٚہ ماوِ راہِ راست
اَتھ ؤتے اندر چھِ وارٕ ماہ منزلن شہمار و گرگ[2]

ہُتھ نہٕ زاںی ہوّن[3] چھُے دُنیا لٔہ آسان روز و شب
چھُے مبارک تیلی پیلہِ مو کلکھ اگر تا وقتِ مرگ

درازل مقبول تہ مردوٗد کٔرِ مُتی خالِق
تمی تِتے تقسیم تھٲوِ ان خلق سوٚرگ[4] و نرگ[5]

تھوٚو تمی ہر کینْہہ مقرر خار شر اندر ازل
تتھ مبدّل کینْہہ چھُنہٕ برموقہ پانے نیرِہ برگ[6]

در جنابِ کبریا یکسان چھُے شاہ و گدا
چھِی اکی گاٹھ حیوان ؤچھ آب یکجا ٲنش گرگ

وٲنی ؤنھی وَالو ہیٚتھ ژالو ؤٹھتھ گے اے فرماب
تھوو بازرسبتہ وانہو غار موقہ رٲو ورگ[7]

---

[1] تیاری۔ ساز و سلاح (ورگہ) اعمالِ نیک [2] پوزتھ ہی
[3] نفسِ امّارہ [4] جنّت [5] جہنّم [6] وُتھر "برموقہ پانے نیرہ برگ"
چھ کٲشر محاورہ۔
[7] غالبن "ویوہار"

# غزل

نالہ رٹن از بالہ یار بے وایہ بے شک بے درنگ
یُدلوزہِ نہ میے زارہٕ یار لایہ کلس مکھ[1] بے درنگ

یا بندہٕ بندہٕ ژہٕ کرُم یا مارہٕ از نیزہ کرُم
ینھ جالسنے ریزہ کرِم صد پارہٕ اکھ اکھ بے درنگ

کائتیاہ میٚہ وادہٕ نھاوی یم کم نشالِ تارکھ وی یم
کیٚاہ داستانہٕ ناوی یم ہر لحظہ لک لک[2] بے درنگ

بے وایہ دِتی یم ضرب تیر تیرہٕ میٚہ کور ہم دارہ و گیر
چھُس جنہ دل لبتہ اسیرانہ تیرہ ناوک[3] بے درنگ

ابرو کمانے لوٚد نہ چاو بر خوٗنِ مردم پانہ دژاو
ہوون ہونہ یاوُن چیاو[4] چھم وآنجے چھوکھ بے درنگ

مارِ سیاہ ثرٲوِن یلہ گٔڈی ہر طرف مارہٕ کلہ
کوٚرہ مارلس مارہ ہیلہ ہر کالسہِ اکھ اکھ بے درنگ

تیر و کمان افسوٗنِ مار شمشیر تے خنجر تیار
جانن کران تِم لارہٕ لار باہم بہ کنبک[5] بے درنگ

بے موقہ موگرٕ ھاے وہاب چھےُ کارِ شیطان اضطراب
وچھ وارہٕ تدبیر حساب بے وایہ لس پکھ بے درنگ

---

[1] مکھٕر [2] لچھ واد [3] "ناوک" چھ فارسی "ناو" لفظک اسم تصغیر - سہ لوکٹ کان یُس تیزی سان نشانس پیٹھ پَیہ - اصلس اندر چھ "تیر ناوک" مگر آسن گژھ "تیرو ناوک"

[4] چیاو (اصل)، چیاو (نقل) - شاید "وُناوِلی"

[5] یکہ وٹہٕ اکھ اکس پوشان پوشان

# ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ

ہمہ یارو ستمگارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
ہا بے عارو دِلاوارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
جفا موکر وفادارو — صفا دل وۄنی لاگ
گفا زان سأیہ سمسارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
ژٕ ہَ للہٕ وُن وُچھ نٕلہ نارو[1] — مٕہ جگرس منٛز باگ
وُں کر نہٕ کنیزٕ شاہ امیکٕ چارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
مٕہ چھیم زایان سیاہ مارو — چھُ وۄکھٕ[2] قہر[3] ناگ
ربین مارن بہٕ کیاہ دارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
بنیوم حالاہ سنیم تارو — مٕہ لوز ہندی راگ
ہُشارہ گۄرس اکی اشارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
ہے کران بہٕ نالہ زارو — ہیہے برتل زاگ
ژٕ ہ نقاو کنیزٕ شاہ مٕہ وُنی گدارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
مٕہ رسیتی او سے گۄرمُت قرارو — ژٕ ہ وولہ پرارے کھاگ[4]
بہٕ کھاگ وولسٕ ژٕ ہ گوکھ زارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ
وہابہ اگر سہ شہسوارو — ہیی نہٕ رلسٕ واگ[5]
ولسٕ ژٕ ہ حال بہٕ نالہ زارو — ژٕ بہٕ ہار گۄر تھٕم ماگھ

---

۱ چھُ (اصل) ۲ خطرناک - ہیم ناگ ۳ اتھ چھ عام پاٹھؠ گوتر لیکھان - یہ چھ "رائے بنور" کوس پٹھ نہٕ امیک آب چھ ولینو نالس منٛز وسان ۴ گھاگ علاقس اندر چھ زنگل گامس اندر حضرت شیخ العالمؒ سندس خلیفہ دریاالدینہٕ سنٛز زیارت

۵ گُری وگ - وگ رٹنہٕ - پانس کُن انُن

# مرگ

پیلیش[1] وپیش ہرگاہ لثہ چھِی چھےٚ جامِ مرگ     پرہٕ ہیتھ اکس نوبت[2] دِوان ایاّم[3] مرگ
مرگسےٚ پیٚٹھ در جہان ہر گاہ لثہ آند     بدتُکو نہ کیا زِ لوٚز یتھ نام مرگ
موت چھےٚ نہ از نفس یک ذرہ دور     چھےٚکھ کھیوان دانہ ژِ اندر دام مرگ
رُستمان و سرکشان و شیر زور     عاجز و محکوم در احکام مرگ
کانہہ بنی آدم زِ آدم تا بدم     در جہان گو نہ رہا از کام[4] مرگ
چھی کمر بستہ ہمیشہ روز و شب     بر شکار گور خر بہرام مرگ
بر قصاص لشکرِ چیبن و خلق     خنجر و شمشیر ہیتھ چھی سام مرگ
تب تہٕ زر گوٚر لیج تےٚ تہٕ نار و آب     چھی بہانہ پیچ[5] تہٕ سرسام[6] مرگ

اے وہاب از این سخن غافل مہ روز
ژیٚ یہٕ چھی در پیش وۄنی ایاّم مرگ

---

[1] پیتہ رِنہ برو نہہ     [2] واری     [3] موٚنہ کین دوہن اندر
[4] یرادہ ۔ گرفت     [5] پیچش     [6] سرسان بیماری ۔ یتھ اندر سوٗرے حرارت کلس اندر جمع چھُ گژھان ۔

# مناجات

چھُس پریشان حال گوٗمُت از گناہ خارٕ[1] و ذلیل
رحمتک ساماںٕ سوٗزُم چھکھ ژٕ بوٗڈ رب الجلیل

ذلّتِ عصیان مَنٛز چھُم لبتہٕ کَرِتھ وٗنی دست و پایے
چھُس ازال علّت گوٗمت بۄمارٕ تے خار ذ ذلیل

یدٕ منٛز کَرِ ی یارب سیٛٹھاہ بدکار تہٕ بڈٕ ی بڈٕ ی گناہ
تِم چھِ از یک قطرٕ رحمت سیٛٹھاہ بِلکُل قلیل

لایقِ نارِ جہنّم چھُس گوٗمت از بَد عَمل
کرٕ تہٕ میٛے گلزار نارٕس بَہرِ آں حضرتِ خلیلؑ

وَنہٕ کس بوٗ کُس منٛز چھُم غیر از توٗ وٗنی فریاد رس
حسبنا اللہ بس منٛز کافی ژٕ ی چھُہم نِعم الوکیل[2]

نادم و شرمندٕ چھُس از کارِ بد اطوار خود
سوٗزتم از فیضِ رحمت خٲرٕ چھی میے کانٛہہ دلیل

کیاہ عجب از نورِ رحمت بخشِش جرم و گناہ
وَتھ منٛز ہٕوٗم بِلیٛہ چاوُم آب جوٗئے سلسبیل[3]

چھُس تتھے عاجز بٕہ یارب زیرِ بارِ ایں گناہ
بِتھ پاٹھن رٕ ٹیٛہ ہیوٗمت آسہ بارِ پایے پیل[4]

چھم تھے پاٹھن منہ گا امتی غرقِ عصیاں ہوے وال
ییتھ پاٹھن پار جس پھیران بہر مو اوم تیل
رحمتچ صابن کرہم اکھ ذرّہ یارب صاف پاک
ییتھ پاٹھن سبز ڈر ستن پنزہ نیرن رنگِ نیل
تھاو امیدِ شفاعت پوزہ در دل اے وہاب
چھے محمد مصطفےٰ شافع نہ شامل جبرئیل

---

ا؎ خوار (اصل) ۲؎ سارو ہے کھورنہ تھوو کارساز
۳؎ جنتس اندر اکھ کول ۴؎ ہیر کھور
۵؎ گنہگار ٹانڈین بند سور

# نعت شریف

جز خدا و جز تو دیگر کس ندارم یا رسولؐ
در جہانِ دین و دنیا بس تو یارم یا رسولؐ

چھس گومُت از شہامت[۱] عصیان حجل تہ خار بو
اندریں حسرت پریشان دلفگارم[۲] یا رسولؐ

بہرِ عفوِ جرم ہا کرتم و سالت از خدا
ناتوان افتادہ[۳] در زیرِ بارم یا رسولؐ

جز شفاعت چھمبہ مو کملن پاے از بارِ[۴] گناہ
زاں بہ امیدِ شفاعت انتظارم یا رسولؐ

تُل تہ دوونی دستِ مبارک بہرِ مونا سوے خدا
عفو کرتہ از براے چارہ یارم یا رسولؐ

حضرتِ خیر النساء[۵] با ہر دو شاہزادہ[۶] شفیع
بہرِ عذرِ ایں گناہ در پیش آرم[۷] یا رسولؐ

چھے ژبہ نامِ پاک از حق رحمۃ للعالمین
نیست چرا از جرم ہا اندیشہ دارم یا رسولؐ

بہرِ للہ نہی فرماو و چھ میونے اُمّتی
اے دہ چھم نہ کینہہ تہ خوف از نار و مارم یا رسولؐ

اُمّتی چون آسن بیٹھ چھم مے اکھ حجت قوی
کلمۂ طیب بخاطر یاد دارم یا رسولؐ

چھم مے با فرقان عادت گوس ہیری پیری زیادہ سنگ
گوم تہ تا شیرازہ[۸] نشی سپارم یا رسولؐ

دوونی وہ لبس از شفاعت بس چھ چونے آسرہ
بلیہ کینہہ عذرِ گناہ چیزے ندارم یا رسولؐ

---

۱ ندامت (اصل)　۲ دل پھٹتہ　۳ برس پیٹھ پیومُت
۴ بوہ　۵ حضرت فاطمہ زہرا رضی اللہ عنہا　۶ امام حسن تہ امام حسین رضی اللہ عنہما
۷ اُزمو　۸ ڈکھ

# منقبت چار یارِ باصفا

چار دیوار کامل و اکمل — چار سردار فاضل و افضل
چار یارِ نبیؐ محافظِ دین — کار بہ دار آخر و اوّل
ہمہ اشکالِ[1] مشکل و سختی — گوّر ہِمو از کمال سوٗرے حل
آں ابوبکرؓ حضرتِ صدّیقؓ — شاہِ دوران خلیفۂ اوّل
شاہِ عادل سہ عمرِ فاروقؓ — یمّی اوٗن شرق و غرب حکمس تل
ابن عفّانؓ شاہِ ذالنوّرین — از حیا در ہمہ سیٖن افضل
صاحبِ ذوالفقار شیرِ خدا — شاہِ مردان صاحب توکل[2]
چھِی تمے ژور یار تہ ازکی تتم — گیہ ژٔج یم چھِہ نورٕچی مشعل

روز خوش اے وہاب باوہ مید
کرہ نے خامخاہ[3] ژٕ بہ مشکل حل

---

۱۔ اشکال چھُہ کاشرِ پاٹھۍ مشکلس وَنان ۔ یتیتھ چھُہ امہ لحاظہ تکرار معنی
۲۔ "توکّل" چھہ کاشرِس منز "توکل" بنیومُت
۳۔ خوامخواہ (اصل) ضرور

# منقبت حضرت سلطان

کھسہ بڑلبواڑہ از آستان — کریم سلطان مشکل حل
فدا تتھ وتہ زوتہ جان — کریم سلطان مشکل حل
دلک غم غصہ باوس بو — چھو کن ہندوود ہاوس بو
دوکھن دادین مینہ ووٹی درمان — کریم سلطان مشکل حل
مینہ دست مرحمت ڈالہم — گومت چھس بیرہ لوٹھ کھالہم
بنہم مے سختین آسان — کریم سلطان مشکل حل
بہ جاہ شاہ سلطانی — مینہ کاسیم از پریشانی
چھو والا[۲] شاہ عالی شان — کریم سلطان مشکل حل
مریدن مخلصن غم خارہ[۳] — غریبن عاجزن ہند یارہ
مرلیصن دادِ نے درمان — کریم سلطان مشکل حل
زبر دستن تبر برہ سر — تہی دستن ہندے یاورہ
بہ چھس لاچارہ بے سامان — کریم سلطان مشکل حل
مینہ موکھناوس کڈیم حاجت — مینہ ہاویم اصلیے کن وتھ
گومت چھس غرق در عصیان — کریم سلطان مشکل حل
چھہ سونے رہنما رہبر — وسیلہ پیش پیغمبر
تمی نشاواسہ دِ پنج زان — کریم سلطان مشکل حل
سہ ختم الاولیاء مالک — تمس غوث و ولی سالک
بخدمت تابع فرمان — کریم سلطان مشکل حل
سہ قطبن عارفن ہند شاہ — شہ مخدوم عالی جاہ

تمس ابدالؔ چھی دربان | کریم سلطان مشکل حل
تیندی خادم تہ خدمت گار | سینی اوتادؔ تے احبارؔ
زہؔ ریشی ہم زہ قاریؔ خوان | کریم سلطان مشکل حل
زباباؔ حیدرؔ لاری | زخاکیؔ تا بہ آسنجاریؔ
چھ کثر داؤد عالی شان | کریم سلطان مشکل حل
وہابؔ از غم چہ مے نالیؔ | یمن کر حال خود حالیؔ
یقینن وارہ بے شک زان | کریم سلطان مشکل حل

---

پادشاہا کر بہ رحمت سخت مشکل میانی حل
دوذی زآب فیض رحمت جملہ عصیان میانی چھل
میون دِل گومت سیاہ از شامت جرم و گناہ
از صفایی نور رحمت کر مصفا میون دل

---

۱ رحمتک اتھ ۲ نقدہ نفوذ ۳ غم خوار (اصل) ۴ ولی تہ سالک

۵-۶-۷ حضرت علی ہجویری رحمۃ اللہ علیہ چھ لیکھان زہ دنیہس اندر چھ پرتہ وقتہ روحانی حکومت چلاوہ نہ خاطرہ ۳۰۰ اخیار ۴۰ ابدال ۷ ابرار ۴ اوتاد تہ ۳ نقبار آسان۔ یم ساری چھ درجہ بدرجہ قطبس تحت آسان۔

۸ روپہ ریشی تہ ہردی ریشی ۹ خواجہ حسن قاری تہ خواجہ اسحاق قاری ۱۰ حضرت بابا داؤد خاکی رحہ

۱۱ آنچارہ چھ ترتہ نقدہ یاکی بزرگ اوسودہ۔ شیخ عبداللطیف قادری، بابا اسماعیل قادری۔ بابا عبدالرحمن اشارہ چھ یمہ ذی منزہ کاتسہ کن۔

۱۲ چہ مبتلائے (اصل)، نقالو نہ چھ بیھے کنہ نقل کورمت "زہ کیا زہ چھک نالہ دوان" ۔ چہ می نالی

۱۳ بر وتہہ کنہ بیان۔

# چھے زندگی خواب و خیال

کیاہ چھُے عمرِ دِ مُلک و مال  چھے زندگی خواب و خیال
دَم دِہ نہ ہفتہ ماہ و سال  چھے زندگی خواب و خیال
ارُزتھ زمین تامپر باغ  گیٔ پلوز نخوت در دماغ
گوڈ میأنہ ناوہ انتقال  چھے زندگی خواب و خیال
کُنُر کأتہ تھِہوا اَتھ مأ نکی  وایان وُوان کأتیاہ تھکی
اَکی وُہیہ تُل بنی دِیُتس دال[۱]  چھے زندگی خواب و خیال
ہر کانہہ بِقسمت بے خبر  گے خارۂ[۲] ہنتھ اندر جگر
ترو وُکھ یہ بنجر کنُو نژ کال  چھے زندگی خواب و خیال
اَتھ کأتی داوادار آے  اَتھ میزرہ کأتیاہ یار ترائے
کینہہ وٲتی کینژن وُنہ سال  چھے زندگی خواب و خیال
ملکس[۳] تہ مالس ہیتھ مہ ناز  کھوُر دِ چھُن کرشمہ باز[۴]
وُچھ خویش[۵] و بیگانن ژرہ حال  چھے زندگی خواب و خیال
ریم دوش[۶] دشمن یار بأی  زیرِ نظر از تام آی
کوت گیٔ تہ کس کرِ اَس چال  چھے زندگی خواب و خیال
ہم پیالہ کم أسی تربیہ یار  کم صاحبِ زر مال دار
کُنی زیو اَن کس لَش دوت مال  چھے زندگی خواب و خیال

اُکی زیوٗن ہمہ لوٗد ٹھیلہٕ نے — بیٚیی نیوٗ تہ گولُن نالہٕ نے
یُمی ٹھوٗو سومبرتھ لٚس وٗوبال — چھے زندگی خواب و خیال
اَتھ مالس[6] لوٗگنہٕ وہاب — ہمہ پلیسہٕ گوٚر سیتی حساب

حسبِ[8] الجمع در الفعال
چھے زندگی خواب و خیال

---

۱ دوبیم ذب  ۲ گنڈ سی ۱۲ دعوی دار (اصل)  ۳ نازمہ کر  ۴ مٔزرا و ۴۵ دوست (اصل)

۵ پنہ نین تہ دوٗ بیرن ہنٛد حال  ۶ بیچھہ طور طریقس  ۷ روزانہ آمدنی تہ خرچ

۸ یہ کنبہ ہا جمع گوٚو تہ تھمم خرچاوِتھ ۔ الفعال لفظک مانے چھُ ژھٹہ تراوُن حساب مٔکہ لاوُن ۔

# بوٚ مارہ گُرِہَس بال

یمٕہ چشمو خمارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال
یہ زال مێے گوامارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

بوٚ مارہ گۍ بیس مارہ سیتی وٚولُم مێہ مارونال
شارِ چھیم ہیٚنہ چھیٚہ مارہ کأتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

سُنبلی پوشن رنبلہ سیتی چھہ کرِ بربے گنڈی زال
گولاب پوشن چھیٚہ خارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

ریٚم تیٖرہ مژگان درازہ کأتی مێہ سینہ گوٚو غربال[١]
درازہ تیٖرن چھیٚہ خارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

گولاب انارہ تہٕ ناشپأتی چھیٚہ ڈالہ نألی نال
چھیٚہ وأدی لدرن ہند چارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

سوالی آمتی چھیٚہ وتہٕ کأتی ژٕہ وُچھتہٕ کس کیاہ حال
بلبن چأنی اشارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

بوٚ مرہ ژٕ بیٚہ کیاہ نفع وأتی دُرن[٢] ہیٚم اشکال
جگرہٕ ژٕ لوٚکھ مێہ نارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

وٕہا بہ رفیق ملاقأتی گیے بر ونہٕ فارغ[٣] بال
ژٕ ہیٚتھ کنبر ہاہ گذارہ سیتی بوٚ مارہ گُرِہَس بال

---

١ـ یہ رین   ٢ـ زندہ روزن   ٣ـ دُنی یہٕ لشہ دول دِنتھ

# دلوہ میلی لال

وۄتھ کر نِندرس سٲل دلوہ میلی لال
مَنہ از چھے وصلک مٲل دلوہ میلی لال

وۄلہ از بنِہ لٲگتھ اوّن لالہ دیو درشن
وَتھ دیتہ وارہ کران فٲل[2] دلوہ میلی لال

اوّن لاگتھ خارانتھ منگ۔ لالہ ییہ نا ننگ
ینہ خارانتھ ہنیتھ بہ ڈٲل[3] دلوہ میلی لال

ہندی مُلاہ یانس وِل سیتھ ہندین رل
رمہ وچھنس کرہ نا مٲل دلوہ میلی لال

مشکہ[4] ییٹ بدلاو یوتھ گرتھ لالہ ہندے اتھ
سو چھا نہ مٲلی کرمرز جبل[5] دلوہ میلی لال

نتہ نِندرس ہیتھ ووٗنی لار وَتہ اندر یٲر
لالہ چھے تو رکھسن مٲل دلوہ میلی لال

مَنتہ ہیوی کر لوٗکھ عشقن شور گوہی اڈی جن سور
دادی لدہ نے چھکھ سر[6] خال دلوہ میلی لال

وَتہبو دود عشقن سیوٗد دادی لدہ نے دیوٗد
دادہ چھی دِگہ سیدان پٲل[7] دلوہ میلی لال

---

۱ کھلونہ ۲ ناشائستہ کتھ یا کامہ ۳ دامنس بیٹھ ۴ کھیل
۵ دِ مشق کرنہ خاطرہ ییٹ ۶ بٹبتھ چھ قافیہ پھٹان ۷ سرغنہ۔ بروٹھہ بروٹھہ ۸ پاکھ

# چھسہ یوہی مال

ناگِرا یو خستہ حال چھیسہ یو ہی مال
یارِ ژھانڈان تل پاتال چھیسہ یو ہی مال

دودہ کنڈی سے دِیتھمے ژول مییہ چھہ آمُت لول
اَتھہ آمو ژھاگیکی وال چھسہ یو ہی مال

موٗل چھم راجہ بے پرواے مییہ چھہ لانبن نیاے
مالِس لگتہ فارغبال چھیسہ یو ہی مال

مالینٛ میون ژوراوار تم چھہ بڈی سردار
مالِس کتہ بد آفال چھیسہ یو ہی مال

ناگہ رادن دِمہ یو دون ییتر موکُن ژون
ییراران ییتہ کوتاہ کال چھسہ یو ہی مال

ژنتی آرس ہیپرہ ییتر یوٗن ییتہ اوسم ظون
نتہ ژھانڈان کوہ تہ بال چھسہ یو ہی مال

کتہ چھکھ یارہ ییمہ ہا تورٕ ووٚنی مییہ نکیہ کسوز
زال مظلوم ییرال سال چھسہ یو ہی مال

دُچھتہ وہتو عشقن ژرہ گژی کیاہ اَبتر
نالہ دِوان کوتاہ کال چھیسہ یو ہی مال

---

۱؎ ژھاگیگ (اصل)، ۲؎ راجہ بلدیو۔ بقول حسن شاہ ۳؎ بد شگوٗن ۴؎ یہ چھنہ "سوز" وزنس ستی سمان
۵؎ زال اوس رستمن موٗل سپہ شاہ بڈہ پتر لوٗتہ وان۔ وہاب چھُ پانس اُمی سے ستی تشبیہہ دوان۔
(نوٹ، اصلس اندر چھہ ییتھہ پانس یہ ووج "چھس ہیہ مال" اسہ چھس سہ چھسہ یو ہیمال۔ ووج تھووُمت۔

# گژھہ مانسبل

میٚنہٕ چھہ گامٕہ پانس کَل گژھہ مانسبل
تہٕ مشکل سینٕہ حل گژھہ مانسبل

خوجہ[1] صابس رٹہٕ دامان میٚنہٕ چھہ سُے سامان
تہٕ حاجت سٕیران جل گژھہ مانسبل

بیٚہہ ساتھاہ پادشاہ باغ[2] وچھہ مالِس ناگ
تہٕ سوٗرے دیدٕن تل گژھہ مانسبل

کرہ مالِس ناگس سال میٚنہٕ چھہ سالس ہال
ناوہ ہٕندے سال افضل گژھہ مانسبل

قاضی[3] باغ البتارُک سوز وَرژھہ وا سِنجہ بوز
شاہ کوٗنے سالس تل گژھہ مانسبل

وُچھہ مالِس ناگس موج جانہٕ دارن فوج
چھاوہ ہی تے بیٚہہ سول گژھہ مانسبل

پوشنولن تلمُت سوز باشہٕ بیٚون بیٚون بوز
تہٕ بولان دیدرٕ یہٕ جل گژھہ مانسبل

وہاب پورہ کاتیاہ آے یہٕ چھیہ عاشقٕ جاے
گژاکھ یہٕ رٕنگی خاکس تل گژھہ مانسبل

---

۱ حضرت خواجہ ہلال نقشبندی ۔ یمہٕ نٕز زیارت چھےٚ بل نادی گامس اندر چھہ یہ گام چھہ مانسبل سرس جنوب مغربہٕ طرفہٕ کس بٕھس بیٚٹھ

۲ یہ اوس موغلن ہندہ وقتہٕ مانسبل سرس شمالہ طرفہٕ اکھ شاہی محل یُس از دُجارٕ چھہ گومُت

۳ مانسبل سرس مشرقہٕ طرفہٕ اکھ پُر فضا جاے ۔ ۴ قاضی باغچی اکھ مشہور بوز

# غزل

اي جهان شيدا به زيبا صورتِ حُسن و جمال
وي شهان پيدا زِ عڪس شوڪت و قدر و جمال

آفتاب از نورِ تو، ناچيز در شرمندگي
زَون يے مضمون اندر تاب نور رکھ يا يمال

يافت بوءِ خوش زِ گيسوءِ تو اين مشڪِ ختن
عنبرِ و عبهر[1] گولاب و نافه چين و شمال

لوَب گولابن سو رخ رنگ از سو رخيءَ رخسار تو
بهتر زيبائي برنگ سو رخ عنقا[2] سو رخ لال

از نگاهِ چشمِ جادو نرگس اندر باغ مست
سرمه چشمه ڏسڻ[3] هر نو چهر ڏئي ڪوه تا بال

طاق ابروئيس زه با محراب ڪعبه ڇهي اپشر
تنهن ڪي ٿي تعظيم[4] از حق عزت و قدر و جمال

نور از لوح جبين بر طور تابان نورِ حق
پئي ظاهر در جهان گونت ظهور لايزال

وچھ ظهور ذات از نورِ بخشش[5] اي وهاب[6]
يرهيڻ ظهور سيتي نورس ڇهي بُد نيا الضال

---

۱ عنبرِ زُلف - خوبصورت - دل پسند  ۲ ناياب -  ۳ ڏسڻ ٻنهين ونجڻ
۴ تعظيم (اصل)  ۵ ٿيندو ڏيکاريش  ۶ واه

# غزل

دلبر و چھم باکرّ و فرشتہار ہینتھ اندر بغل
شہار ڈیٹھم کینہ ور دہ مار ہینتھ اندر بغل

در باغ شورِ سوزِ درد بر داغ نالہ آہِ سرد
بلبل در ونے جامہ زرد زرتار ہینتھ اندر بغل

وچھ دانہ شبنم بہ گل زن یار جیس ہینتھ وختہ پھول
غنچہ ز شبنم وارہ وارہ پھول گل خار ہینتھ اندر بغل

در قہقہہ کبک[1] و تدرو زن بر فرازِ[2] کوہ مرد[3]
شمشاد قدِ آزاد سرو سبزار ہینتھ اندر بغل

زن نورہ تحتش ہینتھ پیری مشغول در جود وگریں
ہندو بہ شغلِ ساحری زنّار ہینتھ اندر بغل

کیاہ خوش دوا یے دل پسند جھس ستی شیرین گل تہ قند
صد جان بہا[4] یے دردمند انار ہینتھ اندر بغل

دیدم دو تا شیشہ شراب پُر تاب سیما[5] یک حباب
ایں[6] ہر دو از بہر و ماب دلدار ہینتھ اندر بغل

---

۱ گگو یا تیتر ۲ ٹھر زمیں۔ ۳ ایران اک مشہور شہر۔ امی شہرہ ناوی کوہس پئہ
۴ مول ۵ بارزکری یا گھڑو ۶ ریم دہ نہ وے پیالہ

# گیت

بدرِ یا بیرہِ چھُس بے تاب — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
لوٚگم نہٕ سیتی کینہہ اسباب — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
مۍ چھم بیٹھ جانسے تروٚ تاب — بہ حسرت سخت تیلان تیل[1]
ژلِم برونہہ یارَنے احباب — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
مۍ را اُردہ بہ لہو و لعب — گٔنڈِتھ وٚونی پیوم کارس مال
کھیاوٚونی برتس پیٹھ آب — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
بہٕ دِرالبوس آیہٕ باغس آب — ژٕنُم تیشہ[2] تیر تہٕ بیل[3]
کرہٕ کیاہ درہٕ لوگ اکتاب — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
بہ جاہ و زیور و اسباب — گٔییم چھان قومِ فرعون مال
بہ شدّادی لوٚبم القاب — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
لوٚکس بے راہ بہٕ درہر باب — مۍ لوگُم ظالمن سرحال[4]
کرُم نہٕ نیکیاہ دُسلاب[5] — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال
وٕلا بوہ بیچھتہٕ وٚونی آداب — مستی کرزانہہ تہٕ بیٹھ چھے مال
چھم وٚونی بیہودہٕ مندن آب[6] — مۍ گو سہلاب سٔری پیٹھی سال

---

[1] تا [3] ییم دوٚ نہٕ وٚ ے چھینہٕ قافیس سیتی سمان حالانکہ وہابن چھ امکی ساری مقابلہٕ ردیفی الفاظ بیر بی ہندہ آیہٕ لیکھنہ

[2] لوٚہنگ [4] دٕنہٕ ہاموک تہٕ زٕ بیٹھ [5] استدار نہٕ

[6] آب مندن چھ ضرب المثل۔ "بٔلی زوٗ ژٔمن" بدلہٕ ورتاونہٕ یوان۔

# گرٛزھہ پالس مانسِل

ویسی یار ہوٹھ کتھ تام والس — گرٛزھہ پالس مانسِل
تھاۍ نہ دنیم کنٛھی تام خالس — گرٛزھہ پالس مانسِل
سپنٛدہ پٮ۪ٹھہ[1] اسہٕ گومُت سرٛالس — سپنٛدہ وانٛج رٕوزہٕ[2] س کل
خوٗنِس چھہ سردی تا ٲپتالس — گرٛزھہ پالس مانسِل
بینہٕ باوکھ سیر غارہٕ زالس — منٛدہ چھاوی مُلکس جل
سِرہ کتھ چھپرہ ناوی جہالس — گرٛزھہ پالس مانسِل
نٮ۪ر کتھ لبُس وَنہٕ ناداںس — لاپہٕ لتس زن باوہ[3] کرتھ ل
نتہ گُنٛسا پنہٕ لین پالس — گرٛزھہ پالس مانسِل
حالِ خود موون بے گالس — تھاو پوشیدہ پردس تل
پردہ پرٛزنہٕ صاحب خالس — گرٛزھہ پالس مانسِل
عٲب ڈلِتھ کانٛسہٕ النالس — غٲب کرکُنہٕ سپتن[4] و ل
سٮ۪تر ہندس تہٕ مسلمانس — گرٛزھہ پالس مانسِل
بلے وود مبہٕ تہٕ للہٕ ون پالس — آیہٕ یم اخر و اوٚل
آدم ماز مولد دہانس[5] — گرٛزھہ پالس مانسِل
راچھہ راو چھہ ترٛہ کرہ پالنٛس — زادِ راہ ان کینٛہہ ہمتل[6]
چندہ و شبہ چھے[7] راچھہ جانٛس[8] — گرٛزھہ پالس مانسِل

---

[1] قفل [2] یو پٮ۪ سپنٛد لار پرگنہٕ منٛزی دسان چھہ۔ [3] باوِس [4] پردہ کر

[5] یہ چھہ اشارہ تتھہ قرآنی آیتس کُن یتھ منٛز چھہ آمُت ونہٕ اگر کانٛہہ کانٛسہٕ ہنٛز غیبتھ کرہ سہٕ چھہ پنہٕ نس مردہ باے سُند ماز کھیوان۔ [6] در دست [7] یہ کینٛژہاہ ترٛہ نکیہ عملو منٛزہ حاصل آسی گومُت

[8] روحس (دوہس عالمس اندر)

# گیت

یورہ آیکھ از ییٚژ کٲلی ہاسو ندرہ مٲلی
چٲنی لولن کٲتیاہ ژگٲلی ہاسو ندرہ مٲلی

لوکہٕ چارِج چھےٚ ہستی روزہٕ کُس ہستی
ییٚمی نارَن کٲ تیاہ زٲلی ہاسو ندرہ مٲلی

ساز و سامانس میہ ناز روزِ نٔی آغاز[1]
ماز ہیوٚ زِہ مبٔزِہ اندر گٲلی ہاسو ندرہ مٲلی

خوٗب صورژھ کٲتیاہ آے مبٔزِہ اندر زاے
نازنینن لۄتہٕ نازہٕ وٲلی ہاسو ندرہ مٲلی

رنگہٕ بنگلہ لستر باغ جویہٕ نالہٕ تہٕ ناگ
گےٚ نابوٗد شیرِن وٲلی ہاسو ندرہ مٲلی

ییٚتھ ملکس داوآدار[2] آے کا تیاہ یار
اَتھہٕ ہاوان گئے تم گٲلی[3] ہاسو ندرہ مٲلی

فرعوٗن[4] کھوٗت براسمان وَتہٕ لوٗین کان
اَدہٕ قبطی[5] آبن زٲلی ہاسو ندرہ مٲلی

باغ شدّاد چھےٚ مشہوٗر یام سپدُس یوٗر
کہٕ موتن ونی اَسنباٲلی[6] ہاسو ندرہ مٲلی

ییمہ سمارہ پہ ستر ہنتھ گترھ ہر کانہہ حیتھ
ؤنہ وہیس باقی ڈاآلی ہاسوندرہ مالی

---

۱ کُنہ کاڑک زت اند بوٗر    ۲ دعوٗی دار (اصل)

۳ ہبوٗلاکن    ۴ اسمان کھٗنچ رلوا ہینہ چھہ نمرودس منلن۔ وہاتس چھُہ تیٚتھٕہ بٕل وپک گومُت

۵ یہ قبطی قوم چھہ مصرک اکھ پرون قوم۔ یمو منزہ ؤنہ تہ کینہہ لُکھ مصرس اندر موجوٗد چھہ۔

۶ زِھنبر۔ بے خبر یا ٹھگ نقف دِلس چھہ ونان "اسبالی کرہنہ"

# اَدہٕ ہاوَے ڈل

یارہٕ دیکھنا حضرت بل   اَدہٕ ہاوَے ڈل
وارہٕ گُترِتھ تتہٕ مشکل حل   اَدہٕ ہاوَے ڈل
دزٕ وگہٕ جن گھنہٕ کھالَو ناو سأل وُچھنے تۄراو
وُچھ کیّاہ جان گگرے بل   اَدہٕ ہاوَے ڈل

شاہی چشمہٕ وُچھ کیّاہ جان نکھہٕ تتہٕ استان
تتہٕ فاتح پرہٕ اوّل   اَدہٕ ہاوَے ڈل
نقید شرین وُچھ کیّاہ جاے   لانگہٕ چاو نہٕ چاے
یکھ نشاطچہٕ بونے تل   اَدہٕ ہاوَے ڈل

یاسمن پھرہٕ کیّاہ برجوش چھاو یاسمن پوش
نہٕ ستہٕ لٔر پنٕبرٕ زل   اَدہٕ ہاوَے ڈل
سوہٕ لانگے تۄراو وتھے   ڈُنگہٕ نیرِتھ گے
شالہٕ مار نالہٕ اَتہٕ وَجل   اَدہٕ ہاوَے ڈل

شالہ مار وُچھ کیّاہ سبزار   حوض تہٕ فوار
چھاوٕہی تہٕ بیٚبہٕ مسوَل   اَدہٕ ہاوَے ڈل
تیل بل وُچھ کیّاہ وہرہٕ وار   بیٚبہٕ وُچھ سبزار
چھُ نسیمس بونین تل   اَدہٕ ہاوَے ڈل

استہٕ وانٛے کرٕ مان مان کھسہٕ بوستان
رحمتک رودنہٕ حضرت بل اَدٕ ہاوے ڈل

توبہ سِتن دل کر صاف تتہٕ بخشن پاف
رحمتچ جاے سوے افضل اَدٕ ہاوے ڈل

تتہٕ نیرِھ بلبل لاگ لارٕ عشاقٕ باغ
وُچھتہٕ سون کیاہ صُدرٕ بل اَدٕ ہاوے ڈل

نرو جہ یارٕ بل گژھ کڑالہٕ یار ھنہٕ[3] شاہ سردار
تتہٕ کے خاک روپس مل اَدٕ ہاوے ڈل

کوٕ مارٕان یکھ از سر ڈیڈٕ اَژھ اندر
پیر میون تتہٕ لو ڈاکمل اَدٕ ہاوے ڈل

تتہٕ نیرُن بے تجویز چھُنہٕ جاٸز نیز
گوڈٕ کاسی سِینس مل اَدٕ ہاوے ڈل

وہاب حال بیرس وَن میٕنزٕ سپنی سون
پرٛانی پیٛی[4] پاف ساری چھل اَدٕ ہاوے ڈل

---

سہ[1] گنہٕ سوارہٕ ہندس تبز یکنا ولس چھ "حے" تراون ونان

سہ[2] استہٕ ونی چھ ڈل سرس اندر ساہ دٕ یے خو تہٕ ستی جاے۔ اَتیتھ اَسی نو کھناوٕ چلاونس مان مان لاگان۔

سہ[3] مجذوب عبدالرحمان۔ حضرت مخدومؒ سُند عقیدت مند۔ او سودٕ کڑالہٕ یار سر بنگہ

سہ[4] لغزشہٕ تہٕ گناہ۔

# ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل

چھُہ لوٗگمُت یارٕ ہے چھوٗ کھ[۱] ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
مٕبۂ نارٕس آب دوٗنی چھکھ ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
ژٕہ کوٗناہ خوٗن ہارکھ جہانا مار ژٕہ مارکھ
کرورو ساس تے اکھ ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
بہ تیغ و خنجر و تیر کوٗرتھ شیرن ژٕبۂ نخچیر
دماہ اکھ کرتہ وٗونی تھکھ ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
کمانے نرم کر گوٗ ن مٕبۂ تیر وچار ووٗنی اون
پناہ موٗنگ کم ہنا چھکھ ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
زجادوٗ شیر شرزہ چھُہ رو بٕاہ[۲] زٕن بہ لرزہ
پریشان ہرتہ اکھ اکھ ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
چھُہ سُنبل دستہ رنبُل شوٗنگتھ شہار بہ گلُ
گزندہ مار بے تنک[۳] ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
ہنا ووٗنی کرتہ انصاف خطاہ لِللہ ژٕہ کر ماف[۴]
عطا کرتہ بہر یک ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل
وہا لس بر درٕ لوٗ وُچھتھ پنتھ وو تمت نٕو
عجائب کیاہ رچھن اکھ ژٕہ مو پکھ یارٕہ ہوٗل ہوٗل

---

۱. بد وے یہ لفظ چھِنہ باقی باُتن ہندس قافیس سِتھ سمان اما یوٗز دہا بنہ وقتہ اوس یہ

"چھک" یوان لیکھنہٕ، تۄہٕ کیٛنژ اوس ک ردیفس سیتھ بلہٕ ہم آواز ماننہٕ یوان۔

۲؎ پۄژھ لوٗ ۳؎ یتہٕ زمانہٕ اَمِر "ک" تہٕ "کھ" ہوٚمی یوان لیکھنہٕ۔ حالانکہ یمن ہند تلفظ چھ الگ الگ۔ مثلاً "بیٚ شک" تہٕ "بے شکھ" دۄنوٚوے لفظو ورتاو یِوان

۴؎ معاف (اصل)

# دِل

چھُ دِل دُنیا ته دِل عُقبا چھُ دِل باجاه و دولت[1] دِل
چھُ دِل دانا ته دِل بینا چھُ دِل آگاه شوکت دِل

دِلے آرام تے دِل غم دِلے احکام دِل محکم
دِلے محکوم دِل حاکم حکیمے دِل ته حکمت دِل

چھُ کانهه دِل رحم کانهه دِل سنگ چھُ کانهه دِل گرم کانهه دِل تنگ
چھُ دِل بر صلح دِل بر جنگ چھُ از دِل رحم رحمت دِل

چھُ دِل تاریک کانهه دِل نور چھُ کانهه دِل شاد کانهه رنجور
چھُ دِل نزدیک ته دِل دُور چھُ پستی دِل ته رفعت[2] دِل

دِلے چھے دین دِلے ایمان دِلے چھے جسم تے دِل جان
دِلے مشکل ته دِل آسان چھُ دِل مفتوحِ نصرت[3] دِل

دِلے دوزخ ته دِل جنت دِلے اقبال دِل شهمت
دِلے بے مهر[4] دِل همت دِلے عیاش عشرت دِل

چھُ دِل رهبر ته دِل چھے راه گدا دِل دِل چھُ شاهنشاه
هو نه دِل نیک دِل دریا وهاٰ بو دِل چھُ وسعت[5] دِل[6]

---

۱۔ بیته غزلس اندر چھ پرته قافیس اندر اصل دیوانک "ت"، پننی آبه تھاوته آمُت

۲۔ تھزر ۳۔ اصلس اندر ته نقلس اندر چھ "آفت"، گر یه چھنه شاروکس مانیس ستی سمان۔ خدا زانه وُنهِ کیا زِه چھ "مفتوح"، کلمس مقابله "آفت" کلمه ورتاوُمت۔

۴۔ نامهربان۔ مالیه روس۔ نامهربان ۵۔ وسعت دل (اصل)، ته پزی یانگو ییته دلس بوت دپه چار آب

۶۔ دل چھُ حقیقی دل بنان۔

# غزل

چھُ[1] جانِن خود ژۄ چھ اسرار اے دِل
بہ ہمّت روز در ہر کار اے دِل

ژۄ آب تو بہ سٟتن کر تہٕ پاکی
بنی اَدۄ خانہ[2] دیدار اے دِل

مہ کر آزار کانٛسے نو ہتہ وانٛن
ژہ بہ واقی بنہ اَدۄ آزار اے دِل

ژۄ بُڑ وے سبر کرہن کانٛہہ گرٛسنہ[3]
دِبی حق سبرٕ[4] سٟے خروار اے دِل

اگر تشنس[5] اکِس دِکھ ترٕ بیٛشہِ داماہ
دِبی دہ چندٕ ژہٕ از ہرجا[6] اے دِل

کرکھ کانٛسے ضعیفس دستیاری
خدا چھُے دستگیرو یار اے دِل

برٛہنس بُد[7] ژۄ دِکھ نوٚو پرٛژن کنیٛژ ہاہ
کرٕی ژے ستر سٟے ستار اے دِل

وہابس درہمہ این کارِ دنیا
فقط مطلب رضاے یار اے دِل

---

1۔ پننہٕ رٕژکر پانٛژھ 2۔ لابدی 3۔ بچھ 4۔ اکہ بیرہ عوضنہ اکہ کھار
5۔ ترٛیشہ سُنس 6۔ اصلس تہٕ نغلن اندر "چار" لفظک چھُنہٕ کانٛہہ مانے شادِ مٕستی سمان۔ خلازانہٕ بہ چھا ژۄن خاص ہلکن، یا ژۄن یارن کُن اشارہ کرنہ کانٛہہ شرٕ و جار"۔ یا نے ترٛیش چاو نو دِزہ پتہ تعجیل کرنس پیٹھ۔
7۔ ننٛگیس ننٛگیس

# لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

گٔییس شیدا بو چانٮ۪ ویرہ
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

ژٕ ڈیشِتھ میٲنہِ تمنا نیرِ
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

ہیٚتم ساتھاہ دِتم درشُن
ژٕلہم غم تہٕ پھولہم کرِشن[1]

ژٕ پکِھتہٕ نا باغہ میانہِ نیرہ
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

میٚیہ کٔری مے دستہ دستہ گُل
گولاب و یاسمن سُنبل

کِجم اتھہٕ باغہ سبزے چھیٖرہ[2]
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

ژٕلہم میٲنہِ یارہ سیٖنس داغ
بہ زالے زُولا دِ رباغ

شمع مشعل تہٕ لشہ دزیرہ
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

بہ چھس آوارہ تہٕ بے تاب
میٚیہ نارس یارہ ژٕرادم آب

بلا تمہ آبہ کے اکہ پھیرہ
لاگے شیٖر یٖنبرزل

میٚیہ ہٕری مے دودہ کی پیالہ
چھیٚتم داماہ ہیٚیو لالہ

ادٕرہ شر میانہِ وانجہ نیرہ
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

ونہٕ بو یہ چھ منزل کرِ لوٚتھ
سیٖٹھاہ دشوار وارہ زٕ لوٚتھ

کھٔسن دشوار دِ نتیجہ ہیٖبرٕ[3]
لاگے شیٖرہ یٖنبرزل

---

۱ مسلسل آرزو ۲ ہیٖبرہ گنٛدر ۳ آمہ کہ پٔشچارہ سیٖبر

# غزل

چھُ درا ندام ہر جانے ہرا عضا یہ سرا فضل

ہرِ دانا و نادانس چھُ شاہِ دادگر[1] ا فضل

بر نیا کارِ بارس سآتؠ[2] مَیں ہیچھ کُن دِلس گو مآل

مہ کر بے ہوٗدہ بازرؠ سأل بدنیا چھے ہو نزا فضل

مہ نہ ہیکہ مأنی سُند جاداد مہ ان کُنہہ دورِ بدؠ[3] بب یاد

زِ بیہ ہیچھ چھِے راد بیتھہ ہیس لاد زھو یہ چھے زیادہ ترا فضل

یوٗک کھیوٗمت زِ ہو از موہا و یہ از چھے تی تہِ حأضر تھاو

نگاہ یؠ آسہِ تی دنہ ناوِ چھیہ لوٗدس[4] ہیٛتھ نظرا فضل

بہ دنیا[5] خانہ دأنی نہ بہ انسان قدرہ دأنی نہ (۴)

بدولت جاوِ دأنی[6] نہ دمس نم دم چھُ[8] خرا[9] فضل

وہاٗ بو داشتم[10] بگذار چھُ دارم[11] وارم سمسار

چھُ حالس غاب تھاوان زِ یارہ تو نگرہ کوروکرا[12] فضل

۴ چھُ دنیا آسنس دنیا[5] بدنیا زان باو نیا  یہ دنیا مان بادنیا بدنیا سیم و زرا فضل

---

۱ فریادس واتن دول  ۲ عیش و عشرت  ۳ "عہدہ" "دورِ بدؠ بب" چھ فارسیس تہ کأشرِس ترکیب اضافی بناد نہ آمُت  ۴ یہ بیہ ہیمہ دتینہ موجود آسہ

۵ دولت آسنہ سیتؠ چھ دنیہک لس لبن مانہ پوان  ۶ لیشتنی جاہ و حشم  ۷ بقائی

۸ دولت مندی تہ اقبال  ۹ دولت مندہ سنز خرتہ چھ جان پوان مانہ حالانکہ خرہ چھ خرچ آسان۔

۱۰ یہ کتھ چھاو ہیچھ کالِ ادوشم۔ پزد ان نشان و شوکت  ۱۱ یہ کتھ چھاو ذکینس چھم۔ مال موجود۔

۱۲ کول تہ زور دولت مند

# پیالہٕ برہٕ یو مالا مال

لالہٕ ییتہٕ موٚہ مالہِ کرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
لالہٕ ییتہٕ موٚہ سال کرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
ییٚنہٕ[2] پوشن بہ لول برہٕ یو — تیٚنہٕ ملہٕ یو بو[3] ہیمال
چھون دوٚر ترٛہ بو ذرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
چانہِ امارہٕ لو بال مرہٕ یو — مینہٕ ژٕلتم تل پاتال
ہیمال ہبہٕ یِتھہٕ زن ہرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
دوٚہ دوٚہ گنٛڈ سیٚے مانٛجھہٕ رِیہٕ یو — اَنٛتھہٕ آموٚژھا گیکُ وال
دوٚہ دوٚہ گنٛڈ سیٚے تل وٚفی مرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
چانٛسِ دوٚہ دوٚہ بازی بوسہٕ یو — لُکہٕ پال تے وادہٕ گیال
نمہٕ نیٚے اَنٛتھہٕ عرضی کرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
یارہٕ کوتاہ کالا درہٕ یو — مارہٕ وے میٚے وولہم نال
مارہ ماران چھیم تے مرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال
سوٚنہٕ تاویزہٕ ژھوٚ مانہٕ گرہٕ یو — ازکورنے وہبن سال
ییٚنہٕ لا نثاہ داری[4] نامہ کرہٕ یو — پیالہٕ برہٕ یو مالا مال

---

۱ رِوایتی اسلوبہ موجب چھ وہابن "پیالہٕ برہٕ مُتھ" ورنہ یانہٕ چھ ساری مرہٕ شرابس "اُم الخبائث"، مانان رُودمُت۔

۲ اکھ وَن پوش

۳ بہ بوسہٕ ہیمال زن پرٛاران چھس۔ ییہِ تخلیقہ منٛز چھ وہابن ہیمالِ قصک تصور ییٚنہٕ آمہٕ منظوم کورمُت

۴ کانٛترِ چھ وندہٕ دِ اَتھ مختلف نامہ ہیری ہیری ژھوٚنڈاوان مگر وہاب چھ ماشوقس پنٕن "داری نامہ" بوزہ ناوی، بوزہٕ ناوی رات موٚکلاوُن یژھان۔ کوتاہ نوژک خیال چھ!

# پژاره کوتاه کال

یاره آواره کٔرتھس بال   پژاره کوتاه کال
وولہ وچھ واره میونٔے حال   پژاره کوتاه کال
شالہ مار لالہ کوٗرہ سال توٗت ییٚن چھےٚ گال[1]
پیالہ بٔری ہے مالامال   پژاره کوتاه کال
مٔژھ لالوگنڈ بولال   کِتھ دِمہ یو مال[2]
لِتھ کٔرتھس جود ره سال[3]   پژاره کوتاه کال
سادہ کوٗرہ مٔت واده پال[4] نکھ کنیٚژ ھاه وال
تِتہ بہ نتہ رٹہ یو نال   پژاره کوتاه کال
وولہ وچھ یاره کیاه چھُم حال جگرس پہ کال
سینہٕ مٔژ رِتھ ہاوے بال پژاره کوتاه کال

آم ولنہٕ زُلفک زال وول مٔبہ مارو نال
مار چھا کِنہٕ مُشکِ وال   پژاره کوتاه کال
ژرنہ کٔری تھَن وُرنہ اشکال[5] چھےٚ ژنبہ میونٔے حال
اَدہٕ ودزه ژرنہ بیبہ موزال پژاره کوتاه کال
نأگی رأے زان تل پاتال روٗد ہم ییٚژ کال
بره بو کٔرتھس سیال   پژاره کوتاه کال

دآهن یارهٔ زچھے سال گوس واراه کال
دو لهٔ زوارهٔ پهٔ ژغُس حال ژارهٔ کوتاه کال

---

ت۱ چانهٔ خاطره هتک
ت۲ دُنیهکٔ مال
ت۳ کهسیهٔ ؤ نهٔ جوانی اندر
ت۴ اے مبانهٔ سادهٔ ماشوقه
ت۵ دومیسُ دنیهس اندر
ت۶ مشکل زانن ۔ تنک ۔

# چھِے ژٕ بیہ میونے سال

وٕدلہٕ کھاسین برٕ دیو رٕہی — چھِے میونے سال
بلہٕ بو ودلہٕ چھِے میانی ڈٕرہی — چھِے ژٕ بیہ میونے سال
چانہٕ امارٕ چھِس غمگین — لو نہٕ وان مسکین
کمہٕ سو نہٕ میانہٕ پاٹوی ڈٕہی — چھِے ژٕ بیہ میونے سال
ینتہٕ مو یارٕ دِتہٕ درشُن — پٔتیہ ہیم ورشُن [2]
آنہٕ ہم زرن لاسیچ[3] زِہی — چھِے ژٕ بیہ میونے سال
میہٕ چھہٕ ژہی کُن دِلِ شیدا — کو نہٕ آہم زانہہ
کرٕ کیاہ ییلہٕ خوش گژھہ ہی — چھِے ژٕ بیہ میونے سال
کیاہ ژٕ زانکھ اندرِم داڈی — بٲلی کٔری ہم جاڈی
امہٕ کانچھنہٕ[4] کٲتیاہ نی — چھِے ژٕ بیہ میونے سال
یو نیپٕر زرن کرٕ ہا گنھ — شمع روس یتھ
تتہٕ ہیومُت کنھ نُند فِی[5] — چھِے ژٕ بیہ میونے سال
ژھانڈ وہیو اصلیچ وٕنھ — کنھ اندر کنھ
ہنتہٕ رنگہٕ کنھ مانے چھِے — چھِے ژٕ بیہ میونے سال

---

[1] از چھہٕ ونان "ڈی گرُنی" [2] وری یہ ینھ وری یہ اورہٕ یور ینک رسم گو ورشُن۔ ینھ گژھِ چھِ شادِ رُک مطلب یہ زہ اکھ پھیرہٕ اگر زہٕ درشُن دِکھ اسہٕ تدٕ ہے پاپرٕ واٲنی برد نہ کُن یُن گژھِن [3] سیٹھاہ تھود نفع یا کمٲئی "لاسا" چھ تتیچ راز داٲنی۔ اتہٕ پیٹھہ ییُس کانہہ کاشُر تجارت اوس کران لس اوس تیتی چیزن منز سیٹھاہ منافع بنان یمہٕ موجب "لاسیچ زی" اکھ ضرب المثل بنیو و [4] خانشہٕ منز دیونٕ

[5] فی = ینہہ - اختلاف

# بارٕ گییہ سو چانہٕ مابے ضایہ سو ندرٕ مال

بارٕ گییہ سو چانہٕ مابے ضایہ[1] سو ندرٕ مال
بَرٕ گاہ شرگرٕ دٕرابے ضایہ سو ندرٕ مال

تیر میہ لاۓ ہنفہ بے وابے گوم میہ غربال
چھو کرٕلارٕ چھس چانہٕ رابے ضایہ سو ندرٕ مال

کرٕنہٕ کینٕژ ساہ میون پابے شرطِ یارٕ ی پال
بے گونا ہ بے گانہٕ جابے ضایہ سو ندرٕ مال

چھیس وُچھان بو لوٚت ژھلیے چانہٕ یکنٕج چال
چھس لو کٕنہ مژدورٕ گرابے ضایہ سو ندرٕ مال

سازنے سنطورٕ وابے مارٕ نازٕ ج تال
سوزٕ چی آمہ نازٕ تٕرابے ضایہ سو ندرٕ مال

اِشتبٕر چھی ولیشہٕ رابے شیشہٕ ہنٛز کلہٕ وال
کِشہ[2] یارہٕ نہٕ گوم ہابے ضایہ سو ندرٕ مال

سینہٕ توٚ لیتھم تلہٕ کرٕابے حیلہٕ چھم ژھٕنہ زال
کوٚ وٕ ژُبٕز بٕنٛس عشقہٕ تابے[3] ضایہ سو ندرٕ مال

دِہ[4] بو کینٛہہ کرٕنہٕ سابے ستین زٕنٛ چھی وال
نوٕ شوٗقہ نہٕ یژرانہٕ مابے ضایہ سو ندرٕ مال

---

نوٹ ۱ بہ چھوٚ اتہٕ پنڈتن ہنٛد اکھ استان ۔ ۲ زٕاوٕ جیبن وانکن ہنٛد نگار

۳ تابے (اصل) کرابے (نقل)، اُزیک عام تلفّظ ''تابے''

۴ ربش ۔ یانے ووٚنی وٕنٛڈ یو کھ

نوٹ (الف) ضایع (اصل).

# غزل

مۍ کیاہ چھم یارہ چارہ گژھس بیمارہ ٹلی ٹلی
مۍ چھم شہمارہ وارہ سرا پا نال ؤلی ؤلی

نہ چھس زندہ نہ مو ردہ کلین ہندی پاٹھی ہردہ
دزان چھس عشقہ دردہ لوان ہیۍ سونتہ گلی گلی

مۍ سری پیٹھی گوم سیلاب نہ چھس مخمور در خواب
مۍ کسرے امبرس آب سپن تالاب تلی تلی

غریبن خوَن ماران تھ ہزاران جان ماران تھ
بہ تقوا[1] خرقہ پارہ تھ مہ سہ ریٔن زال چھلی چھلی

مۍ دوپ چھے دستہ گل مۍ پوشن لوگ بنبل
خیالس گوم سنبل وچھم نم مارہ ہلی ہلی

زخوفِ کالہ ماران بیۍ از تیر باران
ژلان عاشق بیماران[2] لوان چھیر تھ چھٹہ ژلی ژلی

وہ ما بو دود[3] ظالم یہ ہاوان چھنہ سالم
ژہ تھاٹی شاخ وآلم مۍ تبرے سیتی ٹھلی ٹھلی

---

۱ پرہیز گاری ہند تقوی (اصل) اتھ ۲ کالہ مارن ہندہ چھنہ بروٹھہ تہ تہ پر باران رٹنہ بروٹھہ چھی تی عشقہ بیمارہ ژٹہ متی "بیماراں" بدلہ چھ اکس نقلس اندر تہ چھ "لاران"

۳ عشقہ دود "دماب" ناوی کتابہ تہ نگریز رسالس اندر ییلہ مۍ یہ غزل چھپوو - تتہ چھ مۍ "دورِ ظالم" لیکھمت تہ کیا زہ یہ اوس مۍ دِنوا نہ کیو نقلہ ییٹھ تُلمت - اصلس اندر چھ "دود ظالم"

# غزل

چھُسے ژٕ یارہٕ بیمار بہ نالو[1] زار بر تل
میٔہ یاٹھ وُم ژٕ دیدار نتے میٔے مار کر تل

میٔہ ہارس گوم وندہٕ کران چھم لوکھ خندہٕ[2]
ژٕ میٔہ کوٚر نھم بندہٕ بندہٕ[3] سو نہ طوٗ مار سر تل

میٔہ سپنس رٕ وُدار مان ژٕ للٰلہ کر تہٕ درمان
کرِ[4] قوربان دل و جان بہ سرٕ ای یار کھوٚر تل

ژٕ نتلُ نہٕ کھوٚ ذنقابہ وُچھے محراب کعبہ
کرہٕ با آفتابہ بہ آلرو خسار یر تل[5]

میٔہ کوٚر نھم یارہٕ سوٚختہٕ[6] وُچھے کرلالہ رخ تہٕ
کرِ جالنر موخنہٕ[7] جرِ زر تار ار تل[8]

گرِ م ضایہ جوٲنی بہ مالے[9] حکمرانی
دریں دُنیائے فانی وُچھم نہٕ کینہہ تہٕ در تل[10]

ہیرِ تھ کمہ کمہ کتابہ اثر گوٚی نا دِلس[11] بہ
وَنان چلنے حسابہ کتابن اوس خر تل[11]

---

[1] نال وزار (اصل) [2] ٹھٹھہ [3] پھیلہ پھیلہ [4] کرہ (اصل)
[5] پر نال = نفلک ژھوٚٹ [6] زالیتھ سوٚر [7] موخنہٕ پھلین ہنز
[8] اکہ قسمک ابرق یُس نالہ رزن تہٕ گل تنینز، جرنہٕ چھہ یوان۔ دوہم ناوٚ ڈانک [9] بیلِ (اصل)
[10] حاصل [11] تلمیح قرآن کریمہ کس تتھ آیس کُن یتھ منز بے عمل یہودیمن کُن وُ نہٕ چھہ آمُت زِ یہ زن چھہ تم
خرن ہندی پاٹھی کتابن کھس تُلان۔

# غزل

بہٕ امرو نہی فرقان کوٚرُم نہٕ زانٛہہ تہٕ تأمیل[1]
بہٕ روز و شب چہٕ ترکان[2] کوٚرُم میے جامہٕ تبدیل

چہٕ فیلِ مست مخموٗر بہٕ خامی گوس مغروٗر
کوٚرُن بجُرن بہٕ مہجوٗر[3] کہ چوٗن طیراً ابابیل

کرُم نہٕ کانٛہہ برٛزٕ کام تہٕ میے دردل کڈٕ گوم
فقط خوٗشی کاہ بدگوم کوٚرُم ہردم میہٕ تأجیل

بہٕ مایل گوس دِیارن بیٚیے بدخوے یارن
لباس و فرش گارن بکس لمبے[5] برُشِ قندیل

بہٕ طمعِ دورِ فانی کرُم ضایِع جوانی
میہٕ ژھانٛدم حکمرانی اِجارہٕ[6] بھٹیکہٕ تحویل

بہٕ گوس ازمرگ بےٚ ڈر بہٕ جمع زیور و زر
قبا قالینہٕ بستر مو کُل دستارہٕ مندیل

بہانہٕ کری کری میے کرُم تن پروری میے
گرٛھان سورُے وٕری میے انان گیونُن تہٕ تیل

کوٚرُم نہٕ یادِ حق زانٛہہ بہٕ غفلت گوس گمراہ
بغیر از نالہٕ و آہ کرُن کیاہ چھُم میہٕ تکمیل

گٕنڈان اَمی بازی گارن عاشہ متی خون ہارن
دوہا اکھ آسہ یارن وہا بوٚ ہیوٚن تاٚ طبلٕ

---

١ تعجیل (اصل) ٢ ایرانی بادشاہن اَسی ترکستانی "مغ بچہ" شراب چاوناوُنہ خاطرٕ دربارس (اندر آسان تہٕ یم "ندیم" اَسی دوہس رأژس داریاہ رنگ بدلاوان۔ یمیٚ کُن چھ تیٚتھ اشارہ۔

٣ ژٕرٕ کامپولٕنٕ تِھتھے کٔنہٕ دورہ ییتھ کٔنہٕ ابرہہ سندس فوجس کٔنہٕ رُود کرنہٕ پتہٕ ابابیل (دکتوجہ) اَچھونٔنہٕ دور گیہ۔ ٤ تعجیل (اصل)

٥ نکس لمپ پتہ برش چھ ترٕ بہٕ وے انگریزی لفظ یم غالبن گوڈٕ وہابی کاسترٕ شایری منٛز اَنی متی چھ ٦ اجارہ۔ ٹھیکہٕ تہٕ تحویل اَسی ابتدأیی ڈوگرہ عہدس اندر ترٕبہٕ ہوی شعبہ۔ یمن ہندٕ ذریعہ جِنسی مالیہ اوس وصول یوان کرنہٕ۔

# بۂ لاگے ہنگہ مسوٗل

کرے واو پوشہ لنگہ — بۂ لاگے ہنگہ مسوٗل
اَنے گُل ساسہ رنگہ — بہ لاگے ہنگہ مسوٗل
میٚہ کوٗرَے فرِش مخمل — ژٕہ وُچھ بادم کُلہِن تل
چھ مغرِش کاٗتہِ رنگہ — بہ لاگے ہنگہ مسوٗل
میٚہ اوسُم ہی بہ تقدیر — ڈٕولُم نہ زانہہ بہ تدبیر
دِگر کس جاے منگہ — بہ لاگے ہنگہ مسوٗل
میٚہ کُس بیٚتھ سرِ لوسِتش — لفینس خوب زِ سِتش
اِرادس سیتی جنگہ — بہ لاگے ہنگہ مسوٗل
بدن تے قدو قامت — ژٕ چھم از نازو نعمت
پیہ زوٗ کر تام ڈنگہ — بہ لاگے ہنگہ مسوٗل
دہا بو شاہ و درویش — سمن ساٗری بیس و پیش
زمینس بیٚیہ گنگہ — بہ لاگے ہنگہ مسوٗل

---

۱۔ فرش ۲۔ بیٚیہ کاٗشہ ۳۔ بدخصلتس
۴۔ ارادہ الٰہی، تقدیر ۵۔ سورہ ۶۔ قبرہ
۸۔ گنگہ بل ییٚتہِ پنڈتن ہندی اُسرکھ تراوٕنہٕ یوان چھ ۔

# غزل

ئہ چھُس دَر بندِ لہو ولعب غافِل
بہ عیش و نوش خورد و خواب غافل

مبہ بیوٚنہ یاد زانہہ عُقبا بہ خاطر
بہ فکرِ زینت و اسباب[1] غافل

بہ فخر و جاہ و تمکین[2] شہرۂ عام
بہ اندر عزّت و القاب غافل

شوٚنگس بر دجلہ[3] آبِ سمندرہ
بہ عیش و خواب از سیلاب غافل

بہ خامی گوم سُری پیٹھی آب ناگاہ
گوٚمُت چھُس ییرہ در گرداب[4] غافل

زِ حالِ خود مبہ چھُمنہ کینہہ تہ مولوم[5]
پریشان چھُس زِ خشک و آب غافل

زِ کارِ کردۂ عمرِ گذشتہ
بحسرت مبتلا وتطّب غافل

---

۱ دنیوی چیز یم پرٛیتھ انسانس درکار چھہ یوان — ۲ وجاہتِ دنیا
۳ دجلہ چھہ ملک عراقک اکھ مشہور دریا — ۴ آوُلن
۵ معلوم (اصل)

# غزل

زدرہ دِیارہ چھُم آزارہ مُشکل ۔ بہ سینہ پیوم عشقن نارہ مُشکل

دُزہم وَس ہاوہِ کس اندریم یہ آتش ۔ چھُہ ہاوُن غارِ سیے ہیتھ کارہ مشکل

کرہ کیاہ بستہ چھُس دردامِ گیسو ۔ چھُہ نیش[1] زہرال شہارہ مشکل

بہ پا زنجیر گامتی نرہِ شبیرلن ۔ فسونِ سحر جودو[2] گارہ مشکل

بہ قتلِ عاشقان دْرامُت چھُہ صیّاد[3] ۔ کمان و خنجر و تلوارہ مشکل

کران از تیرِ محگان تیر[4] باران ۔ چھُہ زخمِ تیرِ خارہِ[5] دارہ مشکل

کُنِ چھپیس اندرِ مشکِ ختن اوس ۔ مگر آنُن چھُہ از تاتارہ مشکل

سِرِدروازہِ یْارانِ دادی لَد چھِ ۔ زہِ وچھنہ حالِ ہر بیمارہ مشکل

دوا بے دردمندان چھے ولیکن ۔ انُن ہاز بارِغ تو اتّارہ مشکل

وہاب یارِان سرِ دروازہِ بارغ

بیہن اندر کمین[6] بیدارہ مشکل

---

[1] نوٗپھ [2] جادوگار (اصل) [3] نتہ کارِ

[4] فارسی "باران تیر" چھِہ کاشری پاٹھو "تیر باران" بنیومُت

[5] شہ تیر یمیک پیٹ سپنہ نیز چھُ

[6] سِہ جاے یتین ماشوقس کُن نظر پتھ یِہ

# غزل

وُچھ بروٗے یارنِشو بان کیاہ چھِ زیبا جار گُل
لالہ روٗخ گُل مہ[1] جبین گُل لب گُل وشہمار گُل

کج کمان[2] گُل شند الف[3] گُل جیم گُل تے میم[4] گُل
صیاد[5] گُل صیاد گُل تے تیر گُل تلوار گُل

گوش[6] گُل سینہ پوش گُل تے خال[7] گُل خلخال[8] گُل
چاہ[9] گُل تے چین[10] گُل دُر دانہ[11] گُل انار[12] گُل

پیالہ گُل پیمانہ گُل موے خانہ گُل تہ شیشہ گُل
نشہ گُل تے لونش[13] گُل تہ موے گُل و خمار گُل

مطربان گُل ساز گُل سنتور گُل سارنگ گُل
ناز گُل آواز گُل رقاص گُل رفتار گُل

پیشرو گُل در گلستان گُل بکف ہیتھ گُل بدن
دست گُل گلدستہ گُل تے سبزہ گُل سبزار گُل

گلشن از گُل پُر چھِ بر گُل لاگ بلبل اے وہاب
در گلستان خار گُل تے در گِل[14] دیوار گُل

Instrument, Music, movement, mime & Dance.

---

١ بمعنی وینجہ ٢ قد الف ٣ زلف پیچان ٤ دہانہ

٥ لف و نشر مرتب مانتہ چھِ بیتھ مصرعس اندر لو مہرہ صیاد ، قدیانہ = صیاد ، زلف = تیر = دہانہ = تلوار

تصور کرنہ آمتی ٦ کن ٧ لکھین ٨ گوڈہ کری

٩ چاہ غبغب ١٠ زِلکہ ١١ کنہ دور ١٢ قبہ سینہ

١٣ چین ١٤ گلستانکہ دیوار چہ رب نام چھ پوشہ پوش -

# غزل

مےٚ کوٚرنم دلبرن سینہٕ بہٕ کینہٕ پارٕہٕ چوٗن غربال
تمس انصاف کیٛنہٕ چھےٚ نہٕ بچنٕ چھُم درنظر اشکال

گمر چھس پیرٕہٕ بود رآب زخوفِ جانِ خود بےتاب
شہٕ کیاہ زانےٚ چھُ اَیتھ در خواب بدریا پیرٕہٕ وٕنی سندٕ حال

بہٕ چھس گر بستہٕ اندر دامِ سراپا دام ولنہٕ آم
موکل لیٛس آسہِ در آرام تمس کیاہ و بوٗد چھہ کیاہ گوزال

درونی سخت چھُم آزار دزان چھُم وسہِ اندر نار
اُمِس ولوٗد چھےٚ نہٕ از بیمار چھُہ کیٛنہٕ تب زرنتر یا اسہال

مےٚ نٕھاوِن بارہا وادٕہٕ سرِراہ چھُس بہٕ افتادہ
مےٚ آتش تیز گوٚو زیادٕہٕ بہٕ سختی ذرٕہٕ کوتاہ کال

بہٕ حسن و نازِ خود مغرور بہٕ عیش نشہٕ چھُم مخمور
وَنے بیٛنہٕ صنا بہٕ کرٕلس خور بکوچہ تراوِنس پامال

بہٕ کرٕلس مترتہٕ دیوانہٕ زخویش و خانہٕ بےگانہٕ
چھُنہٕ انصاف لس دانہٕ بجوٗاری خستہٕ کرٕلس حال

بہٕ سختی چھُم مےٚ بر لبِ جان کریم نادادٕہٕ نی درمان
نتہٕ بومرٕہٕ ہیٛنہٕ ارمان کھسن کسِ متہٕ تم و وبال

وہاب از درد نارس منز گلان زن شین نارس منز
سرِراہِ انتظارس منز پکان اسیر بہٕ استقبال

---

۱ پُترٕہ پرٕبن ۲ چھیہ ۔ آزاد ۔ فُچھ ۳ دادی لدس نش ۴ خواری (اصل)

# غزل

میٚہ اَندری نار در سینہ دزان چھُم پارٕ چوٗن قندیل [1]
نتہ رٹھ میٚون از کینہ دَزان زن کرٕ ایہِ اندر تیل

وَسے اندر سوٗن [2] نذرتب رِ سختی جان چھُم بر لب
بہ عمٕ زن چوٗنہٕ کوندے رب رگن اندر سینی تحلیل [3]

بہ گاہِ جس عشقٕنی دَرد دِن [4] لوَے چھُم روے مے زردن
کھوٗتُم کوٕہ بار بہ گردن پلّیہ بجھہ ربّیہ پائے پیل [5]

میٚہ ہیوٚنم ہوش تے آرام دوٕ دُر زن ویرہ اُندری زام
دوٗ پہرس بالہِ کوٚرنم شام میٚہ روبس رنگ سپن تبدیل

میٚہ لاین آبگینس [6] سنگ گیٚس آوارٕ تے دل تنگ
کوٚرُن مے ہیبہ اری نے رنگ گوٗلابس نتہ تراوُن نیل

بہ وۄنی استادٕ چھُس بہ در بہ فرمان منتظر چاکر
یہ فرماویم بہ چھیم وسر کرٕ تمہ حکمس تامیل

رشیدٕ [7] کھوٚرن تل تراوٕ مس منز نگاہ مے مارٕ تن یا وۄنی
ہتس زرلستہ لبس سا ہبنی [8] چھُہ کیاہ تس مارنس تاجیل

ہنے ہنہ دوہ منہ سوران آم سراسر فصل سورے خام ۹

وہا بو آسہ وونی کرتام دوہا اکھ حاجنس تاطیل سے ۱۰

---

سـ ۱ زن    سـ ۲ منہ چھ ازبرو تھہ کیتھہ ووری نقلن پیٹھہ بروسہ کرتھ گوڈنکس شارس اندر "بچول" بدلہ "زن" تہ دومیس شارس اندر "سونم" بدلہ "سنم" چھپومت تہ یتھہ کنہ چھ نقالن ہنز غلطی میانز غلطی تہ بنے ہیٚژ۔

سـ ۳ رلے یہ    سـ ۴ لیدران    سـ ۵ ہسی کھورہ    سـ ۶ شیشہ وس گلاسس۔ نقلو چھ اتھ انگبین تہ لیکھمت۔ تہ یلی چھ غلطی سان پردینہ چھپے مت تہ

سـ ۷ اچھن ہندی منہ یٚلی۔ سبنز بدلہ شعری ضرورتہ موجب "ساپنز" یہ ستی چھ وزن پور گژھان۔

سـ ۹ چھپے مت "رودم"    سـ ۱۰ تعطیل۔ یہ تعطیل آو واریاہ پھیرتہ حاجنہ منا وہنہ۔

# مناجات

خالقِ خلق وملک خاص و عام　　مالکِ شرق وعجم شام
رازقِ جن والنس ہر دو دوام　　احکم الحاکمین ہر احکام
کیا رحیما کریم با اکرام

از گناہ گوس غرق سرتاپاے　　کانسہ نِشہ مےٚ وچھنہ امیٚچ جاے
کرنہ کنیٚژ صاہ تہ میون مو کلن پاے　　تم گناہ بخش یم مےٚ کرِ آے
زینہ پیٚٹھ بہ زندگی از تام

چھُنہ بد کار مےٚ ہیوہ کانہہ بندہ　　از گناہ گوس ووٚنی بہ شرمندہ
عفو کر تم یہ چھُس بہ اکندہ　　ہیٚیہ نہ چھتم زِ جُرم آیندہ
بُد مےٚ باقی چھہ وُنہ کینہہ ایام

بہ گوٚرُس گیپر زیادہ بد کارہ　　دکہ دِتیٚتھم مےٚ دوستو یارو[2]
دوٚپ نہ کانسے ہتو اَمس پتہ ارہ و　　دِمہ ما نالہ بُڈہ بو یارو[2]
شرمہِ ہیٚنْدزال گوم روزہ یم پام

مےٚ چھہ بس چانی مرحمت[3] کافی　　دِم تہ از تام جرم مینی ماٗفی[4]
کھاوسیلس مےٚ رحمتچ صافی　　شاہِ کونینؐ عاصین شافی
بس دِتھت فرش لو عرش مقام

مےٚ چھہ در سینہ رنگہ رنگہ غم　　کار تہ کو سنجہ کامہ وارہ چھم
پننی یاوری مےٚ کرِ ہر دم　　چھہ کرُن سعی از بنی آدم
زتہ انُن چھے ہم برحمت انجام

یا الٰہی زِ فیض ہم رحمت[5] ہاو پالن کیٔن وہالبن وچھ
دِم دِلس وۆفی بہ بندگی ہیٚمت ماجہ ماُلس تہٕ اَشناون ہیٚتھ
عاقبت دِم میہ اند برا اسلام

---

[1] دُمرہ اندر [2] کرہ یکہ ۔ ویداکھ

نسخہ: [3] مرحمت ۔ (اصل) ۔ رحمت [4] معافی (اصل) [5] رحمت (اصل)

(نوٹ) وہاین چھ غالبن یہ مناجات دُمرہ ہندی سٕنبتھ وُنی گذارتھ لیکھمت

# نعتِ شریف

## مخمس

یارسول اللہؐ زدستِ خود سیٹھاہ تیاداگوم	ڈومرہ ہندِ سرمایہ سورے رگناہ برباد گوم
بربدی مے نفسِ مائل روز و شب دلشاد گوم	دو دبہ خو تیہ تے حرص و طمع زور نہ زیاد گوم
گوس غافل تے لوٹے خوفِ خدا از یاد گوم

بہ رگناہاں تہیز سینس شیر زن بہر شکار	کھودونہ مے نفسِ امارن دراں دم بچیتیار
آسہ نہ کاشہہ مے برابر بد عمل نہ نابہر کار	ڈمہ نالہ یارسول اللہؐ مبہ کرہ تم رشگار
کرہ کیاہ وونی مے برابرہ وادرہ کے مبیداد گوم

نونہ و السن جھم گراں بر دوش ایں بار گناہ	یارسول اللہؐ گو ناہ سیٹھہ آس لو اندہ بیناہ
عفو کہ یم تم چھکھ شفیع المذنبین امت پناہ	کیر مبہ سائے ڈومرہ وونی در کار زمانہ سایان فناہ
کرہ کیاہ وونی بیثر ہو زور ڈومرہ تیداد گوم

نیز نیزبھہ گوم از دس بیہ نہ چھپیر بھسہ باز	یانبی اللہؐ بہ لطفِ خویش مارا چارہ ساز
چھس نبہ بے سامانہ منزل جھم سیٹھاہ دور و دراز	تھاو تم وونی بہر اللہ اصلکے مے امتیاز
وونی مبہ بندے خوف یاس رہبر و دہ ستاد گوم

کوونہ مے بے جرم و عصیاں کاشہہ نہ ساعت یارسولؐ	چھس لشیمان کہ رنگیہ چھمنہ طاعت یارسولؐ
بے نوا چھس ہیچو مفلس بے زاعت یارسولؐ	چھم فقط وو میدجائی برشفاعت یارسولؐ
وونی اسلا عالمک از آدم و اولاد گوم

اولیار ساری ژٕنہٕ لَبِتھ موٗ محتاج چھانی خاکسار — ژٕنیہ دِتٕے از بندگی ذاتن لقدرت بختیار

ژٕوٕر گٕے ابدال زندٕہ موٗردٕہ فندس گو بہار — کیاہ عجائب بیدٕ گرٕکھٕ مے عاب دارس نیک کار

تیٚوت کوتاہ رحمتہٕ لیٚتھ بارٕ عصیان زیادٕ گوم

میانی عصیان ییٚدٕ چھہٕ زیادٕ ہ چانی رحمتھ بے حساب — اکہٕ قطرٕ ہٕ سیٚتی عالم گژھہٕ سوٗرے کامیاب

کرٕ تہٕ از رحمتھ نظر چے اے شہ عالی جناب — ہاوتم روئے مبارک لیٚتھ چھہٕ نوٗرک آفتاب

بس میٚیہٕ سے دردین و دنیا رحمتک امداد گوم

شاہِ کونین ژٕ ہ دامن رٹتھ محکم اے وہاب — از گناہن کیازٕ ہ چھکھ مجبور اندر اضطراب

رحمتکے ذرٕ ہ سیٚتن چھلہٕ نم حضرتِ جناب — ییٚتھ پاٹھین مانجھٕ داغس صاف کران گرم آب

وعدٕ عفو شفاعت کیازٕ ہ چھے انہ یاد گوم

---

۱۲ دست (اصل)

١ ناانصافی   ٢ ژٕوٕر ۔ زیاد (اصل)   ٣ ہیٚنہٕ احسانہٕ سیٚتی

٤ فرمان برداری

(نوٹ) ییمہٕ برونٹھہٕ کینہہ وٕری چھہٕ یہ نعت شریف نقلو پیٚٹھ تٕلتھ چھاپو نہ آمٕت تہٕ تمیم پانژہم تہٕ آٹھم بندٕ چھہٕ چھپے متی ۔ اژ چھہٕ اصلہ پیٚٹھ یہ نعت مکمل پاٹھی درج سٕپدمت ۔

# منقبتِ چار یارِ باصفا

ژور خلفا چھ ژور دینکی نظم — خانۂ دینُک تِمَو کور کھ محکم

حضرتن فائض لوٗبہ انوارِ حق — تِمہٕ وۄے واتہٕ لوٗو در عالم

شاہِ کونین تِمن سیٖٹھ رہبر — تِم چھہ رہبر بہ عالم و آدم

گوڈنیک یار حضرتِ بو بکرؓ — لوٗگ براہِ نبیؐ قدم بہ قدم

کرٕ نہٕ تمی فرقِ حکم اکھ سرِموے — نہ کوٗرن زیادٕ نے نہ کینہہ ہاہ کم

چھُہ دوٗیم یار حضرتِ عمرؓ — در عدالت سُہ عادلِ اعظم

کوٗر تمی دین در جہان روشن — سکّہ در ہند و روم و چین و عجم

ابنِ عفان حضرتِ عثمانؓ — از حیایس چھُہ ختم[2] در عالم

یارِ سیوم تہٕ جامعُ الفرقانؓ — صاحبِ علم و حلم و دانش[3] ہم

شاہِ مردان حیدرِ کرّارؓ — تمی کوٗرُن درہٕ خائبرُک[4] بَرٕ ہم

تا قیامت چھُہ دبدبہ تمی سُند — رنگہ رنگہ تمس[5] پھوٗلی کو سَم

اولیاء دراے تمی سنزے ذُری[6] ییٖتھ — غوث و ابدال قطب چھی کم کم

اے وہاب روزٕ ژون خلیفن کُن — از دل و جان فدوی[7] ہردم

---

١ فیض (اصل) ٢ سارہ نبی سردار ٣ دانائی ہنٛد ٤ خیبر اوس یہود دین ہنز لوٗ آبادی پیٚٹھ تِمَو وار بہا قلعہ تامیر کٔری متی اسی۔ حضرتِ شاہ ولایتو کھوٗل سارٕوی خوتہ بڈس قلعس پیٚٹھ اسلامی جھنڈہٕ تہ قایم۔ ٥ حضرت علی رضی اللہ عنہ چھ وارِہن اسلامی علومن ہندی بانی تہ یمے کوسم چھ تہندہ دستہ پھلی متی

٦ آلِ علیؓ ٧ فدا سپدن وول

# منقبت حضرت سلطان رح

مٹھہ کا سہم غم بہر دم　　جناب شیخ مخدوم رح
مٹھہ چھم ساماںہ محکم　　جناب شیخ مخدوم رح
ٹمیس ٹیتھ آسہ رہبر　　ٹمس کیاہ غم بہ محشر
وسیلہ چھم بہ ابتہ　　جناب شیخ مخدوم ؒ
بہ پاغمبر و سالت　　کریم از فیض و رحمت
دیم بارہِ شفاعت　　جناب شیخ مخدوم ؒ
بہ چھس ناے وسیلہ　　مٹھہ چھم بوڈ عذرِ حیلہ
مریدان ہند کٔنپلہ　　جناب شیخ مخدوم
سرگرمی و سردی　　مٹھہ چھم ساماںہ مردی
طریقہِ سہروردی　　جناب شیخ مخدوم
جلال الدین بخاری　　بشارت لس ز باری
لو بیدہ رستگاری　　جناب شیخ مخدوم
گیس از کعبہ آواز　　زِ دل خوش روز ممتاز
درِ رحمت کٔرتھ باز　　جناب شیخ مخدوم ؒ
مریدان مخلصان ہنٛتھ　　اژکھ بے شک بہ جنت
چھہ باب فاضن رحمتھ　　جناب شیخ مخدوم ؒ

شہ ختم الاولیاء چھُے ‏ ‏ تقی نہ اتقیاء چھُے
کران مٔبترٕ کیمیا چھُے ‏ ‏ جنابِ شیخ مخدومؒ
مریدن پننیٚن مہربان [۲] ‏ ‏ مریضن ہند چھُ درمان
بہ مشکل [۵] ہا چھہ آسان ‏ ‏ جنابِ شیخ مخدومؒ
غریبن ہند گذارٕ ‏ ‏ امیرن ہند نظارٕ
بہرِ لاچارٕ چارہ ‏ ‏ جنابِ شیخ مخدوم
تہی دستن [۶] چھہ مایہ ‏ ‏ گناہگارن چھُ سایہ
مدد مے جایہ جایہ ‏ ‏ جنابِ شیخ مخدوم
وہاب ازنوترٕ وانی ‏ ‏ بیاکن [۷] مدح خانی [۸]
کرم از مہربانی ‏ ‏ جنابِ شیخ مخدومؒ

---

بہٕ چھُس کمتر غلامِ شاہِ مخدوم
بہٕ ژھانڈن مصطفیٰؐ از راہِ مخدوم
میٚ چھُم در ہر بلاو رنج و محنت
نجات از کوچہٕ درگاہِ مخدومؒ

---

[۱] سینہ سینہ - ہر دم ‏ ‏ [۲] میوٕ ‏ ‏ [۳] خوش خبری
[۴] فیض رحمت (اصل) ‏ ‏ [۵] مشکل کاہن سہل بناون وول
[۶] دست تنگ یا اتھہ چھوٚہن ‏ ‏ [۷] دلہٕ کر ‏ ‏ [۸] خوانی (اصل)

# غزل

اَتھُومنٛزٕ مےٚ دلبرُ ژھٕنِتھ زَن جالوٗرٕ گوم
بہٕ مثلِ بادِ صحرٕ[1] سُہ نبرٕ ہٕتھ از نظر گوم

بہ بٲزی میے دِتُن ژٕرم مےٚ دۄپ آشناپتاہ چھُم
دُچھُم غمخانہ مانم مےٚ خٲرس خار شر گوم

یہ دنیا بٲزی گارا ہرکس آشکار[2] را
بہ خٲمی لوٗر مےٚ نارا بہ گردن والہ بوٗر گوم

نہ چھُم یوٗت پھیرلنس وارٕنہ وۄنی بروٗنہہ نبرلنٕ بارٕ[3]
معلق[4] چھُس گرفتار مےٚ دوہ وۄنی در گذر گوم[5]

کرٕ کیاہ گوس رنجوٗرٕ ہکُن چھُم منزلاہ دوٗر
مےٚ چھُم نہ زادِ راہ لوٗر ذخیرٕ مو مختصر گوم

نہ چھم میے دِیار چندس نہ وانسہ کاراندس
کرٕ کیاہ خرچ وَندس زرا[6] تس سونتہ ور گوم

کری لُس سونتہ آرام پَیہس کیاہ ہرِدٕ انجام
بنیو وُنس منزہ بِہ شام وَنہ کس کیاہ یہ کر گوم

وہاں بوٗ دیٛہ دِ بۄ دٕل بہِن دلوہ کتھہ ژٕ نہ حاصل
ژٕ کارس چھکھنہٕ قابل سیٛوٗدٕ کا[7] نااگر گوم

---

۱ سُہ نبرٕ واویُس صحراون اندر وۄتھان چھُ ۔ ۲ نوٗن۔ ناکارٕ پاٹھۍ والنٕ وول ۔ ۳ ہیکھ
۴ الوند ۵ رٕدوٗم ۶ زراعتس (اصل) ۷ یہ چھُ "تازی بٔہ کان" تلمیحس کانٛتر محاورٕ بنیومُت
یانٕ اگر ہنگہٕ منگہٕ کامیاب گژھِہ ۔

# غزل

دو ہے د بدارہ کے موقہ ہوان میے یارہ نیندر چھم
درہ زون جایہ تا شوقہ[1] گژھان مے مارہ[2] ژندر چھم

میہ شیینہ مانہ پھو ساون[3] یہ گۆ جس ساو رنگی ناون
لجس جوین[3] نہ دری باون میہ گالان مارہ ہندر چھم

دُچھان چھکھ سو رخ میونے روخ یہ دو دمن داغ[4] چھے بے روخ
یہ گۆمتر یارہ چول آ ورخ[5] میہ لولہ نارہ سبندر چھم

میہ ژامُت وسہ اندر ژور سینن مے بالہ پالس سور
دُورو یہ دلو دارہ ج لوار نژ ان مازن کاڑی یندر چھم

یہ کو لنس ہیرہ در گرداب میہ سری پیٹھی گومتن سیلاب
یہ سخنی آنہ کو تاہ تاب پھران زن زورہ جندر[6] چھم

میہ ہینس گو متن انگار ژھلن مے زیبہ تژ[7] اوِتھ نار
ونے کیاہ کوت چھم آزارہ دزہ وِنی نارہ نیندر چھم

دہا یس دردمندان خوش دلس آرام در آتش
میہ لوکھ نیشہ[8] ناروک نشس خمار زارہ نیندر چھم

---

[1] تعشوقہ (اصل) [2] پھل ژندر (ژہ دا ہم زوان) ہیو عشق چھم ماہ مارکس ژندرس لوت ژمان۔
[2] ماہ ساولیا ۔ رینہ کول [3] "نہ" ، چھنہ اصلس اندر (4 داغہ سِیتی دِزہ وو زل بنیومُت
نہ پھٹوک وزجارہ کیپھ [5] غالبن چھ آورخ نتہ سپندرہ دنان ہیتھ داریہ کالج آسنہ سببہ رنگ
آسہ ڈول مُت [6] گر بلک جندر [6] دِزہ وُنی نگرہ [7] یہ چھ ہنا قافیس ڈلان
[8] نشانہ

# غزل

میٛہ چھوٚنہٕ لاے زَن سینہٕ دزہٕ وٚنی گوٚندہٕ زَن ہوٚرگوم
دوا میٛہ آب آتش چھُے نہٕ حرارت سانہٕ گُن ژوٚر گوم

میٛہ نیران آبہٕ سینی نار دٕکُھ ہِر دٕ زام دزہٕ بازاہ
دُزنہٕ وٚونی آب چھُم آزار میٛہ تیلہٕ کرٕ نیٚن ہٕوٚر گوم

بہار سوٚ ہبرِ باغ و بام دَزال سے در بنیتھ سوٚرے آم
فقط سے سبزہٕ لوٚکھم دام بہ گردن بار سے بوٚر گوم

اندٕلو ونہٕ زانہہ میٛہ لالٕنُن نیاے سمے نہٕ زانہہ میٛہ وزیٕچ ژراے
وپیٚمپنٕہٕ کالینہ ہِنٛڈے حاے میٛہ پہنے ژھابہٕ ہنٛڈ ژھوٚر گوم

تہٕ یُدوَے پہوس گاہ سادِس بہ ناگاہ آم کانہہ نادِس
ژھوٚ ٹوٚ دٕ ہوٚنزس ہٕرُیو ورادِس اَتھی اندر کتھ اوٚر گوم

میٛہ زاوِم بابے صاحب کار امیرِ دہرِ دنیا دار
پھِتھے سے روو اکھ اکھ یار پھِتھے سے زیادہٕ دوٚر گوم

جوانی دوہ نارُک شور وُچھم کینہہ دوہ چھُ ابس زور
میٛہ دارہٕ آبہٕ تنٛڈی نہٕ کھور میٛہ مارہٕ ہوکھ آگرٕ گوم

دہا بوٚ وُچھنہٕ پالس مشرفقط موجود روٚدُے کرٕ ژٕ
سکھروٚ ونی کرنہٕ لوٚرُک سٔنز کتھ سے ہیٚیہ اچھوٚ گوم

---

۱ پرتھ اندہٕ ۲ ۳ ہنٛگ منگہٕ ۴ زوینہ دُنیہاہ

(نوٹ) بتھ غزلس اندر چھ صنعت حسن التعلیل بار بار ورتاونہٕ آمٕژ۔

# مُخمّس

ڈاڈ بر نامِ الٰہی کرِ ہر دم صُبح و شام — زیادہ کم کینہہ زادِ راہ بہرِ سفر کر انتظام
لمایہِ رُوح کرہ ناوُن بررِ مولا مقام — جز خدا یتھاوُن بھروسہ گاشنہ ہند چھُے کارِ خام
تُسے رٹُن سپنی ترہ ماہ و مہر خلق و ملک رام

عابدان و عاقلان و عارفن ہنز زان کر — جان و دل تہ دیدہ و سر بر راہِ حق قربان کر
یان از ہستی فنا در بندِ این و آن کر — چھے غنیمت زندگانی از جوانی دیان کر
آفتابہ دِرہ لوگمُت وون وُونی نزدیکِ شام

وُچھ ظہورِ نورِ حق بے رنگ رنگا رنگ چھُے — رنگ در ہر رنگ چین و روس روم و زنگ چھُے
بازیٔ شطرنج مصنوعی یہ صلح و جنگ چھُے — مظہرِ او جن و انس و آب و نار و سنگ چھُے
سُئے بہ بحر و بر بد و رِ دیر و دہر و شہر و گام

خویش و بیگانہ خلایق دوس و دشمن یاد کر — یی وُچھتھ از دیدۂ خود آن تی اندر نظر
ظالم و مغرور عالم عاقل و اہل ہوُ نہ — گی روانہ کاروانہ زن یُئے عزمِ سفر
چھی یہ جاے پالس ہمیشہ زن بجنگِ روس لام

کرنہ کینہہ سرمایہ ستی چھُے غنیمت زندگی — کینہہ نہی یُد وے رکھانہ گنہ رنگہ بندگی
بُدپشیمانی چھیٔ یس ایتھ آسہ ستی گندگی — خواری و خندہ خجالت نتہ یس شرمندگی
بییتہ آسن اولین و آخرین و خاص و عام

چھِ دراں اندیشہٕ گٲمتیٚ نرٕ شیرِن دِل کباب      اہلِ رازٕ ترک کوٚرمُت چھےٚ تُوے آرامہٕ خواب

ٹھُو ورِندٕ وزنٕدٕ پانہٕ برفنا پادرِ رکاب[۸]      اندریں حسرت پریشان وپشیمان چھےٚ وتاب

چھُس نہٕ ویدِ کتھ طٲلِعس سیتن مِیہٕ لیکھمٕنت آسہٕ نام

---

۱؎ شطرنجہٕ چہ کھیلہٕ ہندی پاٹھ      ۲؎ نورِ خفک پرٕ تو

۳؎ خانقاہ ۔ کاہنہٕ عبادتچ جاے      ۴؎ دوست (اصل)

۵؎ وطنٕچ اوس "وطن" اخبار ییران بمبرِ کہ مطالعہ سیتۍ تس اوس علم زٕ جاپانس پیٚٹھ روسس

چھ پانہٕ وانۍ جنگی لام بندی      ۶؎ روحانی غلاظت      ۷؎ اسنس لایق حالت

۸؎ رکابس اندر کھوٚر یانے آخرتس سفرس پیٹھ تیار

# غزل

بہ یک گردش یہ دنیا ہٕ شش[1] صد روے ڈیوٗ ٹھمٕ
چھہ یکدم بہ یک[2] پاسہ شاہ بدخوے ڈیوٗ ٹھمٕ

دوہس دٕہ دورہٕ[3] ماوان چھُ دورن دورہ ناوان
نگاہ[4] ہیوٗمُت بتاوان بہ دیگر کوے ڈیوٗ ٹھمٕ

دُوناگ[5] شینہٕ ہندہ وُچھن تمہٕ ہارہٕ ژندرہ
بہ گردش آبہ جنہ رمبہٕ دِرہ ہر جوے ڈیوٗ ٹھمٕ

بہارس منز یہ تالاب[6] کران ملکس چھُ سہلاب
یوہس اندر تمیک آب گومُت بدبوے ڈیوٗ ٹھمٕ

وُچھم صبحس یہ لالہ لبہ سُرخی کمہ حالہ
دُوپہرس زن[7] کالہ سیاہ تحت روے ڈیوٗ ٹھمٕ

وُچھنہ سونتُک یہ سبزارمبہٕ دِل خوش گو بہ گلزار
گُلس[8] ہردہ سایہٕ خارہ ڈولان در کوے ڈیوٗ ٹھمٕ

یوہ ڈیوٗ ٹھمٕ امیرا بہ شوکت دارو گیرا
برہنہ از فقیرا بیچھان در کوے ڈیوٗ ٹھمٕ

وہابو از اشارہ نصیحت بوز وارہ
یہ دنیا دوہ تارہٕ بدم[9] دٕہ روے ڈیوٗ ٹھمٕ

---

[1] شینہٕ ہتھ یعنی ہتھ [2] اکس زنگہ پیٹھ [3] کوچہ [4] نگہ نکہ کرہ ماوان
[5] سنگم - امہ ناوہ چھ کانٹرون وِنی منزوار بیا جایہ - اتہ چھ آسان عام پاکُو شینہٕ ہند ہیومت -
[6] ججیال ولر [7] اصلس اندر چھُ "گلن ہردہ سپنہ" مگر "ڈیوٗ ٹھمٕ" ردیفہ لحاظہ گژھہ یہ گلس ہردہ سپن آسن
[8] اکہ ہیوہ شینس اندر

# غزل

چې غنیمت دم بد نیا اے بنی آدم
کارہ سپے سپین ژبیہ ساری پاپه چھی تا دم
مفلس و مسکین ظالم سرکش و مغرور
آسے کا تیاه اخر ھاوان پښنه گیے کم کم
شاہی و شداد ظالم دولتِ قارون[1]
جورِ کے کاووس[2] کوت گو دورِ شاهِ جم[3]
زورِ رستم کنه شورِ شاهِ کے خسرو[4]
کنه اسفندیار[5] بهمن[6] بهرام[7] و کهرم[8]
بو علی سینا[9] نه لقمان کنه افلاطون
گیے به حسرت آخر هاوان اندریں ماتم
خاره دردل ہیتھ چھ گا مټی واریاه سرکش
ریم بنی آدم زہ آدم آسے تا ایں دم
رودا ز احسان زنده نام نوشیروان
از سخاوت تا قیامت مِره نه حاتم
داد ی لدا ز نیک و بد محفوظ بے پروا
ره وها لبس داده گورمت باده زمزم[10]

---

[1] دپان به اوس حضرت موسیٰ علیه السلام سِ پېښر لوسے ئې د دلته موجب مشهور ته بخیلی موجب بدنام اوس ۔
[2-7] ایرانکی مشهور شهنشاه [8] شاهنامک اکه پهلوان [9] مشهور مفکر اسلام
[10] زمزمک شراب ۔

# غزل

بجدر ساماںہ امشب یارٕ[1] ڈیوٹھم   پرٕ نٕرٕ لوٗن والضحیٰ رخسار ڈیوٹھم

زمین و آسمان نوٗرٕ[3] علیٰ نوٗر   منوّر در تہ ہم دیوار ڈیوٹھم

بہ خُلقِ خوش بروے مہربانی   چھکان موختہ بہ خوش گفتار ڈیوٹھم

زمین و آسمان سوٗرے معطّر   زٕ لوٗیے عنبرٕ تاتار ڈیوٹھم

بحمد اللہ تٕ ژولُم سوٗرے کدوٗرتھ   دوایے خاطرِ[2] بیمار ڈیوٹھم

وُچھم ازگٔتہ منزہ روشنایی   شبس اندر دوہک انوار ڈیوٹھم

وہاب اندر نشاطِ[4] جاودانی

دیان از پادشاہ دربار ڈیوٹھم

---

۱۔ یہ غزل چھ وہابن تمہ زٕمانہ لیکھمٕت ییلہ تٔمہ مجازی دنیہہ برونٹھہ اوس دٕرامُت توے چھ یتھ آنحضورن صلعم "یار" مانتھ پنُن اکھ مکاشفہ بیان کران   ۲۔ دل

۳۔ نور ۔ غالبن اسی یہ دہا بنہ وقتہ عام لیکھاری "روشنائی" ہندمانے "میل" ورتاوان ۔ بلکہ اردو "روشنی"، پتھ روشنائی زٕن یہ لوٗرک بیا کھ کاشُر ترجمہ تصور کران ۔

۴۔ دیدارِ آنحضور صلعم چھ یقینن پرٕ ہتھ مسلمانس کرِشن ۔ "نشاطِ جاودانی"

# پوہ ہارس گوم

دوہ درہ لوگ کوہسارس — پوہ ہارس گوم
لوہ[1] ہیتھ کُن گوامبارس — پوہ ہارس گوم
گیہ غفلت منز بہارس — ہردہ ووٚنی ننز پھوم
رنبہ کیاہ بے موقعہ کارس — پوہ ہارس گوم
کرمہ اکثر لوکہ چارس — کھینہ چینہ چی گوم
یاوِہ[2] پانز وکھوت منز بارس — پوہ ہارس گوم
دوہ پو لشے نبر نارس — منتہ آباہ[3] چوم
دژنیتھ آم نہ گنہ کارس — پوہ ہارس گوم
زہنی نہ ہینی اتھہ کارہ بارس — آب کرہ سنجلے گوم
دمہ کیاہ بو ناوہ تارس — پوہ ہارس گوم
راتھ دوہ سارس تکارس — لوکہ چارس بوم
ژھالہ مارہم لالہ زارس — پوہ ہارس گوم
منگہ کُس کیاہ ہیتھ وُچارس — زنکہ اتھہ چھےٚ بوم[4]
بازہ لستا بازی گارس — پوہ ہارس گوم
گرہ کو تاہ کمال پژارس — درہ دوہ ووٚنی ہیوم
چھُم نہ پینہ لسن بختیارس — پوہ ہارس گوم

ہآوہٕ ہو دٕ بیتہٕ یارس    کوندہٕ[5] رٕوزِم اوم
میٚہٕ چھیم یمہٕ وردِ گارس    پوٚہ ہارس گوم

---

۱ یہ چھہ اکھ محاورہ۔ ییلہ انسانس پننہِ حکھنہِ سِتی کانٛہہ فایدٕہ ییہِ نہٕ تہٕ شہ چھُ ونان "تِوہ گوم انہارس"

۲ یہِ تہٕ چھہ کٲشر محاورٕ

۳ ییلہ انسان بے گنٛڈ تہٕ ذمہٕ وٲرۍ گوم کرہ تیٚمہ وزہ چھُ یہ مقولہ ورتاونہٕ یوان -

۴ نحوست

۵ یہ تہٕ چھہ اکھ عام محاورٕ

# "مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم"

تہ لشی زلن لاجبس کنگس[1] مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم
مېنہ سوسن[3] گۆم گل رنگس[4] مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم
چھ پھولی منی گولہ لادن گل گولاب و یاسمن سنبل
یمبرزل لاگہ بو ہنگس مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم
شگوفہ سیری پوشن از چھ ظلمت لشارو گرز
نمونہ جنتک ہنگس[5] مېنہ یار سۆرسنگس گۆم
مېنہ اوسم ڈیکہ لالیہ بوم غمس پلہ غم مېنہ ہر دم ہیوم
کھسا بو آسمان جنگس مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم
دِتم میے ویرناگس وولن اچھ ول ڈورہ شانگس گن
ژھو مکھ ہیرہ لوان برنگس مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم
اکھو منزہ بہ گو سیر تھ نہ ووفی مشکل چھ پن پھیرتھ
بہ گووو فی تحفہ کیاہ نگس مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم
مېنہ راوری لوکہ چاپہ کرو گومت چھم لو بہارس پوو
وہالبس دیو فرہنگس[6] مېنہ یاروسۆرسنگس گۆم

---

[1] زینیتس ۔ بناوسنگھارس نتہ کہنہ [2] کترو کانگڑ بیٹھ اندر ننیہ گل ژھبہ ناوان چھ ۔
[3] سوسنی پوشنک رنگ [4] گولاب رنگس [5] یہ چھ ہندوارہ ژ رنگ قس منز اکھ جائی بنہ ربنہ کالہ جان فضا چھ آسان [6] دیو فرہنگ چھ شاہنامک اکھ کردار ۔ یہ خطرناک دیو چھ رستمن ہلاک کورمت ۔

# غزل

کس وَنہ بارہ دادِ گۍ در سینہ کو تاہ نار چھُم
تاوِ نیرہ[1] کوٚر ہتم جادِہ گۍ واللہ سٹھاہ آزار چھُم

چھمنہ میٚیہ وۄنی آرام خواب چھُس پیرہ اندر گردِ آب
بے تاب چھُس پُر اضطراب کیاہ کرہ مشکل بار چھُم

دشمن چھُھ ہتھ شمشیر مے تار یک چاہ چھُم زیرِ[2] مے
لاران زالِ شیر مے روٗنہ بہتھ سٹھاہ چھُم

مے شلہ دانس زُور پیوم بے وایہ دِل سینہ دوٗر گوم
کیاہ کرہ اڈۍ جن سوٚر گوم بے غار ظالم یار چھُم

چھُس لغنہ[3] وان بے دست و پاے غیر از در[4]ِ او و چھُم نہ جاے
چھُس خوش باامیدِ خداے سُہ یار در ہر کار چھُم

پھولِ لالہ گُل در نالہِ مارہ بلبل چھُہ اندر نالہ زار
گُل اوس لیکن تیتھ چھُہ خارا زخارہ در دِل خار[4] چھُم

وہاب از یاران خوٚ ذکر پرا نی دفتر مسترد[5]
بیتہ بہہ دوٗر از ہر نمیب و بد لبس لگہ خداوۄنی یار چھُم.

---

[1] تعویذ (اصل) [2] تہ لہ کنہ [3] تمی سٹرہ بارگاہ وراے
[4] خارہ خارہ یا کوٚنڈ [5] رود بہ غزل چھُہ وہاب نہ آخری دور چ نشاندہی کران۔

# غزل

اَکھوٗ منٛزٕ گرٲمی[1] لال روٗزُم — بہٕ غفلت گوس حارانٕ کیتہٕ تھوٗوُم
کٔرُم خامی بہٕ ایّام جوٲنی — دۄ بُم در عاشِ[2] دوہ انٛدر واتہٕ لوٗوُم
کوٚرُم تی بیہ نہٕ کوٚرُت اوس پزٕ انٛہو — تہٕنٛدٕسے ناوٕ ناحقہٕ منٛدٕ چھوٗوُم
کوٚرُم نامہبر[3] باغ وگرٕ نہٕ ناوٕ — بہٕ مالِ سالِ ڈٕل گلزار چھوٗوُم
بہٕ سوزو سازو نازو لشہٕ ہرٕدم — میٚہ بابہٕ عیبتان ژوٚرٕ خوٕے کھوٗوُم
دوہے از صحبتِ نیکان ژوٚلُس دوٗر — مٕنٛن آزار ناحقہٕ واتہٕ لوٗوُم
دِتُم میٚے رنٛگہٕ رنٛگہٕ ابلہٕن[4] آب — غریبن عاجزن میٚلے اتھہٕ یوٗوُم[5]

دمٲ لوٗ وچھنہٕ یتھ کُن اتھہٕ خالی
گنٛزرٕ[6] زینٛتھ کوٚرُم کیاہ کینہٕ تھوٗوُم

---

۱ موٗلی ۲ عیش و عشرت ۳ تعمیر (اصل) "بنٛتی" درست "مانیس منٛز" - ۴ بے وقوفن باوُلین ۵ اتھہٕ ماردِتُم - اذا واتہٕ لوٗوُم
۶ اصلس انٛدر "گزر"

# غزل

زِ ہجرت سینہ پارٕ مےٚ وارٕ وارٕ لوٚر تھم
زِ خنجر وارٕ وارٕ جگرٕ میے پارٕ کوٚر تھم

کمانے گوٚن چارٕ تھ جہانہ گوکھ مأرِ تھ
سِر راہ خوٚن مأرِتھ مےٚ فاتحہ کو نہٕ لوٚر تھم

اُکِنہ کِنہِ کالہ مارن مےٚ مارنہٕ آسی لاران
بٔیِنہ کِنہِ تیرِ باران ژٕ بےٚ الضافہ کوٚر تھم

ئہ جادٕو سحر[1] سازہ بہ عشوٕ انہ غمازہ[2]
بہ غارت اکہ نازٕ دل وجان پارٕ کوٚر تھم

اُچھن دِیتھ دل دِنم لوٚرِ نتہ جاکِس[3] نیٚن لوٚرِ
مےٚ دوہ ووٚنی ماتمی سوٚری ژٕ بہ خم[4] دوبارٕ کوٚر تھم

وہاب از نونہٕ وانی بروے مدح خوانی
سِتُن شیدائے ثانی[5] ژٕ بےٚ کونہ چارٕ کوٚر تھم

---

[1] اے سحر ساز ماشوقہ  [2] اُچھی ناٹھ  [3] زوٚس ۔ زُحس

[4] ماتمی دوہ ختم کرنہٕ پتہٕ پوٚو ختم تیوت غم یُہمہٕ ستی مےٚ کمبرس مےٚ کوٚب دژاو ۔

[5] دوبارٕ بیٚیہ اکہ لٹہ

# غزل

میٚیہِ امشب لوٗ رِ آں ماہتاب ڈیوٗ ٹھٕم
بہ بیدآری اندر خواب ڈیوٗ ٹھٕم

رِتمٕ سجدہ سہٕ مصحف روٗدے ڈیشتھ
دوٗ ابروٗ کعبہٕ کٕے محراب ڈیوٗ ٹھٕم

گوٚرم تاٗ نلیم سوٗیے سوٗرہ صاد
بہ خوٗشخط مدلجبدآداب ڈیوٗ ٹھٕم

گوٗلاب وٗ شنبل وٗ نرگس تہٕ ریحان
بہ یکجا قوٗ درنگٕ اسباب ڈیوٗ ٹھٕم

کمان وٗ تیٖر وٗ خنجر مارٕ ظاٗلم
بلا اندر بلا سہلاب ڈیوٗ ٹھٕم

انار وٗ باغِ شیٖرین سیب گلقند
دوا آسِتھ دوا نایاب ڈیوٗ ٹھٕم

ہزاراں خستہٕ عاشق لبتہٕ گاٗ ہتھ
سہ[1] آنز دامٕ[2] بلاگرداب ڈیوٗ ٹھٕم

ہمہ لب تشنہ[3] تم از مشربِ[4] آب
بہ یک پا[5] زیرِ دروٗہاب ڈیوٗ ٹھٕم

---

١ تیچھ     ٢ بلاین ہنٛدِس زالس اندر     ٣ ترٛیشہِ ہتھ
٤ گھاٹس ہیٚنٛڈ آسِتھ     ٥ اَکِس بیٚے زنگہِ پیٚٹھ وۄدٕنی

نوٹ:۔ یہ غزل چھ سہ "لصد سامانہ امشب یار ڈیوٗ ٹھٕم" غزلک دوٚیُم رۄپ بنظر چھ اکھ تہٕ منظر نگاری چھ دوٚیہ آیہ۔

# ژٕہ ؤلن تأے یارکوٗت گوم

ہتے وسیہ دٕنہ میٖہ تن تأے — ژٕہ تأے یارکوٗت گوم
کنھن دوٗن نھاوِہ کن تأے — ژٕہ ؤن تأے یارکوٗت گوم
ژٕہ گژھتہٕ ان تہٕ پأے غأم — شہر چھا کینہٕ گوِ گام
وسیلہٕ ژٕہی میٖہ بن تأے — ژٕہ ؤن تأے یارکوٗت گوم
میٖہ اُلفس دال کوٗرنم — جگہ رغر بال کوٗرنم
صنوبر[1] گو میٖہ ثرن[2] تأے — ژٕہ ؤن تأے یارکوٗت گوم
ہندرٕ زان گأ جنس بو — سندرٕزنأ جنس بو !
أندرٕ ری میے گوم سن[3] تأے — ژٕہ ؤن تأے یارکوٗت گوم
سولنس کٔرنم میٖہ سرٕ تل — بہٕ ژاوس کلہٕ نبرٕ تل
ییم نے ژاوہٕ کھین تأے — ژٕہ ؤن تأے یارکوٗت گوم
وہا بو ژاو ہستی — مہ کر صوٗرت پرستی[4]
پتہٕ یکھ گأ ملن تأے — ژٕہ ؤن تأے یارکوٗت گوم

---

۱۔ صنوبر کُلُر — ۲۔ اکھ سۄٹھاہ بوٚڈ کُل
۳۔ دق۔ صنعت ترصیع — ۴۔ مجازی عشق

# بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

ہیم تہ حال باوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

دِتھم دَرشُن بہ راوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

یہ دِل آوارہ[1] کوٗر ہتھم
جِگر صد پارہ کوٗر تھم

فِراقکہ آمہ تاوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

اگر ہاوکھ میہ دیدار
ژھلہم سوٗرے یہ آزار

کرَے لوٗ پرایہٕ گراوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

مرے بو لولہ چانے
ستم چھُم ہولہ[2] چانے

بلے بو چانہٕ ناوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

دل و جان بلکہ ایمان
کرے ژی پیٹھ بہ قربان

کٔرن تل کلہ ژاوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

میہ چھُم وُونی جان بر لب
کُڈٕر چھُے عشقنے تب

ہیم بو نہ راوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

وہاب اندردہ نالان
چھُہ با آشفتہ[3] حالان

بہ کُس وُنی مندہ چھاوے
بہ ہاوے یارہ کیاہ گوم

---

١۔ در بدر ٢۔ تماشہ سمٕنز چھِنہٕ "ہول" عربی یا فارسی مانٕیس اندرٕ وَرتاونہٕ یوان بلکہ عام پاٹھو چھُ شاید اَمیُک مانے "حسرتِ عشق" تصوّر کران۔

٣۔ عشقس اندر بد حواس گژھن والین ہنز۔

# غزل

مےٚ انہٕ بادِ صباوٚ ژٕ پیام یار بوٗزُم

مےٚ کاوَن[1] خوش خبر آژ تہٕ از اسرار بوٗزُم

سمےٚ عُشّاق در باغ قمری کتہٕ[2] سُتؤری تہٕ زاغ

ترےِ از لالہٕ سٟی داغ لگہ در بار بوٗزُم

دِ ہِہ برگ ولوا از  ہلیہ دادِ ین دوا از

کرِہ حاجت روا از بہر لاچار بوٗزُم

برۄیے مہربانی غریبن ہیش آنی

بہر کس قدرِ دانی[3] رِ دِہ دیدار بوٗزُم

زِ بہرِ چارہٕ سازی پٔیے مسکین نوازی

گوٚمُت لفرین زِ بازی[4] سےٚ پرہیزگار بوٗزُم

کرِہ[55] اَتشنہ لبن سیرانی از سرکشن[5] زبرہ

بہ نخچیر زن ترٕ شیر سےٚ ہٕبہٕ تلوار بوٗزُم

وہابس ہاوِہ از رۄے زِ تاب جعدِ[6] گیسوے

زِ سُنبل دستہٕ خوشبوے چھکان تاتار[7] بوٗزُم

---

١ سرن کنھو ستی    ٢ کاو ۔ یہ چھ عام شاعری اندر گنہٕ گنہٕ جایہٕ قاصد آمُت گنزراونہٕ اما پوز وہابن چھ شعری ذریعہ موجب مجبور سپدِتھ کاو تہٕ عاشق منز تھوو مُت ۔    ٣ قدر دانی کرِہ

٤ بوسہ بازی عام ماشوق چھ لوکہ چارس اندر وتاوان    ٥ ہُنگ پھیرہ ین    ٥٥ اصلس اندر "کرہ"

٦ مشکدار زلفن ہندہ پژ پژ لیہ رُستی    ٧ مشک تاتار

# غزل

دریغا[1] لو کہ چارک ناز[2] رووم
بہ خامی اَیتھ مترہ باز[3] رووم

زلوہ وبہ نہ سیٖن مے فاتن سیر س
مہ بینہ نے اپھ ہر کا تھہ راز رووم

مہ ووی وی گوم چشمن خون جاری
نہ آب دیدہ[4] سو رمہ ساز رووم

پریشان حال چھُس در غم چو محمود[5]
رفیقِ جان مے ایاز رووم

بہ امیدِ شکارِ کبک درایوس
گکو ژول تہ تحق شہباز رووم

مہ اوشم اوزرِ و پہ دارہ چانیک[6]
نہ ووفی از خوفِ تیر انداز[7] رووم

دہا لو غار موقہ دارو بیداد[8]
بہ نالہ زارہا آواز رووم

---

۱ ای افسوس ۲ نخرہ ۳ باز۔ شاہین ۴ اوش وا نہ سینج
۵ سلطان محمود غزنوی ۶ سہ آرزو
۷ اپھروائن ہندی کان چلاون و دل ماشوق
۸ لفظی معنے انصاف نہ ناانصافی۔ کاشری پاٹھ "فریاد"

# غزل

دریِن دُنیا بہ کینژھاہ آزموٗوم
وُچھِم دیدہ وہنیو چھِم تی یاد تھوٗوم

وُچھِم تأثیر ہی مے ییتھ زمانس
سپُن بدخاہ[1] سُے یُس بتہ کھیوٗوم

مَتی رُوٹھِم اگر بہانہ بہ کینہ
رُچھنگ[2] آجدہا یُس موہ کرہ لوٗوم

مێنہ چھِم سُے ہیچھناوان ازہو زہا
مێنہ یُس یازارِدِی[3] دی ہیچھ لوٗوم

مێنہ سُے ووٗنی رہبری کرہ یوان از
رُمیس یو رٲتھ شہرچ وتھ مێنہ ہاوم

چھہ یاری سرف زَن ییمہ وقتکی لوکھ
مَتی روٗٹس یہ یُس مے اتھ تروٗوم

بیٹھی بدکیش بدکردار چھی از
پُھٹرم بانہ مَتی یُس آب چوٗوم

بہ رازِ خود مہ ساگر کانہہ تہ محرم
مَتی دِیتِم اِذا یُس سیر لوٗوم

وطن بو منگ[4] پناہ ازایں زمانہ
ژہ لَس نش کھوژ یُس کھیوٗوم تہ چوٗوم

---

١۔ بدخواہ (اصل) بچھہ نژھن وول ٢۔ ٹھیچھ ٣۔ یہ سخت لہجہ اختیار کرنہ ستہ

چھُ ییتھ کینژن اشارہ ژزہ ہالس چھہ اخری دۄہن اندروار ہیو بد جھوتوس ظُلمت ٤۔ خالص منگ نجات

## رُباعی

مێنہ کرہ دِل زانہہ تہ لَس کُن واتہ گو نٹہ م
مێنہ مال و ملک ییتھ بازارہ ژھو نٹہ م
کوٗرُم تی ییتہ سوٗرمُت کانُہہ آسے[1]
مێنہ وتھرن زِچ[2] تہ ٹھنٹھرہ گاسہ موٗ نٹہ م

---

١۔ ادس یِنہ پنو (نقل) ٢۔ زِچ چھ ٹھنٹھرہ گا نیچی ژ زِچ ییتھ بلیچھ پہانہ ستہ

سپھٲ عذاب چھُ گرٹھان ۔

# غزل

سر نوشتہٕ بہٕ میٲنۍ درِ تقدیرٕ چھُم — موقہٕ موقہٕ میٖسے تمبیکھ تأثیر چھُم
گژھہِ نہ تقدیرٕ سے ہرگز بدل — تتھ کرُن بے فایدہ تدبیر چھُم
کھیوٗ ولنس گاہ حسرت و افسوس و غم — گاہ چاوان قند شکرٕ تہٕ شیر چھُم
از فریبِ مکرٕ کوٗرنس[1] شادمان — دوٗپ میٲنۍ وونۍ وِ رٮ۪ٹ پدرٕ جاگیر چھُم
ترٕ وونس بوٗ ہیرٕ زیٖرٕ پیٹھ گوٗم آب — ژُنہٕ ہاوان باغ تہٕ تأمیر چھُم
ہیم گُشتہٕ چھُس پریشان خستہ حال — از کمانِ ابروٗ میٲنۍ لایان تیر چھُم

برٕ ہیٚبس سرمایہ[2] ئے نازٕ و ہاب
شیخ حمزہ سہروردی پیر چھُم

---

۱ ژُنہن تہٕ دنیاہ زاری کوٗرنس
۲ اکھ سرمایس پیٹھ چھُ وہاب نازان زہ "شیخ حمزہ سہروردی پیر چھُم"

# کنہٕ میے منی آب چوم

سۄرکۄنہ نم مارہٕ منترِ یے کنہ مے منی آب چوم

نارہٕ تنبنگل کیاہ چھ ہتی یے کنہ مے منی آب چوم

خونہ میانے اتھ[1] نہ کھۄر بالہٕ یارن رنگہ ناوی

میہ چھ اتھ نہ کھۄر چھتیے کنہ مے منی آب چوم

مارہٕ زلفو نال وۄنہم زال یا مارِ سیاہ

سُنبلن تل کارہٕ ہتی یے کنہ مے منی آب چوم

از کمانِ تیر محبگالوز[2] خنجر قتل عام

مۄدی کاتیاہ ننندرہ ہتی یے کنہ مے منی آب چوم

موے پرستان گرد میخانہ گمتی مخمور مست

زیادہ دبچھم[3] مارہٕ چھتی یے کنہ مے منی آب چوم

غرق دریائے غمس اندر چھ کاتیاہ خوشک لب

آبس اندر تر لبشہٕ ہتی یے کنہ مے منی آب چوم

وہابو کر زندہ پانے رندہٕ نے سپتن ژہ زان

از چھ اکثر بدعتیے[4] کنہ مے منی آب چوم

---

[1] اصلس اندر "تتہ" بالو د   [2] مژگان و (اصل)   [3] ریش سفید

[4] بدعتی۔ تصوف نہ شریعتس اندر غلط کتھ یا غلط عقیدہ انن والی

# ہا یارِ نہ کیاہ حاصل کوٚرُم

از حق مۍ نہ غافل ٹھوو دِل    ہا یارِ نہ کیاہ حاصل کوٚرُم
از کارِ خود چھکنا خجل    ہا یارِ نہ کیاہ حاصل کوٚرم
دیارن ہیوٚتم بارِ گنُاہ    کٔرِی کم جوٲہرے فنا
رۆدُس بہ شیطان مستقبل[1]    ہا یا نہ کیاہ حاصل کوٚرُم
رٕہ ٹھ جاہلن سۭتی مۍ خوے    خوش گومُم کفرُک گفتگوے
رۆدُس بہ عصیان مشتغل[2]    ہا یا نہ کیاہ حاصل کوٚرُم
از صحبتِ نیکان ژٔولُس    بو شہہ نکی زالن ووٚلُس
از کردہ خود چھُس خجل    ہا یا نہ کیاہ حاصل کوٚرُم
در عیش و عشرت صبح و شام    رۆدُس بہ در غفلت مُدام[3]
ژھونڈُم ہواے معتدل    ہا یا نہ کیاہ حاصل کوٚرُم
روزِ نہ آخر تاو توش    گیٔ موقہ کرتھ وُ نہ ہوش
دٔما بہ سینی آب و گل[4]    ہا یا نہ کیاہ حاصل کوٚرُم

---

1. ژاڈ کرن وول - سیتز سیتی بہن وول    2. مشغول - ژلتھ
3. ہمیشہ    4. قبرہ منز واتتھ موٚزک آبس تہ ربہ اندر

# فُلِہ رنگ گُلِ انار٘س گوم

سُلِہ وٗوتھ برکت چھے یِہ ہیتھ کار٘س — فُلِہ رنگ گُل انار٘س گوم
کُلِ عالم کرٚ نتلِہ نتھ بار٘س — فُلِہ رنگ گُلِ انار٘س گوم
گاٗڈی آے گاٗڈی گے ہیتھ سمسار٘س — وُچھ وارِہ وُ دیدٕ و درہر یوم
تو لوٗدٕ زانیاہ یِتھ بازار٘س — فُلِہ رنگ گُلِ انار٘س گوم
کوٚ مارلان کھسِہ تتھ در بار٘س — فیض و برکت یٚییہ در ہر یوم
خاکِ راہ نتِہ کٔے لاگِہ دستار٘س — فُلِہ رنگ گُل انار٘س گوم
شالِہ مار ہندس تتھ سبزار٘س — لالِہ مینے مسِہ گے پیالہ چوم
موجادٕ ہیوٚتے تتھ گلزار٘س — فُلِہ رنگ گُل انار٘س گوم
ویرِ ناگِہ ژیرِ کچِہ بھوجہ کوہسار٘س — نیرِ وچھ پھُلیاد وٗ درٕ گوم
دوٗ آم سوران پوٚہ گوم ہار٘س — فُلِہ رنگ گُلِ انار٘س گوم
ہبیرِ ریوٚرِ شیٚ بن یِتھ بازار٘س — گرِ گرِ دلوہ سرِ کنی ژھانجوم
کوٚ ووٚ زانہ موت ئٔسے گو کتھ کار٘س — فُلِہ رنگ گُل انار٘س گوم
بجہ بر لسوارے لجہ ووٚنی تہ ژار٘س — یارِ ماتوٚت در بار٘س گوم
ہا ہیتھ نار یا تہ ہیتِہ کچِہ پٔار٘س — فُلِہ رنگ گُل انار٘س گوم
دورا کوٚرے ہیتھ سمسار٘س — خاباہ اوس متی آباہ چوم

پوٚر گوم وادہٕ تہٕ سوٚ گوم نارس        فُلہِ رنگ گل اناریس گوم

دہاہٕ امرس روز انتظارس        چھوٗرٕ اندلیشہ کر توٗرٕ ج گوم

گوٚ نہٕ ہنٕ گذران منگ کرٕ دگارس

فُلہِ رنگ گل انارس گوم

---

سلہ بار امانت ۔ لیس کا بناتہٕ اندرہٕ صرف الناٚن یوٚت تُلتھ بار اوٚن

سلہ ٢ اصلس اندر "چھی" مگر گوٚڈنکس مصرعس اندر "تحفہ" لفظ بنہٕ موجب چھ اتھ "چھی" بدلہِ "بنیہٕ" جادہٕ شوبان

سلہ ٣ موج تُلُن تہٕ موج ہنیُن چھ مانہٕ کنہٕ ہیوی

سلہ ٤ حضرت شیخہٕ سُندس عرسس نزدیک یمہٕ برلپوارہٕ یوان چھ ۔

سلہ ٥ پریشانی ترٲو "چھوٗر" چھ اردو زبٲنہٕ ہند "چھوڑ"

# رۆف

ہَن ہَن تن دز منبہ نا رِ ہی        وَن ہاری ڑیرہے گوم
وَن ہلو طس کتھ جا بہ ٹیرا رہی        وَن ہاری ڑیرہے گوم
پنجہ سیلنس نو گم گا رہی        کھنجہ کھنجہ باز وسی[1] پھوم
رنجہ تمہ کی چھیم بمیا رہی        وَن ہاری ڑیرہے گوم
تیر درتی کھم سے داری دآ رہی        شیر زن خون بنئے جوم
دُچھتہ چھیم تیر سینس لآ رہی        وَن ہاری ڑیرہے گوم
چاپندِ باہیھو تجم[2] خارہی        زاہنہ گئی نہ سنگدل[3] موم
بیہت کما تراہ چھپے عارہی        وَن ہاری ڑیرہے گوم
چھی مو خناج تمس[4] سارہی        سے سرتاج بر ہر قوم
تنگ دستن سہ کران یارہی        وَن ہاری ڑیرہے قوم
فیض و رحمت تُند جارہی        خار خارا[5] نہ تمی تُند کھیوم
خوان لغما کھیوان سارہی        وَن ہاری ڑیرہے گوم
دِ ہمبو منگ تمی سے یارہی        دلوہ نیری سالیے گوم
بلبیہ کا نسے مومنگ یارہی[6]        وَن ہاری ڑیرہے گوم

---

۱؎ دیوانس اندر ''وسنتہ''   ۲؎ خواری (اصل)   ۳؎ نرم

۴؎ وہا بہ نبین کتبزن غزلن اندر چہ معنوی لحاظ اکہ ''غاب'' — اگر انہ ''غاب ولنو'' — سہ گوہی زہ علین مجازہ پنچہ چھ سہ متکلم ودیتھا ''عشق رسولؐ'' شارن اندر انان۔ ہمیہ سیتر نغز لیچ لطافت چھ تصوفہ چہ سنجیدگی نال ڈنگ دوان

۵؎ خیر خیرات (اصل) نہندہ صدقہ سیتر آو منیہ دٔ زر باگہ

۶؎ ہمتہ تکرار قافیہ چھ وہاب خالی وَرتاوان ۔

# غزل

گوٗ شندہٕ کٔس از شوق دلبرٕ وندہ اندر نارِ[۱] چھُم
کرہٕ کیاہ اندر حلقہٕ رنج وگر آزار چھُم

گل رو خنٛ نمی شندی چولالہ کھۄونم بر سینہ داغ
دۄ لہ وچھ داغ سیاہ کیٚنٛھہ مے دِلس انکار[۲] چھُم

از کمان ابرو مبٲ کوٚرنم تیر بارا ن بے درنگ
وُچھتہٕ سینس پارہٕ پارہٕ تیرِ خارہٕ دار چھُم

ہر نظر چشمو سحرہٕ کے تا ثیرہٕ شیرِن گوٚر شکار
نشیر برافسون[۴] گری بے وایہٕ جودو گار چھُم

زلفِ کاکُل دستہٕ سُنبل نتہٕ مارِ سیاہ
مارِ ہے ماران سیاہ شہمار ماران مار چھُم

نتہٕ خنجر جستہٕ جانن چھُے کران سینہٕ شگاف
جانہٕ ہے دُنبالہٕ ہیٚنٛھہ دوٚنٛی تیر تہٕ تلوار چھُم

تنبلاون دلِ عاشقن ہند سنبلِ گلِ روٗخ وچھتھ
از گلِ سنبل بہ حسرتھ دودِ جگرے نار چھُم

اے وہاب از جانٕ دل صورت پرستی[۵] کرِبہ ہوش
رنگہ بے صورتھ ہر صورتھ بہ جلوہ یار چھُم

---

۱ پوشوی گندی بناوہ ۲ بیا کینہہ دودا ۳ ہیکل تُہ ۴ جودگری پیٹھ چھہ ماشوق شیر سیمان
۵ بیٚنٛھ شارس ییلہ اُس وہاب ہٕپن لوٚمن دۄن شارن ستیٚ مقابلہ کرد

(الف) وہاب تر او مستی مہ کر صورت پرستی پتہ پکھ کامِلن تاے زِ دون تاے یار کوٚت گوم
(ب) وچھ ظہور نور لے نورِ جبینش اے وہاب یِتھ ظہورس ستیٚ نورس پیٹھ بدنیا الوصال
اسہ ترہ: ہاے نکرہ زِ کینہہ کینہ چھُ وہاب بالغ گژھان گژھان مجازہ پیٹھ حقیقتی تام واتان ۔

# دل مے توٚے دیوانہ گوم

جانانہ حاصل[1] ہینتھ زٲو لُم　　دل مے توٚے دیوانہ گوم
مے نال شہارٕو وٕوٚ لُم　　دِل مے توٚے دیوانہ گوم

دردامِ گیسوے بری　　چھُس بستہ ازجود وگری
وچھ کیٛاہ عجائب ساحری　　دل مے توٚے دیوانہ گوم

ابرو کمانے خم کوٚرُن　　شمشیرِ سینی شم[2] کوٚرُن
اکھ عالماہ برہم کوٚرُن　　دل مے توٚے دیوانہ گوم

نازن[3] بہ ناز و نازہ ہا　　سنطور سوز و ساز ہا
کیٛاہ نازنین آواز[4] ہا　　دل مے توٚے دیوانہ گوم

مس پیالہ چشم[5] آبدار　　بمبر زلہ اندر خمار
از یک نظر کوٚرنس شکار　　دِل مے توٚے دیوانہ گوم

خینہ بہ بلبلِ مار چھُس　　بستہ بہ اندر نار چھُس
مارن[6] لشے لاچار چھُس　　دل مے توٚے دیوانہ گوم

کُس زانہ کیٛاہ حالِ وہاب　　چھُم پارہ پارہ دِل کباب
وُچھ شعلہ اندر یُم از حباب[7]　　دل مے توٚے دیوانہ گوم

---

1. بہ کینژھا مبہ و نیکنام کمو وُت اوس　　2. "شم" چھ شاید شمشیر جلاد یچھ آوازہ وہابن ناو کوٚرمُت

3. نازکران　　4. وہابس چھ موسیقی ہند لطف نہ مجازی حسنک اکھ پر توٚ نحوس سپدان۔

5. شولہ دُوبہ　　6. زلفن ہنزہ تھپہ نشہ　　7. زودہ بُل۔ بینتھ شہ جذبہ شوق یس عشقچہ ریہہ ستی دوٚ ٹلان چھُ۔

# غزل

مبّه از الحمد للّٰه[1] یار ڈٹو ھُم — به دیده دیدوے دیدار ڈٹو ھم
ستاده وچه مبّه استاده صنوبر — چو سروِ نازه قد هموار ڈٹو ھم
ز روبش آفتابه در ندامت — ظهورِ نورِ آن رخسار ڈٹو ھم
چو ماهِ چارده ماهِ جبینش[2] — به گردِ ماه سیاه شهار ڈٹو ھم
کمان ابرو برابر گون چاڑِ نه — کران از تیر[3] جان بیکار ڈٹو ھم
به قتلِ عاشقان هٿه خنجر و تیر — سلاح بسته سپاه سالار ڈٹو ھم
دوایے دردمندان سیب گلقند — بلبّه لس شکر و انار ڈٹو ھم
به خنده لب شه خوش تقریر می شُد — بهایے جانِ صد بیمار ڈٹو ھم

بزیر پایے آن پاکیزه طینت[4]
وهب در پیش خدمت گار ڈٹو ھم

---

[1] یه غزل چهه باقی متن ده ن غزلن هند تریم ڈپ یهندی مطلع چهه سے

(الف) لبصد ساماته امشب یار ڈٹو ھم — پر برهن والضحیٰ ماه رخسار ڈٹو ھم

(ب) مبّه امشب نورِ آن مهتاب ڈٹو ھم — به بیدا ما نه اندر خواب ڈٹو ھم

[2] نهندهِ ڈه نکچی زون

[3] عاشقنه سندس زوس ہٿه حمله کران "جان بیکار" لڑائی کران

[4] خصلت - سیرت

# ٧

# رُوہ

وسّی یارن حسبس منٛیہ نیوٛنے اَدہٕ کونٕے آم
مسٕتہ[1] میانے پیالہٕ چوٛنے اَدہٕ کونے آم

موٗ خنہٕ ماژس فوٗتہٕ کوٗرنم سوٗن سینٛم تراوم
لولہٕ مارَے سینہ بوٗہنم اَدہ کونے آم

زرتب تَنے شٕر[2] کوٗ رنم برمنڈہن شام
تقدیرن وَر گوٗرنم اَدہٕ کونے آم

شہارو نال وُلہَم زال زاوٕیل دام
گاڑہٕ ہندی باٹھی مازتوٗلہم اَدہٕ کونے آم

سوٗرمہ چشہو جود کوٗرنم چشمہ چھس بادام
بالی جگرس دود کوٗرنم اَدہٕ کونے آم

آم نہ زانٛہ بلیٛہ کیٛرلس عالمس بدنام
خارہٕ دِدی نارہٕ پٕزلس اُدہٕ کونے آم

سوٗ خنہٕ[3] کوٗرنم یوٗ خنہٕ کارن بال آیس خام
ھقیھ منٛیہ لاَین موٗ خنہٕ مارن[3] اَدہٕ کونے آم

پھیرہٕ ماہو خانہٕ خانہٕ روزہٕ مامے پام
کرہٕ بو کنیزہٕ ھاہ بہانہٕ اَدہٕ کونے آم

عیدگاہس منز ستادہ لوکھ خاص و عام
نیک بد تہ نر و مادہ اَدہ کونے آم

وہبو منگ ذاتِ پاکس اَنْد برا سلام
کرہ زرئے تیرہ خاکش اَدہ کونے آم

---

۱ جیاُ نہ شر ایکُ میس (اصل) ۲ زہ دلس تب حمبس نتہ شر جگرس ۔
۳ زالیم تر و ولس ۴ سولس ۵ سیاہ مُبثرہ
۱۳ وزن تھاو نہ خاطرہ "میوخنہ ہارس" بدل "مو خنہ ہارن" ورتوو مُت ۔

# چانہٕ ویرے سۆرگوم

سورہٕ یاوُن زیرٕ زیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
نیرٕ دٕری یا پھیرٕ پھیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
یانہٕ گوٚہم رازٕ ویرے[1]    کرٕ کیاہ لوٚت دۆر گوم
ییتہٕ لاگے پوش سیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
یارٕ ژھانڈتھ زیٖنہٕ گیرے    لوٚزمے زٕلورٕ[2] گوم
نیرٕ لوٚہنتھ کنشہٕ دُرٕ ییہ ے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
ژٕہے اوسکھ لبہٕ ینہٕ تہٕ ہیرے    منزٕ شیطان ژۆر ہیوم
گوس گمراہ ہیوٚس کرٕ بیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
پوشہٕ باغس بیرٕ بیرے    گوشہٕ نیٖکو ستوٚر گوم
روشہٕ وچھ کتھ کنزٕ سہٕ پھیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
اَمہٕ عشقٕچہٕ[3] نازٕ چھیرے[4]    یارٕ دل رنجوٚر گوم
سیر لوٚگمُت کتہٕ نیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم
چانہٕ نازٕچہٕ شمشیرے    تازٕ ہے لو سۆر گوم
امبرٕن[5] وچھ کلہٕ ہیرے    چانہٕ ویرے سۆر گوم
دماٰبو اتھہٕ بانہٕ ییرے[6]    ہیرٕ وُن دوستوٚر ہیوم
وچھنہٕ انسان[8] کلہٕ ہیرے    چانہٕ ویرے سۆرگوم

---

[1] راجوری - یُس ییر پنچال بالہٕ اپارٕ آسہٕ بببہٕ سیٹھاہ کریوٚھ منزل اوس مانہٕ یوان
[2] زٕلورٕ - حل ییرگنس اندر اکھ گام    [3] اصلس اندر "ام ما"    [4] "نازٕ چھیرٕ" چھ بانہٕ "نازکرن وٲلِس ماشوقس" نِتہٕ "ترنمہٕ تہٕ نازٕ سان گیوٚنس وننان"۔    [5] ڈیرن
[6] ولرٕ بٹھس پیٹھ کنیرٕ منز سارٕوی خوٚتہٕ بنذ رکھہٕ یُنیتہٕ وہابن ورہ ہندی اکثر وری ٹھیکہ داری کرٕ    [7] کاروبار دُنیا
[8] بانہٕ ییرٕ ہیہٕ منز چھ اکھ جاے ییتہ "ماریٕ کھوٚن" چھ ناو۔ اوٚتَے چھ تمن سادھن انسانن تہٕ چارواین ہندی لاشہٕ واتنان ییم وبہٕ منز آسن پھٹی ہتہ۔

# غزل

چھ احسنؔ خلقتس اندر بہٕ آدم — بیٚتھ درٕ میوٕ شیٖرین مغز بادم

مگر اچھے آدمیس آدمیت — بہر دم تھاوٕ در دل تور کے غم

رضا روزن براڈس بلہٕ توکل — برابر[2] روز خوشی برزیادٕ نے کم

مہ گژھ مغرور کینہہ برمالِ دُنیا — یہ زانن بےٚ وَسا چوں آب شبنم

یہ دنیا بازی گارا بےٚ وَسا چھے — کیٚرن گاٗ تیاہ بہ بازی خار بہٕ ہم

مہ تھاو از اہلِ دنیا کینہہ نہٕ اومید — چھ کارس ہیٚنٛز ساری یار تا[3] دم

ازٕچ یاری فریب و بازی گاری — زُوک دشمن زٕ دٕ زانٕن یارِ محرم[4]

بلا شک واقفِ نان دشمن جانن — بجاہے[5] ہے باۓ سیٚنز باٚلِس چھ ماتم

ہیچھو مالِس رَتس زاگان چھو تشنہ[6] — چھُ ہیچوس مول دشمن رُوٕ[7] بہ محکم

اگر کانہہ آسہ اندر قوم آباد — چھ تتھ قومس سٕہ آبادی سپھاہ غم

چھُ خودبینی خودی تہٕ خود پسندی — بُزٕ س بیزار بیزی یارِس کران زٕم

ہیونہ نہٕ کینہہ از چھے جالسازی — سَنٛدلیش[8] نادان سپن مشہور عالم

دماہ بو نہ ژٕ سیٚود نہ سادٕ لیکن — ژٕ چھکھ کانہہ جانوراز شکلِ آدم

---

١ ساروی خودٕ نیٚہ ندٕ بون۔ اشارہ قرآنی آیس کُن لقد خلقنا الانسان فی احسن تقویم ۔ ٢ ہیو ۔ ٣ دنیا داری روزن تام

٤ سِرن واقف ۔ ٥ آبادی۔ آسودگی ٦ تشنہ ہیٚنزسندی پاٹھو

٨ بیٚنہ لگتھ شبلہ نادان انسان ہیوزن تہٕ کسبس کُن بدٕ سےٚ چھُ مشہور عالم بنان۔ تہٕ اصل کاسبن تہٕ ہیوٕ زمندن چھنہٕ کانہہ تہٕ پژٕ زٕھان۔

# مناجات

ژٕ بٔہ دِنیتھم مورُد ییٚ زُو جان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
ژٕ بٔہ کوٚرتھم مشکلن آسان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
مےٚ بٔہ ہیوٚ نا کارٕ تہٕ نادار ... تھوٚوُتھ استادٕ اندر کار
یہٕ چھُے رحم اے رحمان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
کٔرم نہٕ بندگی ہے زانِہہ ... سو چھَم شرمندٕ گی گاٹراہ
سرا ہر دٕراس نا فرمان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
مےٚ بٔہ رٕوٹ بدعلو حبتن ہٕند خوے ... زِ علوٕ جُبنھ[1] گوس تہندے بوے
زِ کارِ طفلگی نادان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
کٔرم حاصِل پشیمانی ... مےٚ بٔہ راوری دوہ بہٕ نادانی
بٔہ خامی دٕراس بوٚ نادان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
مےٚ بٔہ گوٚر ضایع[2] پنُن اوقاتھ ... بٔہ لہو و لعب دوہ تہٕ راتھ
مےٚ بٔہ کر زوٚنم ٔپتِم[3] تاوان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
تھوٚم نہٕ زیٚمہ زانِہہ گردن ... ژٔھِم نہٕ کھوٚرُ رٔ تَھپن مردن
کٔرم ہے کارِ ناشایان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان
وہاب از کارِ خود پھُو مُت ... بٔہ دُری یا یپرٕ وٚنی گومُت
رچھُم از قہرِ این طوفان ... بٔہ چھُس ممنون از احسان

---

۱- تمن سِتی دُ دتھہِ بہنہ سیتی صحبت (اصل): ... ۲- ضایع (اصل)

۳- آخری دمرٕ مِنز پٹھہ وول تاوَن

# نعتِ شریف

اے افسرِ شاہ و گدا دے رہبرِ دنیا و دین ڈے خالقس او سکھ مدا ڈے مالکِ آن و این
آدم ڈی لشہ در وجودِ عالم ہند کرٹ[1] در سجود ڈی لشں ہمہ نا بود لو د لوح و قلم کوہ و زمین
طاہٰ و یاسین[2] نامِ پاک قرآن ز حق پیغام[3] پاک ڈے فیضِ رحمت نور آکھہ بر اولین و آخرین
منبعِ ڈہ فیضِ رحمتس مشفق ڈہ عاصی امتس قربان عالی ہمتس صد آفرین صد آفرین
در روز و شب ہر سال و ماہ امت جدا نڑاؤ تھہ نہ زانتھہ ڈے صاحبِ امت پناہ جھلکہ رحمۃ للعلمین
اے شاہِ عالی ہمتی زانتھہ مانشر[4] تھہ نہ اُمتی تھو دُل اُسی چھی پیٹھی کر نہ لوٹھا دستِ نازنین
از رحمتِ پروردگار کباہ کرہ دوزخ ببئیہ نار ساری گرڈھو اسی ریستگار جھکہ ڈی شفیع المذنبین
یمی وچھی سہ رحمت رُو بروے لش کباہ بحنت آہز وے لذت لوٹن از چار جوے آب[5] قمے[6] دو انگبین[7]
مسعود از ہر مادہ تہ مقصودِ جن و جانور مطلوب از خیلِ[8] بشر محبوبِ ربّ العالمین
کنمی لوڑ بجز تو در ملک[9] دورِ زمین سپہر فلک کس آسہ دہ خدمت ملک[10] ز بر جلو روح الامین
کس و وت عرشس از بشر نورِ خدا از چشم و سر وچمت بجز تو کا لہہ کر محرم توی در آن و این
کنمی لوڑ بہ پیش کردگار از بہرِ امت نالہ زار کنمی کر کفا ہنجھ[11] سخت بار[12] صوم و صلوٰۃ دا ایچنین
اے سیدِ عالی جناب مسکین بہ در عبد الوہاب تھا اوم دعاو وی مستجاب ہاوم جمالِ نازنین

---

ف[1] تہنڑہ ذکرہ ستی۔ تو سہ ڈبٹس تھاوہ تھہ ف[2-3] آنحضور صلعم ہن ہندی زہ قرآنی ناو۔ قرآنِ کریمک دُہم سورہ چھ طٰہٰ خطابہ ستی تہ شتبہ ڈہیم سورہ یٰسٓ خطابہ ستی شروع گڈھان ف[4] مشر اُدھ تہ یہ۔

ف[5-6-7] جنتس اندر چھ ڈور کو لہ بیان کرنہ آمڑہ۔ اکس منز آب۔ دویمس شراب طہور۔ ترمیس دودہ تہ ڈورمس ماپچھ۔ دہائن چھ "دو انگبین" ترجمہ تہ ڈورمہ کو لہ کن اشارہ کورمت حالانکہ فارسی پاٹھی چھ دو انگبین صرف ماپچھ بوتے ونان۔ ف[8] جماعت ف[9] عالم ملکوتس اندر۔ ف[10] فرشتہ ف[11] کم ف[12] یہ رانہ عہدہ کہن شریعت اُسی رتہ علاوہ روزہ تہ پانڑھ علاوہ دوہس اندر نمازہ تہ یرنہ۔ آنحضور چھ کورپینہ نس امتس یہ بور کم

# منقبتِ چار یارِ باصفا

ژورن خلیفن خطاب چھُے ہیوّن ہیوّن  روزِ بکدِل محبّ ژرہ ژرہ ہُونی کُن
چھُہ ابوبکرؓ عمرؓ و عثمان  شاہِ مردان چھُہ آفتاباہ نوّن
مشعلِ دینِ مصطفےٰ[۱] ہیم ژور  حق بہ حق کوّر ہمَو بہ دنیا نوّن
وانہٕ لُو وُکھ سہٕ قاصؐ[۲] درعالم  جبر ئیلن یہ کِنْہ بد نیا اوّن
بوزہٕ ناوِکھ تمَو جن و آدم  سُانی باعمبرن یہ کِنہ رِھاہ وُوّن
ہیچھناوِکھ ادب ہمہ نادان  لوگ د ہیش تمَو برحمت کُٹن
درجہان دینِ حق کوّرکھ روشن  ژورہ مانے تموٗ کھنن ہیوّن ہیوّن
کانِ صدق[۳] است حضرتِ صدّیقؓ  ٹمی ہبۆوُ دے رازِ خوُد بد شمن وُوّن
عادلِ بے ریا شہِ عمرؓ  مشرکن ہیوہ بہ قہر دارس پوہ[۴]لن
شاہِ عثمان وُچھنہٕ تمی ہرگز  از حیا زانہٕ نہٕ آسمانس کُن
شاہِ مردان علی ولایت مآب  کو ثرلبُس[۵] دیہہ اہلِ دینن چوّن
چھِی یِمے ژور اسہٕ مو کلن پاے  تھاوُ باعمبرن یہ رحمت[۶] لوّن
اے وہاب روزہ جان ودل مائِل  بہ ادب ژرہ ژرہ ہُونی خلیفن کُن

---

[۱] مجلس اندر [۲] قرآن مجید چھ تالیم [۳] حضرت ابوبکرؓ اوس گوڈہ عبدالکعبہ ناو۔ بالغوٗ اندرہ ییلہ سارِہ نے برونٹھ تمو آنحضورؐ سِندس نبوّتس ایمان اوّن۔ ییمن دیت آنحضورنؐ "صدّیق" لقب تہٕ ناو کوّرکھ عبداللہ

[۴] تمیا نہ گوڈہ کو ڈہ آسی حضرت عمر فاروقؓ چھ نہٕ مشرکن ہینز لیتہ مومن اذا وانہٕ ناوان۔ ییلہ کلمہ پوّرکھ تہ مشرکن ہندس دارس پھاڑہ دِتہٕ دراو بہنرے پوّن [۵] اصلس اندر چھ "کوثرلیس اہلِ دینن چوّن" دیہہ لفظ چھ وہابس منتھ گومت۔ تہ لفظن اندر چھ درج کرنہٕ آمت حضرت علی چھ اسلامی ریوایژ موجب حوضِ کوثرکی باگرن والی

[۶] اصلس اندر "بن"، یہ لفظ "بون" بناونہٕ بتہ چھ قافیہ سمان۔ لوّن چھ مراد زمین پیٹھ عالمس کُر رحمت گیہ "ہیرم رحمت"۔

# منقبت حضرت سلطانؒ

مریدن مخلصن ہمیتھ[1] چھُ سلطانؒ — بہ عصیان عاصین رحمت چھُ سُلطان
پریشان خاطرن تسکین در دِل — غمن نہ ماتمن فرحت چھُ سُلطانؒ
عزیزن بےکسن ہندٕ کس بہر کس — ممد[2] بہ یاری و عزّت چھُ سلطانؒ
مریدن مشرق و مغرب بہر دم — بہر آزارِ دل شربت چھُ سلطان
ہمیشہ محتاج از فضلِ الٰہی — روا کرٕ وُن ہمہ حاجت چھُ سُلطان
دوکھن دادن چھو کن سانین شہ مرہم — شفا از حق بہر علّت چھُ سُلطان
بہر سو آفتا بکی پاٹھی یِژنہ لان — زحق رحمت بہر ملّت چھُ سلطان
چھُ کوتاہ فخر اندرہ ملکِ کشمیر — تھٕکن بس کأشرن زینت چھُ سُلطانؒ
یتھے بس کأشرن بوٚڈ فخر زیبا — یہِ دنیا و دین عزّت چھُ سلطان
اَمِن نہ کأشرِ رٕتین کور چشمن — اَچھن ہندٕ لوٗر نہ نعمت چھُ سلطان
فقیرن مفلسن نہ تنگ دستن — غنی نہ صاحبِ دولت چھُ سُلطان
یمس سلطانِ دِیہ بس کانہہ بنی نہ — شہے[3] باشان و باہم شوکت چھُ سلطان
وٕہ طالب از حاجتے[4] مو حتاج بہ در — کڈیم حاجت مے واقف تِتھ چھُ سلطان

۱ سار یہے منقبتس منز چھ عربی "ت" موجود تھاونہ آمت۔ ۲ مدد دِنہ وألی
۳ [illegible] شان و شوکت تھاون وول بادشاہ ۴ اکہ حاجتہ باپتھ

بہ چھُس داغی سگِ دربان[1] سُلطان
نمک پروردہ از خوانِ[2] سلطان
میٚہ چھیم مطلب سُنٕھاہ اندر دلِ خود
دُہم نہ کأنسہ پانے زانہ سلطان

۱ ڈیوڈی وان ۲ دسترخانہ

# غزل

صد شکر از روے[1] نصیب ووتھ بہ کوے نازنین
دردِ دِلس سپُنم طبیب آن ماہ روے نازنین

ازادِ فرو عطرِ گولاب بوٗزم میہ از دانش[2] حساب
ریحان و سنبل کامیاب گامُتؠ زلوے نازنین

نیران زِ مشرق ماہ و مہر لاران سوے مغرب سپہر[3]
ہر ذرّہ زِن لبستہ لبحر پھورت بہ سوے نازنین

لوح و قلم کوہ و فلک دیو و پری جن و ملک
شام و صبا ئمہ یک بیک درگفتگوے نازنین

الحمد للہ الحمید از یارِ بے حق چھُس سعید[4]
از چشم سروارہ بد ید ڈیو ٹھم سہ موے[5] نازنین

خلقِ جہان سارِی جمع پروانہ زن گردِ شمع
محتاج روئیت[6] از طمع درآرزوے نازنین

طالب چھ اندر تاب و تب برگرہ روضہ روز و شب
کینہہ سیر گے کینہہ تشنہ لب از آب جوے نازنین

وہاب مطلب یاب گو تشنہ نے سیراب گو
صد شکر فتح باب گو از روے خوبے نازنین

---

۱ پننہ باگہ کہ بنتھ۔ یہ چھُ فارسی مرکب۔ کاشری چھِ ونان "پننہ نصیبہ مُوجب"

؎۲ عقلہٕ ہندِ اندازٕ  ؎۳ فلک ۔ آسمانی کائنات ۔

؎۴ خوش نصیب  ؎۵ موئے مقدس آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلم ییٚس ۱۱۱۱ھ ہجری
خواجہ نورالدین البشہ بری سہندِ ذٕری یہ کٔشیرٕ واتناونہٕ آو۔ گوڈٕ اوس یہ موئے مقدسؑ
حضرت نقشبند صابنس آستانس اندرٕ پتھ آمہٕ حضرت بلس اندر آمہٕ خاطرٕ جایہِ پاک تیار
کرنہٕ ۔  ؎۶ تُہندِس رویہ پاکس کُن  ؎۷ مطلب بیٚن وول ۔

؎۸ دروازٕ آو مژراونہٕ ۔

# رؤہ

ونتہٕ وسیرے کوت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
انتہٕ پے تتہٕ یوت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
سو یہٕ لانکے کیہٕ ستا نکے | مس پیالا چیون
مست نیندرے ہوت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
شالہٕ[1] باغس منزٕ بہٕ لاگس | وِگہٕ نے وہٕ ووون
ووِن مہٕ کاون توت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
نتہٕ ما بجہ برلیوارے | ژٔرار گومیے زون[2]
شیخہٕ سندہٕ ذوقہٕ توت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
گرٕھتہٕ کاوو ونتہٕ بیاوس | غوصہٕ تراون یرون
یوت کیاہ نشہٕ ہوت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
تلہٕ مُلہٕ کرس[3] ناوہٕ ساسس | لس چھ عادتھ یرون
ٹلہٕ ما اڑ ووت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون
ویا بن لس بالہٕ یارس | پوشہٕ دستہٕ اون
گلہٕ رنی کن موت چھ گومت | پھلہٕ یے موت میون

---

۱ شالہٕ باغ اوس شہرس منزٕ پرانہٕ وقتہٕ یمہٕ وجہہ مشہور یہٕ بادم واری لگینہٕ پتہٕ اسی شہرکی لوکھ اوت یوسمن پھلے چھاوہٕ یہٕ یوان۔ از چھ یہ باغ آرم زمینس تہٕ لرہٕ بن تل ترین نابود گومت

۲ مینہ زون ۔ مینہ کور قیاس ۳ وہا بنہٕ وقتہٕ اسی عقیدتمند لوکھ حضرت میر باباحیدر ٹنگہٕ مولی سندِس ماٗلس عام پاٹھی ناون منزٕ گژھان۔ از چھنہٕ اتھ درسس ہیتھ تلہٕ ملہٕ ناوہٕ سال آسان۔ امہٕ بدل چھ گاندربلہٕ حضرت قمر صابنؒ ماٗلہٕ لگان۔

# حال یارس وَن

بال لُرنس تیز نارس — حال یارس وَن
زال گیاہ چھس کالہ مارس — حال یارس وَن
بزم دِتینم لوکہ چارس — دِلم میٚہ گو دشمن
غم میٚہ بارے لوٚد ینہ بارس — حال یارس وَن
چھُم نہٕ کینہہ وٚوُنی یختیارس — سِترِ[2] ننے رٚکِتھ پن
دِمہ گیاہ بوناوِہ تارس — حال یارس وَن
سُور کوٚرنم دِوہ دارس — دٔور چھُم پوٚت وَن
موٚت کوٚرنس کارہ بارس — حال یارس وَن
ثال کوٚرے کو ہسارس — سال ہیرہ تہٕ بوٚن
لال نجدہ کینہہ گارس — حال یارس وَن
وُنتہٕ یارس کھوتہ[3] پیارس — تنہٕ لاگس تن
نتہٕ بانے گیاہ تہٕ دارس — حال یارس وَن
یوہ کوٚرنم نو بہارس — دوہ چھُہ کوہس بوٚن
کرہ گیاہ وٚونی گنہٕ[4] کارس — حال یارس وَن
وہاب لو چھکھ موٚت رہ کارس — دوس نتہٕ دشمن
زاے کا تباہ بیٹھ مزارس — حال یارس وَن

---

[1] بینن نتہ تامتھ۔ [2] یہ چھُ کانگہاوِتھ۔ میٚہ چھنہ سِترِ نہٕ ہندِس پننس یختیار [3] "اُنہِ تہٕ پین" کھبلہ منتر چھ زعانڈن واس باجس زعنب کرتھ رٚودمُت بورج ماھلس پانتھ "تھوبہ" کرِان تہٕ نایہ منتر رمان دِینتی چھ مطلب نہٕ بیتھے یمی جایہ بنیتھ میٚہ معشوق زعانڈن ہیبہ لوہ"۔ داتس: زعنب کرتھ۔
[4] نہٕ نبہٕ معانس پنتھ۔

# رؤف

گٲلِ واتی بٲلِ ژھانڈان — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن[1]
بٲلِ واتی گٲلِ ژھانڈان — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
میٚیہٕ چھُہ مُتی سِنزٕ وِیرٕ گوٗمت — وُسہٕ اندر خوٗن
ٹھوٗسہٕ جگرک ماز پھوٗٹمُت — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
ہُنڈی مُلّاہ نٲلی لٲگِتھ — تیٖر سِنزے موٗن
اَتھہٕ[2] کھوٗ کھشسے ژادزٕ گِتھ — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
اوّن لٲگِتھ ڈراو بٔنچھنے — اوم پیالا نیوٗن
سانگ عشقن لوّگ بٔنچھنے — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
رگہٕ کسَ کیٛمی لوے لِنستر — دگہٕ کس پوّک خوٗن
اوس یکسان دلِ تہٕ دِلبر — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
اوس درنقد پہٕ دوٗرہٕ — گوٗس حیلہٕ[3] ہوٗن
مرہٕ رٕتس پتہٕ کرہٕ پوٗرہٕ — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
کوہِ نجدس کھسہٕ سُجدس — آفتابہٕ تہٕ زوٗن
عشقہٕ جذبہٕ آو وجدس — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن
یارہٕ سِنزے وَتہٕ نِشر لَگہٕ ہے — سازِ وسہٕ رمہٕ گوٗن
عاشقن چھِپے وصلُک پرٕ ہے — لٲلہٕ موّت مُجلوٗن

وٕہیوٚ خوش روز تہٕ بوز    کیٚتھ ہٕنٛد مضموٗن
ہا وِیارَس دردٕک سوز    لاَلہِ موت مُجلوٗن

---

۱؎ مجنوٗن (اصل)، یہ چھ لیلا مُجلوٗن قصٕک منظوم روٗپ

۲؎ ژٕلیلہِ گٔرۍ چھ وَنان زِ ہ لاَلہِ ترٛٲوِ بیٚنٛ ہوٗن، یلہٕ یِیٚس سیٚدٕے مُجلوٗنس لیٚتہٕ گوٚو۔ لاَلہِ ہٕنٛدۍ مٲلۍ کوٚتر شیٚہن۔ یٚیلہ یہ وچھ زِ ہ مُجلوٗنس چھ ہوٗن اٚندۍ اٚندۍ گٔتھ کران تَس گو ہٕتک زِ ہ کوٚٹھ شُنٛدۍ زامٕتٕرۍ چھ ہوٗنۍ رٕچھمٕتۍ تہٕ اٚکھٕ پٕہُن کٔوٚرُن یمن قتلِ عام صِرف بچوو یاہ مُجلوٗن تِکیازِ ہ تَس بنیوو جانور تہٕ سہٕ درٛاو دٕدٕ ہہ۔ جانور بنیوٗ وامہِ موجب زِ ہ تمۍ اوس شاہ پٔیرۍ ہٕنٛد دوٚد چوٚمُت۔ یمہ کہٕ قاصنہٕ سہٕ پانس وِہرٕ ہیکان اوس کٔرِتھ۔

۳؎ وِہیلچی (اصل)

# غزل

میٚہ اٚندری کٚری نہٕ سیٚلنس کباب لولہٕ نارٚن
میٚہ جانٕ ناز نیٚلنس[1] ربابہٕ گوم نارٚن[2]

میٚہ الفہٕ قد کوٚرُن خم بہ مِثلِ دال از غم
سو کھس اندریہٕ ماتم میٚہ پوٗن بازی گارن

میٚہ ہندرِ آب کوٚرنم غمن گرِداب کوٚرنم
بسر سیلاب کوٚرنم فراقکٕ رٕنجہٕ آرن

یہِ دل مہجور گومُت تنے تنبوٗر گومُت
میٚہ اڈی جن شور گومُت اچھو چھُس خوٗن ہارن

غمس نیٚتھ غم میٚہ گولو دمیٚہ تھوٗن للہٕ وٗن دود[3]
سیاہ چیشمو کوٚرُم جود زِ عشوہ جود گارن

بہ گرِد دستہٕ گل اویزان شاخ سُنبل
زِ نیشِ نارِ کاکل بچھُس اٚمی کالہٕ مارن

دُو دستہٕ گُل زہٕ روٗخ تہٕ شکر دانہ[4] چھُ پوٗختہٕ — دُرِ شہوار موٗختہٕ چھہ لستہٕ سوٗ رخ تارن[5]
دہان غنچہ شکر لب ہوٗ نیچے منز چاہِ غبغب — دہٕ ہس پیوستہٕ باشب شبس شولہٕ[6] ستارن

وہاب تراو غفلت رفیقن لیش تہٕ چھکھ نیچھ
دُو منزل کرٕ زہٕ ہیمتھ کٕری بازی لوکہٕ چارن

---

ا۔ نازنین زُوٗس ۲۔ زُوٗو رگن ۳۔ انبار ۔ ڈیر ۴۔ دند ۵۔ دندہِ مالن
۶۔ شعلہ (اصل) (نوٹ) ییٚمہٕ غزلس اندر چھ "صنعت تتابع" بار بار ورتاونہٕ آمژ۔

# غزل

وچھتہٕ از تام سمسارس کٲتیاہ زاے کٲتیاہ زُہن

سوگہِ دڑوگہِ مال ییتھ بازارس کٲتہٕ ہیوت کٲتیاہ ہیٚن

یہٕ چھیہ جھٔڑہ بل کٔنڈہ چ وتہ گیٚنہٕ چھیٚنہٕ گینہٕ بوراہ ہیٚتھ

گنج[1] بازار چھٔے حسرتھ کٲتہٕ کھوکھ تیاہ کھیٚن

ووت پٔرتھ جایہِ یہٕ شہلاب کوت منکل یہٕ گرداب

گگرے بل زاوِیل آب کٲتہٕ چوکھ کٲتیاہ چیٚن

کٲتہٕ چوکھ یہٕ موٗنگ ہوٗے کٲتیاہ آے کٲتیاہ گے

یَمہٕ بانزلہٕ سارنٕی ریب[2] کٲتیاہ پیٚنہٕ کٲتیاہ ہیٚن

ۂتھ برجوے اندر[3] جوے سٹھ مرٕز[4] ہوے اندر روے

وچھتہٕ اتھ سیٚندہ در ہرسوے[5] کٲتراہ ییرہ کٲتیاہ بیٚن[6]

کرِدیان وچھ گردش کیاہ چھے تو رنگ وردش

وچھ وارہ ہیٚچھ ژہ بانس لٔش کٲتیاہ آے کٲتیاہ ریٚن[7]

وہبو وچھتہٕ ییٚن حال زاوِی اتھ منزہ لال

اوبل موخنہٕ زاوِیل[8] ال کٲتیاہ دوہ تہٕ کٲتیاہ دِہن

---

[1] مہاراج گنج سرینگرس یوسہ وہا بنہٕ عہدہ پیٚٹھہٕ وُنیو تام شہری بیاپارچ بٔڈ ہِش منڈی چھ۔ [2] مقرّر میعاد

[3] ۂتھ لار علاقہٕ چہ سیٚندہ [4] اکھ اکس منز لیہٕ وینہٕ کوٚلہٕ [5] یَمہٕ کوٚلہٕ منزی اکی وقتہٕ ستہٕ پھیرہ انسان بیٚنہٕ شکل وچھان چھ [6] لو کُنہٕ لو گژ آبہٕ پھولہٕ [7] بینتھ جھوٗزن پھٹان ہیو

[8] ایام شباب

# غزل

ڈیوٹھم مینہ در باغ نشاط بایارِ نازنین
گوسس نکھ با احتیاط در لالہ زارِ نازنین

سرِ ترٛ وُمُس زیرِ قدم از یک نظر کورنس عدمؔ[1]
دم دِتھ ہُویدا[2] گوشہ دَم[3] از بوِے تارِ نازنین

مخمورہ اندر نازاوس دل خوش ہیتھ ممتاز اوس
کیاہ تام نوزک نازاوس اندر خمارِ نازنین

مطربؔ و چھیم ہیتھ سازہ ونے ساقی بہ نکہ جام موے
مستانہ خوش در گردِ وِے[4] ہر سو نثارِ نازنین

سُنبل زدستہ مشکبار بلبل سپُن بے اختیار
تھہ حسنہ گنجس رائچھ مار شہار مارِ نازنین

گاہ اوس خوش غموارے گاہ ہیوٹھ ہیتھ آشنا یے
گاہ موت سہ گو گلزارے گاہ لو بہارِ نازنین

آہستہ گو برجوِے آب گلدستہ اوسُس از گولاب
ممنون احسان گو وہاب از یک اشارِ نازنین

---

[1] پانتس رنشہ نابود  [2] ظاہر  [3] یہ غزل چھ وہابن متن دِوہن اندر
لیکھمت یِیلہ سُہ نفی اثبات و ظیفہ کمان اوس
[4] ترس اندی اندی

# غزل

چھُہ فٲنی دورِ دُنیا سورِے یاوُن
بہ ابن فٲنی بھروسہ کیّاہ چھُہ تاوُن

یوٗک کھیوٚمُت ونکھہ بُد وٕے زِ دا آنا
سَراسر چھُے بینٛ پان مندہ چھاوُن

سِرِس یمی راچھی کٔر تمی زٕ وٚچھ بینٛ سرٕ
سَرِس شمشیرِ غٲرِس سیٖر باوُن

کرِی سیراب حق ازٕ آب کوثر
ژٕہ کانٛہ حاہ تشنہ وچھہن ترٕلیش چاوُن

دِیہی حق نعمتِ جنّت زٕ بیّہ بے شک
گرٕسنہ آسہ کانٛہ کٔتیٚر حاہ شہ کھیاوُن

اگر کانٛہ آسہ گومُت گانٛسہ لٔتہ گیٖر
زٕ بیّہ یُدوٕے اتھہ واتی مہ کٕرِ لاوُن

بَدی ہُد کانٛہ کرِی لَس کرٕ نیکی
شہ تمی سُند کینہ ازٕ دل ما لشراوُن

پیٚمٕتٕ لُس آسہ تس کرٕ دستیاری
عجایب چھُنہ زندس مورٕدٕ یاوُن

وہاب بس یہ چھُہ در دل آرزو وٕنی
الٰہی تنہ مرادس واتہ ناوُن

---

١ـ کلہ ٢ـ بوٚچھ ہوٚت ٣ـ مشراوُن گژھہ
٤ـ ییرہ: نگہ پیٚمٕت یا لاچارٕ گومُت ٥ـ اتھہ روٚٹ
١ـ گانٛسہ ندٕ فاصلہ مطابق

# وچھُن ہِنز پان

اگر ہیچھُن چھُے ژٕ بہٕ کینہہ بجأے طر | وُچھُن ہِنز پان
ژٕہ پانسے پنٕش لبکھ دلکُ سر | وُچھُن ہِنز پان
یہٕ چھُے دِرِ عالم نہٕ چھُے دِرِ آدم | چھُہ سِرِ حق انسان
سِرس اگر چھُے گڑھُن ژٕ بہٕ محرم | وچھُن ہِنز پان
بہٕ امر تابع ہمہ بقدرت | زمین تے آسمان
فلک ملک ہیخ بیتیہ خلقت | وچھُن ہِنز پان
ژٕہ وچھ یہ صنعت بدیدۂ دِل | بہٕ فکر سورے آن
زِہ ہیخ[1] وبصنہٕ[2] ہیچ[3] یہ حأے حِل | وچھُن ہِنز پان
دِہان ہژدہ[4] ہزار عالم | ظہورِ جسم و جان
میٖنہٕ لشہ زیادہ[5] ہِمو گنز ری کم | وچھُن ہِنز پان
گدا[6] نہٕ شاہ ستارہ نٕہ ماہ | وزیر نہٕ دیوان[7]
چھِہ ہم بہانہ شہ پانہٕ چھُے شاہ | وچھُن ہِنز پان
یہودی نٕرسا جھود آری[8] | چھُہ ہِندی مسلمان
زِخوان یغما کھیوان ساری | وچھُن ہِنز پان
یہ ہیخ جہانس نٕہ چھی ژٕ بہٕ پانس | زِخود ژٕہ چھکھ غارِزان
وہما بہٕ رہبر سپین ژٕہ پانس | وچھُن ہِنز پان

---

[1] موُل [2] ہِقول [3] بچہ دأنی [4] اردٕہ ساس [5] عالمن ہنژ رِواییژ گژ ند۔ بچھ اردٕہ ساس عالم۔ وہاب چھ ونان زِہ میٖنہٕ چھ یوان اِمہ زیادٕہ عالم قیاسس اندر یا مشاہدس اندر۔
[6] بیچھ ونُز [7] پرانہٕ عہدٕہ ائی وارِیہس کاس وزیر اعظمس "دیوان"، ونان
[8] آریہ۔

# غزل

گگاُ جلس اُمی لولہٕ نارن زاُ جلس ہوٚچھی وہر زن
بے لحاظہٕ خوٗن میونُے چوٗن شہمین شیر زن

سوے روے یار وچھہا چھُم سنجاُ طراشتیا ق
آم از ابرو کمان مژگان بہ سینہ تیر زن

مشکِ تاتارک نشانہ زلف نمُی سُنْد نتہ دام
چھُم بہ جان و دل گرہ[1] اندر گرہ زنجیر زن

عاشقان از زخم خنجر خستہ خاطر سینہ چاک
دست از جان شُستہ تم پالس ہیرِ بتھ تکبیر زن[2]

مصحفِ رویش کران سنگین دلن اندر اثر
تمتھ روخس از قدرتِ حق رحمتکُ تاثیر زن

بیس یہ نمی تھووٗن مقرر لس یہ اندر بختیار
چھےُ تسندے خار نہ شرٔ موہ ختصر تقدیر زن

اے وہاب از حیرت و افسوس خوردن[4] کیاہ شود
زونمُت اوسُے زِ بیہ دنیا مالی سنْدِ جاُ گیر زن

---

۱ گنڈ ۲ زوہ نشہ اتھ چھلتھ ۳ مرلس پنتھ تیار
۴ افسوس کھینہ ستی

# کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن

وۄلہٕ یارہٕ بٔنبہٕ گوشن     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
چھےٚ حال میون روشن     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
دِل نیٚتھ چھُم ژٕہٕ جالنس     لاران میٚہ لوٚنہٕ والنس
مرہٕ ننس چھُسے بہٕ تو شن[1]     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
زٕاجس لبہٕ لولہٕ نارن     گاجس لبہٕ شین ہارن
دٔبتبم پھُکار جوشن     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
اُڈٕنی جن میٚہ بالہٕ گو سوٗر     چھُم سوٗر بہ نشہٕ مخموٗر
کیٚاہ دِزہٕ[2] بادہٕ نوشن     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
در باغ چھَیس بہٕ ژٕاران     از دیدہٕ خوٗن ہاران
کوٚت وۄہٕ یارہٕ چھکھ ژٕہٕ روشن     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
ٹبری ٹبری میٚہ تھاوِی پیالہٕ     بینہٕ موچٕینے ژٕہٕ لالہٕ
مور وش موسےٚ[3] فروش     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن
وہاب بالہٕ یارس     بر در چھُ انتظارس
گٔنی نازٕ نیٚہ وُنہٕ گوشن[4]     کرہٕ لوٚبہٕ مالہٕ پوشن

---

[1] خوش گژھان    [2] عشقک شراب چینہٕ والین مخموٗر عاشقن کیٚاہ دِزہٕ ؟
[3] عشقک شراب کٔنن والین عاشقن    [4] کٔنن

# غزل

دلبیٔ گڑھیتہ یارہ دلقرار انتن — چھیس بال در انتظار انتن
جیس چھم نہ پالنس کس ہنگہ باوِ بھ — کس بوکرہ جان نثار انتن
کرتس گوشن چھم یار روشن — پوشن از مینہ چھم بہار انتن
انتس حیلاہ ونتس دلیلاہ — کنہ رنگہ بھر نشکار انتن
دردام بستہ چھس خوار وخستہ — ماران چھم کالہ مارہ انتن
دل تمبلاوِ بھ مس گوم چاوِ بھ — مخمور چھس پُر خمار انتن
زاجس نارن گاجس یارن — دادی لدونہ چھس بیمار انتن
آخر ییہ نا ساوس پیتیہ نا — بۂ مرتھ تو نہ بر مزار انتن

وہاب مسکین بیچارہ غمگین
چاکرن ہتی در شمار انتن

---

۱ از چھ و نان کرنس حیلاہ
۲ پانہ مخمور ماشوق پُر خمار
۳ اصلس وانہ نا

# غزل

ژٕ بٕہ ماڈ بوٹھتھ بٕہ گلشن سروِ قد میٚون
ہمیش کیٚمی نام وٚون مٕت نیک و بد میٚون

اَپٕز وٕنی تھٕے سٕہ کوٚر مٕت نا رضا چھکھ
خبر کینْہہ چھیٚم نہٕ کٔس اوسٕے حسد میون

ژہٕ للّٰہ واوہٕ کر تم دست یاری
ژٕ بٕہ چھٕے لازم کرٕن وٕنہٕ کیٚن مدد میون

کرٕس میانے زبوٚے وٕنی اکھ سوالاہ
کری نہٕ زانہہ وٕنٕن ہرگز سٕہ رد میٚون

ونے کٔس پادشاہس میانی احوال
درونِ[1] کوچہ سلطان چھُ حد میون

سٕہ بُدٕوے اکھ نظر ژٕ او یم برحمت
بلی بے شک بہٕ سینہ دادی لد میٚون

وہاب ورز تو خوش بیٚہتھ ساتھاہ
تتے حاضر[2] اتھ ناظر چھہ جسد میون

---

۱؎ بیتس منز گوٚژھ "برون" آسُن۔ بتہ چھُ "درون" لفظس کاتبس روزمرس نیبر" ترجمہ کرُن حالانکہ فارسی پاٹھی چھ امیک مفہوم "اندر" یوان۔ بیٚیاوس وہاب وارہیٚن وری ین حضرت سلطانہ بندہ استانہ دوٗرِ روزان توٚہ کٔنو گژھہ برون آسُن

۲؎ بہ شمار چھ اصلس اندر نہٕ نادِ بہ ہیوٚہ آمُت۔ نقلن اندر بہ چھ غلط بہر بہ آمُت۔ اَسہ چھ اصلکی اچھر تچھی بہ مصرع نون کوٚ ڈرُت۔ حالانکہ مانے کھرہ کرنس اندر چھیٚنہ اتھ نہٕ کانْہہ اکھ وتھ یوان۔

# دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن

وُچھ کیاہ پھُلے لچھمٕر گلُن — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن
لوٚگمُت شگوفہ سنبلن — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن
لچھمٕر پھُلے از یاسمن[1] — چھےٚ کرٛاوکُرمٕژ گوٚو سمن
گلِ لوٚٹٕری پھُلی آرٕ ولن — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن
ورہ کیمِٕ تہٕ مسول نیوٚی[2] پوش — وُچھ ہندہٕ وَندے[3] آولوش
بمبور موٚت یمبرزٕ لَن — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن
خوٚش دوزاز نوروز چھُے — تارٕوز[4] پھٔل کیاہ سوزٕ چھُے
کُری کارٕ[5] بیچھ کارے گلن — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن
پھوٚج آرٕ وَل تہٕ ہی وَنن — گوٚو کاوٕ کوٚ ستوٚزس کنن
ٹرارَو بہٕ لارَو پانٛژٕلن[6] — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن
ہمیوٚش پھوٚل مانہ سَرس[7] — گوٚر زور آبن آگرس
دِیت موج در ہر سوٚ ڈلن — دیوانہٕ دل گوٚو بلبلن

---

۱۔ بوٚسُم ٹھرٕ ہن ۲۔ "نیو" چھ اکھ نیٖرِ پوش ۳۔ وندس اندرٕی

۴۔ اکھ پوش یُس جادٕ ہین فصلس اندر کھسان

۵۔ اکھ پوش

۶۔ یا ہنالہ بالہ سلسِس چھ ژرانہٕ ہیچھ "پیر پنچال" یوان لیکھنہٕ "پنچال" بنیاو کاشُر "پانژال" ۔ تہٕ "پانژاٗلی کاو" چھ اَمی اَندرٕ ضرب المثل بنیومُت ۔

۷۔ مانسبل سرس

(نوٹ) بیچھ باقس چھنو ہمن لیکھنوی ترودمُت

# غزل

جان وندہ ہے یارہ ۄکھنا یارہ ۄکھنا وندہ ہے جان

جان موردس کیاہ ژرہ دکھنا کیاہ ژرہ دکھنا موردس جان

یان ہاوتم ژلہ ہیم شر ژلہ ہیم شر ہا وتم یان

میون درمان چون درشن چون درشن میون درمان

بے وا بے دتھم تیر تیر دتھم بے وا بے

از ججگان کور تھس گیر گیر کور تھس از ججگان

جود کور تھم سۄ چھم دود دود چھم سۄ کور تھم جود

کان سین کاتیاہ آم آم کاتیاہ سین کان

چانی کو گل سنبل زن سنبل زن کو گل چانی

ثعبان[1] یم ژ ابل چھی چھی ژ ابل یم ثعبان

روخ چونے گل دستہ چونے روخ

تابان زون زن چھے موکھ موکھ چھے زون تابان روخ

مطلب چھم مے دیدار دیدار مے چھم مطلب

ایمان یارب وہلبس[2] وہلبس یارب ایمان

---

(نوٹ) ہمہ طرزۍ چھ بیہ دیوانس اندر بیاکھ غزل تہ یمیک مطلع چھ ے

بہ چھس مسکین مسافر مسافر چھس بہ مسکین
بہ غمگین چھس بخاطر بخاطر چھس بہ غمگین

یہ صنعت عکس چھ امہ دقتہ سائنس ادبس اندر اکھ جدید تجربہ آسن ثابت

[1] اژدہ [2] وہالبس (اصل)

# غزل

لگتے بے گژھنہ سرو ناز انتن    رۄشتھ گوم وۄنی ترٕ باز انتن
چھس پراگندہ بہرِ دفعِ غم    مطرب ونے وصؤلہ[1] ساز انتن
بر بہار[2] و عراق تہٕ نیربنہ    فارسی راست در حجاز انتن
بہ تماشاے نغمہٕ دل سوز[3]    دلبرِ نازنین بہ ناز انتن
سوے محرابِ کعبہ جانان    دِمہ سجدہ پرہ نماز انتن
محرم راز مطلب محمود    جانِ جانانِ من ایاز انتن
کمہ تۄ کیتھہ چارہٕ ازہو نہ تدبیر    سُہ چھُ نادر[4] تہٕ وۄنی لنتاز[5] انتن
بیچھ زانکھ تھِ بصد زاری    بہ نیازی سُہ بے نیاز انتن

اے وہاب یُد حیات چھے مطلب
یار چون[6] عمرِ دراز انتن

---

[1] وصول چھ موسیقی ہندا کھ آلہ تہٕ وصؤلہ واین وول

[2] بہار ۔ عراق ۔ نیروز (نوروز) راست تہٕ حجاز چھ موسیقی ہندی مقام

[3] دل زالن وول    [4] نایاب نہ سمکھن وول

[5] نادر تہٕ ناز چھ اکی معنو مگر زٕ لفظ ۔ یتھ چھ شاعرس اندر نوّن تصنّع

[6] اصلس اندر چھ "چون" جاد وُرت گو؛ اگر اَنیتھ "چون عمر دراز" آسہ ہے ۔

# غزل

چھُم میٚہ غم در سینہٕ کوٚرنم خم میٚہ اٰی سرو قدن
گولنم زوٗشین زن تے زولنم نارٕ بَدن

در فراق یار چھُس آوارٕ گوٗمُت بے قرار
راتھ نہ دوہ گوم نالان اندریں حسرتھ[1] وَدَن

ہر نہ چشمو ستی کوٚرمُت نرٕ شیرن دار و گیر
چھی توے پوٚشیدہ رُوزِتھ سیہہ تہٕ ہانگل سر حدن

ہاوہ ہے تہتھ درد مندن تھاوہ ہے یکبو نقاب
بَلہٕ ہن سارِی بہ یکدم ژلہٕ ہن غم زدَن[2]

نزٕاوہ ہے یدٕ دے برحمت عاصین پیٹھ اکھ نظر
کیاہ عجب بخشش بنن اَدٕ مو تدن[3] نہ ملحدن[4]

عدلہٕ کے میزان[5] تلہٕ ووہد بہ فضلِ خدا
فضلہٕ کےٚ دامانہ واسی[6] سارنے نیکن بَدن

اے وہاب ازعمر دردنیا چھُہ کیاہ افسوس کھیوٚن
گیٔ ژیٚہ دِپہدن[7] روبرو کیاہ سو ندرٕ کم کم مدن[8]

---

[1] رِٹھ تہ ژھٹھ اکھ حسرت (اصل) [2] غمگین عاشقن

[3] یم دینِ اسلامہٕ لٔنتہ پھیرتھ آسن گامُت۔ [4] یم لفظ قرآنس منکر آسن

[5] میزان اعمال۔ یس محشرس اندر آسہ [6] عربی "وسیع" لفظک کاشُر روٗپ

[7] خوبصورت جوان زنانہٕ [8] خوبصورت جوان مرد

# غزل

بے نوا چھس غریب تہٕ مسکین
دل پریشان بہ خاطرِ غمگین

چھے بد نیا ہمیشہ یہی دستور
تا[1] پتھ تہٕ رود گاہ تہٕ گاہے شین

چھُ تماشا ظہورِ حق سورُے
گاہ صنم گاہ صلیب گاہے دین

آزمائش زِ حق چھِ یہ گاشہ رِواج
روم گاہ شام گاہ تہٕ گاہے چین

یُن گژھُن چھُے قدیم زیون تہٕ مرُن
گاہ تی آے گاہ زندہ گاہ تباہ ہین

نیک و بد درجہان چھُ انسانس
گاہ رلہ گاہ خوش تہٕ گاہ غمگین

بے وَسہ اے وہاب گردشِ دور[2]
گاہ بر صلح گاہ بجنگ و کین[3]

---

[1] "تا"، چھُنہ اصلس اندر

[2] دور زمان

[3] کینہ وٕری تہٕ عداوت۔

# غزل

بہٕ زاجِس نارہٕ یارو جانٕی دزٕدن
بہٕ گاجس شیٖن زلنٕ امیٚ آبِ سرٕدن

زِ بابِہٕ غم الف قد دال کوٚرنھم
پھُشرٕ تھم سنبلکی[1] پاٹھِن میہٕ گردن

بہارُک گلشن و گلزار سبزہ
کوٚرم مے خارِ خارستان ہرٕدن

زِ دردِ دل وسے اندر سوٚزنمُ تب
رٕتی زر نبہٕ چھُم میے روے زرٕدن

بلہٕ بو از وصالِ یار بے شک
نہٕ چھُنہٕ چارہٕ مے جُز جان سپُردن[2]

بہٕ کوٚرنس ششدرس اندر گرفتار
پیٚیم نے خال کہٕ نم بازی نردن[3]

وہابو چھے اگر آزاد روزُن
ژٕہ رٕٹھ کھور عارٕی[4] فن تہٕ نیک مَردن

---

۱ حسن التعلیل ۔ ۲ عزرائیلس زُو پشرُن ۔ مرُن ۔ ۳ نردٕہ بازٕہ اندر
۴ عارفن (اصل)

# کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن

کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن — میٚنہ گٔرؠ مے دستہٕ پوشن[1]
میٚنہ گٔرؠ مے دستہٕ پوشن — کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن
کھوٚرن تل کلہ ترٛاوے — بہٕ اندرِم دٔادی ہاوے
بوزٕ اُجس زرہٕ[2] جوشن — کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن
میٚنہ دل رنجوٗر کوٚر تھٔم — کِنے زن سوٗر کوٚر تھٔم
چھُھم دزٕ ہٕ تس ترٕ توشن — کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن
دُنیاہے زار کوٗتاہ — انباہے عار کوٗتاہ
ژٕبہٕ گئ نازاہنہٕ نہٕ گوشن — کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن
ژٕبہٕ چھے جُنبخ غرورٕ ی — چھ خوباں زن کروری
دِسہٕ کیاہ چھے منوشن[3] — کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن
وہالس دل چھُہ رنجہ — زٕغم اندرٕ شکنجہ
ژٕ پکہٕ لالس نہٕ پوشن — کوٚ ووٚچھکھ بارٕ روشن

---

سہ[1] گوٗ ندرٕ — سہ[2] عشقہٕ بیارہٕ ہندہٕ زرہٕ سیتؠ یُس میٚنہٕ تاوٕ وتھمُت چھُ

سہ[3] شوٗبان۔ ہیتھ کینہٕ اکِس کِہ یتؠ الناس غرورٕ چھ شوٗبان۔

سہ[4] فنا گژھِ دُنیِن الناس

# کِیاہ مانے چھُ انسان

چارٔ[1] پاکر بہ کِتھ زانے — کِیاہ مانے چھُ انسان
بہ چھُس ازفوٗرٕ رٹھ نشانے[2] — کِیاہ مانے چھُ انسان
چھِ الف[3] ہزار مانے — "ب" گُنزن کوٗر یکسان
روٗد بہ از دوٗئی[4] نشانے — کِیاہ مانے چھُ انسان
بس یہ لیکھتھ ازلہ لانے — لسں چھُ بہ سرِ سے فرمان[5]
کانٔہہ نہ تھکہ کیٚنہہ کرِتھ زانے — کِیاہ مانے چھُ انسان
نوٗ و ساما نہ سوٗرے پرانے — بنہٕ پٔرٕ اُسن ہنیہ نوٗ وقان
دوہ بہ نیرتھ ادٕ نو پرانے — کِیاہ مانے چھُ انسان
موقہ[6] بینے دوہ آنے — کرِہ کُلُّ مَن عَلَیہَا فَان
بس کرِہ سہ موقہ زانے — کِیاہ مانے چھ انسان
گرٕ ٹہ بل[7] پھوول سوٗرے آنے — ولہ لاگن بر میزان
زھدلہ نادٕ وتھ پرِنے چھانے[8] — کِیاہ مانے چھ انسان
آسہِ یُدوٚ وے لٕضیبہ سانے — وادٕ[9] لیکن چھُ ایمان
جنتس ادٕ سہ اسہِ ثرانے — کِیاہ مانے چھ انسان
وٕ ہیو روز بداملانے[10] — با وہ مید آو یران
چھکھ ژٕ لوکُر بہ سلطانے[11] — کِیاہ مانے چھ انسان

---

۱ چار دوے ۲ اکھ ہاوُن لایق تحقیق ۳ الف چھ عام صوفی تیار "اللہ" ب "حرف" بسم اللہ "مفہوس منزور ناوان
۴ دوٗگنیار ۵ فرمان الہٰی ۶ موقعہ (اصل) اصلی وقت قیامت ۷ حشرکس ماداسی اندر
۷ اعمال نیک تہ بد ۸ "پرنے چھانے" چھ کاشُر محاورہ۔ نیک تہ بد لرٕ اگ اگ ۹ وعدہ (اصل)
۱۰ کانسہ ہینیدس دامنس تھف کرُتھ ۱۱ اُکس پادشاہس۔ مطلب حضرت سلطان العارفین رحؒ ہس

# پنٕہٕ نٕے پان چھُم دُشمن

وہنٕے اوس ژٕہیٕ نش جان
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن
بنہٕ نہٕ دُین میٚہٕ اُسس ٹھان
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

گٕنہٕ منزٕ کرٕ گاشٕچ زان
گاش گٕیہٕ منزٕ وُچھٕ روشن
گٕنٕہ نہٕ گاش چھُہ یکسان
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

سا قبس چھی بٕری بٕری وان
کاٗنہہ چھُہ نہٕ کاٗنہہ نیاہ چھین
ژٕ نہٕ چھیمہٕ ہا یہ شیطان[1]
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

ہم چھُہ ہندی تہٕ مسلمان
بٕییہٕ دٕہری تہٕ برہمن
نان خور تم چھی برخواہان
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

ڈٕکہٕ دٕبشنہٕ میٚہٕ کٕر مان
ہٕنکہٕ کھے حال تٕمی ریہ وَن
دیہٕ سٕے بٕس چھُہ تمبکُ شان[2]
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

گٕنہٕ اندر سینہٕ فان
مَنہٕ دلوہ کینٛہہ سینی ظون
کینٛہہ نہٕ کونہہ بنی زان[3]
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

ہینٛھ کامے یہ انسان
محنتس پیٛٹھ رِیہ تن
انتقامت چھُہ سیٹھاہ جان
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

زگ نہٕ پٕرون بر میزان
دانہٕ دانہٕ ژٕ اُرِ تھ ہین
نٕرہ نہٕ زنگہٕ ساری نان[4]
پنٕہٕ نٕے پان چھُم دشمن

وٕہبو پینی کیتھ مان　　پانے بوز پانٔس وَن
ژھکھ ژرِ پانس نشہٕ نمازان[۵]　　پینہٕ نُے پان چھُم دشمن

---

۱؎ پہنہٕ پنُن نفسِ اَمارٕس شیطان ناو تھاوان۔

۲؎ حقیقی دِینہٕ وول چھُ خدا یوسٕے تہٕ عطا کرٕنکُ شان تہٕ منصب چھُ تٔمی سے۔

۳؎ کأشرٕ سینٛز　　۴؎ ہم اسلامی عقیدہ موجب انسانی رُوحس خلاف حشرکہٕ دۄہ ہیہ شہادت تارٕن۔

۵؎ یہ چھُ وہابنہٕ یتھ مہٕ عہدک غزل یُتھیہ سہٕ عرفانِ نفس گاران اوس۔

# غزل

ٹھاونس در دام بستہ ہجرس وَن ہار زَن
ترٛاونس خستہ کٔرتھ سیراندرٕس زَن یار زَن

غرق در دریاے غم بو ہیرٕ وٕنی چھس خستہ حال
چھُم غمس پٔیٹھ غم ہر دم کُندنی[2] ہنز ٹھاو[3] زَن

سوٗر کوٗرُم دوٗریرن مجبور چھس بے دست و پا
زیر سنگ آسیا[13] سٲیدٕ[4] گرٕلس گار زَن

جانِ من از خنجرِ بیداد پارٕ پارٕ گو
ترٛاوُم سر خاش کٔری کٔری سر بُرہ بیدٕ[5] لار زَن

سوٗرمہٕ چشمو سینہٕ از جور گران شیرِ شکار
چھس بجنگِ شیرِ شرزہ پا شکستہ[6] بزار زَن

از غمِ ہجرت کران خستہ دلن سینہ شگاف
چھُم ژٹان لختِ جگر دلبر بہ سختی آرٕ زَن

کر فدا بے پاے دلبر دیدہ تہ دل اے وہاب
چھُکھ دِوان کفّارٕ موردٕس[7] فدیہ ہندو دٲر زَن

---

1 سیر اندر چھ کھوٗ یپارِ جنگلس اندر اکھ سبٹھاہ دلغریب جایاہ ‌ 2 گیلہ ‌ 3 تیلہ اکھ اکس پٔیٹھ چھ انبار یوان کرنہٕ اتھ انبارس چھ "ٹھاو" وَنان ‌ 13 گرٕٹہٕ ژکلس تل ‌ 4 ہیہنس ‌ 5 کلہ ژٕٹنہٕ زنگہٕ پھٹ
6 زنگہٕ پھُٹ ‌ 7 اچھی تہ دل دلبرس فدا کٔرتھ زَن تہٕ چھکھ دِوان۔ مسلمان یٲمِ موردس کفارہ دِنہٕ ہندو یا ہندی یٲمِ کورٕ ہندٕ دٲر بوگژھنہٕ دٔہ گرٕ چھ سوٗ دٲر فدیہ دِوان یمہٕ کِنہٕ اُمس کورِ گرٕ وُندرٕ کڈان چھ۔

# غزل

ولّبی گژھنتہٕ ونی کیٛن دلبرس احوال ونتس پانہٕ میون
اَنتن تہٕ سرقو زبان کرس روشن سُہ کُری تن خانہٕ میون

چھُس لو بہ جان لس فیدوی[1] چھم نمی سنٛزے سٕہتھ قوی
حیلہٕ کران چھم تُہ زلوی الصاف چھےٚ نلہ دانہ میون

بونٛہ م چھُ از در شالہٕ مار بردم[2] شگوفہ لو بہار
شاید بزیرِ آبشار آسی[3] بہتھ مستانہ میون

نتہ آسہ درہ باغ نشاط مستانہ از میلٲنے وشاط[3]
گژھ ہوش کر با احتیاط ہشیار چھا دیوانہ میون

لس خوے ژوٚر بانالِ ڈل گومُت سُہ آسی تیل بل
باغ نسیمس بونہٕ تل آسی بہتھ جانانہ میون

پھیران چھس مستانہٕ زن بے حال ہش[4] دیوانہٕ میون
گردِ شمع پروانہٕ زن ہرگز نمس پروانہ[5] میون

روخ روزہ روشن زلفِ شب سنبل تہٕ گل در تاب و تب
چھُس آبِ کوثر زیرِ لب پُر معرفت میخانہ میون

چھُس لو نمس در انتظار گژھتہٕ ژہ کرتس زارہ پار
بُذ وَرے بیم از بالہ یار نھود بنہ کوتاہ شانہٕ میون

روزِس ستادہ زبیہ در چھم یس میہ ژٕتی سینژاکھ نظر
تی پوٗ خنہ مطلب موٗ مختصر سےٚ سازٕ تہٕ ساماہ میوٚن

غنچہ دہان لب کانٕ قند زمرود پوٗ خنہ موٗ خنہ دند
چھپان بہٕ نارِ سو رخ بند چھےٚ بے بہادر دانہٕ میون

وٗٹھاہ بہ زندٕ مرکھ رندن ہنٛزے صو حبتھ کرکھ
در مجلس و محفل برکھ و چھ "ہمت مردانہ میون"

---

١ فدوی (اصل) وزنہ موجب چھ اسہٕ "فیدوی" لیکھمت

٢ بر جوش۔ پوٗرٕ پھلتھ آمٕت ٣ آبہ (اصل)

٣ نبانہٕ پڑھ ٤ نقلو اندر چھ میہ "بے حال وحیس" نقل کرتھ چھپو ومت

٥ صنعتِ تجنیس ندیل۔

# کنٛہہ تجربہ

یہ دُنیا بے وَسا بے شک چھُ ناوان
گژھان ہر کانٛہہ پشیمان اَتھہ ہاوان

وُچھان دیدہٕ زِ چھہٕ اَسی کوٚتاہ بدونیک
چھِنہٕ تیٚتھ کُنہ مُلے کنٛہہ دِیان تھاوان

زِ مرگِ خویش چھُنہٕ کانٛہہ کنٛہہ یاد
اَچھوٚ ڈیٚشتھ بہٕ مستی ماشراوان[2]

ہیٚچھوٚ مرٕ یمٕنٛز طمع مالس دو چنداں
تہٕ تمی سٕنٛز وٕمر پالس بلہٕ پاوان[3]

وُچھم اکھ بُڈ زناناہ گِہنہٕ لاگِتھ
یِکان نہٕ دِنہٕ منّت اَس تھاوان

مُہرٕ تس کوٚر تمی سُند ساز و زیور
گِنٛدِتھ بازارہ بنیر نِتھ اَس ہاوان

امیرا اکھ وُچھم با شان و شوکت
سُہٕ خلقن دِیار کارس بآگراوان

یکاہ بوٚز مَے فلانی ناگہان موٚد
چھِہ تس باپاری وانن قفل تھاوان

اَتھی اندر آو شخصاہ پُر کدُورتھ
زِ سینہٕ اوس آہِ سرد ترٛاوان

مے دوپمس چھُکھ زِ بہٕ کیاہ تامت دِلس غم
نہٕ بوزِتھ چھُم براتھاہ سادٕہ ہاوان

وُچھم تس موٚرِ بہ سٕنٛزی موہرہ کاغذ
ژُوٚدوٚ وُہ[24] ہیہ ڈبل در ماہ ساون[5]

مے دوپمس گژھیہ کاغذ وارٕنہٕ ہاوٕ
دوپُم تتی چھِنہٕ تم منظور تھاوان

مے دوپمس تھاد چھُے موجود جاداد
مگر چھے دو طرف ووٚنی دِین ژٕبہ تاوان

عدالتٕ پیٚٹھ گژھکھ ہیٚچھو نہٕ انتظام
ہینے گوڈٕ ادہٕ اتھ منظور تھاوان

تھوکھ موجود ید سرمایہ باقے
بگرٕ دن چھے زکاتک بارِ تاوان

نہ بوزِ نھ گوشکل خود شہ بے زار — بہ جسم نھ ہیتی تنہ ژُٹی تمی اکھ ماوَن

وۄنُن لتس مورده ہندے ناوه پدر ۲ — میٚہ دٔو مسں چھکہ پئنٛ پان منٛدہ چھاوَن

مگر از کارِ دنیا گوس ناٛدِم — بہ چھُے عبرت نہ کانٛہہ نہ یاد نھاون

و ہاب از کارِ دنیا سیر گومُت — مگر میراث ہنہ ہنہ ز ہٹھراوَن

---

۱ بلکل نہ کنہٖ ۲ از چھ وَنان مُشراوان ۳ مجبُر اکھیوان

۴ شہخصاه (اصل) ۵ ساون (اصل) اَمہ شارہ پتہ آخرس تام چھ قافیہ بدلاونہ آمُت

۶ پانژھ انگوٹھ کرِنہ ۷ بد کلامی

# غزل

سادٕ کیاہ چھے دادٕ کور مُت وارٕ وُنی کین یاد آن
زان نہ ہیم دم غنیمت وُنہ چھے ژٕ بہ زُو نہ جان

کأی کھیکھ افسوس آسی دست خالی ازٕ ہمہٕ
مألی نہ ماجہ کیاہ ژٕ بہ ہیوٗنے جد نہ بڈی بب یاد آن

بہ ہمو کورٕ پوٗزٕ اپزٕ کٔری کٔری ہیٖن میراث ملک
تتھ نہ چھس وأرِث کران چھس باشرکیان مان مان

چھے بیھنز ارزٕ تھ ہمو کیاہ ہیو لغارٕ ازٕ نیک و بد
میہ ہیو تم نہ زانہہ نہ کھینتھ چینتھ ناو نہندے برٕ زبان

ہیہ نہ وٗونی پزاران چھو وأرث کرِ ہنٛ آسی خانہٕ دار
تم چھ تھاوان اپہ کٔری کٔری کُھٹہ تھ گأنی گرٕ نہ گان

زنگہ ہیما لبش کرِ تھ تھاوان زمینس قسم وار
خوشنگ نہٕ آبی وُچھان کس جاے یچھ تاکوسہٕ چھ جان

میہ پتہ تم نہ کرن اَتھ کیوٗنژ کالا مألکی !
ہیتھ ہیکھ تنتھ کرٕ نے کوشش نہ گالن جان پان

تم نہ گژھنے اَتھ ہا وان بنہ بیا کھاہ ورٕ رشہ دول
نس نہ تی بنہٕ یہ ہیٖیس گو درٕ زمین و آسمان

یہ چھُہ گردِش پھیرٕ وُن ہر دم تماشا نو بہ نو
گاہ سِکھ[3] گاہ ڈوگرٕ[4] انگریز[5] گاہ گاہے پٹھان[6]
سارٕ نے درکٔونِ[1] کاغذ در جہان انگشتِ آب
روزِ سۄ لیُس آسہٕ نتٕ مہ ذرٕ ذرٕ کرِہ فان
کرِہ سوٗرے بوٗد درنابوٗد سے اندرٕ عدم
کوہ و دشت و خلق و ملک و ہم زمین و آسمان
روزِ نہ کانہہ چیز ہرگز جُز خدایے لایزال
آلواہ گژھِ شاہِ جبّارن بقدرت امتحان
کیٚہ چھوٚہ تٔم بادشاہ یِم آسی در دعوا شریک
وُنی کٔیتس نیرِ ونٕ کٔر دعوا بقدرت مان مان
روزِ کس طاقت در اندامِ ہیبتِ حق آسہٕ سخ
پھسہٕ نلہٕ بیوٚت نہنگن تہٕ پلنگن سورٕ تراں
واحدُ القہار پانے کرِہ اتھ تصدیق پُس
چھُس نہٕ خالق نہ ہمہ مخلوق جن و انس و جان

---

۱ سارٕ نی لِشہ   ۲ کماوی سرمایہ   ۳ سِکہ راج آو ۱۸۱۹ ہس اندر کشیرِ تہٕ ۱۸۴۶ ہس اندر گوٚختم۔   ۴ ہیعہ نامہ امرتسرٕ واں ہا وان آے ڈوگرٕ ۱۸۴۶ ہس اندر حال حالہٕ پتھے لنگڈ یرٕ وٕ تھنہٕ۔
۵ انگریز بنیاو ۱۸۴۶ پتہٕ ڈوگرن ہند سربراہ۔ ۱۹۴۷ ہس اندر گیہٕ انگریز دفع
۶ کشیرِ اوس پٹھان راج ۱۷۵۳ پتہٕ ۱۸۱۹ ہس تام   ۷ یہ چھُہ اکس طنز بہ فارسی مقولس کن اشارٕ یمیک مفہوم چھُہ یمہ دنیہ گژھ سارٕ نے شنگرٕ تہٕ کأشہٕ لارِ بنیوک کبھہٕ۔
۸ سارٕ نی ہندی روح۔

# غزل

خوش خبر لس در قرآن یُمی خائقس ایمان اوّن
یُمی منزہ[1] نہ مبرّا[2] شہ خدایے پاک زون
لس دِہی جنت رزِان کابن جزا پرور دگار
باغ با حوض و قصور[3] و جو بے فیہا خالدون[4]
از ہمہ نعمت چُھ افضل جنّتس دیدارِ حق
صالحن نہ صادقن دیدار چھِے بے چند و چون
چھُس مطیع انبیا ؤ اولیا ؤ عارفان
یا الٰہی تھاو ہیمہ نے ہِستی شامل نا وہبون
سارے عالم نہ آگاہ چُھکھ سمیع وہم بصیر
ذرہ ذرہ چھے زرہ روشن کار نہ کر دار سون
رِچھی ژ بیہ مزدور پوختہ بر ایمان ثابت اے وہاب
مرسلن[5] ملکن کتابن شین[5] متبہ لس ایمان اوّن

---

۱ پاک ۲ شریک نِشہ بے نیاز ۳ شاہی محل ۴ یمن اندر جنّتی ہمیشہ روزن
۵ مرسلن۔ ملکن نہ آسمانی کتابن علادہ چھِ بییہ ترین وجودن پیٹھہ پزہ تھاونی۔ ایمان مجمل۔ یم چھ اللہ۔ یومِ جزا تہ نیک و بد اعمالن ہند تقدیر۔ یمنی شین پیٹھہ ایمان انُنہ سِتی چھ مسلمان دایرہ اسلامس اندر واتان۔

# مناجات

چھکھ ژٕ بخشن ہار یارب فاعفُ عنّا یا عفُو [1]
عفو کر تم بہر ایں ذنب [2] فاعفُ عنّا یا عفوٗ

از گناہاں روسیاہ چھُس خستہ خاطر دل حزیں
چھَلتہ سے طوٗمارِ عصیان فاعف عنّا یا عفو

چھُم نہ بد کارن بہانہ کینْہہ نہ غارِ از فضل توٗ
چاۓ رحمت بھدِ ہ شانہ فاعف عنّا یا عفو

بسَ ژٕ ٹھاوکھ پردٕ لس خلقن نشے لوٗ ٹا بیتبار [3]
سِتر کر یارب بہر کس فاعف عنّا یا عفوٗ

میٲنی بدکردار روشن چھی ژٕ بہٕ یارب بیش وبِس
از کرم کرتم ژٕ یاری فاعف عنّا یا عفوٗ

بَر ثواب و در گناہ کیاہ آدمیس یختیار [4]
سَر نوشتہ ڈلِہ نہ زانہہ فاعف عنّا یا عفوٗ

کرنہ سے مقبول در تقدیر اے پروردگار
چھُے ژٕ بہٕ در قدرت مقتدر فاعف عنّا یا عفو

میٲنی بداعمال سٲری بخشُش از لطف و کرم
وٗنی پُوٗرُم توبہ بہ زاری فاعفُ عنّا یا عفو

توبہ میونے رحمتس کُن کرٕ رحیما وونی قبول

فیض باطن کرمیٚہ ہنیچہ لوٗن فاعف عنّا یا عفو

بعد ازیں از معصیت[5] یا رب رحیم چھُیے دستگاہ

ہاوتم مے اصلیح وتھ فاعف عنّا یا عفو

کروہا بس از عبادت محض فاضک کیتھہ سبب

چھم نہٕ کنٕہ مٕز کینہہ ریاضت[6] فاعف عنّا یا عفو

---

۱ پس کراسہٕ عفو اے عفو کرن والہٕ خدایہ ۲ کُنہ تام خاص شب، شب معراج ۔ شب برات ، یا شب قدر یمن اندر مسلمان چھ شب بیداری کران

۳ اعتبار (اصل) ۴ اختیار (اصل) ۵ نافرمانی ۔ گناہ

۶ عبادت

# نعتِ شریف

چشمِ مہر در دل یا محمدؐ آرزوئے روئے تو
بے دل و جان چھُس توے افتادہ اندر کوئے تو

در گلاب و نافۂ چین عنبر و مشکِ ختن
ذرۂ از خوش مشامِ طرۂ گیسوئے تو

ہر فلک قوسِ قزح از غم بہ زردی خم گُرِتھ
لس سہ خم نہ غم پھمُت چھُے از خمِ ابروئے تو

شب تہ سُنبل ہیبہ لس چیز اسیاہ چھُے در جہاں
کرِی خدا این آفریدہ از سوادِ موئے تو

آفتابس نور رہ کے خلعت چھُہ در ہمہ کمال
سۂ چھُہ کمنز ذرۂ اکھ ہر نوا از روئے تو

خسرو و دارا سلیمان و سکندر شاہِ روم
بر سرِ نعلین فدا ہر کس گدائے کوئے تو

روشنائی یافت چشمِ آدم و جنّ و بشر
از نگاہِ رحمتِ آں نرگسِ جادوئے تو

چھُس بہ گومت خستہ خاطر بستہ در غم یا رسولؐ
کلہ وندہ ہے پایہ پاکن بلہ از داردشئے تو

چھم تمنا وچھہ ہا در خواب چونٔے روےِ پاک
ژلہِ ہم شر وچھہ ہا بو آفتابِ روےِ تۆ

کرتہ ہےٚ عفوِ گناہان بر تہ ہے سینہ بہ نوٗر
راحمِ امت پناہ فیضِ شفا خوش خوےِ تۆ

روزہ ہا پُر سوز بو استادٕ درشن دارہ تل
بوزہ ہا لقر بر شیرین خاص گفتگوےِ تۆ

گو ژھہ میہ جاےِ مقبرہ وٗوفی سبز آسُن نصیب
بر سرِ راہِ مدینہ پایمال[6] کوےِ تۆ

بُدہ ہا بس مشرفس اندر کرہ کانژھاہ ذبح
شوقہ سیتن ذوقہ چانے خونٔ لارِم سوےِ تۆ

---

۱ اکھ ذرا    ۲ بو - مشک    ۳ ہجر - گولائی
۴ کرہ ینہار - سیاہی    ۵ دوا    ۶ چانہ کوچہ کس لیتہ گس

# منقبت چار یارِ باصفا

چھُم مےٚ ورد و وظیفہ حرزِ ایمان ثورِ ناو
چھُس نہٕ کرٛ نیتان دلینہٕ مکھ ترٛ زلہٕ سیم تےٚ آمہٕ تاو

رحمتِ حق تٕم چھہِ اُمتی عاصیبن کرٛ در جہان
نورِ نبہٕ رحمت محمد مصطفےٰؐ ہیٚتھ ستی آو

حضرت صدّیق اکبرؓ یارِ غارِ مصطفےٰؐ
ثانی اثنین اذ ہما فی الغار ییس درٕ وحی آو

حضرتِ فاروقِ عادل عمرؓ آں ابن الخطابؓ
یمٕ ہیٚوتن از روم و شام و ہند و عجم باج شاو

حضرت عثمان ذالنوّرین شاہِ باحیا
یمٕ کوٚرن مصحف جمع سورن تہٕ پارن کورنہٕ ناو

حضرتِ شاہِ ولایت آں علی مرتضےٰؓ
شیرِ جبارہٕ لقب ییس درٕ جہان مشہور آو

اے شہِ صدیق اکبر رچھتہٕ مے از قولِ زورٕ
کرٕ ناوم پوٗز پرس ہیٚتھ مے ہیٚواند واتناو

یا عمر نھاوم براہِ حق بحق ثابت قدم
از ریا و بغض و کینہ سینہ مے آزاد نھاو

یا شہِ عثمان رچھتم از بے حیائی بہرِ حق
اصلیے کُن مے برحمت با ہدایت وتھ ہاو

یا علی مرتضیٰ بہرِ محمد مصطفیٰؐ
پننے دستِ شریفہٕ شربت کوثر مےٚ چاو

اے وہاب از چار یارِ باصفا کر التجا
ہم محبتن سِتی شاید درج نھاون چون ناو

---

۱۔ بچاو    ۲۔ ہجرتہٕ کہ ترٛ یمہِ دٕ وہہ بیلہ آمیہ بن خلف "ثور" ناوی گوپھہِ پیٹھ دوت تہٕ گنکس تل واتتھ تیہ آے تہٕ تمن حضرتِ رسولِ مقبول تہٕ ابا بکر صدیقؓ نظرہ آمی ورٕ زہٕ آسی آنحضرتؐ ابا بکر صدیقس ونان زہٕ مہ کھوژ اسہ ستی چھہٕ خدا۔ تمی کتھہِ بنیادِ خدا بیہ سِنزہ زبانی حضرت صدیقہ سُند لقب "دوٚیمُن زہٕ دوٚیم" (ثانی اثنین)

۳۔ ٹیکس    ۴۔ قرآنی سورن    ۵۔ قرآن کریمہٕ چین ترٛہن سپارن۔

۶۔ وزنکہ ضرورتہٕ موجب "جبار" بدلہ "جبارہ"

۷۔ اپز۔

# منقبتِ حضرتِ سلطانؒ

پادشاہا چھُس گدا افتادہ اندر کوے تو
اِستادہ اوس دارِتھ منتظر چھُس سوے تو

چھکھ ژہ نور آفتابہ تابہ ووان در برج نور
نور ژاٹے آفتابہ مندہ چھان از روے تو

چھُم گژھان دل تازہ ہر صبح از بادِ جنوب
چھُم یوان از کوہِ ماران مشکِ عنبر بوے تو

ریم میہ دردِ دل غم تہٕ غوصہ[۳] چھم زِ دور امیں فلک
تم ژلن یک دم میہ ساری نادی از داروے تو

چھُے ژبہ بر سر تاجِ سلطانی زِ حق کورُت عطا
در زمین و آسمان ہر جا چھُہ گفتگوے تو

حضرتِ داوُدِ خاکیؒ بابِ فیض و مرحمت
بر سرِ کوہِ ماران سُہ چھُہ ہم پہلوے[۴] تو

ہر دِہی ریشیؒ پادشاہِ جن و انسان و پری
دژاو بے پایان سمندر قطرہ[۵] از جوے تو

✻

میر بابا حیدرِ لاری سُہ عارف پُر کمال
وچھ تمی گجراتہ ظاہر وارہ خلق و خوے تو

✻ رو بہ ریشی صاحبِ فیض و کرم عالی مقام
تو بنز فخرِ پادشاہی شانہ ہوت از کوے تو

شیخ احمد ژو گلیٔ کامل تہٖ اکمل شیخ وقت
مستِ مستانہٖ سپُن اندر نسیمِ کوٗیے توٗ

از نگاہِ مرحمت پُر فیض گو خواجہ حسن
خواجہ اسحاق قاری گوز آبِ شوٗیے توٗ

خواجہ میرم خواجہ عثمان کول تہٖ بابا الضیبؒ
چھُک ژہ دری یار رحمتکٔ ہم شاخ ہاہ جوٗیے توٗ

توٗ تہٖ وان عاجز مریدا بے نوا بے کس وہابؔ
از دل و جان و سر و دیدہ فدا گو سوٗیے توٗ

---

۱؎ زیارت حضرت سلطان چھہ حاجنکہ جنوب طرفہ ۲۴ میل دوٗر ۲؎ قصّہ (اصل)
۳؎ تخت ۴؎ لرہ ہنٛز لر تہٕ اوِچھ ۵؎ فارسی قطرۂ ۔ اکھ قطرا
(نوٹ) ییٚنہ منقبتس منز چھہ حضرت سلطان علیہ الرحمہ سٕندی خاص خاص مصاحب تہٖ خلیفہ اُمتی ۔ یہندی
پورہٕ حالات سلطانی اندر چھہ ۔

## رباعی

اے شاہِ ختم الاولیاء استادہ چھُس در کوٗیے توٗ
وے ماہِ پُر نور و ضیاء چھُم شوق آں خوشروٗیے توٗ
نامِ تو در شام و صبا چھُم ورِد باحالِ تباہ
چوں کاہ بہ سوئے کہربا دل مبتلا مایل سوٗیے توٗ

---

# بہرِ دواے یار آو

پاؔ غام بوزُم از ہوا — بہرِ دواے یار آو

بے شک بنیم حاجت روا — بہرِ دواے یار آو

موے خانہ بوزُمت ساقین — چاوان چھ موے از باقین

کَرِی چھِن شہ ترکِ[2] ماسوا — بہرِ دواے یار آو

از منزِ دِنہ دیدارِ یار — در سینہ بیُس چھُم لولہ نار

تخفیف[3] گو تتھ اکھ دوا — بہرِ دواے یار آو

مطرب بہ فکرِ ساز چھُے — رقاص اندر ناز چھُے

تارَن صدا دیُت بہ نوا — بہرِ دواے یار آو

گل زرِ چمن خم سر کرِتھ — نرگس ز شبنم[4] تر کرِتھ

بلبل بہ دردِ من گواہ — بہرِ دواے یار آو

در شورِ ڈلیو تھم آبشار — سرو ود وصف کورُمت قطار

جاروب[5] ذر کوچہ ہوا[6] — بہرِ دواے یار آو

چھُس مضطرب دا اضطراب — بے آب تہ بے خورد و خواب

آرام چھُم نہ تس سوا — بہرِ دواے یار آو

وہاب اندر انتظار — خواہان از دیدارِ یار

مسکین بے کس بے نوا — بہرِ دواے یار آو

---

۱ پیغام (اصلی)  ۲ یتہِ "ترک ماسوا" کرُن گو خدا بیس ورُاے سورُے ترٛاوِتھ کیُنہ کارس خاص کرِ عبادتس کُن لگُن  ۳ کمی  ۴ شبنمہ ستی تر گژھتھ  ۵ ڈوُن

۶ عشقہ کِس کوچس  ۷ وژھان

# لوکہ چارولو

(بمقام انبر ہبیر درڈنگہ)

باڑی کُہر نھم باڑی گارو — لوکہ چارد لو[1]
بےوسابے ایتبارو[2] — لوکہ چارو لو
نھو نھم نہ بختیارو[3] — اُمادی نھم سوہ نہ کوہ
وُچھی مبّہ ترم اسی سنگ خارو — لوکہ چارو لو
بووہ وُچھمابھ نو بہارو — ہنیوت مبّہ پوشن لو
گلُ چھوُونی کین گنڈی نہ خارو — لوکہ چارو لو
کنجہ ہندے دِوہ ذارو — آرِہ کورنے توہ
وارِہ کورنے پارِہ پارو — لوکہ چارو لو
اُدی اوسکھہ رنبی آرو[4] — بیرہ والان کوہ
چھی و وتھان وُنی کین غبارو — لوکہ چارو لو
رووہم ے موخنہ ہارو — کیتہ رھانڈتھہ لو
موخنہ راو بتھ روزہ نارو[5] — لوکہ چارو لو
ہیوم دُونی سنگین خسارو[6] — گوم ہارس پوہ
کرہ کیاہ وونی جھمنہ چارو — لوکہ چار و لو
آدِہ نکے بالِہ یارو — وادِہ چھم اکھ دودہ
وادِہ ہے چھس اشطارو — لوکہ چارو لو

وہؔلو بے اینبارو چھکھ ژٕ ماران ژھوؔن
خرچِ راہ کر کیٚنہہ تبارو لو کہ چارو لو

---

۱؎ اگر "لولو" آسہے اتھ کھیٚہ سہے گوٚنس منٛز زیادہ سرود

۲؎-۸؎ اعتبارو (اصل) ۳؎ اختیارو (اصل)

۴؎ اُدِ یارِ ہ وِزِ ہ چھ رٕنبٕ آرٕ خطرناک خارہٕ بٔنتھِ وسان۔

۵؎ موٗختہٕ ہار چھ تارٕ یاپن۔ تیتھ گنٛڈِ تھ موٗختہٕ ہار چھُ آسان

۶؎ اصلس تہٕ نقلن اندر چھ "حصارو" حصارہٕ ہیٚن" چھ رزمیہ شاعری اندر۔ دوکھ قلعہ فتح کرُنس ونان۔ محمد احسن صابن چھ اصلس نقل کران "خارو" لیکھمُت۔ میٚہ تہٕ چھ "حصارو" بدلہٕ یہوے لفظ پسند

۷؎ دوٚیمس مصرعس اندر "چھم" تہٕ تریمس مصرعس اندر "چھُس" لیکھنہٕ یتھ چھ وہاب متکلم حالتہٕ پیٹھہٕ غایب حالتس تام گژھان۔ ژٕ ن تہٕ انتظارس اندر چھ تبوت محوزِ ہ ہین پان تام چھُس مشتہِ گژھتھ دور لیوان لبنہٕ۔ یہ اسلوب چھ اکھ خاص صنعت۔

# وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ (بمقام نسیم دڑ ڈنگہ)

سُنبل تہٕ گُل اندر چمن وُچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
خوشبو تہٕ گولابن یاسمن وُچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
سبزار سبزہ لالہٕ زار کرِ شالِ ڈل اندر بہار
باغ نسیم و شالہٕ مار وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
کوٚسنوٚری قمرو دریرہٕ جل چھی در نشاط و تیل بل
بیٚہہ ڈاف ترٛاوِتھ ڈبڈٕ تل وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
ہر سو چھ بولان جانور در باغ و گلشن شور و شر
کوٚہسار دری یا دشت در وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
صنعت چھ تہٕ روئے زمین ایران و توران روم و چین
ایں صنعتِ جان آفرین وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
روس و عرب ہندوستان شاہ و گدا یم در جہان
وحشی طیور و انس و جان وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
اسباب در بازار چھی اکھ رنکہٕ[2] کوتاہ بار چھی
سائیکل تہٕ موٹر کار چھی وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
ہندو مسلمان و جہود ترسا و انگریز و یہود
سردی تہٕ گرمی شین روٗد وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ
برجِ ستارہ آفتاب آتش باد و خاک و آب
اسباب قدرت اے وہاب وچھ رنگہٕ رنگہٕ لوٚ بہٕ لوٚ

---

سلہ اصلس اندر نا بود۔ سلہ[2] دٕ ین اکس نہٕ ریل و چھر بی لکر گراخبارن اندر وسن امیک عال یوٗ ...

# پَرٕ یا ھُو یا مَنْ ھُو

(در نالۂ سِندھ وَو درہامہ)

رِندہٕ وۄنہٕ تھٕ زندہٕ کرٕوونی رۄح[1]　　پَرٕ یا ہُو یا مَن ہُو
بابِ رحمت کر مفتوح[2]　　پَرٕ یا ہُو یا مَن ہُو
کھوش وَرِہِہ جِندرس ژھَل　　گاہ کھسہٕ ہیوٗرٕ گاہ وسہٕ تَل[3]
کرٕ باہوش ژہٕ اَتھ شکل　　پَرٕ یا ہُو یا مَن ہُو
والہٕ والہٕ لۄ سہٕ ژرار　　کَڈ آہستہ زٲوِج تار
کوہ تِتھ تارِہ تُلہٕ نہ بار　　پَرٕ یا ہُو یا مَن ہُو
تارِہ تارے ترمِی شی بار　　بارِ بارے کرا مبار
آمبرس ہیٚنہ ہو ذخیرہ وار　　پَرٕ یا ہُو یا مَن ہُو
اَچھِ وۄٹھ تھٕ وُچھ بازار　　کرتہٕ مولوم کس کیاہ کار
ہیچھتہٕ ہیوٗن دِین دربار　　پَرٕ ہُو یا مَن ہُو
کینہہ تِیتہٕ ہول مٲرِتھ گے　　بِیچھنہٕ اتھٕ ڈٲرِتھ گے
کینہہ یِیتہٕ اَتھٕ مٲرِتھ گے　　پَرٕ ہُو یا مَن ہُو
کینہہ مسعود گے مردوٗد　　کینہہ مردوٗد گے مسعود
دادِ حق اتھٕ ژرا[4] مقصود　　پَرٕ ہُو یا مَن ہُو
لیس پِتہٕ ژمی لا نہٕ لیکھتہٕ تھوو　　لس نِمہٕ جیٚ وَتھٕ ژمی ہوو
رِتی ژمی باپنہٕ شے کرٕہ نوو　　بمہ ہو یا مَن ہو

وہاہہٕ تھاوا صِلیُح آش　　گیہٕ منزے ہاوِی گاش
کرہیٛمتھ چھُپے شاباش　　پہٕ ہُو یا مَن ہُو

---

۱ ونہ نِکہ لحاظہٕ تھاوِنہٕ موجب چھہ وہابن "رۄح" تہٕ "مفتوح" بدلہٕ "رُو" تہٕ "مفتو" لیکھومُت۔ مگر نقل کرن والیو چھہ عربی اچھر لیکھ مُتی

۲ رحمتک دروازہٕ تھاوُ مژرِ یتھ

۳ نفی اثبات وظیفہٕ کماوان کماوان شہک زیر و بم۔

۴ سالکہٕ سندہٕ شہہ کِس وَسہٕ لس کھسہٕ لَس　　۵ جمع گژھی

۶ عطیہ الٰہی　　۷ "پانہٕ" لیکھنہٕ سِتی چھہ وہاب انسانس محض "مجبور" گمانہٕ کران۔

# "سرو[1] نازہ بیتہ مو"

(درنالہ سندھ دو درہامہ)

کھلو نہ مہرانزہ — سرو نازہ بیتہ مو
لال ڈرالیں نازسانزہ — سرو نازہ بیتہ مو
پڑائی جھیو کھ مہ بیہ گے تازہ — جان بخشش دِ نہ مو
بلہ چانے نیم نازہ — سرو نازہ بیتہ مو
خسرو ہم مسکین نوازہ — رو بہ رو مہ بیہ رنتہ مو
شہزادہ ہیندرازہ — سرو نازہ بیتہ مو
سرفرازہ پاک بازہ — مرہ چانے ستہ مو
کرہ کیاہ لا لیس تنازہ[2] — سرو نازہ بیتہ مو
چانہ لولہ اون مہ بیہ وازہ — مازہ ماگس[3] کھیتہ[4] مو
دو دیتہ گیو قلبہ دو بیازہ — سرو نازہ بیتہ مو
پوش آنہ تازہ تازہ — مشک پوشن ہیتہ مو
سبزی پوشن ہیتہ جانزہ[5] — سرو نازہ بیتہ مو
لا مکانکہ شاہبازہ — بالہ دِرشتن دِنہ مو
عاصین ہندہ چارہ سازہ — سرو نازہ بیتہ مو
چانہ فضلک بے نیازہ — سپھے وہالیس آرزو
دین دل سے بنہ تازہ — سرو نازہ بیتہ مو

---

[1] فارسی "سرو ناز" [2] عربی "تنازع" (اصل) [3] اصلس اندر "ختمو" [4] سام
[5] موماگس۔ بنفو اندر سال کھیپس لطف چھ بوان۔

# غزل

(بمقام نشاط درونگہ)

بہر دم اے ہی آدم کرن بس یار اللہ ہو
بہ دمؐ دردم گژھ تھگ محرم بہر اسرار اللہ ہو

نشاطس یاسمن گلزار کو لیہ رادن چھ گیاہ سبزار
یران آسی بڈرہ گل نہ خار درو دیوار اللہ ہو

بہ "لا" از تہ یارہ گو نابود اللہ ہرسو چھم موجود
الا اللہ سین مقصود زہر فموار اللہ ہو

بہ دم گو یادم لو خِتہ سُہ دم اندر عدم سوختہ
ظہور نورِ حق موختہ درِ شہوارِ اللہ ہو

٢ لرے کرزار چہ تہ دربند صفا کرو ارہ سینچ گند
نرس تہ کھالہ سبزہ پس قند سر بازارِ اللہ ہو

٣ تر یچھ درو زروشن روز ژھیتھ تہہ کنھ مالے بوز
ڈیشھ کنھ لاگ لو آموز ٥ سر دربار اللہ ہو

گلبن گل سینی خارس گلن گری میوہ امبارس
مزہ دچھ پوختہ انارس فزار ٦ انار اللہ ہو

حبابہ سینہ کرسوختہ کبابہ وارہ کر پوختہ
حبابہ ما نگنے موختہ بنے از کار اللہ ہو

٥ دمن ازدم دتُن پھُو کارِ نے تھہ موخِتہ نعرۂ بج تار زہر فموار تہ آلنثار سین اظہار اللہ ہو

بہ گردِش قوہ ورنگ ژٕ شُل وچھ یہ فرش سبز مخمل وچھ
مزرا چھی بوبہ نے تل وچھ چھ کیاہ سبزار اللہ ہو

زہ[13] ہتھ[14] گوزہ ستتالی[8] برایے روضہ[9] عالی
بہ ہتھ پر بہ کف[10] خالی بہ شغل کار اللہ ہو

پرژھم تاریخ سال انز ج دوہم نمی وچھ بخشتِ[11] کج،
ربیع الاولک طاوج دوہس برلیو ار اللہ ہو

بہ گلشن وچھنہ باغ وگل گلاب یاسمن سُنبل
وماّلو لاگتو بلبل مزرمنقار اللہ ہو

---

[1] اشہس قابو کرِتھ [2] روپُچ [3] دارہ بر بند کرِتھ

[4] بہیرہ شتِز زہ بوہ بوزتھ [5] لوو لوو ہچھن ودل [6] بخت۔ موسمہ کیو حملو بچِتھ درامُت۔ ژٕ رُِھ رتھ تھاونہ آمُت۔

[7] زہ ہتھ = ۱۴ [8] زہ ستتالی = ۹۴ [9] حضرت بل [10] اَتھ چھوّن
وکا ب ۱۴ ۱۴ ع ز ی ز
۱۵۶ ۴ = ۱۴ | وہاب ۷۰ ۷ ۱۰ ۷ = ۹۴ عزیز۔ واہن شریک کار مدعزیز

[11] بخشتِ کج [*] [12] طاوج بے مانے لفظ
ب خ ش ت ک ج
۲ ۶۰۰ ۳۰۰ ۴۰۰ ۲۰ ۳ = ۱۳۲۵ ہجری

ط ا و ج
۹ ۱ ۶ ۳ = ۱۹

۱۹ ربیع الاول ۱۳۲۵ھ

[*] خشت کج یانے ہیچ سبز مرکتہ ریش ابجد عدد کڈان چھ واہن اُمس طنز کوٚرمُت۔

# "پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو"

ہوش ہیو تھم زنگہ پوشنو لو لو — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو
شیلہ وتھ ہٕتھ بُل سوزک تہ دردک ساز — چھادنہٕ گلن ترٛاونہ خوش آواز
زھوو یہہ لاگنہٕ چھنہٕ موموٗلو لو[1] — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو
دوپ کگٕلے پرہ ہو یامن ہو — کرہ بکیہٕ ہمی سنزرہ زندہ مے گورنم روح
نیک نصرے ہنہٕ مقبولو لو — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو
وتھ ہنیندے اندرہی لاگ کوستور — ڈاف ترٛاون غافلہ چھنہٕ دوستور
نم توان کن دم ہیتھ بولو[2] لو — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو
وتھ قمر بو بڈرہ پرہ حق سر ہو — تھو یہہ لاگہٕ نمہ وزہ چھے مکروہ
وارہ دردچہ تارٕرہ توتلو لو — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو
ترٛاو ہیندر تھوو دوہ تھ ابھی مزہ رو — دور ترٛاد رگبہٕ لیف بستر تھاو
مبیترہ پنیٹھ بیہہ کرٛ پرہ زن[3] شولو لو[4] — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو
ون وہلو یارس سانٛ رہی حال — نش ون تہ سپنک فارغ بال
رازہ دلہ کے نش نش کھولو[5] لو — پوشہ پھلہٕ بے گوکھ مشغولو لو

---

۱ معموٗلو (اصل) ۲ بول بوش کر ۳ ثریا
۴ نورانی سپدان ۵ "اردو" "کھولو" چھ ینہٕ امہ وقتہ کوشر بنیامت

# دِل مێیہ نیوٚتھم دلبرو

(بمقام ڈال دروگمہ)

سہل زٕ ووٚم گوٚم مشکل    دل مێیہ نیوٚتھم دلبرو
کمہ زالہ لاچھس گل    دل مێیہ نیوٚتھم دلبرو
آم نہ ییہ کیتھہ نہٕ حاصل    دزامہ نہ اندیمہ شرو
چھم یہ حسرتھ وانسجے سل    دِل مێیہ نیوٚتھم دلبرو
یوٚ ییتھہ کیتھہ گوٚس مایل    بارہ چھم بوٚڈ دفترو[٢]
کوٚ وہ از حق گوس غافل    دل مێیہ نیوٚتھم دلبرو
کرہ کیاہ چھم دوٗر منزل    ونہ شہہ تہٕ اچھ درو
نتہ مو کلن مێیہ چھہ مشکل    دل مێیہ نیوٚتھم دِلبرو
گژھہ آشن پیرہ کاہل    ننتہ چھم جانس زرو
نتہ مقامس چھنہ قابل    دل مێیہ نیوٚتھم دلبرو
آم خنجر ییتھہ یہ قاتل    پھٹہِ رن جے شہپرو
ہیم کشتہ چھس یہ کاہل[٣]    دل مێیہ نیوٚتھم دلبرو
وہسو کیاہ چھکھ ژٕ جاہل    بے وسیلہ[١] بے سرو
وُنہ زھاندن پیر کاہل    دل مێیہ نیوٚتھم دلبرو

---

١ وسیلہ بیگادی    ٢ دفتر اعمالِ بد    ٣ بے حرکت

# ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو

(بمقام ڈل درڈونگہ)

کرنہٕ اللہ تہٕ گاس مٔدٕ رٕ ری    ہا دٔیدٔری[1] پرٕ اناہو[2]
گژھ بیدار تہٕ مژہ نٮ۪ندرٕ ری    ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو
دارنہٕ برٕ تہٕ ژھاو بٕستہ    آہستہٕ بہ قابو
بنہٕ دروازٕ[3] ژھاو کھوٕدرٕ ری    ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو
دَم درٕ دَم بَدَم ژھاوٗن    وانہٕ ناوٗن موٗرٕ دِس رُوح
نلہٕ وٕٹھ دلوٕ عارفہٕ اُدرٕ ری    ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو
کھوٗہٕ منزٕ[4] ہیٚنز آب کھالٕن    ہٮ۪یہٕ والٕن چھپے درکھوٕ
پنہٕ وٕ[5] سنہٕ واوٕ یہ آب ہندرٕ ری[6]    ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو
پوشہٕ چھلہٕ بے بہان میوٕ    میوٕ تہٕ اوان چھ خوشبو
پوشنہٕ ہٮ۪لہٕ گژھ سٕ ادٕ لیدٔری    ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو
وہا بہٕ کرٕ تہٕ رٔچھی پانس    الٰہ نفرٕ سِ[7] چھپے ہتھ مو
عارفرٕ فہٕ[8] ہیگا نہٕ شٕدٕ رٕ ری    ہا دٔیدٔری پرٕ اناہو

---

[1] دِل دہاب   [2] "اناہو" بہ چھُس سُہ "سالکن ہُندا کھ روحانی مقام

[3] ہٮ۪لہٕ - انسانی بدنکی دروازٕ   [4] اُسہٕ پٮ۪ٹھہٕ دلس نام جسمکی حصہ   [5] ہواے آہ

[6] لگی منجہ گژھی   [7] نفس (اصل) انسانی شعورس   [8] نفہکہٕ تم موٗہ یم یہ سالکن ہندس فرقس ہیتھ سمان چھہ - یمہ انسانی فطرتس سراسرٕ وٗ ہر چھ یم تمی آیہ لبست چھ یمہٕ آیہ ہندہٕن لشہ شٕدٕرٕ چھہ -

# غزل

جوانی سانہ[۱] لور وزہی جوان تو
پہ قوتھ[۲] عارضی چھے پہلوان تو

توانائی لبتھ از لو یتہ وانی
ژ ییہ رچھنس موج ب اقہ سے بہا لو

ژ ییہ چھے نامالی شند تہ ماجہ ہشند حق
ہمتہ ہبوت چون غم لنکلیف[۱۳] جا لو

بد نیاہی کرکھ تتہ تی سرن چھے
ووکھ ییتی لو نکھ اندر خزالو[۳]

ژہ تے رچھپتن اکھاہ سے نکھ وانلی
پہ سودا پور زین چھے نیہ والو[۴]

کو رکھ بھی خالقن ژ پے نیتھ توانا
تسندے لطف وا احسان یاد آلو

سپن لتس بندہ تمی سے بندگی کر
سزاوار پرستش سے ژہ زالو

پرستش کرتمس لتی منگ ژہ یاری
وہابہ نا بہم کارہ لو تہ والو

---

۱ بوشہ ونی۔ وفادار ۲ قوت (اصل) ۳ ہردس اندر ۱۳ فارسی لکلیف
۴ بھتی دنیہس منز۔ سارہ نی ڈلیشہ ون۔

# رۄ ہ

نٲلہٕ مٲر باغس پھیرہٕ پوشنوٗ لو پھیر پوشنوٗ لو
سۄ ینہٕ لانک وُچھنے نیبر پوشنوٗ لو نیبر پوشنوٗ لو
گو سم پوشن کرہٕ پوٗ دستہٕ کرہٕ پوٗ دستہٕ
آہستہٕ پامان شیبر پوشنوٗ لو نیبر پوشنوٗ لو
دٲجگام نیبرے وپہٕ رہ سبزارس وپہٕ رہ سبزارس
اول دِ دوہٕ دارس ہیر پوشنو لو ہیر پوشنوٗ لو
اَچھ وَل ڈبہٕ پیٹھہٕ یٔراران چھَسہٕ پوٗ یٔراران چھَسہٕ پوٗ
پِچھ ناوِ ہ کوٗر تھم زیرِ پوشنو لو زیرِ پوشنوٗ لو
ڈُلہِ مُنہٕ کھائِتھ ژوٗلہم ترٲوِتھ ژوٗلہم ترٲوِتھ
تلہٕ کنہٕ گُڈ تھم ہیٚر پوشنوٗ لو ہیٚر پوشنوٗ لو
گوشن گپہٕ کار باغس اندر باغس اندر
پوشن کوٗرحے ڈیرِ پوشنوٗ لو ڈیرِ پوشنوٗ لو
وہٲب بے تاب زٲلِتھ نالے زٲلِتھ نالے
گٲلِتھ پھکھنا سیر پوشنوٗ لو سیر پوشنوٗ لو

---

۱ یہ رۄ ہ چھُ وہٲب کھارس بُلا لگنہٕ آمُت ۔ دیوان وہٲبس اندر چھ یہ "رۄ ہ" وہٲ بنہٕ الفہٕ ہِبھ ردیفس تل ۱۶ جایہ درج ۔

# غزل

کوٗوہٕ بارٕ کوٗر تھم خندہٕ[1] لولو  شرمہٕ سیتی چھس شرمندہٕ لولو

بے وایہ کوٗر تھم تیر بارٕان  مأرِ تھو رٕود ہم اندٕہ لولو

شہمار زلفو وٗلہم نال  زالس لو گھس فندٕہ[2] لولو

زاجنھس عوٗدرزان[3] نارس منز  مارس کوٗر تھم وندٕہ لولو

گلہ بوٗ چھکھ ژٕ بارٕ بے پروا  بلبہ بو چانہ گلقندٕہ لولو

کرٕہ بو جگرس اندر جایہ  برہٕ بوٗناہد چندٕہ لولو

وہابو بندگی آغس کر
سہٕ زپی یہ چھ میون بندٕہ لولو

---

۱ مذاقک اسن  ۲ فریب دِتھ  ۳ وُدہٕ زان

# ہٲری بے لو وَنہٲری بے لو

لولن چانٮ۪ اَسی ماری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو
طوطس مے لد ہٲری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو
گرٕ ایہ کینہٕ ذوٕرن ماران چھکہ    عاشقن خوٗن کوٚوہٕ ماران چھینکہ
وۆلہٕ خوٗن چھُم جاری بے لو    ہٲری بے لو وَنہٲری بے لو
ژھانڈان ژٕہیَ یتھہٕ دٕرالیس بال    مارو چانیو وۆلہم نال
بچھُنس کالہٕ شہٲری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو
وولہٕ یارہٕ ہاوَے سینکُ دود    چشمو چانیو کوٚرہم جود
مورنس اَمی جودہٕ گٲری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو
زٲجنس بال لولہٕ نارن چانی    گاجنس لالہٕ رُخسارن چانی
رنگ چھُن گُلِ انٲری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو
للہٕ وُن تھوٚوتھ زلہٕ وُن نار    بلہٕ وُن چھُم نہٕ چھُوکھ نہٕ نہار[1]
کٲنتیاہ زٲلی اَمی ناری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو
وہٲبن روٗٹ چھُن داما نہٕ    ژٕ یتہٕ سوا چھُس نہٕ کینٛہہ ساما نہٕ
بوزوٚوٗنی یارہٕ میانٕ زاری بے لو    ہٲری بے لو وَ نہٲری بے لو

---

۱۔ کُنہٕ نہٕ صُوٗرتہٕ ۔

۷۵۰

# نوبہار ہوٚ آو

(دروگجنہٕ پٮ۪ٹھٕ ڈلس اٮ۪ندی اٮ۪ندی نسیم باغ تامٕ ڈنگس اندر سٲل کران)

پوشنوٗلو بر توٚچاو نو بہار ہوٚ آو
گلہٕ ٹوٗرِ ہن ازٕ چھیٚم کراو نو بہار ہوٚ آو

ڈل سٲلس ازٕ چھیٚم مٲل کرہٕ بوڈل سٲل
درٛوگجنہٕ چھےٚ پٲر ہیتھ ناو نو بہار ہوٚ آو

گگرے بِل زاوِیل آب گوڈہٕ کرِ ڈسلاب
رٛو ہیرِ لانکہِ کرِ ٹھراو نو بہار ہوٚ آو

گپکارس کیاہ سبزار تھپدِ نتہٕ برین پھرٲ ہ
ہمُبہ پوشن ازٕ چھی باو نو بہار ہوٚ آو

باغِ نشاط چھےٚ برجوش رنگہٕ رنگہٕ پوش
وٚولہٕ وُچھ نتہٕ روزی گراو نو بہار ہوٚ آو

شالہٕ مارٕ ازٕ کیاہ گلزار دلوہِ وا تہٕم یار
آم شیٚچھ ہیٚتھ صُحبس واو نو بہار ہوٚ آو

تیل بَل وِیرہ وار ہِ منزٕ کرِ سالاک سنز
سو نہٕ ناگی سنبل چھاو نو بہار ہوٚ آو

بوڈ دربار حضرت بل بنہٕ مشکل حل
ڈیرہٕ تل کلہ وِ تھر ہتھ تھاو نو بہار ہوٚ آو

کوہِ ماران لاران گرٛز مٮ۪نہٕ چھہٕ تنہٕ چی پٔرٛز
وٚہا بو سیر پھیرس باو نو بہار ہوٚ آو

# غزل

چھُم تمنّا یارٕ وچھنہٕ رو برو
چانہٕ آمارٕ ژٕ پھیوُرس کو بہ کو[1]

زاہنہٕ بنیو نہٕ وصل مے حاصِل ژٕ ییٚلِس
ذرّہٕ ذرّہٕ نوٗر چھُنےٚ سو بسو[2]

چھُم محبّت چون اندر جسم و جان
آمہٕ اِتھلکی یا ہٹھی پھیران مو بمو[3]

رژھ رژھ چون دریابے[4] محیط
پھیوٗر دری یاوُن نہٕ نالن جو بجو

چھُس ژٕ ژاران نہٕ گاران روز و شب
صبح واوُکی یا ہٹھی پھیران کو بکو

کرہٕ کیّاہ از درد و غم چھُس بے قرار
چھُم بہ جان و دِل منّہ چھُنےٚ آرزو

بر سرِ دروازہٕ عالی وہاب[5]
بہر للّلہ منگہٕ ناوِن رو برو

---

[1] کوچہ بہٕ کوچہ [2] پرٕ ژھانڈہٕ [3] والہٕ بہٕ والہٕ - موے والن تام

[4] سارسی کائناتس ولن وول دریا۔

[5] شاہنہ بجہ بھرزہ ڈیڈہٕ ٹل۔

# غزل

کوٚ پٕژ کوٚر تٔس خارٕ سینہٕ دلبرا آوارٕ بو
تٔس کوٚ پٕژ بوٚر تٔس نارٕ ہتی بے گناہ بے چارٕ بو

از کمانِ ابروٗ کوٚر تٔمے تیہر باران بے تہپے
گوم سینس پارٕ پارٕ کوٚر سہ تیہرو مارٕ بو

ہر تہ چشمو نیوٗم دل جانس میٚہ چھُم وٕ میدوار
جان و دلِ ہتھ کرہ کیاہ وٕونی مرٕ جوزوٗ گار بو

مارٕ زلفو نال وٚولہم زال زن سر تا بپا
مورہس[3] مار وتہ مارو مارٕ کوٚر ہس مارٕ بو

گُل رو خن کوٚر نم چہ لالہ برجگہ داغِ سیاہ
داغِ دلِ ہتھ خارٕ چانے مرٕ گُل رو خسارٕ بو

لو ہیٖم از خنجرِ بینی[4] دلس ضربِ شدید
نو شدارٕ[5] و چھی دتُم شاید بلہ نا یارٕ بو

از برائے خاک بوٗسی بر سرِ کوچہ و بامٕ
وننہ کوتاہ کال کوچس اندرے وونی پرارٕ بو

---

[1] ہتہ و پیہ بن [2] دِلس بنہ زوس آتش نفاو ہتہ [3] صنعتِ اشتقاق [4] ننہ و بجرہ سینہ

[5] پٕرانہ و ننہ ادوس پہ سہ دوا ہتھ متنق لوکھ آسی و نان زہ پہ چھُ پرہ ہتھ دادِس دوا خاص کرِ بیلہ کانسہ تہتھ چھوکھ آسہ لوگمت بہ ہتی زو آسہ تیار نیبرنس۔

# غزل

موسم روزِ جوانی زن خیالِ خواب گو
از اشارہ تیز تیزن[1] حوضہ منز آب گو

وچھ میہ تاپسنان کانباہ وندہ تہ کانباہ بہار
گُل تہ سنبل پھوٗلی تہ برہ گے خرچ کوتاہ اب گو

زاے کا تباہ ہوٗدی کا تباہ ہم میہ گے اندر نظر
ہیٹون تہ دپن میانے بہانہ وار باہ اسباب گو

مضطرب از ہجرتِ یاران پریشان دربدر
در تب[2] و تابِ دل و جان میون چُھون سیماب گو

گوڈٕ زندرس زوٗن کیٔر نم تہ لوٗ ہم تاب و توان
ووٗنی گلان کاژ پندرہ زن چاردہ[3] مہتاب گو

لوکہ چارس لوٗڈ سفرے در چمن گل گشت[4] زن
از میہ ہمسایس نشے پن کر لوٗٹھ زن ہنجاب گو

از غرورِ طاقت و قوت سیٹھاہ لفرین چھُس
واقفِ احوالِ[5] جان و زورِ خود و تاب گو

---

[1] "تہ" چھنہ دیوانس اندر [2] بے قراری [3] ژوداہم زوٗن
[4] پھیر ہنا [5] زُوک مختلف حال ہوٗ منزی نیبر نتہ بچرس نام و تان چھُہ۔

# کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو

دُردانہٕ کینہٕ دؤرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو [1]
تابان چھُہ چون نوٗرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو
ہزاران زین کرِی کرِی　　باساز جننکی گرِی
نینٛدرے ووٗتھ نوٗرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو
ناوٗک ارادہٕ کیٚر یام　　ترٛووُتھ قدم زِ بییہ درِ شام [1]
چھوووتھ زِ بییہ کوہِ طورو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو
فلکو شوٗر سامان　　ملکو رٕو ثبہٕ دامان
استادٕ چھے زِ بییہ حوٗرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو
کرسائل اسمانن　　چھِ انبیاءٕ زِ بییہ مانن
وُچھہ بیت [3] معمورو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو
مالعبد زانہٕ پانہٕ　　رہبر [13] تہٕ گو بیگانہٕ
جالنس [4] بدل چھُہ سپرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرٕ گوٗرو
بس کائنہٕ نہ خبر رؤز　　کیمِ ووٗن ادہٕ تہٕ کیمِ بوٗز
نوٗرس رٕلیو نوٗرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو
قطرس بنیو بیابان　　دُرِی یا بہ قطرٕ یکسان
دِی تتہٕ گیہٕ دؤرو　　کرٕہٕ بو گوٗرٕ گوٗرو

ہستی تتہ ستی فان یکسان سپُن بہ یکسان
دنیت کُنہرن ظہورٕ و کرٕ یو گوٚرٕ گوٚرو
وہلبس دِلس چھُ ارمان دادِ ین کریم سہ درمان
اُڑٲی جن مہٕ گوٚم سوٚرو کرٕ یو گوٚرٕ گوٚرو

---

لہ یہ دوج چھُ مجازی رنگُ۔ حالانکہ موضوع چھ شب معراج۔ بیتھ چھ بہتھ دیوانس اندر وارہین جاین مذہب تہٕ تغزّل رلہٕ ملہٕ گٲمتی۔

سٓ مسجدِ اقصیٰ ییتہٕ شب معراجس اندر آنحضور صلی اللہ علیہ وسلّم سارِنی انبیاہن امامت کٔر۔ یہ مسجد آس ہجرتہٕ پیتہٕ ستن ؤریَن مسلمانن ہنٛز قبلہ تہٕ وُنی بہٕ عہدہ ملک شامس ہستی مجرا ایوان۔ از چھ اتھ پیٹھ یہود یو قبضہٕ کوٚرمُت۔

سٓ بیتِ معمور۔ آسمانہٕ بالٲئی اندر اکھ مقام۔ ییتہٕ آنحضور صلعم شب معراجس اندر دراے۔ سٓ روحس چھ دلس منٛز۔

# غزل

بدن مے زو لنٹھم نارہٕ مدلو وَدٲن دل گوم آوارہٕ مدلو
بیٚنم بابے ونیم درشن ژٕہ یارو گلہٕ نتہٕ چانہٕ امارہٕ مدلو
نقابہ تُل ژٕہ ہاوم روے زیبا پکہٕ بو چانہٕ دیدارہٕ مدلو
بہ حالِ من ژٕ ٹیٚہ چھیے نا رحم و انصاف ہیوٗ بے رحم بے عارہٕ مدلو
ہیٚتہٕ چھُم از دردِ ہجرت جان بر لب مرہٕ ہسکیٚن بے چارہٕ مدلو
مُرتھ مے روزہٕ سینس چون ارمان کنٕرتھ گوم جگر پارہٕ مدلو
اگر ہا وُکھ مُرتھ مے لالہ رو غبار گژھہ لوز ندہٕ دوبارہٕ مدلو
بنیم بے شک حیاتِ جاودانی بہ سوے ارمیا لارہٕ مدلو
وہاب از وعدۂ وصلت بہ اُمید
بہ کوتاہ کال وونی ہرارہٕ مدلو

۱ "وَدان" چھُ مرازی تلفظ۔ کمرازی شاید وچھ وزنچہ مجبوری موجب استیمال کورمت
۲ اُرمیا۔ اِرمیا۔ اُرمیا۔ اَتھ چھ یم ترٛ ینٛ وَے تلفظ صحیح۔ مانے چھُس حضرت خضر علیہ السلام۔ حضرت علیؓ۔ یا یروشلم خاص کر مسجد اقصیٰ۔ یتھ جاودانی زندگی ہندہٕ وجہہ حضرت خضرؑ

# غزل

از چھے ژببہ میون سال جگرو — شالہ مار نرو حال جگرو

بلہ[1] سے دل نہ ژلہ سے از غم — پژاران گوم ییژ کال جگرو

درد چھی تار ساز سیتار س — ناز در ناز مالہ تال جگرو

نے نہ مطرب وصولہ موے نہ جام[2] — شیشہ ہیچھ آو کلہ وال جگرو

چلینہ داماہ سے ژلہ ہیم ارمان — پیالہ ہیتھ چھبیہ لوہ بال جگرو

وولہ از یار کرو وول سال — مالہ نہ شال رت چھہ فال جگرو

دور دنیا پتو چھہ بے بنیاد — روزِ نہ لوکہ چار مال[3] جگرو

کڑی نہ کا تیاہ خراب ذرہ غفلت — یہ چھہ شہمتھ بہ خلق زال[4] جگرو

گوڑنہ وہاب از طمع بستہ[5]
شیر اسیتھ بنیاو شال جگرو

---

نٹ ۱ دیوالس اندر چھہ یہ مصرعہ ییتھ پاٹھی۔ "بلمی دلتہ ژلمی از غم"

نٹ ۲ یہ لیکھتھ نہ چھینہ وہابن سازسی و مرہ شراب چومت۔

نٹ ۳ دولت جوانی۔ نٹ ۴ دام دنیا یس لوکن زنیتہ شہمتھ رٹان چھہ۔

نٹ ۵ بند۔

# ووّلو مجلو لو

شہزادہ مسکینو ووّلو مجلو لو
میون کیاہ سہ گئی کینو ووّلو مجلو لو

لو سہ ناوتھس بے چارہ غوصہ کیاہ گئی ہیون
کیمی وزنے دا جگو لو ووّلو مجلو لو

نیرہ ماتر بیہ بیتہ بارو مالی کترنس بند
پھیرہ ونس میہ وار چھے لو ووّلو مجلو لو

نتہ بیتہ موکنہ حیلہ ماو تیم دیدار
متہ میانے نازنینو ووّلو مجلو لو

اسہ اکے بیتہ وچھا گیہ منزہ گاش
نتہ کھسہ لوہ متہ خونو ووّلو مجلو لو

چھس تجدس بیٹھ سجدس لال دیوانہ
استہ پاٹھن مستانو ووّلو مجلو لو

چھم میہ گیلان لوکھ ساری خویش تہ اشناو
وچھہ عزیز خوتو لو ووّلو مجلو لو

دِہ میہ نہ جنتھ نارہ کس تہ باوہ اندریم دود
وچھنہ شرہ میون سینو ووّلو مجلو لو

چُھکہ ژہ گوُمت میانہ خوبتہ زیادہ آوارہ
شہزادے مہ جیبنو وہ لو مجلو لو

وہ ہلوانہ درد ہجرت گفتگو کر بس
باوِلس اتھ وار چھُی لو وہ لو مُجلو لو

---

۱۔ واژگون ۔ ژُ لیٹہ کلام ۔ اتفاق تُلمنہ خاطرہ ا بیزی پا غام

# غزل

کوٚدِ بوٚ موٚرِ قفس عذابہ یارٕو — گیٚرِتھ منٛز سینس کبابہ یارٕو

رٕگن منٛزٕ ہِن کرِتھ زیٚنہ تارہٕ — بَدن کوٚرتھم ربابہ یارٕو

کھٕتوٚ باغس اندر زٕ چھُس لَہم — گوٚلابہ منٛزٕنے گوٚلابہ یارٕو

سیاہ زُلفو منٛز نال ووٚلہم — گیٚرِتھ تھٲوِتھ طنابہ یارٕو

چھِہ حسنہ کعبس عجب زٕ محراب — بجان[1] زیبا بہ کعبہ یارٕو

غریب عاشق چھِ خوار و خستہ — زٕ دردِ ہجرت خرابہ[2] یارٕو

بلن بیکدم بیمار ساری — دمادٕ تھوٚدُل نقابہ یارٕو

آکی اشارہٕ منٛز سنٛبلن ہی — گیٚیہ منٛز چانہ عتابہ[3] یارٕو

بہ نشہٕ گومُت وہاب مخمور

بےہوش آمی شرابہ یارٕو

---

١ جانِہن روحس سِتیٚ ٢ ویران

٣ عذابہ سنٛبلی نرگس کیتھ کٕنٛز گرٕڈھ عذابہ سِتیٚ ہیہ ہُنٛد رنگ بہ راٹن عاشقی

# نوٚنہٕ والو ہو

پانہٕ میانے پہلوانو نوٚنہٕ[1] والو ہو
پانہٕ پنہٕ نکہٕ غارنہٕ والو نوٚنہٕ والو ہو

تن برہنہ توٚر ہا عریان آکھ بے سامانہٕ شُر
ہیچو وحشی بے زبانو نوٚنہٕ والو ہو

دٕ ہیتیہٕ ذاتن نیوٚن طاقت بنیہٕ تاب و توان
موٚٹہٕ اوٚتھ وُسنہٕ خانو نوٚنہٕ والو ہو

ہیٚو چھُنہٕ کسب و کارِ دنیا دُچھنہٕ کوتاہ نیک و بد
خوش نما خوش رو جوانو نوٚنہٕ والو ہو

لالہٕ نرگس گئی بیک[2] گردش زرد رنگ زعفران
گئی گوٚلابس ارغوانو[3] نوٚنہٕ والو ہو

آفتابہٕ دارہٕ لوٚگمُت منزلہ دوٗرہٕ دیانہٕ
ہم سفر تری چھُے جوانو نوٚنہٕ والو ہو

زادِ راہ چھُے نہٕ زٕنیہٕ ستن پا پیادٕ کیاہ کرکھ
ہا مسافر میانہٕ پالو نوٚنہٕ والو ہو

وہا لو بر فضلِ اللہ روزٕ و وٚنی وٚد میدوار
فضل چھُے خاوُک لتانو نوٚنہٕ والو ہو

---

۱۔ ناتوان (دُبلا) صنعتِ تضاد ۲۔ گردشِ زمانہ ۳۔ ارغوان (چھیہٕ اکھ کُل یمیک رُچھ چھُ ترہٕ پوش سبٹھاہ خوبصورت وزلہٕ زنگہٕ چھُ آسان۔ یتیتھہٕ پتہٕ چھُپنہٕ دلکرہٕ تراان پزہٕ گوٚلابٕ نرگس ارغوانی زنگ گژھنہٕ سیتی کیاہ مفہوم چھُ وہا بنن لتصوٚرس اندراوس مُت۔

# رؤف

بالہ یارو ڈیکھنہ آہستہ لولو
چھس ہہ بیمار جگر خستہ لولو

زال یا مار اوس یا زنجیر
بوزتہ آم گلدستہ لولو

نال ووٹلہم مے کالہ شہار رو
تار چھ وہے سیتی کورہس بستہ لولو

کج کمان یا سیاہ ذو مرغولہ[1]
ہیجہ بار یکھ ہمہ چھستہ لولو

مجہ تیر و تیغ تنکار کورکھ
خونِ انسان ذ آب سستہ لولو

چشمِ آہو بچشم تیز نظر
نز دِ شیرن گران استہ لولو

گو ہالس ز دردِ[2] مہجوری
جان و دل تہ سینہ خستہ لولو

---

۱۔ فارسی مرغول۔ وٹھبتھ تہ پیچیدار لٹہ ۲۔ نزدیک دِ نزدہ

۲۔ مرحوم مہجور اوس ییہ دیوا بنچی "دردِ مہجوری" دوہن وری بن ۱ حاجبس اندر شیحہ کِشی کران یمیا لے ییران

# دلبرا در کوے تو

بر سرِ راہ چھس خراب و   دلبرا در کوے تو
بے گناہ بے کس مرا بو   دلبرا در کوے تو

صد ہزاراں عاشق دل خستہ چھی خوار و خراب
ماہِ تاباں ہاو تہ ستارہ بلن از روے تو

در رہِ عشقت چھ جان بر لب غریبن بیکسن
چھی نوا یے دردمندان جان بہا داے روے تو

یتھہ پاٹھن برگ گاہ لالاں لبوے کھُر با
میون جان و دل یتھہ پاٹھن چھ مائل سوے تو

عنبر و فرشتہ ریحان عطر کافور و گلاب
لوب نو خوشبوے کتھہ از طرۂ گیسوے تو

از خم ابرو کمان چھی منزہ چھان قوسِ قزح
نقش آں محراب کعبہ عکس از ابروے تو

از جنوب و مشرق و مغرب بسر حد شمال
در زمین و آسمان ہر جا یہ گفتگوے تو

روز و شب در کوچہ بازار آوارہ و ماں بے
در بدر بادِ صبا در فکرِ جستجوے تو

# چھُم یارہٕ چونے آرزو

یکصا تہٕ وُچھتھ روبرو — چھُم یارہٕ چونے آرزو
یاران وونم راتھ دوہ — چھُم یارہٕ چونے آرزو
زاجس تہ لولہ نارہٕ نے — گاجس تہ تیخ زن نارہٕ نے
لاجس غمن بو آرہٕ نے — چھُم یارہٕ چونے آرزو
چھُم یارہٕ گومُت سینہ چاکھ[1] — بہر دوا انہ کو نہ آکھ
یُد واتہٕ بو دنہ زیرِ خاکھ[2] — چھُم یارہٕ چونے آرزو
آوارہٕ چھس بو دادی لکہ — ذیتھ تہٕ چونے سروِ قد
بس ہے تمنا در لحد — چھُم یارہٕ چونے آرزو
گل روٕ رخ وُچھتھ گوس ستم — ہا دلبرو ساتھاہ نیم
[illegible] — چھُم یارہٕ چونے آرزو
دل طلب اندر کوے تو — مشتاق گومُت سوے تو

وُچھہا دوبارہ روے تو
چھُم یارہٕ چونے آرزو

---

۱ چاک (اصل) ۲ خاک (اصل)

# غزل

(دَرڈونگہ بمقام رنگہ پیری حبہ کدل)

کوٚر وۄ گو ہم بدن زٕ ایتھ مدٕ لو
نہ گرمی شاہین زن گاٚیتھ مدٕ لو

سیر راہ ترٕاوتھ بو نیم بسمل
نہ زندٕ چھس تتہ نے مارتھ مدٕ لو

اَچھو کنی چھس بہ حسرتھ خوٗن ماران
زٕ بہ دنیتھ تبرے دٕ آرتھ مدٕ لو

رحجہ تیر وٕ میہ کوٚرہم پارٕ پارٕ
کمانے گوٗن چھُپے چارتھ مدٕ لو

زُچھس چانیو مو شہار مارو
زٕ اٹھ شہار وہے لارتھ مدٕ لو

میہ چانیو سنبلو دل تنبہ لووُم
سیاہ گلدستہ چھی پارتھ مدٕ لو

وہالبس رنجہ دل چانے فراقہ
منگان چھی زندگی مارتھ مدٕ لو

# رؤف

سُلہ پھوٗل کھوگل افتابو لو ‏ سگہ ناوتھ دودہٕ کے آب ولو
چون رنگ کتھ غنچہٕ نے کوٗر مُت زرد ‏ تتہ غنچہٕ کے چھُے تبہٕ تا[1]بو لو
چھُے سینس کمہِ کینہٕ گومُت داغ ‏ کتہ چھو وُتھ تبہ سیاہ آبو لو
چانی سوٗرحی چھُے خرج بازارس ‏ تمنبہ لاوِ تھ تنڈی ارابو[2] لو
لاجوردس شوبان چھُے چھُپت خال ‏ سنبلس پیٹھہ زن سیمابو لو
اتھ روبس زیبا چھی ستھ رنگ ‏ کتھ کیاہ اتھ نش کینْھا بو لو
خم گومُت چھکھ افتابس کُن ‏ نم تمُی سے لُس ہاوہِ کعبو لو
کوٗوہِ زردی تبہ ہردہٕ برونہہ پھیرے ‏ برہٕ گرتھنس چھُے اضطرابو لو

آفتابہ ووٗتے برسرِ کوہ
دیرہ زوہ لوٗگ کرہ کیاہ وہابو لو

---

[1] تب۔ بیماری۔ تاب۔ چمک تب و تاب = تبہٕ تابو

[2] خوٗجہ تتہ ارہ کالن ملک

# بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو

(بمقام زنگہ پیری جبہ کدل در ڈنگہ)

دغاکہِ ژھ ڈراہم گرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
بگا ژونٛگہ ترٲوِتھ میٚیہ پرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
تھاوِتھ میٚیہ کو نخبہ تہٕ ارٕ سرٕ        پاوِتھ چھُہم تاو لو
یہٕ چھُہم ڈیکہٕ لانبگ ورٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
کس وٕنہٕ چھُپ تتہٕ میٚیہ تھرٕ تھرٕ        بہٕ کٲلتہٕ یہٕ دود باوٕ لو
ژہٕ نے بکھ تہٕ قضا مرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
دِلس یہ گو میٚیہ چانے زرٕ        بہٕ کٲلتہٕ اکس باو لو
شفا بنیم چانے گرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
بنڈِتھ بو بال ڈرالیس گرٕ        ژھنڈِتھ میٚیہ اَتھ آو لو
گنڈِتھ لو بنڈ چھیس شِشدرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
پھُلے باغس گیم برٕ        مُلے بو گلُ چھاو لو
منے یہٕ نہٕ اتھہٕ امی نشرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
شادرگ نہٕ ہتھ میٚیہ نشترٕ        داہ چھُہم آہ بو ترٲو لو
ماہ زان گجس تہٕ لجِھس درٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
نرٕ بن زنگس گیم ارٕ        گُرٕ بٕک طمع ترٲو لو
جمع کُرِی کُرِی آخر مرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو
وہابہ ناحقہٕ چھی ارٕ سرٕ        دُوونہٕ بہٕ ہیتھ ناو لو
میٚیہ کو لبہٕ سبزرٕ چھُم آگرٕ        بہٕ کٔیاہ کرٕ یاو لو

# غزل

(بمقام زنگہ بیری حبہ کدل)

بدن مینہٕ زٕ وُلحم نارٕہ[1] مدٕ لو — وَدَن چھِس خستہٕ آوارٕہ مدٕ لو
بہ حالِ من ژٕ بہ چھُنے نا رحم و انصاف — ہیو دل سنگ بے عارٕہ مدٕ لو
گژٕ اسیوٚ دُوچھ ذرا خوفِ خدا کر — رچھُن چھُے فرض لاچارٕہ مدٕ لو
ژٕ چھ کیاہ زٕ انکھ فراقک نار کیتھ تیز — کران آتش کنین پارٕہ مدٕ لو
ژٕ بیہ بیعی دارٕوی دردِ دردمندان — گلاب و سیب انارٕہ مدٕ لو
ہزاراں داٗدی لدٕ دل خستہ مسکین — چھ ژاراں وچھتہٕ بیمارٕہ[2] مدٕ لو
گژٕ حسن از یک نظر ساری منوّر — ڈٕکہ مترٕ نتھ ژٕ وُچھ وارٕہ مدٕ لو
بلن بیمار عاشق از اشارٕہ — بنہٕ لاچارٕہ نے چارٕہ[3] مدٕ لو
و مالبس دوٕ نہٕ غم رنج و محنت — ژٕ لہ ووٚنی اکہ دیدارٕہ مدٕ لو

---

١ بہ عشقہٕ نارٕ — ٢ شعری ضرورتہٕ موجب "بیمارٕ" بدلہٕ "بیمارہ"

٣ چارٕہ کارٕ

# رۆف

(بمقام رنگہ پیری حبہ کدل)

گۆرہ گۆرہ کرہ یو دۆرہ لو لو
دۆرہ کرہ یو بہ گۆرہ گۆرہ لولو

گوڈہ پاَدہ گو چون نۆرہ لو لو
ادَہ عالم تہٕ آدم پۆرہ لولو

عرش کرسی گو مشہورہ لولو
گۆرہ گۆرہ کرہ یو دۆرہ لولو

اَدہ موسیٰ کھوت بر کوہ طۆرہ لولو
نارٕ زھانڈان لۆب نمی نۆرہ لولو

پاک ذاتن کۆر منظورہ لو لو
گۆر گۆر کرہ یو بہ دۆرہ لولو

سیٹھی گئی لنس کینھہ مغرورہ لولو
لۆر وُچھنے کھتی بر کوہ طۆرہ لولو

گو طۆرس سورمہ بنہٕ سۆرہ لولو
گۆر گۆر کرہ یو بہ دۆرہ لولو

مستانہ بنہٕ منصورہ لو لو
کمہ موہ سیتی گو کھ مخمورہ لولو

وٕنہ کیاہ بہ انا پہٕ سۆرہ لولو
گۆر گۆر کرہ یو بہ دۆرہ لولو

ننبہ لاو نبھ جنپچہ حۆرہ لولو
پتہٕ لاران چھے مستۆرہ لولو

کاٗلنہ کرہ نا اسی منظورہ لولو
گۆر گۆر کرہ یو بہ دۆرہ لولو

آفتابس چانے نۆرہ لو لو
کینہہ زٕرہ بنیہ گو مغرورہ لولو

روے ڈیشتھ وزہ موشتۆرہ لولو
گۆر گۆر کرہ یو بہ دۆرہ لولو

چون مظہر دکھن تہٕ پۆرہ لولو
زٕہی کعبہ بنہٕ بیت معمورہ لولو

کیاہ قہر بنیہ غفورہ لو لو
گۆر گۆر کرہ یو بہ دۆرہ لولو

ڈرایہ خوشبو چانے نوٗرہٕ لولو
عوٗد عنبر مشک کو فوٗرہٕ لو لو

عطرادِ فرٕزندن بوٗرہٕ لولو
گوٗر گوٗر کرٕہ یوٗتہ ڈورہٕ لولو

وہاۓ بوٗ گئی رنگ کو فوٗرہٕ لولو
لو کیہ چاٗرک موٗسم سوٗرہٕ لولو

رگیہ نارہٕ تہٕ تنہ تمبورہٕ لولو
گوٗرہٕ گوٗر کرٕہ یوٗتہ ڈورہٕ لولو

---

۱ کوہِ طوٗرس پیٹھ آو گوڈہٕ حضرت موسہس نار لبنہٕ ۔ امی نِشہ زن تہٕ ژھانڈنہٕ کھوت حضرت موسیٰؑ کوہِ طوٗرس۔ تنہٕ سیدس دیدارِ نوٗر الٰہی ۔

۲ یانے بہ چھس تتھ مقامس ووت منٛز ہتہ بہٕ وَنہٕ کیاہ ؟

۳ جاے ظہوٗر ۴ جنوب ۵ مشرق

# دڑالیس رندِہ دلبرو

(بمقام رنگہ پیری درڈنگہ)

پوٗزے وَننہِ کیاہ چھِپے وونِدہٕ دڑالیس رِندہٕ دلبرو
یِہ بِیاے مِیون کِنبُو آندہٕ دڑالیس رِندہٕ دلبرو
آبس کوٗت تہٕ زالیس کہندِہ پالیَس پیٹتِہ کیاہ کرو
مرے ووٗنی بہٕ اکی یِمہ ندہ دڑالیس رِندہٕ دلبرو
یمِس ماہر آسہ نہٕ چندِہ سہٕ لاچارہٕ بے سَرو
کمس روشہٕ تہٕ کمس گندہ دڑالیَس رِندہٕ دلبرو
مہٕ نیب چون آم کرٕ ندہ زٕھندِمٕ[۲] کوچہ بازارو
کنیُو چھکہٕ زہٕ ماری مندہ دڑالیس رندہٕ دلبرو
حفا آب وسان سیٹندِہ لفا ژھانڈ آ گرو
یِہ سٹیند بارہٕ ہیٹو کھان وَندِہ دڑالیس رِندہٕ دلبرو
ہیو کالی یہٕ ژوسندِہ[۳] ژھنم بالہِ شہرو
دولو یارہٕ گندَ و پیندِہ دڑالیس رِندہٕ دلبرو
وچھنہ ژرارہٕ بہ شیخہٕ بندہ ہیو اچھی گا شرو
یِہ نیاے دیوہٕ تی اندِہ دڑالیس رندہٕ دِلبرو

شرٕین ستی دٕرالیس ہندٕہ — بہٕ یارٕہ چانے آسرو
کوٗرم شنگ میٚنہ شٕدرٕ پوٚندٕہ — دٕرالیس رٕندٕہ رٕدلبرو
دٕرالیس شوقٕہ بہٕ یارٕہ رٕندٕہ — وُچھن کمہ بازرو
وہاب کیٚاہ تٕمس وندٕہ
دٕرالیس رٕندٕہ رٕدلبرو

---

۱؎ پہ چھُنہٕ ممکنی — ۲؎ رٕژھ رٕژھ گوٗرم — ۳؎ اُڈٕرٕ لیگ گژھ

۴؎ پٕرانہٕ وقتہٕ آسی پوندٕہ پٕنٹھ ژنگ رٕمان خاص کر اگر کانٛہہ وُسیھ نٕاتہٕ ہنٛد پنڈت کانٛسہٕ بٕھرہ نٕاتہٕ ہندس انسانس گرٕہ نیٚبر یٕودٕ ہ پوندٕ تراوٕہ ہے۔

# غزل

فوجہ فوجے یارہٕ ڈٕے میے ترٛوورو
تیز نیبر بھ کاروانہ ہرٛ نٹھ گوَ

گام نیبر بھ اکِہ آکے یار بأی
چھُم نہٕ کنٛہہ مولوم کُمی کُس پیالہٕ چیو

چھینہٕ پرٛاران اکھ اکس ییم بے وفا
سار ہے نیبر دِ وٹھے کُن تیز دَو

یہ نمو کوٗر مُت طمع گری کری جمع
سیتی کو نالوٗگ ہمن اکھ دانہٕ جو[2]

چھُم میہٕ لوٗڈ افسوس تیمی وٕو ولوٗن نہٕ سوٗر
کو نہٕ تمی اکھ لقمہٕ ازٕ آل[3] کار کھیو

یُس شوٗ نگتھ بیمار تہٕ افتادہٕ اوس
تمی نُنُدے زیوٗ نمُت ازٕ کھیو تہٕ چیو

کیاہ تماشاہ یہ چھُ درد ورِ جہان
کنٛہہ گژھان تہٕ کنٛہہ یِوان چھی لوٗ بہ لوٗ

آے کأتیاہ ژرٛاے سأری خوشک لب
کأنسہٕ ناوٕ یوٗد کأنہن وُنہٕ آسہٕ کو[4]

زرو زیور یہ چھُ درِ دُنیا عزیز
اَتھ سو لس سپنی بحسرت گاٹی زَوٗ[5]

از خیالِ سیم و زر گژھِ[6] اے وہاب
گاٹہن بنینہِ سیم و زر زنجیر گو

---

۱ خدایس کُن۔ دومیس دُنیہس کُن۔ از چھ یہ فقرہ ہشدی یأتی ورتاوان

۲ دُوشکہ پھوٗل ۳ تمِہ کما یہ ہنْد

۴ عزرائیلہ سِنز زاگ ۵ سو نکُ کل۔ بے قیمت چیز

۶ نیر

# مناجات

چھُہم ژِہی یار یا اللہ — بہ چھُس بد کار یا اللہ
جوانی در پریشانی — کرُم ضایہ بہ نادانی
گیہم حاصِل پشیمانی — زِ بد کِردار یا اللہ
مے زِ ونُم بہ ژنتہم ناوَن — گرامی لال ماراوَن
کھوُلِتھ تراس ژِ ینم کور تھمُن سوَن — ژِہ چھُکھ غفّار یا اللہ
مُرِتھ از معصیت مُردار — کرِتھ آسے سیٹھاہ بدکار
بُرِتھ چھُم عاب نِیہ ہند بار — ژِہ چھکھ ستّار یا اللہ
سیٹھاہ ناکارِہ تہ ناپاک — پشیمان بر گناہ غمناک
لَدِتھ وونی آبس رویس خاک — بہ استغفار یا اللہ
کرُم توبہ ژِہ وونی منظور — بنیے وسواسِ شیطان دور
منوّرِے کرُم از نور — بہ یک انوار یا اللہ
برحمت میون دل تہ جان — برن از فضل یا رحمان
بنیے دِم عاقبت ایمان — رحیمُم از نار یا اللہ
ییلہِ مے در لحد تراوَن — تہ تنہا میژِہ تل ساوَن
گناہ گارن چھُ بوڈ تاوَن — مے چھکھ ژِہی یار یا اللہ
ژِہ تھاوُم دِر قبر آزاد — بہ جمعِ مومنان دلشاد
بنیے پاوُم بخاطِر یاد — تہِ سیپارہِ یا اللہ

بہ میزان پلہٕ حسنات⁵     بُرم از فیضِ بابرکات
چھُ فضلے بہتر از طاعات     اَگرُم سٕے بارٕ⁶ یا اللہ
صراطس پیٹھ مبٲرٕ رحمت     بہ مسکینان ہاوُم وَتھ
کرُم از فضلِ خود ہیٚمتھ     تتے دِم تارٕ یا اللہ
نصیبہ کرتہٕ مے جنّت     قریبن والدین ہیٚتھ
ہیٚییے ہاوُم از رحمت     ہِنُن دیدار یا اللہ
وہاب از جرم شرمندٕہ     چھُسے بے بندٕگی بندٕہ
رحیم از جرم آیندٕہ     نہ بدکردار یا اللہ

---

١ "سہ" (اصل)     ٢ کٲشرس منز عربی "انوار" جمع أسیٚھ واحد وَرتاوِنہٕ آمُت

٣ قرآن کہ بیمر چہ ترہ سِپارٕ     ٤ پوٗنز

٥ زرٕن کاپن ہنٛد     ٦ اعمالن ہنزٕ تُرکرٕ ہُنٛد وزن

٧ بندگی کرنہٕ وٲلۍ۔

# نعتِ شریف

اَغِثنا یارَسُول اللہ اَرِعنا یارَسُول اللہِ

ژٕ چھکھ دَرِ عالم و آدم معظّم یا رسول اللہؐ
کریم و کامل و اکمل مکرّم یارسول اللہؐ
ژٕ سارِن مُرسلن ہند شاہ چھِیم تارکھ ژٕ نورک ماہ
ژٕ چھکھ سردار از درگاہ مسلّم یارسول اللہؐ
ژٕ فیضِ نورٕ نتہٕ رحمت چھو دریا صاحب ہمّت
شفیع و شافع اُمّت بہر غم یارسول اللہؐ
ژٕ او سکھ خالقس مطلوب اُنھٕ بیھٕ کأ بناتس نوٗب
حبیبِ ذات ژٕ ہی محبوب بہ عالم یارسول اللہؐ
بِمن ہُند چھکھ پأغمبر بِمن کیاہ فکر در محشر
زِ عصیان کأشہٕ زالکھ کر جہنّم یارسول اللہؐ
یہِ کینژھا آمتُ بہ ظہور میکُ منبع چھُ چونُے نور
کوٗرکھ ژٕ ے خالقن منظور مُقدّم یارسول اللہؐ
شفاعت ژٕ ے گناہگارن ہدایت ژٕ ے تباہ کارن
حمایت چھکھ ژٕ آوارن بہر دم یارسول اللہؐ

لوحس[3] بنیہ تحریرس مقدّر یہ چھُ تقدیرس
کوٚرکھ ذاتن ہر سیرس محرّم[4] یا رسول اللہؐ

ژٕ راہِ اصیل ہے ہاوُم مدینس کُن مینہ وٚونی نباوُم
زِ کعبہ سیّدا چاوُم مینہ زمزم یا رسول اللہؐ

مینہ چھمُ پیٚشوق سینس منز نیتم یارب مدینس منز
مشرّف نتھ زٕ ییٚنس منز مینہ کرتم یا رسول اللہؐ

وہابس عاقبت ایمان الٰہی ماچہ مأیس سان
درِ[5] اندر رحمت رضوان مُژرتم یا رسول اللہؐ

---

۱ سون فریاد بوز ۲ سون رعایت کر ۳ لوحِ محفوظس
۴ شعری ضرورتہ موجب "محرم" بدلہ "محرّم"
۵ فارسی "درے". کاشُر دروازٕ

# منقبت چار یارِ باصفا

چار یارِ باصفا و چار شاہِ دین پناہ — صاحبِ فیض و ہدایت ہم شفاعت دستگاہ
نائبِ حضرتِ محمّد مصطفٰے در حکمِ دین — بر جہادِ غزوہ ہا بستہ کمر در سال و ماہ
روزٕ در صوم و صلوٰۃ شب بذکرِ فکرِ حق — نانِ جوَو سُکھ غذا کھیوٚن تموٚ پٕرٕ نفس زاہ
حضرتِ صدّیق صاحب یارِ اوّل شیخِ دین — یُس امیر المؤمنین افضل سُپُن گوڈٕ بادشاہ
حضرتِ فاروقِ عادل بادشاہِ بے ریا — ییٚمہِ صرف خوٚد کوٚرُن نہٕ در خلافت برگِ کاہ[2]
صاحبِ حلم و حیا عثمان صاحب باحیا — آسمانس کُن بچشمِ خاص ییٚمی سُبود و چھینہ زاہ
شبّرِ حق حضرتِ علیؓ صاحبِ جنابِ مرتضیٰ — برکنارِ آبِ کوثر آسہِ یُس ساقی پگاہ[3]
لسُن[1] چھُہ توٚ ڈانسوس واویلا نہٕ ناوُن دردِ عمل — یُس مَن ژوٚرُن اندر ہیوٚ کُنہٕ رنگہٕ اشتباہ

باادب ژٕ وَن کُن برابر روزٕ ہر دم اے وہاب
ییٚم کُنی باہم ژٕ روزکھ ژٕ نہٕ وُنی بند عذر خواہ

---

۱ پنہٕ لسُن نُو جس — ۲ گاسہٕ کئٹ — ۳ محشرس اندر

# منقبت حضرت سلطانؒ

دادن دوا کریم سے　　مخدوم شیخ حمزہؒ
حاجت روا کریم سے　　مخدوم شیخ حمزہ
چھس خستہ حال غمگین　　مفلس غریب مسکین
بخشم مینہ جان و تمکین　　مخدوم شیخ حمزہ
ئیں بھنہ وسیلہ شامل　　آسہی پہ پیر کامل
ہر دم چھہ حل مشکل　　مخدوم شیخ حمزہ
از درد و غم پریشان　　چھم گو منن دل و جان
کاسیم مینہ غم ہمیں آن[۲]　　مخدوم شیخ حمزہ
زن اوس اسہ قسمتھ　　دپن خالقن بہ رحمت
بھہ فیض نور رحمت　　مخدوم شیخ حمزہ
نہم ولی چھہ سلطان　　لسن[۳] نا علیٰ[۴] چھہ سلطان
رحمت تہ نور یکسان　　مخدوم شیخ حمزہ
وصفِ صفاتِ حضرت　　ہم معجزاتِ رحمت
نون گو نہ نورِ قدرت　　مخدوم شیخ حمزہ
روح ہمہ پیمبر　　دپھن بہ فضل داور
ہر گاشنہ نشِ منور　　مخدوم شیخ حمزہ
ہم نام میہر گامل[۵]　　چھے میون پیر کامل

تھٕ رحمتس چھُہ تناں رل — مخدوم شیخ حمزہ
ہم جامِ خضر و موسیٰ — آرام جانِ عیسیٰ
ولیسی رفیق[۶] و ولیسی[۷] — مخدوم شیخ حمزہ
فیض و ہدایت و نور — رحمت خزانہ پُرہ نور
باقی تمیک چھُہ مشہور — مخدوم شیخ حمزہ
غم نہٕ میہ غم بہ محشر — سُلطان چھُہ میون رہبر
نزاو ہم میہ سایہ بر سر — مخدوم شیخ حمزہ
مسکین وہاب بے کس — چھی خنہ جان و دل لس
در دو جہان تمس بس — مخدوم شیخ حمزہ

---

۱۔ اصلس اندر چھُہ "کرم" نقلن اندر "کریم"  ۲۔ وُنی  ۳۔ کافی
۴۔ سہروردی سلسلہ کنز  ۵۔ حضرت علی صاحبس اوس "اسد" خطاب تہٕ حضرت سلطانس "حمزہ" ناو۔ دوشونی ہند مانے چھُہ "سہہ"  ۶۔ حضرت ولیسی قرنیس ینز روحانی واسطہٕ اسنہٕ سببہٕ "ولیسی" ۷۔ حضرت ولیس قرنی سُند رفیق۔ ردیفی ہشرہٕ خاطرہٕ "ولیا" تلفظ کرُن چھُنہٕ جایز۔ گرداہن چھُہ اکثر ہتھ کام ہیوُز ہیُز۔

---

چھےٚ پرہ ہتھ مُریدس لش بہ ماہ[۱] سلطان بروز[۲] سیزدہ
در چین و ری روم[۳] و خطا[۴] سلطان بروز سیزدہ
مسکین مریدن آون سہ ٹھول تی کور شہنشاہن قبول
باوصف ہم خلق رسول سلطان بروز سیزدہ

---

۱۔ ریتہٕ پھر ریتہٕ  ۲۔ تُرواہیم دوہ ییلہٕ حضرت مخدوم علیہ الرحمہ سندی مرید ختم حضرت سلطان چھ پرہ ناوان  ۳۔ ایرانک اکھ پرون تہٕ مشہور شہر
۴۔ چینک اکھ شمالی حصہ۔

# ہَیو پانو کرٕہ گیاہ

گوم ہیر بتھ کارواںٕو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
فوجہ فوجہ گے رواںٕو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
خوٗبروٗ کم کم جوانو — آسی تم تابندٕہ[1] ماہ
اَتھہ مٔوران ڈراکھ جانو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
گے وۄٲران کٲتی خانو — بیتہٕ وقتکی[2] پادشاہ
چھی بیٚچھان تم وانہ وانو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
آے کٲتیاہ پہلوانو — ڈراے گھٹبتھ افسوس آہ
سامہ رُستم داستانو[3] — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
بوٗعلی[4] تہٕ لقمانو — وُچھتہ عاقل آسی گیاہ
موتہ نشہ گے دیوانو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
بازرس اندر دُکانو — آسی پُر از مال و جاہ
وُچھتہ خالی دِیتھ دُکانو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ
وہاںبو ہالو نتہ وانو — موت ہیٚوی نا بایہ[5] دراہ
شیٚتی سیٚتی موت زانو — ہَیو پانو کرٕہ گیاہ

---

[1] پرٕیزلہ ڈینہٕ زٕوان [2] وہاںبہ وقتہ آسی افغانستانس اندر وارِیاہ تخت گداو دار دربدر گامٕتی یمن ہند تذکرہ اکبرنامس اندر آمٕت چھہ۔ سکھ آسی حال حالی کٲشرٕ تبہ کرتہ آمٕتی تہٕ امہ علاوٕہ آسی کٲشرٕی وارِیاہ دنیاداری سیاسی ہیر پھیرٕکی شکار سپدی مٕتی۔ یمن متعلق وہاوٕن "درویشی" منز وضاحت کرنہ چھہ۔

[3] فارسی "رستمِ دستان" نتہٕ گوس بہ مانے زٕہ سام تہٕ رستم مٕوٗدی تہٕ پتھ روٗدی تہندی داستان۔

[4] حضرت بوٗعلی سینا۔ مشہور اسلامی مفکر تہٕ ڈاکٹر زانہہ [5] پرٕپتھ شہس سیٚتی۔

# بنٛدٕگی کرٕ چھکھے بنٛدٕہ

پانہٕ میانے نولیسندٕہ[1] — بنٛدٕہ گی کر چھکھے بنٛدٕہ
بینہٕ کرنے ژٕ بہٕ لوکھ خندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ
سوٗنتھ نیران لوان ساوٕن — پان فضلس سہل[2] ماوٕن
بروٗنٹھ آیہٕ درہ ہلہٕ وندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ
گُل تہٕ سنبل نشاط باغس — گلہٕ لولان چھٕ نلہٕ ناگس
جبلہٕ کنہِ کھ ورو زاندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ
موٗت موگزتھ وتچھ بیاری مالس — کوٗت لارِان چھکھ ناوِہ سالس
کٲلی خالی گژھی چندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ
کرٕہ تہٕ جاپہٕ مہ کر محکم — رنگہٕ بنگلن دِوہ داہ کر قسم
چھکھ ژٕہ تخٕتن دِوان نندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ
کٲلی نامیر گژھہ لوٗ وآران — کمہ باپتھ ژٕہ چھکھ چاران
شال[3] شملہ[4] گژھی جندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ
دٕ وہ لہٕ وتہٕ بوکور بہ سالا — ووچھ وارٕہ نلہٕ مٕلکی مالا
زندٕہ آسا سال آیندٕہ — بنٛدٕگی کر چھکھے بنٛدٕہ

---

۱ لیکھارہ ۲ مشہور تارک لش ہرد یوٗن گژھان چھ امہ پتے چھ گُٹشرہ بند فصل پیاپان ۳ پشمینہ شال ۴ دستارک شملہ۔

# بہر دم پر نعرۂ ہو اللہ

نفس درفکر در محکم — بہر دم پر ہو اللہ
بہ ہمت کُنہ کُن کر دِل — بنی ادہ تو تہ کہتہ حاصل
موزہ ورس میلہ زور یا کم — بہر دم پر ہو اللہ
گرزھی نہ ضایہ گورمنٹ کار — میلی کم زیادہ از سرکار[1]
یتہ بابر وتھہ زِہ موبر غم[2] — بہر دم پر ہو اللہ
نمبس[3] دم بام[4] گو بستہ — چھُہ نیران آب تنھ جستہ[5]
چھُہ پھیران دمہ سیتی بم[1۵] — بہر دم پر ہو اللہ
دزہ وُن انجنس گرہ نار — زِہ وچھ اگبوٹکے رفتار
استارہ سیتی پھیران بم[۵ب] — بہر دم پر ہو اللہ
اگر شاہ کُنہ تراوان بار — چھہ نیران انجنس آواز
کران سئے کریکھ تنھ برہم — بہر دم پر ہو اللہ
وہاو چھئے غنیمت[6] دم — دمس سیتی دم چھُہ با آدم
بنی آدم چھُہ دم ست با دم — بہر دم پر ہو اللہ

---

[1] درگاہ الٰہی [2] آخرس اندر یائمی دنیہہ [3] گنبدہ منزاوس یمہ فی دوہن نار زھوراوینہ خاطرہ بم انتھ آمُت یتھ وچھتھ وہابن بہ شار لیکھمت چھُہ۔ [4] شہ۔ توت۔ بوہر [5] ووُدھ تلقھ
[1۵] نارہ بم" تہ "اگن بوٹ" وچھنہ چھہ وہاب یمن شہ تہ تنھ زور آور
ماوان تنھ یمن دوُن مشینن بوہہ آسان چھہ۔ [6] وس کھس شہ
شہس سیتی زندہ۔ یا "بادم"، یا نے دنیادار۔ حرف پننہ تہ زندگی ہتی بس
"ہو اللہ" سرھہ سہ چھہ تراوان۔

# درٕ لوٚگمت دوٚہ

گرٕہ ڈرا کھوڑ پری شامس درٕہ لوٚگمت دوٚہ
زرٕہ[1] وونکہ کنہ مقامس درٕہ لوٚگمت دوٚہ

وٗلہٕ مینہٕ بدٕ کھسہٕ بامس ڈٗلہ ما گژھہٕ بو
ترٕہ زنگہٕ ٹھٗسنم منّیہ پالس درٕہ لوٚگمت دوٚہ

زالہٕ[2] لوٚگمت چھٗپس ٹبہ دامس[3] والہٕ بوٚرہ گومو
درٕہ کٗس اکھ قتلِ عامس درٕہ لوٚگمت دوٚہ

گاشہٕ تارک ڈراو شامس سیما نچ جو
ترٕہ پٔیٹھ زنگی[4] غلامس درٕہ لوٚگمت دوٚہ

مسٕ ٹہری برٕی وچھ منّیہ جامس اوس لسٕ جودو
مرٕہ نابُس چینیہ شٗے مسٕ درٕہ لوٚگمت دوٚہ

ڈراو میالس انتقامس تیر از ابرو
کرٕہ کیاہ اکھ گرٕہ گامس[5] درٕہ لوٚگمت دوٚہ

وہاب واتھ انتظامس درٕہ نے نا گوٚہ
ترٕہ ژوٚٹ کیاہ کرٕہ سامس[6] درٕہ لوٚگمت دوٚہ

---

[1] یور پرٕ کتھ بوزنہٕ دِٲی [2] پھیپوٗمت [3] زالس [4] زالس
[5] مٗن ہندی وال چھ وہابن "اکھ گام" "تصور کرٕتھ بہٕ کہاونہ" برموقعہ ورتاوِتھ۔ [6] مشہور ایرانی پہلوان۔ یسند بن کارنامن پٔیٹھ "سامنامہ" لیکھنہٕ چھ آمت۔ وہابن چھ فارسی پٔیٹھ کاشرس منظر بہ زرمیہ پھرناوِس پٔیٹھ سید امیر شاہ کریری آمادہ کوٚرمُت۔
نوٹ:۔ نقلن اندر چھ بیتھ بانس "درہ لوٚگیو دِدٕہ" بہ ووج لیکھنہٕ آمُت

# کیٛاہ یارن لوٗدم راہ

گاجنس ئہ اُمی بے عارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
زأجنس ئہ دوٗرژی نارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
گیبہ وُسراہ میٛہ لسن ژارن  وأدہ کٔرِتھ کٔرِتھ آم نہ زاہ
سادہ[2] پانے چھُم مارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
کالہ شہمارہ آے لارن  نال وولہم سِرنا پا
زال ووٗلُمن سیاہ تارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
چھُکھ دیتمُت گُلہ خارن  رحم تمی سُندُن چھُے ماہ
موکھ تھاوان چھُ ژھایہ مارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
کُنہ ڈورن چھُ گرٛابہ مارن  وٕنہ کیٛاہ زُون تارہ کھچھا
سنہ ریشن[3] چھُ پتہ لارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
جودگوٗرنم جود وُگارن  دودہ ووٗنی ہلہ نہ زاہ
ہرنہ چشمن سُہ چھُہی کھارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ
اُمی عشقن[4] زورا وارن  ہوش تہ جِس نیوٗم یکچھا
دیوہ جالنش[5] میٛہ چھُم لارن  کیٛاہ یاران لوٗدم راہ
وُنہو بازی کٔرنے یارن  ترووِنکھ ووٗنی بہ سیر راہ
بازی گارن اُمی لوکہ چارن  کیٛاہ یارن لوٗدم راہ

---

1 وعدہ (اصل)  2 نقسن اندر "پاٹھ"  3 عاشق چھ پیرنی سنن ریشین یانے۔ کنہ دورکنہ، پیتر ماران۔  4 شابہ  5 زوس

# غزل

کاوہ ترٕ آنم خوش خبر دربارغ آمت یار چھاہ[1]
یچھ باادب وچھ ہوش کرٕ در خواب چھا بیدار چھاہ

وچھ آب جوین چھا وٕ فوٕرہاں ژاہدرن چھا شور پوٕرٕ
کیٚنہہ ماچھ درگلشن فوٕصوٕرٕ جوٚمن وٕنہان فمواری چھاہ

وچھ آب کیٚنہہ انہ ناگہ سے چھا پوش تازٕہ باغ سے
سنبل تہٕ شبیرے لاگہ سے گلدستہٕ درگلزار چھاہ

کوٚستوٗرٕ قمری پٕہ شوٚل ہیٚنہ تلن ژوٕرہال ہوٕل
گل از جمع[2] آن در وصول بلبل تہٕ نالہٕ زار چھاہ

مطرب انٕن باسوز و ساز رقاص ان یارٕ تھ بہ ناز
وچھ نازٕ نازک پیشواز[3] کیٚمخاب پٕہ زرتارٕ[4] چھاہ

ساقی وچھُن ہیٚنہ آو موے گرٕتھ تیز وٕلی وٕ آن پے
لس وچھ جیے کاوُس کے درجام اسفندی یار چھاہ

گرٕتھ تیز یارس عرض کہ وہاب پٕراران زیٚہ دٕرٕ
وٕنتس جواباہ موختصر تعطیل چھا دربار چھا

---

[1] از چھ "چھا" وٕنان [2] باپارٕ ی لیکھتہٕ مطابق شمار کرن
[3] یس گیٚون وول یچھ گنڈان چھ [4] نقلن اندر "از تار" اصلس اندر "زرتار کمخواب"
چھ اکھ خاص کیٚمخاب یتھ گنٔز تہٕ کوم چھ آسان کرٕ تہٕ -

# غزل

یہ لولہٕ نارٕ یارٕ ذرٕہ کوتاہ
بۄ نارس تاب یارٕ وکرٕ کوتاہ

میہ سپنس گأمتن آتش[1] کباب
بۄ نارٕ کو نارٕ اندر ذرٕہ کوتاہ

ستم تہٕ ضرب تیغ و خنجر و تیر
سۄرم از تمام تاوٕونی سرٕ کوتاہ

اچھن چانین وچھم تأثیر سحرک
میہ کوٚر ہم دوٚد جود[2]و گرٕہ کوتاہ

میہ نیوٚنھم دِل بہ یک عشوٕہ[3] بہ غارت[4]
یہ دِل بٔلی نیوٚنھ جانس ذرٕہ کوتاہ

دوٚہ غنچہٕ زوٚنہ کوٚرتھم یارٕ زنٔدٕ
گلان چھس بال جانے شرٕہ کوتاہ[5]

وہا بوسر گذشتہ[6] ذرٕ گذرٕ کر[7]
سہ داد یک پٔرون دفتر پرٕہ کوتاہ

---

[1] کباب بدوے غارسی ہیٚنھ بۄنہٕ چھ یوان اما یوٚز کأشرٕ لوٚکھ وہنس "آتش" تہٕ ہیتی - غالبن ذرنگ رنگ ماو نہٕ خأطرٕ۔ یا شدّتِ سوزش اظہار کرنہٕ خأطرٕ

[2] اے جود کرن والہ ماشوقہ [3] اشارہ چشم [4] لوٗٹ کٔرتھ

[5] یہ کوتاہ ہیکہ بیان کٔرتھ [6] پرانہ وقتک یانے لوٚکچارکی قصہ ہاے عشق

[7] ترأو ، مشراو

# غزل

عاشقس ماشوقہ سےٚ نش راز گیاہ

طالبس مطلوبہ سےٚ نش باز[1] گیاہ

ییٚس دِلس آسی زِ تارِ دردو سوز

تس نشے سنطورِ چنگ و ساز گیاہ

عشق چھُے سیمرغ اندر کوہِ قاف

درجمع لس لنہٕ عاشق قاز[2] گیاہ

عشقنے کوٚر پادشاہ بندس غلام

نتہٕ از محمود شاہ ایاز گیاہ

چھُم میٚہٕ از غم بُنہٕ کوہِ بے ستون[3]

کوہسارس کرہٕ تیر انداز گیاہ

چھُس بہٕ مرغ خانہٕ دلبر شاہباز

کرہٕ با شاہبازِ بطے[4] پرواز گیاہ

چھُکھ مگس[5] دربادِ[6] طوفان اے وہاب

تٕرٕ بہٕ اندر چھِہ ہنز آواز گیاہ

---

۱ رکاوٹ ۲ ہنز ۳ شہ کوہ یتھ اندی اندی فرہادوس جوےٚ ژٹان

۴ بطخ ۵ مچھر ۶ سکہ واو

# غزل

چھُس بہٕ اندٕ ہوش آسان گاہ گاہ
چھُم جنونُک جوش آسان گاہ گاہ

گاہ دِوان چھُس نالہِ بو ماننٛدِ نَے
ہمچو بُت خاموش آسان گاہ گاہ

در پریشانی بہٕ فکرِ این و آن
چھُس بہٕ غم بے ہوش آسان گاہ گاہ

از غرورِ مالِ دُنیا در سرور
چھُم مےٚ تاو[1] و نوش آسان گاہ گاہ

وُچھ مےٚ یمہٕ باعث بہرسو خار و خس
کُنہٕ نشاخس پوش آسان گاہ گاہ

[2]فقر و فاقہٕ گُشنہٕ تہٕ لب تشنہٕ گی
عیش خورد و نوش آسان گاہ گاہ

[3]تمہٕ ابہٕ بایہٕ چھُنہٕ ہر وقتہٕ بنان
مہتٕرہِ کنٛزٕ بے بوش آسان گاہ گاہ

قبل مستس یُونت جسم و کرہ فرہ
خوف از خنجر گوش آسان گاہ گاہ

نٕہ لوہ [4]پٔتھنے ہوش کرہ تہٕ اے وہاب
جھی موشن گوش[5] آسان گاہ گاہ

---

۱۔ فارسی "تاو" چھ "تاب"، معنیس منزٕ ورتاوہٕ پیوان یہ قوّت۔ جلال۔ طاقت۔ توش یہ طاقت۔ گرمی۔ توانائی

۲۔ وہٕ بنہٕ وقتہٕ سارسی کُشیرہ ڈوگرہ حکمرانن۔ چکدارن تہٕ جاگیردارن ہندہٕ لوٗٹہٕ موجب فاقے فاقے۔ ۳۔ مٕنٛس ہسٕی یتھ ۴۔ گگرن ۵۔ کن

# غزل

رسمِ دورِ دنیا و چشم آرام گاہ آزار گاہ
گاہ خزان و گاہ بہار و گاہ گل تہ خار گاہ

چشمش بہ اندر سوزِ ہجرت روز و شب اندر عذاب
چشم ذران در سینہ از غم آب گاہے نار گاہ

ہمچو دیوانہ پریشان حال چشمش در اضطراب
گاہ بخندد گاہ بہ گریہ نالہ گاہے زار[2] گاہ

چشمش بدامِ زلفِ سنبل خستہ خاطر بستہ لب
چشم مینہ زایان مار گاہے شیر[3] گاہ شہمار گاہ

مذہبِ عشقش چہ آزادی نہ قبلہ عاشقش
کعبہ گاہ بتخانہ گاہ تسبیح گاہ زنار گاہ

پارہ پارہ سینہ کو رہتم چشم منہ جانش کینہ خواہ
گاہ بہ خنجر گاہ بہ تیر و تیغ گاہ تروار گاہ

ہم کشتہ بر سرِ راہ تو و دلش بے حال و ہوش
گاہ زندہ گاہ مردہ خفتہ گاہ بیدار گاہ

جان بہائے من دوا او شش اگر کہ ہیچم عطا
سیب گاہ گلقند گاہے آب[4] گاہ انار گاہ

درجہان کوتاہ ؤچھتھ ازسرد و گرمی اے وہابؔ
گاہ مفلسؔ گاہ غنی مسکین گاہ سردار گاہ

---

۱؎ وہاب چھُ اکثر جاین "خزان" (ہردہ) بدل "خزانہٕ" وزنکہِ مجبوری موجب لیکھان
۲؎ ژرِن تہٕ وُدِن   ۳؎ پتہٕ چھنہٕ ماشوقہٕ سُند کُنہِ عضو چھُ تِہنِسی مشابہ۔ غالبن چھ
وہا بنِس تصورس اندر تِہنہٕ سُند ہیبت ناک پاگٹھ نشکارہ تراپِن اوس مُت۔
۴؎ آب لب   ۵؎ مفلس اوس تیلہٕ ڈایہ وُہرس مُودس۔ "غنی" بانے دولتمند اوس
وُنہ ڈبرہ پتھ۔ مسکینی ژتھ زورہ وُمرہ ہندِ آخری پانژن شین وری ہن۔ "سردار"
بانے "حاکم" اوس وُمرہ منز ژ تجھ وری بوخ تہٕ جادہ۔

# غزل

وُچھتہٕ موے خانس ترٕ دِتھ دروازٕ چھاہ
ساقیس پیمانہٕ باندازٕ چھاہ
شیشہٕ ہرٕ ہرٕ بھاو پیالہٕ صاف کر
وُچھ بہ موے خانہٕ منٛز شیرازٕ[1] چھاہ
مُطرِب سازندہ[2] چنگ و[3] دردِ نے
وارٕ بااسباب وسامان سازٕ چھاہ
سُنبل و گُل لالہ ریحان و گلاب
در چمن ہمبر زلہٕ سر تازٕ چھاہ
نازنین باساز[4] و سامان[5] ناز[6] ساز
لس ہرٕ روے زری پشوازٕ[7] چھاہ
در سرُودِ دردِ ہجرت بلبلن
جانہٕ وارن بیوٚن بیوٚنے آوازٕ چھاہ
شاہِ تلپاتال شاہد اے وہاب
وُچھتہٕ ناگی راے چھائندر[8] ازٕ چھاہ

---

۱ ایہ اکھ مشہور شہر یُس حضرت سعدی زاو ۲ ساز وایِنس اندر ماہر

۲ اصلس اندر چھُنہٕ یہ "د" ۳ آلہ موسیقی ۵ سامان آرائش

۶ دل نوُنہٕ انداز ۷ "پیشوازٕ" لفظُک مخفف ۸ اندر دیوتا بندن ہندِ عقیدٕ

مُوجب آسمانن ہند سارُوی خوٗبہٕ تھوٚد دیوتا -

# بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرے

کأتیاہ ستم جأنی ذرہٕ      بکھنا نہٕ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

یتھ مأمِس منز مأمرٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

در کوٗچہِ تٕہ بزاران یُتھ چھس      از دیدہٕ خوٗن ہاران بہٕ چھس

ژٕ ریٖ ژوس دِہن کتنِہ بوٗ برہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

ہاوُم مےٚ رویہِ آفتاب      تھوٗدُ تُلتہٕ یک لحظہٕ نقاب

زانہٕ سکھنہٕ ماہ پیکرہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

مغرور اندر نازٕ چھکھ      مأیل بہٕ سوٗ رمہ سازٕ چھکھ

با ناز سازٕ و زیورہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

انصاف چھےٚ نا دلبرہٕ      بیداد[1] کوٗرتھم کیاہ کرہٕ

چھُم دوٗرے جودو گرہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

یامیٚون کنیزِ ماہ چارٕ کر      یامیٚے بخنجر مارہٕ کر

چھس بوٗ گلان چانےٚ شرہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

کیاہ سینہٕ ژٕ ولنہٕ نارٕ ہے      انگار[2] کوٗرتھم یارہٕ ہے

ژن پوشہٕ تھر کُر تھس برہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

کوٗرتھم گوٗ لالس اریٚ نہِ رنگ      مارِ و مےٚ مارِتھ موٗرٹ ڈنگ[3]

مارن ہندی مارہٕ[4] مرہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

دیہہ ہو ونی خاموش روز      لب بستہٕ ژٕ با ہوش روز

اُچھی وچھ نہٕ دنیا کرسرہٕ      بکھنا نہٕ بوٗ ہوٗ ہوٗ کرہٕ

---

۱ ب انصافی ظلم   ۲ ؤہرؤز ننگل   ۳ لوٚپھ   ۴ لاینہٕ سنتہٕ

# غزل

بہ سینہ لوٚیِتھم خنجر ستمگارٕ بێیہ اندازٕ
بہٕ کینہٕ خنجرس پوٚت وُدکوٗرت وارٕ بێیہ اندازٕ

سیٚدان کینہہ چھُم نہٕ وۄنی چارٕ وُدن چھس خستہٕ آوارٕ
بدن ہے زوٗلتھم نارٕ مدلوارٕ بێیہ اندازٕ

ہَبو انصاف کینہہ چھُے نہٕ میٚہ لوٗیِتھ تیر بہٕ کینہہ
بہٕ تیرن چانہٕ نے سینہٕ سپردارٕ بێیہ اندازٕ

میٚہ چھُم گومُت جگر خستہٕ بہٕ زنجیرِ بلا بستہٕ
بہٕ عوٗدِکی پاٹھی آہستہٕ دزٕ نارٕ بێیہ اندازٕ

گُل و سُنبُل نہٕ مسوٗل ہی بہٕ رنگین پوشہٕ دستہٕ چھی
غرض ہے یارٕ اوسُم یی خُدا نارٕ بێیہ اندازٕ

کمانے تیر نہٕ ترکش کڈان چھکھ مجہٕ تیرن کشٕ
کران چھکھ نزٕ تیرن کھٕش جگر پارٕ بێیہ اندازٕ

وہٕ بو وچھتہٕ اَمی بارن پُشر نکھ کالہٕ شہمارن
ہزاران مارہ مبارن سیاہ تارٕ بێیہ اندازٕ

---

۱۔ بلا بیہ ہنزٕ ہمہ لنکہ اندر ۲۔ وُدُرکی پاٹھی ۳۔ اکھ اُکس پێٹھ لٕ زلفک پرٕ ہیتھ وال چھُ اکھ اکھ سُرف۔ ییم اکھ اُکس وَلیتھ زٕ نیتہٕ ڈیرس چھِ گامٕتی۔

# وڑو لو یارہ مدلوارہ

تہ کوتا کاکال وڑونی ہرانہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
بدن وارہ ڈوڑم نانہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
فراقن چاٹی کوڑنم سوڑر ۔ اگر تھے یارہ تری منظور

وڑو لو یارہ مدلوارہ
کرم سے نو تہ کینہہ چارہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
تہ اندرہ غم پرا کندہ ۔ ژرہ چھیکھہ مسبروہ درخنارہ[1]

ذرا کر رحم بے غانہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
ہتم لو حالِ دل باوے ۔ ستم دادین ہندی ہاوے
دِہم درشن تہ سندایہ[2] ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
ژرے کوت ڈیڈہ تل ثرایے ۔ ژرے لو بیتہ نہ ہم یارے
تلے لو چما تہ دیدارہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
پریشان حال دلِ خستہ ۔ ہمیشہ لو یارہ ہے اکس تہ
ژبیہ نیتی مسکین لا چارہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ
عذابس چھیس تہ غارس[3] مشر ۔ کبا بگی پا بھچ نارس مشر
وہا بس لیشہ وڑو ہ تارہ ۔ وڑو لو یارہ مدلوارہ

---

۱ اسمنو ترئینس مشر ۔ ۲ ہین یان سنبالہ
۳ زنیہ گوڑ بچہ مشر فاد رفو رکھا ۔

# غزل

ہسہ یارٕ و ستم گارٕ وینم سہ ناگاہ
بہ لوٗ وٕنہٕ ہے دِلک غبار وزٕہ چھکھ تہٕ آگاہ

غمس پٔتھ غم کُڈرہٕ ماتم سپٕٹھاہ مشکل ہیوم
وٕنہٕ کس لو میٚہ چھُم بہ قسمتھ لیکھتھ یہٕ انہٕ درگاہ

میٚہ بارٕ وٕنی وٕنی زبان لوٗسم لبان چھُس نٕے
گوٗرنٕہ وارٕ بے الفانو میٚہ حال پُرسش زاہ

چھوکن میٚا نین دِتہٕ مرہم ہنو میٚہ نٕزلہٕ ہیٚم زاہ[1]
ریتو میٚانے مدنوارو میٚہ کیاہ لوٗدھم راہ

خیال او سُم کھسہ بہ طوٗرس وُچھ چونے نوٗر
دِ بان سوٗرمہٕ چھ تتھ سوٗرس چھ مسوٗر[2] نوٗرک گاہ

ستادٕ بہ درِ غریب مسکین منگان چھی خارٕتھ
صدائے شورِ گدا چھُم زیبا براہ شاہنشاہ

وہاب حاضر بخدمت شاہ خراب دل خستہٕ
شرابہٕ عشقہٕ بنشہ[3] گوٗمُت خراب[4] بے پرواہ

---

[1] بدخواہی [2] ادبی روایژن اندر چھُہ دنٕہ آمُت زہ پیلہ کوٗہ طوٗرس پٔٹھ خدائی نوٗرک جلوٕ پیوٗ۔ اُمہ چہ کنہٕ دزٕ یتہٕ دُزِتھ گوٗکھ سوٗرمہ تہٕ ہے چھ سوٗرمہ لاگنہٕ سیتی اَچھن حسن تہٕ ہُران تہٕ گاش تہٕ تیزان۔
[3] بے ہوش سپدمُت [4] خمارٕ کس حالس

# بال نو وونی بلہٖ یو زاہ

ہارہٕ کے تاپہٕ شین زن گلہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
یارہٕ ڈیڈہٕ پیٹھہٕ نو ڈلہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
زندہٕ بیتہٕ معہٕ دِ تم دیدار — زندہٕ بو بیٚیہ گژھہٕ ما
سبندہ وانے اتھہٕ کھورہ چھلہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
رشکہٕ میانے وونے زبیہ کیٚمی کیاہ — یارہٕ گوہم بے پروا
مشکہٕ کوفورہ کھورن ملہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
گاڑہ ہندی پاٹھی تیلس اندر — زندہٕ جانہٕ زا جنجس بو
تمہٕ تپلہٖ بو سینہٕ تلہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
ساز و سامانہٕ متہٕ لوشبرے — بیٚیہ پارے گر تہٕ ناو
خاصہٕ زرلف تہٕ کیمخاب ولہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
چانہٕ امارہٕ بو پان مارے — بیتہٕ یارو ہاو تم رہٕ وے
دستہٕ پیٹھہٕ ستہٕ بو وونی ڈولہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
بے انصافہٕ ستمگارہٕ — کوٚہ زانہٕ جنجس نارہٕ بو
سونہٕ ملتھ بہٕ دورہٕ زلہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ
ہفت جوشکی پاٹھی ایٚ عشقن — ستھ آتش نہاوم سینی
کنہٕ سیتن بہٕ لورلہٖ یو — بال نو وونی بلہٖ یو زاہ

کاڑِ وَہبوزلہِ نے نزاوِتھ    ژبیتہِ تنہا اَندٕ مٲدان
سوسٕنکۍ پاٹھۍ بوتنہ پھوٚلہِ یوٚ
بال نوٚوٕ وٚنی بکہِ یوٚ زاہ

---

۱ ہیون سیینہ نہ زہ ماشوقہٕ سُند    ۲ اصلس اندر "موت"

۳ سٚنشتر - سرمیوٚ نہ مُند - سوٚن تہ ژام تہٕ روٚپ رلأوِتھ اکھ مرکّب - یہ مرکّب چھُنہٕ پتہ کُنہِ چیزس سیتۍ رلان -

۴ قبرن پٮ۪ٹھ چھ سوسن (مزارمو نجہ) لاگنہٕ یوان - شأیرہٕ سُند تصوّر چھہ زہ قبرہ منز لرہ روٗزِتھ تہ نیرہ میأنۍ پھلۍ مزارمو نجن ہندِ پوشِن ہنزِ شکلہِ نیبر -

# غزل

ہا فندہٕ آکھو ہِند ہٕ — کیا ہندہٕ آکھو فندہٕ
سأرسِی مِنٛزٕ ژٕہ چھکھہٕ یاد — سارہِ نِیٚش رۄزِتھ اندہٕ
چھکھہٕ روزان اکی تٕراہہِ — گاہ ژٕہ وَدان گاہ درخندہٕ
رأتھ اوٚسے لۄ وُے ژبہٕ خلعت — کَئِ وٕنی کین ژبہٕ پرأنی جندہٕ
یوہٕ ڈیچھام یہ سرو درباغ — ازچھ تخٛتن[2] دِوان رندہٕ
اُس خوشبوے کیاہ ژٕ نیا منھ — وأژمہٕ نِش سِینہٕ گندہٕ
پوشہِ بچھلہِ بے مہ گرتھ مشغول — بنہِ چھیہ یوان وندہٕ
گاہ دبارَ وخزانہٕ بری بری — گاہ خالی آسان چندہٕ
اتھ بُری بنیمتھ بلیتھی گٕا تباہ — ڈوب نہٕ کاندرُ داؤد[3] ونندہٕ
گو یہ پتھ کوٚن نتھ کرٕژٕ توبہ — روز بہٕ ہوش ژٕہ آیندہٕ
وہابہٕ وَوْنی باستقامت — بندگی کرچھ کھے بندہٕ

---

1 اے بنی آدمہٕ  2 سرو کُلین ہندین تخٛتن  3 داوٗد سندہٕ اوس وہابنہٕ وقتہٕ حا جنگ گذارہٕ وول گوٗر۔ یِیٛنزہٕ پمہٕ نہٕ پتھ ازٕ اُمی سٕنٛزٕ ذریت چھہٕ۔ اتھ جایہٕ آسی وہابس وقتس اند۔ ژٕ ترٕبہٕ چٕلہٕ گوڈٕ لبے مُتی نہٕ پتہٕ بیگارہٕ ہندہٕ خوفہٕ ژٕ لیٚمتہٕ تہٕ کیازِ یہِ پُران چھہٕ گامس اژ ونیٚ ڈُری یاوس پتھ نہٕ پرٕ پتھ جایہٕ حاکمس اوس گوڈ اُتھ جایہٕ پتھ لُور پٕوان۔

# پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

بہٕ چھُس ساقین پیانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ[1]

میٚہ چیوٚ پیالہٕ زِ پیمانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

نتہٕ س اندر بہٕ چھُس مخمور
میٚہ ازِ مۆے لِنشہٕ گومُت دُور

چیوان ہُشیار[2] دیوانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

میٚہ نیوٚ تھم نشہٕ ستی ہوش
زِمۆے چھُم ہوش مے برجوش

مۆ یکُ طالب چھُ مستانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

مَنین سٕے نشہٕ ہُشیاری
دِوان درخواب بیداری

نشوٚ نگِتھ بیدار مردانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

مۆ لبس باچنگ و مطرب ئے
چھُ سوز و ساز خوش انہٕ ئے

سرُودِ نے نغمہ پیمانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

چھِ نازن نازنین زیبا
بروٚئے[3] اطلس و دیبا

بیادِ جان جانانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

پٕری روٚ بیش در گلشن
چھِ ماہِ چاردہ روشن

بہ ناز و ساز و سامانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

یہٕ مُنزلِ آسہٕ لبس حاصل
سہٕ خوش دل[4] چھنہٕ کیاہ کاہل

یہٕ ہوے گو سخت شاہانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

وہابو دائیتہ[5] زانُن دے
چھوٚ آنی گورنہٕ کینژان قے

شرُبی نش آسہٕ لبس بانہٕ
پیاپے مۆے زِمۆے خانہٕ

---

۱ میخانہ (اصل)؛ ۲ سہٕ دیوانہٕ ییٚس ہوش چھُ قایم روزان ۳ ۴ بوجہ
۵ فیاض۔ شراب عشق عطا کرن دول

# روومت بو گوٚت ژھانڈہٕ

رانڈہٕ گوٚوہٕ چھکھ راوہٕ ران دوٚہ
بانڈہٕ نیٚ سپنن ژٕبہٕ چھیٚ خوٚ[2]
لوکہٕ چارس کنٕرم میٚہ خامی
روٚوِ[3] لوٚ ثل جمع گوٚرم لوٚہ
سونتہٕ ژھا بنجہم شہلی بونے
ہارگنٕز صحتہٕ میٚہ اوٚوونی لوٚہ
خاب زن حےٚ وُچھم راتھ اہ
سیکہٕ شاٹھن دِوان چھکھ ژھوٚہ
شالہٕ مارہ بوٚہ وُچھام گلزار
کتہٕ شنبل گولاب خوشبوٚ
راتھ مانسبل اوس مالہٕ
وُچھتہٕ وُنہ کین پوٚان بد بو
گنگہٕ دِوِے گژھان شڑادان
آسہٕ پگاہ خالی سہ گوٚہ
ونہٕ لو یار ملاقاتی
اکہٕ اکہٕ گئی روانہٕ ہم بہ وُنہہ

روومُت بو کتبو[1] ژھانڈہٕ
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
راوہٕ روٚوُم لعلِ گرامی
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
ہردہٕ لوٚکن وُچھم گوسنے
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
دیگہٕ دان تہٕ وُچھم ساتھاہ
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
ازچھ پوشن بنے منتی خانہٕ
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
سالہٕ ناوَن منٛز آسہٕ لالہٕ
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
وُچھ تماشاژہٕ رام رادن
روومُت بو کتبو ژھانڈہٕ
کاتی رفیق آسی سیتی
روومت بو کتبو ژھانڈہٕ

---

۱ اصلس اندر "کتو" بجائے "کتبو"۔ "کتو" تہٕ "گوت" پرنہٕ ییہ۔ ۲ خوے۔ ووتھنٔ، ہیہنٔ
۳ یہ مصرعہ چھوٚ نہٕ ہیٹھان۔ تعجب چھ یہ زہ وابن یہ باُنتھ بحرس اندر لیکھمت توٚ نہ چھُس وزن دُرُراولس
کن خیال رووُمت ۴ دان گوٚنز

# بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ

بہٕ زیرِ پایے آل دِلبر — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادہ
رقیبن ژھایہٕ تس دربر[1] — بہٕ چھس چوٗن سایہٕ افتادٕ
بہٕ کوچہٕ منتظر پژ ارہ ان — زٕ دیدہ خوٗنِ دل ہارانٕ
پتہٕ سرٕ قدس لاران — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ
بدامِ زُلف لُجھنژ گل[2] — چھُوٕ وٚنی تمی سُند بچن مشکل
صنوبرٕ چھنہٕ اندر گل[3] — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ
مہٕ کڈ ابرٕ کمانن کش — مہٕ تُل یم تیرٕ تہٕ ترکش
مہٕ کر مسکین خلقن کھش — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ
رِحبہٕ تیرن مہٕ کر تیزی — گناہ چھے زیادٕ خوٗنریزی
یہ کاژاہ کینہٕ انگیزی — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ
بُمبر زٕ لاچشمہٕ جودٕ گارٕ — پریشان ہر نہٕ درگو بسار
سُہن تمہٕ چھُیس نہٕ بارۓ — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ
وہابس ووت وارہ کال — سرِ دروازٕ باوان حال
دل و جان نِتھ فارغبال — بہٕ چھُس چوٗن سایہٕ افتادٕ

---

۱ کھوٚنہٕ منز ۲ اکھ خوشہ وُن جانور ۳ رب
۴ توٗژھ ـ طاقت ۵ چھوٚنےٕ تہٕ نوٚنےٕ

# غزل

تا پرٕ وٕڈرٕ بہارِ سوٗنچھلِ متہٕ وچھِم گلالہٕ
سوٗ پرمبہٕ ووت خوشبو اُمٕت ہٕ نرگلہٕ نالہٕ

گلہٕ ٹوٗری ہی ۔ تہٕ سنبل وُچھہ بیزنےٕ چھ کیاہ گلُ
با نالہٕ زارِ بلبل مارن بہ درد تالہٕ[1]

بر فرشِ سبزِ مخملِ زیبا وچھِم یہٕ مسوٗل
گلدستہٕ زن یہٕ جنگل بیرِ اندرکِ سٕہ نالہٕ[2]

صدبرگ پوش عباسی سوٗنی پوش کٲرہِ تٲ اسی
ییمبرزل بہرِ تھ کھاُسی زن چھی شراب پیالہٕ

سوسن نیبرِ کڈِ تھ زلو دِ رٕعم سٕہ حالتس ہیوٗ
رنگِ سیاہ تمس گوٗ زن دِ شمنس مرکالہٕ

کوٗسم چھ کٲرِ تراوِتھ لوٗلن کُن سٕہ کلہٕ تھاوِتھ
جعفر[3] دوانہٕ ووِتھ چھم سے دلِس ملالہٕ

خوشبو گو لاب پوش لاگان حسینہ گوشن
آمُت وہاب توشن لاگے بہ پوشہٕ مالہٕ

---

١ تال مارن بوزن ہندس سرودس سنہِ ہنٕ سرود رلاوان
٢ کھوٗیہ یامہِ جنگلن اندر چھ اَتھہ ووت ، جایہ نزدیک یہ اکھ پُر فضا مقام
٣ جافری پوش

# زبردستی مہ کر زیادہ

چھکھے مینز مینزہ لو مستی
زبردستی مہ کر زیادہ
مینزہ منز و بنزہ نہ ہستی
زبردستی مہ کر زیادہ
ہیو ہی باد چھے ازخاکھ
زہ اندر پاکھ[۱] تہ ناپاکھ
مینزہ پیٹھ عالیج بستی
زبردستی مہ کر زیادہ
مینزہ لیشہ دراے ساری کلو
جن و انسان وحشی کلو
بلندی[۳] تہ ہمہ پستی
زبردستی مہ کر زیادہ
یہ کینہہ جاندار در عالم
زہ مار[۴] و چار[۵] پا آدم
یمن باخاک پیوستی[۱۵]
زبردستی مہ کر زیادہ
سپنی زیب فلک خاکی[۶]
بخدمت روزی اوملائکی[۸]
چھبہ ہمسر کس مینزہ ہنز مستی[۸]
زبردستی مہ کر زیادہ
چھ سورے فیض و برکت نور
مینزرے لیش آمتن بہ ظہور
بخاری[۹] قادری چشتی
زبردستی مہ کر زیادہ
وہا بو خوبیش واقرب یار
ہیش کانہہ تے درکار
خدا چھے بس ہبے کشتی
زبردستی مہ کر زیادہ

---

۱ دنیا ہینتہ پاک تہ ناپاک زلینہ چھ    ۲ بال وڈر بینزہ    ۳ مادان۔ پاتھل جایہ بینزہ
۴ سرف    ۵ چاروائی    ۱۵ گنڈ    ۶ بنی آدم    ۷ فرشتہ    ۸ فخر
۹ یم چھ ترین روحانی سلسلن ہندی صفت نسبتی    ۱۰ کافی
۱۱ بے کشتی ہندس عالمس یانے برزخس تہ محشرس منز

# غزل

تابانُ وُچھُم رویے نگار زیبا چو ماہِ چار دہ
ڈیوٕ ھٲم کرٲن شیرِن شکار بے خوف از تیر نگاہ

ابرو کمانے ڈیٚنۍ چیر بے وایہ از بارانِ تیر
شیرِن تہٕ ہرُن دار و گیر کورِتھی تماشا بے ریا[1]

از سحر و جادو ہر طرف افتادہٕ ڈیٚھمٕ صف بصف
کیٚنہہ موٗردٕ کیٚنہہ ژِن سر بکف کیٚنہہ زندٕ با افسوس و آہ

مارٕ وُنیتھ کیٚنہہ لارِ ہمہ لارِ نٕژ اوکھ ہزاران مارِ ماری
ژاپان جگر چھِم ژٕ اری ژٕ اری ژایِل چھِم ہمہ مارِ سیاہ

سنبُل تہٕ گُل ہمہ تبر زلہ ماہ و ستارو مشعلہ
شورو فغان و غلغلہ سکینن ہر سو دادخواہ

کوٚستوٗر بُلبُل پوشہٕ تول در باغ و وُچھمت ہال ہول
یک سو[2] بہ وُہی و ہی[3] دل مولول یکسو[4] بخندہ ہم واہ واہ

وُنہ ہا بہٕ گاہ باغمزدہ اندر پیچ دردِ دل ووٚدہ
گاہ خندہٕ چون جشن سدہ[5] چون شمع گریہ گاہ گاہ

---

[1] ہیٚنز نے آیہ، کاٹنہ ہادینہ ورای [2] اکہ طرفہ [3] وٚد نیچی تہٕ رٕد نیچ کریکھ [4] دومِہ طرفہ [5] "جشنِ سدہ" اوس قدیمی ایرانس منز اکھ تہوار یتھ اندر لوکھ راتس منز اسی زالان یا زُول کران تہٕ شادٕ مناوان۔ یہ اوس ہوشنگ پادشاہہ سِندہ ویٚلہ ۔۔ تہٕ گوسٕ ۹۰۰ قبل مسیح یتھ ۔ ایرانس اندر چلہ وُن رٕزمت ۔ ممکن چھُ نہٕ از تہٕ آسن پارسی اتھ دوہس تمی آیہ مناوان ۔

# کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

ہیوٗبے عارٕ گردندہٕ[1]
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

کران ہمسایہ چھیم خندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

جگرے زولتھم نارٕ
گژھس دل خستہ آوارٕ

ہبہٕ مارِتھ رٕود ہم اندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

گوٗمُت مشغول سارن چھکھ
بنیومُت یارٕ عاشقن[2] چھکھ

بہٕ چھیس آوارٕ شرمندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

بُہ نازٕ موٗدٕ اُسِس خام[3]
وُچھُم ہے دانہ اندرٕ دام

بُہ زالس لاجتھس فندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

مرے بوٗ مٹہٕ کھسنے بابہ
اگرے ہا وٕہ مکھ دیدارٕ

ہمیٔز بوٗ گژھ ہا زندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

مُبوٗ مشتاق زٕہی کُن چھیس
درِوان گلزارٕ نے ووٗن چھپس

بھوٗلے نزدیک[4] آیندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

چھُم عشقک نار بے پروا
کیٔرن مسکین کم کم شاہ

سُلیٔن شاہ بندِ[5] سے بندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

گژھِ آوارٕ چھپس بر ہم
میہ کرتم دادِ نے مرہم

گژِس دیوانہ درماندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

وہاب از دردِ دل رنجہ
شُہس خرگوش در پنجہ

بلہٕ بوٗ چانہٕ گلفندہٕ
کوٗ ووکٕر بٕھس پراگندہٕ

---

[1] دورہ لوبہ بٕرٕن والہٕ [2] ووٗپرن [3] بے تجربہ [4] ژٕتیہ نکھ رٕوزِتھ [5] غلامس

# یؤری ہیتم دلبرٕ

سوٗرکوٗر بحقم گیاہ کرٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

یکھ نتہٕ دوٗزی بو مرٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

بال بو دیوانہٕ چھپیس شمعسے پروانہٕ چھٕس

چھُنے نہٕ پروا اکھ ذرٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

ڈیڈٕ تل ہزاران بو خوٗن دِل ہاران بو

ژوٗن زن لجُسو درٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

تُلتہٕ تھوٗدار روٗخ نقاب ہاورویے آفتاب

وُچھتھ ماہ انوبرٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

گوم جگر خستہٕ مے ہاوُ سُنبل دستہٕ ہے

کاٗلی گُل گژھ صنم برٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

لاُجنتھس بوزالہٕ گل سوٗر مہٕ جنتھس بوٗم دل

ساٗحرٕ جو دوٗ گرٕ ہ یؤری ہیتم دلبرٕ

لب شکر غنچہ دہان جورٕ چھ سِنہٕ زر جہان

دندمو خنتہٕ دوٗ لہرٕ یؤری ہیتم دلبرٕ

ہوٗ نجہ اندر چاہ چھُے آبس اندر ماہ چھُے

نتہٕ آب کوثرہ — یۆرِ ہیتم دِلبرہ
عاشقن گو دِل کباب — آواز بر درِ وہاب
لش چھُم چونے آسرہ[3] — یۆرِ ہیتم دِلبرہ

---

۱۔ دولیرہ مو ختہ بجہٕ پاٹھۍ آسہ تِتھے پاٹھۍ چھس زِہ دِندہٕ مالہ۔

۲۔ بجہٕ کنہ آبس اندر زۆن چھہ پرٛیزلان تِتھے کنہ چھہ چاٹسن چاہِ غبغبس اندر تہ چانہ مہتاب چہرک عکس پرٛیزلان۔

۳۔ ڈوکھ

# گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ

ریتہٕ موٗ لالہٕ سالہ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
رٕتہٕ ٹھوبال نالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
پھُلیا وُچھنہٕ باغس — وُچھہٕ کَیاہ آب ناگس
چمن رنگ ژٕہ ڈالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
سِتارہٕ سازہ وایے — سازہ وسرُود نتہٕ نَے
باسوز مار نالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
ماہ[1] رو بنازو سازہٕ — یارٕ نتہٕ چھُ پیشوانہٕ
ہرزن شہ لاگہِ زالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
ساقی سِنادٕ ہیتھ موٚے — باقی یہٕ اوس از کے[2]
از جامہِ جم یہٕ پیالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
بُرہی بُرہی پیالہٕ تھاوے — بیتہٕ موٗ بہ حال باوے
از ترٛاوِتم ملالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ
وٕہیو بتاب[3] سُنبل — وُچھ لباہ چھُ دستہٕ گُل
بلبل بہ آہ و نالہٕ — گنڈٕ یوٗ پوشہِ مالہٕ

---

[1] یہ مصرعہ چھُ دوٚن نقلن اندر غلط درج کرنہٕ آمُت

[2] کے خاندانکہِ شرابہٕ اندرٕ

[3] پٔر یزٕ لبنہٕ سبق

# مژرأو ہقس منہ

لَتہ [1] لتھ دِ ہنذ رٗو دُکھ کِتہ    مژرأو ہقس منہ
وَنہٕ ہندی پاٹھی کُر ہقس لَتہ    مژراوٕ ہقس منہ
جٲدی ماںکلہٕ نیوٗ نفم دِل    پوٗو ہفم مشکل
دأدی لِد ھبیس پژاران ینبتہٕ    مژرأوٕ ہفس منہ
بارہٕ تہٕھانڈ ہنہٕ ہیبرہٕ نہٕ لوٗن    کِتہٕ چھکہٕ آسَن
موٗت کس چھکہ گوٗمُت ینہٕ [2]    مژرأو ہفس منہ
رِدقی مبہٕ پرِتھ رنگہٕ رنگہٕ بنے وونی    رنگہٕ بنگلو [3] کہی
ژبے مو جوٗد چھکہ پرہٕ بتھ وَنہٕ    مژراوٕ ہفس منہ
رنگہٕ رنگہٕ چأنی رنگ    روٗم روٗس وو زنگ [4]
زنگہٕ مشن [5] رنگ پانے چھنہٕ    مژرأو ہفس منہ
تیز مو یکھ کرہٕ الضاف    نہٕ نہٕ چھم تاف
پأرہی جوراہٕ تژاو لو لو نہٕ    مژراو ہفس منہ
وماںبو برہم چھے سمسارہٕ    چھنہٕ کأنسی یارہٕ
پنہٕ افسوس نیٗن چھے پینہٕ    مژراو ہفس منہ

---

۱ میہٕ لِتہ۔ میہٕ ماشوقس   ۲ اصلس اندر چھ یہ لفظ تمہٕ آیہ لکھنہٕ آمُت زِ ۱۵ اکھ یہ بیک وقت "تتہ یتہ منہ" پرِنہٕ۔ اکِ نقلس چھ "منہ" نہٕ بیکہٕ "تنہ" درج کورمت۔

۳ بنگلہ چھ انگریزو بنگال قبضس آنتھ اکھ نوٗ لفظاہ بنوو مُت۔ بنگالہٕ چہ گامہ پہرٕ چھ عارضی بستی خاطرہٕ بناونہٕ یوان تہٕ بمبئی ڈلیشتھ یم عارضی سرکاری کوارٹرٕ انگریزہٕ بناوان اُسی یمن اُسی (BUNGALOW) ونان یس کٲشری پاٹھی "بنگلہ" لفظ بنیوو۔

۴ ملک حبش۔ ہبشیو ہیا   ۵ سیاہ دارہٕ والین مطلب جوان گرٕھن پانے بدٕ

# وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہ

ماہ کٔرتھس مٔاری مندہٕ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہ
کہندہٕ زالیس نتہٕ آیس کہندہٕ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہٕ
تٔمی ژھانڈان دٔالیس بال … وُچھتہٕ کوناہ کال
کوچہ بازٕہی دٔرالیس زندہٕ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہٕ
غار موقہٕ لوٚ سٟمتھ نَدوہ … گرہٕ یارہٕ دٔرالیس بوٚ
شٟتین کٔہنے آیس وندہٕ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہٕ
چھٲنی غمہٕ نٟے کوٚرنم سوٗر … بال گٲمتٕر چھٟنیس رنجوٗر
حیلہٕ کٔرتھن دٔرالیس ہندہ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہٕ
وادہٕ کٔری کٔری آہم نہٕ راتھہٕ … یارہٕ لوٚ گٔتھم بے پروا
یوٗسنے رٕبکھ نبٲے کیتہٕ اندہٕ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہ
للہٕ وُن چھُم زٕلہٕ وُن نار … بال بوٚ کٔرتھس خار
گرہٕ خوٗتہٕ گرہٕ یہٕ نار نُندہ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہٕ
وہٕلبس رٕودٕ لوٚڈ ارمان … گرہٕ نا یارمے درمان
یارٕ بے عارہٕ گٔندتھم پٟندہٕ … وَنتہٕ کیاہ چھُے ووندہ

---

۱ دِلس ۲ کہندہٕ لفظٕلک "ہ" یلہٕ ژھوٗٹراونہٕ یییہٕ تیٚلی چھُہ وزن سمان
۳ بے موقہٕ کارکرتھ ۴ وعدہ (اصل) نشاتھ بٟچھٕ زٕشہٕ نوٚدتھس۔

# گاش چھُے نا آسہٕ

نیک تہٕ بدٲی ناوٕ سٕہ — گاش چھُے نا آسہٕ
زانہٕ پانٕے کس کیاہ بنہٕ — گاش چھُے نا آسہٕ
بندٕگی رٕژ تورٕ آیاکھ — نافرمان دٕراکھ
رٕکنہٕ آیاکھ کھینہٕ تہٕ چینہٕ — گاش چھُے نا آسہٕ
کتھ کانہہ آیاکھ یورٕ — گوٚبرو وُنھ یورٕ
نار ہیوٚ تمن چھُے ہیٚرٕ[1] بنہٕ — گاش چھُے نا آسہٕ
وادٕہ[2] کوٚرمُت مشرٲوِتھ — خاب[3] چھُکھ ترٲوِتھ
آب[4] چھُے وُنہٕ اوٚدرے ننہٕ — گاش چھُے نا آسہٕ
ننہٕ تہٕ پوشیدٕہ کٔرمٕتی کار — گرٕ چھٕنے اظہار
تٕر کرٕ[5] تلہٕ سورٕے ننہٕ — گاش چھُے نا آسہٕ
ہیلہٕ بچھہ نہٕ بداعمال — ذرٕہ تہٕ مثقال[6]
روزنامہٕ کاغذ بنہٕ — گاش چھُے نا آسہٕ
وہبو ہیلہٕ پرسش لگہٕ — پکہٕ عارق دگہٕ
ہو کھرکھ مارٕ تانٛن چھوٚہ — گاش چھُے نا آسہٕ

---

۱ ہیٚرٕ بنہٕ چھُ جلٕ دزان تہٕ اتھ چھُنہٕ سور تامت موٚژان ۲ وعدہ الست ۳ خواب (اصل نیندرٕ) ۴ زمینہٕ وزٕنہ ییٚلہٕ آب مالٕ ماجہ سٕترانس لوگٕے ۵ میزان عمل ییٚلہٕ محشرس اندر پرٛتھ کانٛسہٕ ہند رٕت تہٕ بدکار تولہٕ ۶ یہ چھُ قرآن کریمکس تہٕ آیس کُن اشارہ ییٚتہٕ ارشاد چھُ سپدمُت زٕ رٕہ پرٛتھ کانٛسہٕ ییٚلہٕ نیک تہٕ بدعمل ہاوٕ تہٕ خواہ تمیک وزن اکھ ذرہ یا مثقال تہٕ کیاز [illegible]

(سورۃ الزلزال)

# بالِ واَجنھس مولہٕ

لالہٕ وَ نہٕ پێنٹھہ ترٲوتھس ڈولہٕ — بال وٲجنھس موٚلہٕ
نارہٕ زاجنھس چھیم نہٕ زولہٕ — بال واجنھس موٚلہٕ
زانہہ تہٕ آہم نہٕ رٕوٗدم شرٕ — عشقہٕ نارٕک زرٕ
کرتہٕ انصاف سانھاہ وولہٕ — بال واجنھس مولہٕ
کمہٕ سوٗ نہٕ میانہٕ گوٗہرے جود — میٚنہٕ چھُہ وٲنجہ دود
زٕبہٕ تہٕ مے منزٕ نرووٗن روٚلہٕ[1] — بال وٲجنھس مولہٕ
یٲرہی جورا کھوٚرٕ ٹھرا و — روزٕ نوٚ پٕچکہٕ چاو[2]
آسمانس مولاے ٹھوٗلہٕ — بال وٲجنھس مولہٕ
اکہٕ لٹہٕ یُدٕ میٚنہٕ ہاوکھ روے — تراوہٕ ہا خوشبوے
ہمسہٕ شکٕ یٲ ٹھین بھوٚلہٕ — بال وٲجنھس مولہٕ
وچھنہٕ کٲ تباہ دُنی یادار — کرٕہی عشقن خار[3]
منزٕ وَ تہٕ پێنٹھہ لٲگنہٕ زولہٕ[4] — بال وٲجنھس مولہٕ
وہا بوڈٕ پکہٕ لٲگِس پێنٹھ — بھاو[5] تالس نێنٹھ
چھُے تہرنہٕ کوٗلہٕ خوتہٕ کوٗلہٕ — بال وٲجنھس مولہٕ

---

۱؎ فساد   ۲؎ لوکہ چارک ناو تہٕ ناز   ۳؎ خوار (اصل)

۴؎ بیتچھان   ۵؎ اُس کربند ۔ اعتراض مہ کر ۔

# وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ

وۄلو ہمار بلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
میٲنہٕ دود دِل نیتھ ژھلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
بچھُس لو کالہٕ مارن — میٲنہٕ چھم چھوکھ خون ہارن
تھوۄوُتھ شہار بلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
خمارہٕ ہترہٕ چشمہٕ — چھبہٕ بانانہٕ وکرٕ شمہٕ
نیٚتہٕ اُمبوٗر زلہٕ[1] — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
نشاطہٕ وادہٕ نٲوِتھ — کوٗلو گوہم ترہٕ ترٲوِتھ
وُچھتھ لو تیل بلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
وچھکنا سٕندہٕ ہندشود — چھلہٕ لو ابھرتہٕ گھوہ
یہ خوشبو عطرہٕ ملہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
صدایِ عاجزان لوز — دماہ کن دأرِ کھتی روز
ژہ پٔرژھتہٕ ڈیڈہٕ نلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
خراب وخستہ بیمار — چھ جان برلب نہٕ آزار
چھو کہٕ لد نیزٕ[2] پھلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ
وٲمن تیرو نیزہ — وُچھتھ چاٲنی ستیزہ[3]
کوٚرن ادہٕ حوصلہٕ — وندہٕ لو یارہٕ کلہٕ

---

[1] آنبوٗر ہتھیارُک ہجر  [2] نیزہ پھبہٕ ہتہٕ زخمی گژھت۔ نیزہ گے کاشوٗ قہٕ سٕندی اُچھر وال۔
[3] جنگ۔ ستم۔ کاژھ

# ہا دلبرہ کرہ کیاہ

کاژہ زٲون زٔن لاجنقس دٕرہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
تازہ پوش زٔن کٔرتھس برہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
لول چھم ہولہ چانے مرہ — مرنہٕ وٕزے پرہ کیاہ
چون ڈوٗرپرکو تاہ ذرہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
چانہ لولہ چھم ارہ سرہ — وسہ نار چھم ذرہ کیاہ
وتہ ہینہ چھیس پہیٚر پیدا[1] — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
ژے ژھانڈان دٕرایس گرہ[2] — غارہ ژان چھیس ڈرہ کیاہ
چھم نہ وٕتھ وٕبز کتہ تام مرہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
رود چھم مے جو ذو گرہ — جادہ لشنے درہ کیاہ
بیہ تز آدی منی چھی اجدرہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
موٗدی گا تباہ چانے شرہ — گیبہ وٲران کرہ کیاہ
بو نہ مرنس وٕونی کیاہ ڈرہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ
وہتو آب وٕچھ آ گرہ[3] — جوٗیہ[4] اندہ سرہ کیاہ
آگرہ گزھ[5] سوٗرے سرہ — ہا دلبرہ کرہ کیاہ

---

۱؎ اکھ وٕوبرہ ہش — ۲؎ یہ گوٗڈہ ازی کہ تلفظ مطابق "گرہ" آسن۔ مگر نیبہ سمہ نہ وزن
۳؎ آگرہ (اصل) — ۴؎ محدود رزنہ — ۵؎ عالم روحانیت

# مارِ گزندہٕ

میٚنہٕ ژٲپان سینہٕ ہیم مارِ گزندہٕ
چھہٕ گیاہ پُرکینہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

گۄرُ نتھے پارٕہ پارٕہ بالہٕ یارو
ژٕبہٕ چھِی کمہِ دٕ بنہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

سیاہ رنگہٕ یہ ماچھےُ مشکِ ناتار
اُنتھ ماچبنہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

نہٕ کینہ عاشقن ہیم سینہٕ ژٲپان
ژٕبہٕ قوٚلوٚ چھی نہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

چھہٕ تھاوان ژٕورہٕ زیرِ سینہٕ ہر دم
مہٕ[2] وپرہٕ وینہٕ[3] ہیم مارِ گزندہٕ

چھہٕ لاران آہر کے ژٕرانتے بہ تیزی
سوٕبے آہینہٕ[4] ہیم مارِ گزندہٕ

شۆنگتھ چھی حسنہٕ گنجس پنٹھ رٕہ شہمار
سرِ گنجینہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

نہٕ گلارستنے پنٹھ مست در خواب
وُچھم بہِ سکینہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

وہاب تو کھوژ مارن خوف جان کر
کھینے مسکینہٕ ہیم مارِ گزندہٕ

---

۱ ژٲپل سرِ پھیر
۲-۳ زٕون تہٕ
۴ اکرٕ یتہٕ دٕ ہوی پتہٕ یزہٕ تارکھ ہیم زرانہ
۲ سینہٕ معشوق —

# غزل

ہا یارہٕ آمانہٕ چانے وُچھتو بہٕ چھُس کمہٕ حالہٕ
آہم بہٕ چھُم کیاہ مانے[1] کیاہ میون چھُے ملالہٕ

نیو تھم مےٚ خواب و آرام کوٚر تھم مےٚ منذ ین شام
ناحق گٔژھس بہٕ بدنام گوتاہ بہٕ دود ژ الہٕ

آوارہٕ چھس پریشان زانہٕ بو چھینہٕ ڈلیشان
چھُم جان و دل پریشان غمگین بہ آہ و نالہٕ

چھیس وتہٕ پیٹھ بہ پژاران از دیدہٕ خون ہاران
چھم مار چانی ماران مار ورُس بہٕ نالہٕ

گو ہم شراب چاوِتھ ژوٚلہم خراب[2] ترٲوِتھ
بمبرزلہٕ مےٚ ٹھاوِتھ زَن چھی شراب پیالہٕ

یاما وتم سہٕ ماہ روٗے محراب کعبہ ابروے
دِل ہیتھ ژوٚلُم سہٕ گیسوے گل زَن لجُس بہٕ زالہٕ

خوار و خراب خستہٕ آوارہٕ دل شکستہٕ
استادہٕ دست بستہٕ افتادہٕ کمہٕ[3] حالہٕ

وچھ موج اچھ پوشن سبزار کیاہ چھُہ گوشن
بلبل بہٕ گلٕ چھُہ توشن مشتاق سوے لالہٕ

بردرو ہا سب پژاران از دیدہٕ خون ہاران
کوٚر تھم ژ بےٚ تیر باران کُس مار مِٹہٕ کھالہٕ

---

[1] معنی ، اصل ؛ [2] خراب گژھتھ یا مے خانہٕ ترٲوِتھ ۔ [3] بد ، سیٹھاہ بد حالہٕ ۔

# دماہ اکھ روزٕ آہستہ

تہٕ کوٗرتھس بارٕ دلخستہٕ
دَما اکھ روزٕ آہستہٕ

بچھوٗ نم چھکھ کمر بستہٕ
دَما اکھ روزٕ آہستہٕ

بمبر زلہٕ چشمہٕ کیاہ چھےٚ مست
مینہٕ حال وہوش گوارِ دست

بترِ تھ زلن کھاسِنے مَس تہٕ
دُما اکھ روزٕ آہستہٕ

دِوان چھکھ تیر بے وابہ
کوٗرُتھ ژی عالماہ ضایہٕ

کمان ابرو چھہ پیوستہٕ
دَما اکھ روزٕ آہستہٕ

بہٕ چانی لالہ رو خسارن
وُدہ زلن زولنس نارن

ژٕ تیہٕ رو رخ چھی سوٗرُخ گلدستہٕ
دَما اکھ روزٕ آہستہٕ

پریشان حال آوارٕ
چھُسے استادٕ بے عارٕ

بہٕ بے سامانہٕ بےکس تہٕ
دَما اکھ روزٕ آہستہٕ

ژٕ وُچھتہٕ پانہٕ کیاہ چھُم حال
مینہٕ وَنتم برٛادٕ کوتاہ کال

دَوا دِم پننہٕ نے دستہٕ
دَما اکھ روزٕ آہستہٕ

دِلبس کر وفا[2] وادٕ
چھُہ برٛادان وُچھتہٕ استادٕ

بدام عشق پابستہٕ[3]
دَما اکھ روزٕ آہستہ

---

۱ مبانس خولنس ۲ وفا وعدہ (اصل)

۳ زنگہ گنڈ بق -

# غزل

ژٕ یاروشیرہ لاگے ژٕ بیہٕ سُنبل تازٕ تازٕ
میہٕ اُفی مے شالہٕ باغہٕ[1] ژٕ بہٕ کرٕ گلُ تازٕ تازٕ

بیم[2] انہٕ لالہٕ در باغ سرود و ساز تہٕ راگ
ژٕ خورن بیٖہہ تہٕ مشر باگ غزلُ نل تازٕ تازٕ

شگوفہ[3] پوشہٕ موٗرن تماشا و چھیتہ خورن
چھ تل ذٔون کنہٕ ذٔورن زٕ کا گلُ تازٕ تازٕ

گولابن ہٮ۪نہٕ خوشبوی گلالہٕ پھلی ہر سوے
ژٕ بیٖہہ لو لالہٕ بر جے انے گلُ تازٕ تازٕ

کبوتر و چھ بہ پرواز قمری کوٗ سنتوٗری ہمراز
ژٕ دردٕ چ بوز آواز بلبلُ تازٕ تازٕ

وزن ہیٚوت آبہٕ چھوٗبن گرزن ہیٚوت پوشنوٗلن
دواہیو دِل موٗلوٗکُن[4] بہ غلغل[5] تازٕ تازٕ

ذٔو ذٔے لیُس عشقہٕ نارٕ تمس کنہہ چھے نہٕ چارٕ
وہابہٕ کرٕ زٕ وارٕ تا تَل[6] تازٕ تازٕ

---

[1] سرینگرس اندر "شال" خاندانک اکھ باغ یٚیتہٕ حال حال تام یوسمن پھلے چھاو نہٕ لو کھ اسی یوان۔

[2] اکس نقلس اندر "بینہٕ مو"۔ اصلس اندر چھُ وہابن ہنزٕ اتھہٕ یہ مصرعہ نٕہرٕ ناوِ نتھ بیٖہٕ کنہٕ "بیم انہٕ لالہٕ در باغ"... درج کورمُت۔ [3] شگوفہ (اصل) [4] ملولن (اصل)

[5] صُرہیہٕ اندرٕ پیلہٕ پیالس شراب تراوان چھ امہٕ چہٕ آوازٕ چھ "غلغل" وَنان

[6] صبر۔ ژٔڈ

# کرے واو پوشہِ لنجہ

مینہٕ لو دِل رو زِہ ڈنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
لوٗگُم وأنجہ پنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
مستیو ہرِی ہے مینہٕ پیالہٕ    چٹّیو داماہ ژرہٕ لالہٕ
نتہٕ بو گژھہ رنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
ملہِ کو فؤر یادِ آن[۱]    ہیتم چھےٚ وُنہٕ آدن[۲]
بلہِ نا امہِ ژنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
ڈُرِس بہٕ تولہِ نارہٕ    جگرے گوم پارہٕ
چھہٕ ہیوٗن ہیوٗن کھنجہ کھنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
بو کرُنس بستہٕ دردام    مینہٕ چھُم نہٕ خاب[۳] وآرام
عذابس درِ شکنجہ[۴]    کرے واو پوشہِ لنجہ
مینہٕ عشقن ہتو وارمان    بنیو ونہٕ اتھ مینہٕ درمان
بہٕ حسرتہ چھم مینہٕ کوٚ نجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
دہان غنچہ شکر لب    عجب گیاہ چاہِ غبغب
حیاتُک ناگ ہو سنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ
چھہ گنجس أچھی شمارہ    کران مو ختا چھنےٚ لارہ
چھوٗنی گیاہ حسنہٕ گنجہ    کرے واو پوشہِ لنجہ

وہابوٚ بالیہ یارٕ ن      گوٚرُن کیٚاہ بے قرارن
کٔڈِن تمیٚ مُلہ موٚ سنجہ      کہرے واو پوشہ لنجہ

---

۱؎ کھوٚرن    ۲؎ لوکہ چار ۔ جوانی    ۳؎ خواب (اصل)    ۴؎ یہ اوس پٔرانہٕ وقتہٕ عذاب کرنک اکھ آلہٕ تہٕ    ۵؎ بحسرت (اصل)

۶؎ کم گٔژھی ۔ حسنہٕ گنجہ چھ مناؤی ۔ امہ برو ٹھہ پلسے نداچھ محذوف ۔ یا نے اے حسنکہ خزانہٕ (ماشوقہ) ژٕ ییہ کیٚاہ گٔژھی کم ؟“

# میٚہ نیوٗنم حبیٚس اکی پیالہٕ

میٚہ دِتِتھم کایہٕ وٲلِن مَس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
پتیوٲنی لوٚکھ میٚہ کوتاہ رَس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
میٚہ زٲجم لولہٕ نارن وَس — جگرس گوم پرہ کالہٕ
بہٕ ووٚنی دیوانہٕ گامژ چھیٚس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
یہ اندرم دود باوے کَس — بہٕ ووٚلنس جادِ کی زالہٕ
چھیٚیہ پوٚختہٕ جادی ما نکل نَش — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
کمانے زورہٕ موکلہ گَس — بہٕ لوٚ ہم بیتر ووٚنی ژالہٕ
مرِے بوٚ کرتہٕ لِلّٰہ بَس — میٚہ نیوٗ نم اکی پیالہٕ
متیو کَس نِشہ لوٚ گیوٗ رَس — بوٚ چھیٚس مخموٗر متوالہٕ[2]
ژِہ نَے یچھہ بوٚ مرِے بےکَس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
سیاہ چشمو میٚہ نیوٗ ہم حبیٚس — گیٚس فلوا بوٚ لٕ لالہٕ
ہُرِ ہتھ چھی زرد کھاسِلن[3] مَس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
یہ اندری ژوٗر آلسی بَس — سہٕ کرزانہٕ لسہ آمہٕ حالہٕ
چھُہ تَس سے ضربِ خنجر بَس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ
میٚہ شینکی پاٹھی گوٚرِم ژَس — میٚہ نیٚرے منز گوم منوٗ کالہٕ
کنِہ بوٚ کلہ چھاوان چھیٚس — میٚہ نیوٗ نم حبیٚس اکی پیالہٕ

وہاوٕ تراو لوٗ وسوٗس      یہ دنیا اوس جنجالہ[4]
یہ کس رۄزان نہ رۄزی کس      مہ ننیوم جلبس اکی پیالہ

---

[1] "کمانہ ہُنڈکس چارٕن" گو زورکٕر سخت امیکٕ تانتہ کوٚر چارٕن یمہ ستی تیر سیٹھاہ برو ٹھہ نیرہ

[2] فلوا -      [3] پُر خارٕ اچھن      [4] نیا یچی جابے -

# غزل

وٚولہ نیبرٕو بارٕ وُچھ نے آسہٕ مادرٕ عیدٕ گاہ
وٚون مٮ۪ہ کاوٕن مارٕ[١] بچھٕہ[٢] نے نوٚن چھواتان گاہ گاہ

عالی[٢] مسجدہ نکھہٕ آسان بوٚنہٕ شٕہلس سرٕو نازٕ
گاہ آسان ژرٕوٕرہ تہٕ[٣] گاہ فرازٕ[٤] خانقاہ[٥]

لفلہٕ[٦] بوٚنیٮ۪ن تٕل بہ خلوتھ گاہ گاہے چھس مقام
گاہ پوشیدہ شہ تنہا گاہ اندرٕ چارٕ راہ

پرٕتھ دوہہٕ آسان تمٕنس تبدیل اندرٕ روز و شب
گاہ فنا فی اللہ سُہ آسان گاہ ژٕندرٕ گاہ ماہ

بُت پرستن سیتی آسان گاہ سُہ بتخانن اندرٕ
گاہ بہ کوچہ درٕ گدائی گاہ بدنیا پادشاہ

گاہ نوٗح درٕ بادِ طوفان گاہ درٕ آتش خلیل
گاہ اسماعیل قوٗربان گاہ یوسف بہ چاہ

گاہ موسےٰ کتھ کرنے گوٚ فرازِ کوہِ طوٗرٕ
خوش لحن داوٗد درٕ دنیا سلیمان پادشاہ

اَز احد احمد ننیو و تہٕ احمدس زٕ بیا احد
دوٚن اندر ہُند کینژہٕہ چھُہ ہیوٚن کڈو چھِنٛہٕ بنٛہٕ کُن رٕٹۍ دکیاہ

یہی چھُہ باقی ٹی زٕ بیٚہ مطلب زان اکھ منتر ایو ماب
قطرٕ در دریا تہٕ دریاوس بہ قطرہ فرق کیٚاہ

---

سٮ۱ زلف یار ۔ مطلب معشوق        سٮ۲ تمن بیچھنہٕ یم عید گاہ آمٕتۍ آسن ۔
سٮ۳ شہرٕ کِس عید گاہس اکھ اکھ مکانہٕ        سٮ۴ ہیوٚر ہیہن ۔ وٕ تہٕ منتر ۔ نزدیک ۔ دچھنۍ کھووُر
ہیِرہ نہٕ بوٚن        سٮ۵ خانقاہ شاہ ہمدان علیہ الرّحمہ
سٮ۶ یم شہرٕ کِس عید گاہس قبلہٕ طرفہٕ چھِہ        سٮ ژرُوُولِس بیٚٹھ ۔
سٮ۱۲ سلطان سکندرٕ سٕندِ وقتہٕ چھِہ اَمِچ بُنِیاد کھالنہٕ آمٕژ ۔ یہ بُنِیاد آس حضرت میر محمد ہمدانی زٕ
صاحبن مُلی ہیژمٕژ ۔ سلطان سکندرس پتہٕ کوٚر اتھ مُشیدٕ ہٕنٛدۍ بیچوی علی شاہن واریاہ کھجٕر پیچھر
تہٕ آمی سٕندۍ سبی ناوس پیٹھ چھُہ اتھ "علی مسجد" بدلہٕ "عالی مُشید" ناو چلہٕ وُن رودمت ۔

۲۹

# غزل

(وادنیٔ)
مئے کرٕتم دِرمان طبیبہ — مئے چھُم دردِ جان و دل ارمان طبیبہ

سیٹھاہ چھُم آرزو دیدارٕچ جانیکُ — الٰہی تہٕ آسہٕ نا مئیانے نصیبہ

کرُم منظور بر داغِ غلامی[1] — کرٕم در بندگی فرمان[2] مُنیبہ[3]

مہ تِراوُم دورٕ ہیٚو از کوے رحمت — اَمُن درزٕ مرٕہ دربان قریبہ

بہ ہنبر کھس دعاے مغفرت پیٚرہ — گژھن آزاد پُر عصیان[4] خطیبہ[5]

عجب بُدمے کرکھ بلکل عجب نہٕ[6] — گژھی نہٕ رحمتس لوٗ قصان عجیبہ

رِدُم آلو وہا بیٚر لوٗ تہٕ وانہٕ — دوٗ لو نزدیک پُر عصیان غریبہ

---

[1] غلام داغ تھاونس پٮ۪ٹھ [2] حکم [3] مُنیب چھُ خدایہ سُندٕ اکھ صفت آلو بوزن وول دے۔ [4] نافرمانی کرن واٚل بندٕ

[5] اے خطبہ پرن والہ [6] اگر مئے حق آسہٕ ورٕاے پننہٕ رحمتہٕ سیتی مغفرت کرٕنہ تعجبی منز تراوکھ بہ چھنہٕ کینٛہہ عجب تہٕ کیازِ زٕ چھکھ کاینانس اندر عجیب کار کرن وول (عجیب خداے۔

# غزل

مدلوارہ بدن زولُھ مِیہ نارہ
مِیہ ترٲوُم آب نارس بالہ یارہ

بلن[١] مے دردِ دل دیدارہ چانے
ژلن مے غم تہٕ ہم[٢] از یک اشارہ

مِیہ چھُم از دردِ ہجرت جان برلب
مرہ بو کیاہ کرہ کینٛہہ چھُمنہٕ چارہ

اگر مے ہاوہم دیدار یک بار
بنیم مے زندگانی از دوبارہ

زُلف چانی چھِ ظالم کالہٕ شہمار
سیاہ شہمار وٕے گوٚرہس ژہ مارہ

کوٚرُم آمی لالہٕ رو خسارن ستم مے
ہیم مے دلبرو چھُپٕس لو آوارہ[٣]

پریشان حالِ چھِس دلخستہٕ مسکین
ژٕ یہ چھُے نا عار مَیانے بالہ یارہ

ژہ چھکھ موٗت گومتن نازن تہ خارن
نہٕ چھُس بہٕ دریستادہ انتظارہ

وہاب ازغم پریشان خستہ خاطر
دزان اندری سۄ[٤] ہم زُن لولہ نارہ

---

١ وہاب چھِ "دردِ دل" مرکّبس اندر "درد" جمع تصوٗر کران "بلن" لیو کھُت

٢ "ہم" چھِ غمس ہم وزن مہمل لفظ ورتاوِ نہٕ یوان۔ مطلب چھِ آسان غم تہٕ پریشانی بنیرہ

٣ آوارہ بدلہٕ وزنہٕ بابت "اوارہ"

٤ "ہُم" چھِ کأشرِ بن سرن اندر اکھ خوشنما گاسہٕ قسم یتھ لۄکھ ولی نہٕ کران تھاوان چھِ تہٕ رسنہٕ بدلہٕ کھیوان چھِ۔ یہ چھُنہٕ اَبی جہ ہندی یا بٹی سہل سہل ہوٚکھان۔ رنہٕ گرٛھنہٕ تہٕ اگر امہ چہ دلی نہٕ نارہ دِموہ یہ چھِ وار یاہ سۄتہٕ سوتہٕ دزان۔ کأشرہ شأیری اندر چھِ گوڈنچہ لٹہٕ وہاب یہ لفظاوٚن مُت۔

# درِہ لوٗگمے دوٗہ

بال گاٹُرٕ چھیس بامبرہ — درِہ لوٗگمے دوٗہ
ہیٚچھ بیس گوادٕ کیاہ کرِہ — درِہ لوٗگمے دوٗہ
تازٕ پھُلیاہ آسم ہتھرہ — یام ڈیوٗ ہٹھن پوٗہ
پوش ہری پیٚتھ روزٕ کنڈی ہیرہ — درِہ لوٗگمے دوٗہ
یارٕ زٕ ہی پنٕ دژالیس گرہ — بروٗنہٕ آمو کوٗہ
دادی لدٕسیے کوٗہ کیاہ کرِہ — درِہ لوٗگمے دوٗہ
ہیٚچھ نیبرے آلوان نیرہ — بالہٕ یارو بوٗ[۱]
لنٕ موٗ سنجہ یان نژاوے لرہ — درِہ لوٗگمے دوٗہ
وہیٚبو بیٚنٕ ہرکانہٕ مرہ — چھکہ[۲] زٕ ماران ژھوٗہ

مرہ بیس لس کس کیاہ کرہ
درِہ لوٗگ[۳]مے دوٗہ

---

۱ دیوانس اندر چھ "بوٗہ" ۲ نہ زانہ ہتھ نہ کیاہ زہ چھکہ ژھوٗہ ماران۔
۳ لوٗگمی (اصلی چھ [illegible]) لوٗگ میے "نہ" لوٗگمے "دوہ نہ دوے مانے بیٚنہ ہیکن۔

# مناجات

کرُم مے عفوِ عصیان برحمت یاالٰہی ‎ مٮ۪ہ گوٚر بدنہ ژٕ کر جان یاالٰہی
بہ چھُس اندر گناہ غرق سراپا پاے تا فرق[1] ‎ مٮ۪ہ کاسُم دور ہرچ فرق[2] برحمت یاالٰہی
کرُم بے حد مٮ۪ہ بدکارِ ژٕ مخلقن مٮ۪ہ ازار[3] ‎ کرُم ووٚنی عفو کر نم کار برحمت یاالٰہی
بدِ بخت ووٚنی دراو ب آس اَلدِ بھروسے آب آس ‎ ژٕ کرتم ووٚنی یئن پاس برحمت یاالٰہی
ہمیش نہ کانہہ ہیٚیپے ناوُش دِلخستہ ژٕ کُن آو ‎ نٮ۪تے مطلب ہمیش دراو برحمت یاالٰہی
وُمر ضایہ بہ غفلتھ[4] کرُم بدکار نے ہتھ ‎ ژٕ ہاوُم اصلیچ وتھ برحمت یاالٰہی
پوٚکس بے راہ چوٚ آماش[5] کرُم نہ جان گاماہ ‎ دِتم اکھ آبہ داماہ برحمت یاالٰہی
سنجامی گوس گمراہ پھٹر نہ مے بہ دل[6] اتھ ‎ کرُم واصِل بہ درگاہ برحمت یاالٰہی
وِچھنتھ مٮ۪وٚنے یہ کرتوت گومت ابلیس مٮ۪ہوہ[7] ‎ کھوٚتش مے کرتہ سو لوٚت[8] برحمت یاالٰہی
مٮ۪ہ ہٮ۪و بچھ بے عمل کانہہ چھُنہ در دورِ دُنیا ‎ ژٕ بدہاوکھ الِس راہ برحمت یاالٰہی
مٮ۪ہ چھُمنہ کانہہ تہ سامان بہ ابلہ[9] دراس نادان ‎ بدس بدمے کرکھ جان برحمت یاالٰہی
بہر دم توبہ ٹیری ٹیری کرُم عصیان ژٕری ژٕری ‎ مٮ۪ہ کاسُم غفلتکی کھٹری برحمت یاالٰہی
گناہ ہیم کرُہی مٮ۪ہ از تام ز شب اتہ روز تا شام ‎ چھُلکھ تم نم بہ اسلام برحمت یاالٰہی
بہ آوارہ تباہ کار پراکندہ گناہ گار ‎ ٹُدین عابن ژٕ ستار برحمت یاالٰہی
مٮ۪ہ عابن ستر کرتم درِ رحمت مزرتم ‎ زعرفان سینہ بہ تم برحمت یاالٰہی

بہ نورِ فیض و رحمت رفیق و والدین ہیتھ
نصیبہٕ کرمتہٕ جنت برحمت یا الٰہی

بہ چھُس بے دست و بے پاے پریشان حال ہے ماے
دِتم فے جنتس جاے برحمت یا الٰہی

وہاب از کارِ شیطان زِ کردٕ خود پشیمان
عطا کرتم ژٕ ایمان برحمت یا الٰہی

---

۱۔ سراپا = کلہٕ پیٹھٕ زنگن تام۔ فرق = تال

۲۔ دوٚمیس مصرعس اندر "فرق" لفظ وہابس مُشتبہٕ گومُت۔

۳۔ ٹھیکِتھ۔ پوٚرٕ دوہ میدٕ تھاوِتھ۔ کُنہ کُنہ علاقس اندر چھ "بندِتھ" تہٕ وَنان

۴۔ بغفلت (اہمل)    ۵۔ عربی "اعمیٰ" اُنّن

۶۔ "یہ" چھُنہٕ دیوانس اندر درج سپدمُت    ۷۔ عدو خوٚتہٕ حاران

۸۔ اوٚر    ۹۔ دُل۔ بے وقوف    ۱۰۔ پننہٕ کرتوتہٕ نتہٕ بینہٕ نیو اعمالو

# نعتِ شریف

کونہ پرو اُسی مُنز نبی[1] — صلی اللہ علی النبی
عاصیَن ہُند سئے مُربی[2] — صلی اللہ علی النبی
خالقس اوس فقط مُدعا — خلقس منز رسولِ خدا[3]
نور تہٕ فیض براہِ ہُدا[4] — صلی اللہ علی النبی
نورِ نشے پاٗدا کوٗرن — سینہٕ تمس رحمتہٕ بوٗرُن
عقلِ کُل تس دِلس جوٗرُن — صلی اللہ علی النبی
سوٗز رحمت پروردِگارن — موکہٕ لاوِی گناہگارن
کمہٕ بابتھ چھہ اُسی بتھارن — صلی اللہ علی النبی
سون نبیؐ چھُ بھدرہ شاہنہ — عرش تمس چھُ کوٹشہ خانہ[5]
نورہٕ بوٗرت سُہ دُر دانہ — صلی اللہ علی النبی
اُوٗنگجہ ستن اشارہٕ کوٗرُن — زٕونہ ژٕ ٹکھ دٕو پارہٕ کوٗرُن
رُوسیاہ قومِ کفارہٕ گوٗرُن — صلی اللہ علی النبی
اوٗبرہٕ چھتُر تس سایبانہ — ژھایہ ہُندے بُزس نشانہ
نورہٕ لوٗرُت سُہ دُر دانہ — صلی اللہ علی النبی
سون نبیؐ پائے عنبرن — تاجکی پٲٹھی زیبا سرن
تمہٕ تہٕ یہو سے درودہٕ پرن — صلی اللہ علی النبی
جنّ و انسان زمین و فلک — گژھ تہٕ کلی ملوک و ملک[6]

چھِ پیران علیک علیک — صلی اللہ علی النبی
خاک و آتش بیٚیہ آب و ہوا — بیٚیہ یہ کینہہ چھُہ تمہ رسوا
تمہ چھِ پیران نوا بہ نوا — صلی اللہ علی النبی
کوہ ناگہ یوہ تہ شمس و قمر — وحش طیور یم جانا ور
سارنٕے ورد چھُہ زیوہ اندر — صلی اللہ علی النبی
برج و ستارہ تہ راس و ذنب — بییمہ سٕتن پیرزان چھُ نب
سارنٕے چھِ وظیفہ بہ لب — صلی اللہ علی النبی
عرش و کرسی درود پیران — بیٚیہ ساری پیغمبران
وچھنہٕ نازل چھُ در قرآن — صلی اللہ علی النبی
پانہٕ میانے غافل مہ روز — زندگانی چھیوٗ ژ بیہ ہنوز
جان و دل یہ وکمہ لبوز — صلی اللہ علی النبی

---

۱ گناہ گار ۲ رٹھِن و دل تھاونہٕ ہدل ۳ حرف ۴ ہدایتہٕ چھِ و نہٕ خاطرہٕ
۵ گوٚژھور باپتھ جایہ ۶ دنیہکی ساری ملک ۷ علیک علیک فقرک مخفف یعنی صلی اللہ علیک ۸ علم تنجیمس منز "راس جدی" تہٕ "راس سرطان" یم چھِ آسمانکی یم زٕہ مقام یوٚر کنہٕ ۲۱ مارچ تہٕ ۲۱ ستمبر آفتابہ چھ پکان۔
۹ اکہ ستارک ناو ۱۰ "چھ" لفظ چھنہٕ دیوانس اندر
۱۱ اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَیُّہَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا (سورۂ احزاب)

# منقبت چار یارِ با صفا

چار سردار چار یارِ نبیؐ — سُاتی غمخوار[1] چار یارِ نبیؐ
اُسی ہم روز و شب بجان و بہ دل — الیسنادہ بکار و بارِ نبیؐ
کار اُد سکھ ادائے فرض و سنن — خانمان ہم بہ جانثارِ نبیؐ
اُسی در ہر جہاد در ہر جنگ — متفق ہم بہ کار و بارِ نبیؐ
سہ ابوبکر حضرتِ صدیقؓ — شیخ اسلام یارِ غارِ نبیؐ
ثانی اثنین اذ ہما فی الغار — وحی نازل بنامِ یارِ نبیؐ
یارِ ثانی سہ عمرِ فاروقؓ — لُس سِیُن جان و دل نثارِ نبیؐ
کور نہ نمی زانہہ بروز و شب آرام — تُل نہ بر سر بہوش یارِ نبیؐ
شاہِ عثمان جامع الفرقان — صاحب شرم[3] نرم یارِ نبیؐ
اُسی ناظیم[2] لس کران ساری — او س لس قدر و اقتدارِ نبیؐ
سہ علیؑ ولی[4] شاہِ مردانؓ — گلبنِ[5] باغ گلعذارِ نبیؐ
در جہان رو و فیض[6] حق باقی — از علی سے جھ یادگارِ نبیؐ
اے وہاب زہ نہ وونی فدا کر جان — دل نہ بنیہ دیدہ کر نثارِ نبیؐ

---

[1] غمخوار (اصل) تعظیم (اصل) [3] "قدر" یہمہ موجب زہ بمن آیہ آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم منزہ
زہ کورہ اکہ اُکس پنہ نکاح تہ "اقتدار" امہ موجب زہ ترمیم خلیفہ اُسی بے۔
[4] وارث ولایت [5] گلاب بُھر [6] دنیوی فیض خلافت باطنی فیض۔ روحانی دُنیا

# منقبتِ حضرتِ سُلطانؒ

جنابِ حضرتِ سُلطان چھُ فیض ورٕتس بأنی
حبیبِ ذاتِ عالی شان تہٕ محبوبِ سبحانی
بَبرٕ لَس خلعتِ غوثی رٕفیق حضرتِ ویسیؒ
زحق چھُس ملک موروثی بسر تس تاجِ سلطانی
چھُ ختم الاولیا سلطان تقی تہٕ اتقیا سُلطان
کران مِٹسرٕ کیمیا سلطان کنین دُر جوہرِ کانی
شہٕ قطبن غوث تمنے ہند شاہ چھِ ہم تارکھ تہٕ سلطان ماہ
بہ حالِ مخلصان آگاہ بہر کس مُشفق جانی
مریدن مخلصن ہردم سپُن غمخوار در ہر غم
توے محبوب در عالم لقب لَس آو اسمانی
غریبن ہند شہ سرمایہ شہٕ بر سر سایہِ نے سایہ ✱
زٕداوَر لَس چھُ تھوٚد پایہ لقب لَس قطبِ ربّانی
تہی دستن شہٕ گنجینہ بہر کس صاف بے کینہ
مُصفّا ہمچو آئینہ تہٕ خورشیدِ نورانی
چھُ مظلومن پٕتھ امداد کران سُئے جابرن برباد
غمس اندر کران دلشاد مریدن از مہربانی
کریم سلطان خاکس زر مِتہٕ نا کارس کریم بہنر
لبعد و مید چھُس بر در چھُ اُسی خارٕ تھ خورجانی

✱ مریضن ہند دوا مخدوم ہمہ حاجت روا مخدوم
اے برگ و نوا مخدوم زہر مشکل آسانی

میہ موٚ خاجس کرِم خورسند بہ چھُس لاچارٕ حاجت مند
دِتم اسلامس یٚتھ اندر نمتۍ دٔرہ مسلمانی
بہ چھُس مسکین گدا بیکس زٕ چھُکھ شاہِ شہان بےبس[6]
دِہ کینہہ خاطرٕ مسکینس زٕ بہ چھےٚ شاہی نہ سلطانی
شہس شورِ گدایان خوش غریبن عاجزن ہُندٕ وٕنِش
گُڈِ وَدستِ شریفن کٔش جو برقِ ابرِ نیسانی[7]
وہاب از فکر و غم رنجہ دِتم کینہہ فاضہ کے گنجہ
بینہم ہے ادہ دِل ڈلجہ زٕ لیم غم تہٕ پریشانی

## دوبیتی

بہ چھُس دِل خوش بہ مسکینی بنازٕ جاہِ سُلطانی
میہ چھُم سۆے مشک دربینی زِ دارغ راہِ سُلطانی
میہ کیاہ غم از سخن چینی چھُہ سُلطان رحمتک بانی
میہ کاسِم سۆے پریشانی سہ چھُم محبوب سبحانی

---

۱۔ شانن ہیتھ ۲۔ سہ لال شہ فطری عوا طوستی بنیو مُت آسہ ۳۔ "و" چھُنہٕ دیوانس اندر سون پن تہٕ سون موہ ۴۔ اپھ چھُنہٕ ۵۔ خیرات خور (اصل) خارانہ کھینہٕ وأل ۶۔ بے لبس انسانن ہنٛد شہنشاہ۔ دیوانس اندر چھہ "بے بس" لیکھنہٕ آمُت ۷۔ وُہراٹ وٕ برجیہ وزہ ملہ ہندی یاٹھ۔

# غزل

(بمقامِ سنگہ باغ ناوہ پورہ سری نگر)

جانانہٕ سرودٕ ساز لاگے ۔۔۔ سامانہٕ زری بہ ناز لاگے
محمودٕ ووہ لوٗتہٕ زرخریدٕ ۔۔۔ غلام چوٗنے آیاز لاگے
بروے مصحف کرٕ تہٕ تاظیم ۔۔۔ لبوے کعبہ نماز لاگے
غرض متہ اوسم پنٕن دل و جان ۔۔۔ بدامِ زلفِ دراز لاگے
بہ لب لب و ہم بہ سینہٕ سینہ ۔۔۔ بجاےٕ خلوت[1] بہ زار لاگے
بہ درستادہ بہ نالہٕ زاری ۔۔۔ بہ زور و شور و آواز[2] لاگے
وہاب لعشق نو ہمچو مجنوٗن ۔۔۔ دیوانہٕ با مجاز[3] لاگے

---

ت[1] اندکُن روز بِہ کُنہ خلوکھ جایہ ۔ ت[2] "آواز" لفظکٕ ژھوٚٹ

ت[3] پیزی پاٹھؠ چھ وہاب یہ غزل لیکھنہ وقتہ "مجازی دورہ" منزٕ گذران اوسمت ۔

# غزل

بُہ دردَن زر دکٕرلس دِزان چھیٚس نارہٕ وٕلسی بے
زد نیا سِر دِکٕرلس اکی اشارہٕ وٕلسی بے[1]
میہ ہیٚلس گوٗ ہٕ گوٗ ہٕ کنے زَن گوم ہچُ ہٕ
وُچھُن بُد چھے ہُنُو ہٕ دو لہٕ وُچھ وارد وٕلسی بے
میہ ترٲوُم آب[2] سرشار زہٕ وُچھ کُنٛھ نیٚر مے نار
چھ وُسو خنتس کوٗ[3] خیٚم آزار یہٕ آنٛچ دارہٕ وٕلسی بے
دُزِ نخو مے گو متن سوٗر سہٕ آندر لشہٕ نخمو ہٕ
بہ سوز و ساز سنطوٗر چھُ ہیٚنہٕ ستیارہٕ وٕلسی بے
پرٛ ژھم ہٕزا ہنہٕ میہ نمی حال وٚولم شہمایٔ وُےٚ نال
چھُ لاگنٛھ ہتھو مُت زال سیاہ تھٔ نارہٕ وٕلسی بے
میہ نِش ہٚول ہٚول سہٕ نیران سہٕ غارن ہنٛنی پھیٖران
چھُ ناز و ساز شیٖران دِوان چھُم خارہٕ وٕلسی بے
عذالس منز گرفتار کیا لس نالہٕ ہیٚتھ نار
وہالس اندرین کار زہٕ کٕنٛھ چارہٕ وٕلسی بے

---

۱ رژھ رژھ ۲ نشہٕ آور آب۔ گوٗل ہیٚر تھ آب ۳ دُدی مُنش

# غزل

ملالہ وڑہ لو تہ حال باوے　　　احوال یئں ئہ بال باوے
ناگرا پہ تجسس نہ ماپہ چانے　　　اسرار بو ہیمال باوے
فرہاد[1] ہ وہ لوز حالِ شیرین　　　پاغام بو پیرہ زال باوے
لاٰلی زِ دردِ داستانہ　　　مجلونہ[2] بہ خوردہ سال باوے
از خالِ جمالِ لالہ رو خسار　　　اوصافِ زِخط و خال باوے
چھتیس در فراقِ تو ئہ مشتاق　　　کینہ رازہ پتیے وصال باوے
یاوو لہ زرہ و چھنہ میا فی احوال　　　احوال ڈلکی بو حال[3] باوے
یکھنا بو مرِ تھا دہ چھ کیاہ سو[4] د　　　از خاکِ لحدِ سوال باوے
بڈوے بہ جنوب و ماب بہ آ سہ　　　احوال زِ بادِ شمال[5] باوے

---

[1] فرہاد ئیڈ　　[2] مجنونہ (اصل)　　[3] فِلحال۔ وُنی　　[4] فایدہ
[5] شمالہ طرفہ چلہ دنہ واُوک ۔

# غزل

ڈیٹھم نشاط در باغ پُر ناز نازنینے[1]
ڈیٹھم سو ہار بازاغ[2] ہم راز نازنینے

چمن سۆ آس پھیران سُنبل بہ دستہ شیران
از لالہ آس نیران آواز نازنینے

مُطرب وُچھان تارن رقاص گرایہ مارن
عُشّاق خون ہارن باساز نازنینے

بُلبل بہ زار و نالہ گُل در چمن بلا[3] لہ
از دفعِ این ملالہ دمساز[4] نازنینے

بولان ہزار دستان ڈولان چھ موے پرستان
در شغلِ مستِ مستان ممتازِ نازنینے

ساقی چھ ہیتھ پیالہ موے سۆ رخ ہیو لالہ
عاشق رٹان نالہ در ناز[5] نازنینے

بے موے وہاب مخمور بے دردِ دل سۆ رنجور
در دستِ یار مجبور شہباز نازنینے

---

[1] اکھ نازنینا [2] کادس سارِ سیتی [3] روشنس۔ [4] سازندرن ہندِ سیتی بور ج

[5] اصلس اندر چھینہ یہ صاف۔ اتہ چھ پوان یہ "ناز" تہ "تاز"، لیکن۔ اگر "ناز" چھ تیلہ گوس مانے "نازہ سان"۔ اگر "تاز" چھ تیلہ چھ اتھ دۆرہ مانے پیوان ژھانڈتھ انُن۔ "تاز" چھ فارسی پاٹھی لس گژھی ونان یس وُنہ ریش آیہ نہ گژھت یس رقصہِ وزہ بالہ ہتہ چھ کران۔

# بأل شوٗبان چھی

جان کیاہ ہیم کنئے وأل — بأل شوٗبان چھی
ستھان[1] زأیأی مولہٕ نٲلر — بأل شوٗبان چھی
نیرو وٕنہٕ کین ہا ہیمأل — شیٖرہ لاگے ہی
زال زلن ہیم زلفکہٕ زأل[2] — بأل شوٗبان چھی
چون پأغام واوہٕ گیأل[3] — نأگر ریس نی
سازا ونئے ہا گگہٕ پأل[4] — بأل شوٗبان چھی
جوشوس ہیم تل پاتأل — ئیندر زنی ہی[5]
پاتالہٕ أنی تئے ڈأل — بأل شوٗبان چھی
دوٗر ہیتو نئے ماجہ[6] نتہٕ مأل — پوٗر سپنکھ دے
سوٗر سپنہٕ نوٗر ج جٲل — بأل شوٗبان چھی
زاتہٕ ہالہٕ ماتم لأل — مجنوٗن ثبت
قاد خانہ گوٗرئے مأل — بأل شوٗبان چھی
ہندی شینہٕ لاگہہ نأل — موٗت آمُت چھی
مأل سندر مہٕ وچھنہٕ تأل — بأل شوٗبان چھی
یادم ئتہٕ شہزن کھأل — اچھر ہنز رنج زی

لٲرِ سوٗزٕہی یارن ژٲرِ    بٲرِ شوٗ بان چھِ
وُچھو دِلبس از نیٚرِ گٲرِ    یادٕ پیو مٕت چھِ
شاہ پیٖرِ پیٚزٕہی ناٗرِ    بٲرِ شوٗ بان چھِ

---

۱ زاد پٮ۪ل تہٕ موٗل پوشاک    ۲ گول وٕاٹکی    ۳ تلپا تالک قاصد
۴ ہیمالہ ناگرا ایک بیا کھ کردار ۔    ۵ ذریت ۔ نٮ۪ل ٹھل ۔
۶ راجہ تلبد یو تہٕ تسنٕزِ رٲنی یم از بروٗنہہ قریبن ژور ساس ؤری بروٗنہہ کشیرِ ہندی مالک آسی ۔ ہیٚنٛزِ رانہ دٲنی آس بلہ پورہ (شوپیان)
۷ اوسی    ۸ رِطلہ وٲلِ جامہ ۔

# وولہ سالس نیر مار منز بے

گگرہ بلہ بڈرہ ڈلہ منز بے — وولہ سالس نیر مار منز بے
پوزہ سامانہ تہ سیٹنز بے [1] — وولہ سالس نیر مارہ منز بے
شیخ صنعان عشقہ آزارہ — ڈاو یارہ نالی زنارہ
ذرہ الصاف چھے ناہنز بے [2] — وولہ سالس نیر مارہ منز بے
عشقہ بیمارہ ہا شیخہ شانے — سجدہ اوتہ تلین کو رتھ کمہ ترانے
رچھ لوکھ ہنز بانہ نینز بے [3] — وولہ سالس نیر مار منز بے
لال زیبا چھی کنہ دورن — لال لاوسہتی چھکھ مورن
مالہ موختہ لالہ تنٹز بے [4] — وولہ سالس نیر مار منز بے
کنہ جورہ کراچھ دارہ — جانی لولن عاشق مارہ
اتھراو نگجن سے مارہ برنز بے — وولہ سالس نیر مار منز بے
قنارہ چھا کینہ ہم دند پھٹنے — گنج بازارہ [5] میلن نہ ملی بے
قندہ جورہ تہ نابد دنز بے — وولہ سالس نیر مارہ منز بے
وہ مالیس مال ڈل سالہ ناون — ازچھ کورمت زور دری باون
[6] شلہ نرہ ہو وولرس منز بے — وولہ سالس نیر مار منز بے

---

۱۔ اسکھرہ تہ یارنۃ ۲۔ ہنز یانی یمس پیٹھ شیخ صنعان عاشق اوس گومت ۳۔ کبتھہ ڈیلہ گری چھ ونان زہ شیخ صنعان چھ لو ہنز یانہ سورنہ زدہ پنز کر ۴۔ تندلہ۔ قطار در قطار ۵۔ مہاراج گنجہ ۶۔ پیٹھنہ پیٹھ چھنہ بنان وولہ منزی ترن تہ کیاز دایہ چھ آسان وارن سہ مر طوفان تلمت زہ پرتھ ناوہ چھ تارہ دوال پھٹنک خطرہ آسان۔

نوٹ:- یتھ غزلس چھ ترہن نقلن اندر ردیف غلط درج گومت "مار منز بے" (اصل) بدلہ چھ "مار منزی" لیکھنہ آمت۔

